کشمیر یونیورسٹی ہند

# تحقیقی رسالہ

فیکلٹی اف آرٹس

نمبر ۲

کاشر ڈپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

یونیورسٹی رِسرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# اَنہار

(جلد : ۵ شُمارٕ : ۸)

۱۹۸۱ء



کاشُر ڈِپارٹمنٹ، کشمیر یونیورسٹی، حضرتبَل سری نگر

یونیورسٹی رِسٲرچ جرنل، فیکلٹی آف آرٹس

# اَنہار

جِلد : ۵

شُمارٕ : ۸

وٕری : ۱۹۸۱ء

گوڈنیک چھاپ : اکھ ساس

خوشنویس : معراج ترکوی، گلزار احمد

سرورق : شفیع چمن

کاشُر ڈِپارٹمینٹ کشمیر یونیورسٹی، حضرت بل سری نگر

# ترتیب


| | | |
|---|---|---|
| گوڈ کتھ | اِدارٕ | ۵ |
| **کأشرِ شاعرن ہٕنٛد گوڈنیال :** | | |
| باناسرکتھا | پروفیسر پی این پُشپ | ۷ |
| تربہٕ غزل | قاضی غلام محمد | ۱۹ |
| افسانچ زبان تہٕ ہیتھ | ڈاکٹر رتن لال شانت | ۲۲ |
| کأشر افسانہٕ ۱۹۴۷ پیٹھہٕ ۱۹۶۵ء ہس تام | ہردے کول بھارتی | ۴۵ |
| افسانُک عالمی میار تہٕ کأشُر افسانہٕ | اختر محی الدین | ۵۴ |
| سراپا نگأری تہٕ رُوٗسُل میر | رحمان راہی | ۶۳ |
| زٕ غزل | شفیع شوق | ۷۰ |

| | | |
|---|---|---|
| کأشِر موسیقی ۔ اکھ زان | نور محمد بٹ | ۷۳ |
| کٔشیرِ ہنٛز مُصوری | اوتار کرشن رازدان | ۸۳ |
| ہانگ | شوکت فاروقی | ۹۲ |
| زِ نظمہٕ | عابدہ احمد | ۹۳ |
| وِشنو پرتاپ رامایَن | ڈاکٹر بھوشن لال کول | ۹۴ |
| دۄہ نیا لوک | ڈاکٹر ٹی، این گنجو | ۱۰۳ |
| شارشناسی | رحمان راہی | ۱۳۰ |

# گوڈ کتھ

انہار رسالک یہِ شُمار چھُ تِمہِ وِزِ توہہِ تام واتان یِلہِ سانہِ یونیورسٹیہِ ہندِس کلہم ماحولس منز اکھ صحتمند تبدیلی وارہ وارہ یِنہٕ رُت۔ اَثر تراوان پاسان چھیہٕ۔ اکھ ہِژ یونیورسٹی گیہِ سو یوسہ کاشہِ آگُر تہٕ اکھ وَتہٕ ہاوُک ذہینن گاشراوِ، دِلس حساس بناوِ، مادی زندگیہِ منز ترقیہ باپتھ نوٚو نوٚو وسیلہ موہیا کرِتہٕ اعلا انسانی قدرہٕ سگناوِ۔ شادمانیہٕ ہنز کتھ چھیہٕ یہِ زِ یِم مختلف تقاضہ ڈنجہ رٹنہٕ باپتھ چھیہٕ ووٚنی سانہِ یونیورسٹیہ ہنز سربراہی پروفیسر وحید الدین ملک صاحبس حوالہ، یِمہ کنی یونیورسٹیہ ہندی ماحولن مناسب اعتدال پراوُن ہیوٚتے ۔

باقے وارہِہن نوٚوین اقدامن منز چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ شامِل زِ یونیورسٹیہ ہندو مختلف ڈپارٹمنٹو طرفہ یِم مختلف تحقیقی رسالہ اوٚس تام الگ الگ چھپان، اسی تِمن آبہ نوٚو تنظیم دِنہٕ۔ چنانچہ بیٚنتہٕ یور کرِن یِم رسالہ محض بیوٚن بیوٚن ڈپارٹمنٹن ہنز

نُمایندگی کرنہٕ بجایہ مختلف فیکلٹین ہِنز ترجمانی ۔
ساری رسالہٕ چھپن کُلہم پاڑھ "یونیورسٹی رِسٔرچ
جرنل" عنوانس تحت پنٕنہٕ پنٕنہٕ مخصوص ناوِ ۔ پرتھ
فیکلٹیہِ آسہ اکہِ مخصوص وقتہٕ باپتھ پنُن اکھ چیف ایڈیٹر تہٕ
پرتھ ڈِپارٹمنٹکِس رسالَس روزِ اکھ ایڈیٹوریَل بورڈ تہٕ
پنُن اکھ صلاح کار ۔

انہارُک دَردس شُمارٕ چھُ اَتھی نوِس اِنتظامَس
تحت شایع سپدان ۔ یتھ کیہہ وری واتی کاشُرِس
ڈِپارٹمنٹس اَنہارٕکی خاص نمبر شایع کران ۔ اَزیکُ
شُمارٕ چھُ عام نوٗعیژ ہُند تہٕ وومید چھیہٕ زِ پرن والی کرن امچ
زِلکارنگی پسند تہٕ امِکِس مانہٕ ساوِرس تہٕ مولانکون ۔

رحمان راہی

# کأشرِ شأیری ہُنْد گوڑنیاں

## بانأسُرکتھا

[ بانأسُرکتھا یہ برونہہ چھپیہ یتھ مضمون بانکہ منز گوڑنیاں پُرٛان پُرٛان ترٛن منزٕ لن نشان دِہی
کرنہ آمٕژ۔ تم گٔیہ ؛ ۱۔ مہانے پرٛکاشس تام۔ ۲۔ لل دیدِ ہِندی واکھ ۳۔ نُندہ ریشنی شرُکی۔ ]

از پینژٕہ وُری برونہہ تام اوس بانأسُرکتھایہ ہُند قلمی نُسخاہ اکھ بھنڈارکر اورینٹل ریسرچ انسٹی ٹیوٹ پونہ کِس محافظ خانس منز اَکِس جزدانس اَندر رٔوزِتھ گومُت۔ نُسخہ چھُ شاردا اَچھرن منز تہ ساڑ ترٛیہ ہتھ وُری ہیو پرٛون باسان۔ میٛہ اینو پونا بیٹھہ پرنہ باپتھ تہ ریسرچ لائبریری سرینگرہ خاطرٕ کرناو یمِس مایکرو فلم تیار، یتھ زَن کأشرِس اَدبس سام ہینہٕ وألی اَکھ کُن نظرہ کرِتھ ہیکہ ہَن خوشی ہنز کتھ چھپیہ زِ ڈاکٹر ششی شیکھر توشخأنی صأبن چھُ امیک دٔری پأٹھی مطالہ کورمُت، دپان اَتھ پیٹھ چھکھ لسأنیأتی نظرٕ تراومٕژ۔ جانہے گوو۔

بہ پرارے یوس از تام زِ بیہ مأبیاکھ نُسخا تہ امیک اَتھ، یٚمہٕ کہ مدتہ صحی تہ سألم عبارتھ سینکہ پیہ ہے کرنہ۔ اَدٕ کھوتہ بیہ ہے گاش، تہ گاں کھأتس گأمتہ حصہ ماسپدہَن بیہ دسیاب۔ اما یتین وُریَن پرارتھ تہ ییلہ اندیوم نہ کینہہ، صلاح پیوم زِ اَتھ گھنڈی پھٹ نُسخس تہ پٔزٕ دۄنہٕ تھٕ دِتی، تکیازِ امہ سٕتی یِیزِہن تہ اندیس وتہ آسہ نہ کم کینہہ۔ چنانچہ کور میٛہ ۱۹۷۰ ہس منز امیک اَندہ وَند مطالہ، راے آسم زِ ریسرچ ڈپارٹمنٹہ طرفہ کرناوٕ چھاپ، اما کینہہ مشکل آمٕژ یتھ نہ چھاپ ہیو کنہ سپدِتھ۔ خار ریڈیو کشمیر پیٹھہ کور میٛہ اَکھ متلق ازشیہ وُری برونہہ اکھ جأیزٕ نشر یمیک عنوان اوس "کأشرِس اَدبس منز بانا سُرکتھایہ ہُند مقام" تہ یُس "سنگرمال" پرٛوگرامس اندر لوزناونہ آو۔ تتہ پیٹھہ ووت میٛہ کأشرِ شأیری

ہِندِس گوڈنیالِس شُنِتھ پرأنِس مُوادس بێیہِ دۄنزٕٹھ دِوان ۔ یہِ مضمون چھُ اَمی سِلسلک ژۄدٕ رٕیُم نیالہٕ پیش کران ۔

باناسُر کتھایہِ ہُند پۆرناو چھُ باناسُر وَدھ کتھایانی باناسُر مارنہٕ پێنچ کتھ ۔ لیچھمن ژھینیہ اوتار بٹن سلطان زین العابدینس دورس منز ۔ یێلہِ زَن بڈشاہس گدِ بیٹھ بیٹھِ ہتس شتوٕہ ؤری گامتی آسہِ ۔ اوتار بٹنی وَننہٕ؛

"زین نپانے وِلے راجیے شٹ وَنشے وَرشے گتگے
دِوِ سَر سوت پۆزیت آجیے بروَنشَس اندھروِنتھے"

تہٕ "شری زین الابدینے زَپیتہٕ رَچیتے دھرم راجیے سُشدھے
شٹ وَنشے وَتسرے اِہ پنمیت سَرسے کرشن بانان بُدھے
دیسے اَوتار بھٹّے وِرژون رَمنی آکھیہ پشیت سِدھے
بندھا گپر دان بھاشہِ منز ہَروِنشے بھارتے تہٕ گُرُدھے"

گوڑ "باناسُر کتھایہِ" ہُند آکھ (یانہٕ پلاٹ) چھُ کرشن جیُن تہٕ باناسُرن سٕیود لیُس مہابارتہٕ کِس ہَروِنش ناوکِس پۆت لٔٹس منز سنسکرت پأٹھی وَننہٕ آمُت چھُ ۔ اوتار بٹ چھُ اَتھ رَمنی (یانہٕ دلپذیر) زأنتھے کأشری پأٹھی پھِران تہٕ یتھ صنفس منز پیش کران چھُس تتھ (صنفس) اُسی تیلہٕ وَنان "کاویہ پیند"۔ اوتار بٹنی زیو

"رزوم اِہ کاویہ پیند"

باسان چھُ زِ بزمیہ تہٕ رزمیہ شأیری ہُند صنف آسہِ ہے سنسکرتہٕ کِہ 'پربندھ کاویک' سٕہ ریچھ یُس پزاکرتہٕ تہٕ اَپبھرنشہِ کیونکہ اَدبی قالبو منز نیرتھ اَمہِ اِنہارک بنیومُت اوس تکیاز ہَروِنش پرأنس مُطابق گنڈنہٕ یِتھ تہٕ چھِنہٕ 'باناسُر کتھایہِ' ہُند انداز اَمہِ پرأنک ہیوٚ کینہہ ۔ بلکہ چھُ اَمہِ لٕتہٕ سٕتھاہ بدٕلۄن ۔ حالانکہِ ہَروِنشکی پأٹھی چھُ اَتھ منز تہٕ کرشنس سٕتی باناسُرن یود وَلیشم پایہٕ نہٕ زیوِ جنمے جیُس بوزناونہٕ یِوان ۔ جنگک تصورنہِ چھُ پرأنَے ہندی اَنمانہٕ یتھ منز اساطیری رنگ پزنہٕ پأٹھی ہیوٚ باسان چھُ ، پۆز انداز چھُس بدٕلۄن ، سنسکرت (کیو) پربندھ کاوِہ لوٚنشہِ تہٕ تہٕ فارسی (جیو) مثنوی لوٚنشہِ

تہٕ سنسکرت پربند کاوِک پاٹھی چھِس نہٕ سرگہٕ باگے تہٕ مثنوی ہندی پاٹھی چھِنہٕ اکہِ بے بحرس منز رٔٹھی لیکان۔
اوٚسلوٗ بہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ یِتھے باپنج ہش کوٗ شِشاتہٕ گرٛٹھنہٕ آسن۔ امہٕ قسمچہ منظوٗم کتھہٕ گرٛٹھن آسنہٕ امہٕ بروٚنہہ
تہٕ کاشرِ پاٹھی بیکھنہٕ آمژ۔ نتہٕ ماہیکہٕ ہے اتھ اندر شنتوٗ ہَن چھندن یا بحرن منٛدیوٗت زوٗدار ورتاو درٛینٛٹھی
یتھ۔ یمو شنتوٗ ہو چھندو منز چھ ڈہہ مرتم سنسکرتس منز تہٕ خال خالے ورتاونہٕ آمتی چھ۔ پرٛاکرتس تہٕ
اَپہ برنشس اندر ما آسہٕ ہن پرٛ زرس رٕوٗدی متی۔ تلکہٕ شاعری اندر تہٕ ما آسہٕ ہے کانہہ کانہہ بارسس آمت۔

یمو منز چھ کینژن ہندی ناو:

تھدّو۔ ڈوٚکٹکا۔ نرکٹکا۔ کڈوڈا۔ بھرو۔ چٹانہٕ اچلا (یِم زن وزن ورت
یانہٕ اوزانکی بحر چھ)

سنسکرت چھندن منز چھ یِم تہٕ شامل:-

وَسنتم یا وسنت تلکم۔ مالنی۔ سرگدھرا۔ شاروول (یانہٕ شاروول وکریڈتم) پشپتاگرا۔
پرٛہرشنی۔ تنٛ مدھیا۔ ہرنی۔ ڈرت ولمبت تہٕ مندا کرانتا۔ منداکرانتا گوشہٕ چھند یتھ منز کالداسن
میگھ دوٗت ووٚنمُت چھُ۔ کلہم چھ بانا سُرِ کتھا یہٕ منز زوٗر ہتھ ہوی بند یمو منز زیادٕ ژمصر چھ۔
کینہہ چھ دُمصر تہٕ کینہہ شہ مصر تہٕ۔ ژمصر چھندن چھ قافیہ یژ پاٹھی طاق طاق تہٕ جُفت جُفت گنڈنہٕ آمت
تہٕ مصرن ہند وزن تہٕ چھ اَی تراہہ۔ ہم وزن مصر چھ: گوڈنیک تہٕ ترٛیم۔ دوٚیم تہٕ ژوٗرِیم، اوژروشوے
مصر ہے ہم وزن آسن تیلہٕ چھ ژوٗرِیم مصر کُنے یا ہے روزان نگر وزنچ تہٕ قافیچ گنڈ تھ چھیہ دوٚیہ تراہہٕ
یانہٕ چھ گوڈنکی ترٛیشوے مصر ہم وزن تہٕ ہم قافیہ، نَتہٕ چھ شُے شُے طاق طاق تہٕ جُفت جُفت حساب لیس
امہٕ بروٚنہہ شُرِ کین منز یژ پاٹھی تہٕ واکھن منز کُنہ کُنہ درٛینٛٹھ لوان چھُ۔ مہانے بڈ کاشرِ کین چھندن منز
تہٕ چھیہ امچہ مثالہٕ میلان۔

دلوٚ امہٕ علاوٕ کیا چھنہٕ بانا سُرِ کتھا یہٕ اندر بحر کی تہٕ قافیہ بندی ہندی نوٗ موٗنے میلان۔
سو چھنہٕ کتھ۔ کینہہ تجربہٕ چھ بلکل نوی باسان، نکیا زا مہٕ بروٚنہہ چھنہٕ کُنہ تہٕ نظر گژھان۔ مثالے
نی لو اُشا بہٕ ہند تہٕ انرُدھ سند لولہٕ ملیک یہٕ منظر:

"بانَ دُہت سا اُش ور شُندر
رُوپ ژڈو سکلہِ زگہِ انڈھر
ولشاکھ بھاشوشیینہِ نزِ مشدر
گومدُ زن کاشو . . . . . . .
شنگوے پرُوش ورے لسَ اسکےّ
کنٹھ ولون چھلا
اُش اَدھر پنکےّ
شُدھے دَشُ دُلا
اتہ تاڈیت آنگن کیورُش
شکھ ے قمتَ بھوگ بجھ ولنُش
نو وے ور رمنہِ کومار ہر ولنُش
کھسیت اولمنہِ
سا اُش امر نیینڈرس دُلبھؔ
ورکامن ودنا زن ششہ پڑبھ
لت زن چھاون پکے پُش بھر
گو ادانبھ بزیت کشنے اسکےّ"!
طاق طاق تہ جف جف وزنیج تہ قاَفیح مشالہ چھیہ بیٹھہ آمژ، یانہ:
" زین بنیانے وِملے راجیے
شڈو نشے ورشے کپتہ کے
دِوسر سوت پوزیت آجیے
ہر وِنشس انڈھر وے ہتھے

ژٕ شوٕے مصرٕ ہم وزن تہٕ ہم قافیہ چھَنٛدک نوٗمونہٕ تہٕ چھُ پیٛٹھ آمتےٚ یانہٕ:

"شری زین العابد ہینےٚ نرپتہٕ وچتے دھرم راجیے شسُدھے ....."

یوٗتھہٕ زٕ شارن ہنٛز بندش تہٕ قافیچ تلہٕ تراو چھیہٕ یٔژ کاج رلاوٕ ٹیٛژ ہنٛز گواہی دِوان۔

زبانٕ ہنٛد ورتاو تہٕ چھُ اَتھ کتھ تایید کران، تہٕ زن گوو: شتہٕ کنٛٹھہٕ نہٕ مہانے پرکاشہ پیٛٹھ اوتار بٹہٕ نہٕ بانا سٕر کتھایہ تام چھُ کاشُر زبانٕ بوڈ بارٕ ہنٛز۔ لا اکھ ژٕٹھ تروومُت باسان۔ لل دیدٕ ہندی واکھ تہٕ شُند رٛیشنی شرُک چھاپہٕ ہنٛز لہچہ کینٛہہٕ میلہٕ کنہٕ یمن ہنٛد لیکھٕت وقتہٕ وقتہٕ لوٗسرٕ کھسنہٕ آمُت چھُ۔ اما بانا سٕر کتھایہ ہنٛد وٕنٛتھ چھُ قریب قریب تمی اُنہارٕ روٗدمُت ییٚمہٕ اُنہارٕ اوتار بٹن لیٛچھوو۔ یُفظن ہنٛز تراے گراے چھیہٕ اَتھ پرانٕ رٕوزمٕژ تکیاز بحرکین قالبن منٛز۔ ترٛاونہٕ آمٕت یہٕ وٕنٛتھ چھُنہٕ لفظن ورزنہٕ بیٛیٚر کرنٕس تہٕ وارٕ ے تھوان۔ شکلہٕ پھیرٕ ہے گژھ ہینکہٕ تہٕ کتھ کُنی۔ وقتہٕ وقتہٕ لب ولہجس تبدیلی یتھہٕ نہٕ رٕوزنہٕ یمن لفظن کانہہٕ تیٛتھ لرٕ پھٕرن دِنس گنٛجایش نہٕ واکھن تہٕ شُرکین ہنٛز باش گژھہٕ ہینکہٕ۔ اَمہٕ نظرٕ چھُ بانا سٕر کتھایہ بوڈ حصہ زٕ ہنٛدٕ اَمہٕ صٔدی یہٕ ہنٛد ادبی کاشُریکُ نیال چھیہٕ ہاوتھ دِوان۔

روٗد سوال زٕ اَمہٕ کِس کاشرِس تہٕ شُرکین ہندٕس کاشرِس کیا زٕ لیوٗت تفاوتھ تہٕ ناشُر حالانکہ دوٕ شوٕے چھہٕ نکھہٕ نکھہٕ نے تہٕ اکھ اَکِس پتہٕ برونہہ آسی متی؟ اَمہٕ سوالُک جواب باسہٕ ہے نہٕ پوٗت مُشکل ہیوٗ، ہرگاہ واکھن تہٕ شُرکین ہُنٛد تہٕ کانہہٕ قلمی نسُخا بانا سٕر کتھایہ ہندٕس قلمی نسخس لرٕ لوٗر میلہٕ ہے۔ شہ مامیوٗل وُنیکٕتام۔ لیہاذا چھُ اَمہٕ سوالُک حل تلاش کران کران اَسہٕ ژٕ ہنہٕ ہیے تھوٗن زٕ لل دید تہٕ شُند رٕیوٗش اَسہٕ نہٕ ہیٚشہ ورشایرٕ۔ تہندی واکھ تہٕ شُرکی روٗدی تِکہٕ ہنٛزن زیوٗن پیٛٹھ نوان تہٕ پھولان۔ اَتھ برعکس اوس اوتار بٹ (بڈشہٕن) درباری شایر، راج کوٗ، ییٚمی ہندٕس کلامس اَمہٕ آب حیاتٕچ کوٗل دوٗنمٕت چھُ:

"شدھ نکہٕ زن کنٹھا وہانے"

بڈشاہ نہٕ دورٕک چھُن دوٕن لفظن اندرٕ سوکھ ساو پرنہٕ نلشہٕ نووُمت تمہٕ لفظ چھہٕ:

"دھرم راجیہ" تہٕ "وِمل راجیہ"

راج کوِ یادرباری شاعرِ چھِنہٕ عام لوکن ہنٛز زبانۍ ادبی کارنامس شایانِ شان زانان، بلکہ چھُ شہ کلاسیکی ادبہٕ چھِنہٕ پرٛانہٕ وارن تہٕ بیٚنہٕ شاعری ہنٛد خلقتھ زانتھ پننہٕ زبانۍ اٲی (کلاسیکی) زبانۍ ہنٛد انہار دِنٕچ کوٗشش کران، یُتھ زن خانداٲنۍ باسہٕ، سفید پوش ہیٚیس نہٕ ناو۔ یہے وَن لوٗزی تو چھیٚیہ اوتار بٹس تہٕ گامرٕ۔ شوٗد تہٕ سیوٗد کاشُر باسیوٗس نہٕ ادبی ہیوٗ، توٚے دِتیٚنس گراسنسکرتک ورگراپرٛاکرتک تہٕ گراآپہ برنشک۔ نتہٕ وُنی توٚبس

"کرتاوتھ گو رُدرس نشو ۔۔۔ بانا سُرگاہیت رٕیدِ کام

اَشزِل بھنتِ سوٗرسہٕ مشو ۔۔۔ وِیت نگدِس رژیت پنام۔۔۔

ناتھ وَدِس گرژھے کیا بازِ ۔۔۔ کین ست تپ ورژوت بُہہٕ ژنڈ

سوزِ بھوِنے جے دیوازِ ۔۔۔ دِتم نہٕ بھوَن راجیہ اکھنڈ"

ہیوٗ کاشُر وُنتھ ہیٚکہِ شہ کیازِ گژھِ تھٕیس اندازس تہٕ خام طمع :

"آنند اسرُو لِوارِیت نیینہٕ
وَرِژیت بدھّا نجل شت پٕشیٖر
پُناہ پُناہ پوٗزیت سدھ وینہٕ
ہَرا سِس زِکیوٗمس وَنیٖر"

یا۔

"اُت اُت بانا دانوَ یندا سُویرا
بھج بَل کُل چنداژ سموا کھ واتے
رَنس کُشَل بڈو پاترشدھوے دھیرا
اُلوٗے منس ییے سازِنت دُسا کیاتے؟"

یا۔

"ہِگَ دِش ششہٕ آنَ گزگامِن بینَ ہیوٗ دَھرتَرِزن وَزّا

برٚہہ کیٚش شدھ اُدھر ساکامن ورکامن سُرلیلان سزا"

یا

کمُھبانڈژ نتہٕ رٕیڈ تت کال نکھو

اِکھٕ پال ویٚژار کرِنا مُدا ـــــے

اُت پات لکھن گٔیِ ناتھانارِکھو

کیات بھُرن ننگون سدا ـــــے"

یا۔

" شیٖتلہِ وٚپ ناہمہِ وانیا نزِ نیٚن شوٗ نت موژن"

یا

" مِیہ بانہ ھوزن لوبن یکٹو"

گوڈٕ کتھِ منٛز چھُ اوتاربٹ پنٕہ نِس گورس سہلن آچاریس (عقیدتُک نذرانہٕ پیش

کران) واریاہ شاستر زانن وول، گیانُک سوٚدُر وَنان:

" نمیت رَسے سہلن آچاریس

بہٕ شاستر گنس ییٚش ییٚن نیٚمہ

گیان سمُدرس اَنہٕ آچاریس

اوتارے بانا سُر کیٚمہ"

اَمہِ نذرانہٕ نِشہِ چھُ نَنان زِ کٲشُر باناسُر وَننس اوس شاعرس پننس ودہ ستاد سُند تأیید

حاصل۔ بلکہ ما آسہ ہے سہلن تہٕ کٲشری پاٹھۍ لیکھنہٕ لوٚگمُت یوٗز کلامُک نوٗموٗنا چھُنہٕ نظری گژھان۔

اوتاربٹ چھُ اوسمُت لارکنہٕ تام سرگال پورہ (شالہٕ پور) روزان تَنکیارِ قلمی نوسخہ کِس پوٗت

لیکھنِس منٛز چھیہٕ یہٕ عبارتھ درج:

"اتھ لہرے سرگال پُرییہ بھٹاوتار ورچیا باناسُر کتھا سماپتا"

(بیانہ: لار پرگنہٕ کہِ سرگال پور کۍ اوتار بٹن وُنۍ مژ باناسُر کتھا واَژ انڈ۔)

سنسکرت زبانۍ ہند گنتل اٹرچھ تمن نومن منز۔ تہٕ پھٹتھ نیران یم منظوم کتھہٕ ہندین گنڈن ہنز نشاندہی کران چھہٕ۔ مثلن: وشمپاین اُواچ، یا اِشور اُواچ، حالانکہ یمو منز چھ کینژ گنڈو کاشُرمیکھ رنگ تہٕ روژمُت۔ مثلن: "شُنیت جنمے جیہ" سنسکرت پاٹھۍ گیوو: "شُرنُوا" نہٕ زِ شُنیت، لیُس پرژون کاشُر چھہٕ (اپہ بھرنشی انداز گ) بوزی توترٕ ھے ہش علاپزھ ساتین کینژن مثنوین منز فارسی عنوانن ہنز چھیہ۔ گلریز، منزے بوت نہ، بلکہ رامائن تہٕ شوگن ہوین منظوم قصن منز تہٕ۔ کاشرین منظوم قصن اندر سنسکرت یا فارسی پاٹھۍ عُنوان بندی چھیہ ہاوان زِ شاعرس چھیہ سنسکرت یا فارسی ادبیچ رلوایتھ ذیہنس منز۔ تاجب چھ زِ امہ غلبہٕ ہاوُجود چھنہٕ سنسکرت زبانۍ باناسُر کتھایہ ہند کاشرہٕ دباوتھ ہیو کمت۔ قافیکۍ ورتاون چھ اتھ اندراکھ لوٚبہٕ وُن آہنگ پاد کورمُت، ییُس غالبن جے دلوہٕ گیت گوونڈک اثر چھ نکیاز بدشہس اوس یہ غنایی شاہکار سیٹھاہ پسند۔ تہٕ کرتھ اوس کشیرِ اندر وۍری ہتھ ناہ امہ بروہ نہٕ کھیمندرن امہ قسمک تجربہ کورمُت۔

خاَر، اوتار بٹ چھ پانے وَنان زِ باناسُر کتھایہ ہنز مولہٕ کتھ چھیہ (مہابارتہٕ کِس) ہرونش پُرانس منز درج۔ اتھ کتھ چھ واتھ اکس دلچسپ رومانس ستی۔ شہ گو و باناسُرنہٕ خانہ ماجہ اُشاہ تہٕ کرشن جی نس نیچوی سندس خانہ ماَرس انردھس پانہ وانۍ اکھ اکس ستی دلہ میُل۔ خبر اوتار بٹس کیازِ او اتھ کتھہِ اندر کرشنُن تہٕ باناسُرن لڑے زیاد اہم لبنہ؟ ژورو متو بند و منز چھ نصف کھو تہٕ زیادے یہین جنگ کس ہنگامہ ہے منز ہینہ آمُت۔ اُشاہ ہنز تہٕ انرُدھنۍ لولہٕ کتھ ہے۔ اوتار بٹ ہنہٕ شاعری ہند گول بناوِ ہے کاشر ادب روژ ہے نہ کُنہ۔ تو تہٕ چھیہ باناسُر کتھایہ سیٹھاہ اہمیتھ، زبانۍ زنگ تہٕ اوسلوبہ زنگ تہٕ۔ یمہ کنۍ کاشرس ادبس منز امیک مقام دستاویزی بنیومُت چھ۔

امہِ علاوہ چھیہ باناسُر کتھایہ ادبی میراثیچ سو اہمیتھ لوسہ یہ راَنۍ اتھ تہٕ نوس لہ لوری پکان چھیہ۔ مثالے نۍ توجنگ باز باناسُر سندہ تصویر:

"کرتاوت گورُ درس نشو — باناسُر گاہیت ریدِ کام
اَشرُل بھنّیت سورسہ مشو — وِنت نِگدِس رُژیت پنام
زِنہ تدِش گن گنڈھر ہیلہِ — کرن ناواد چھے ناکس پٹھ"
بھیہ میہ یُدھ کوژ ناپیلہِ — گوس نِزاشو بُھو ورنٹھ
باہہ سہس وِتھا گوساموٚ — یُدھس کوژ سِزم اتِ کال
سُکھ وِندانا بہ ایہے کاموٚ — کرم کپ نو سہہ کرنال"

اُشاپہٕ ہُند سراپا پھران چھ شاعر سنسکرت شاعری ہُند وہ زُم تُلتھ تہٕ اکھ رنبہٕ وُن

خولہٕ خط پیش کران:

نُوُوے وُرسند رتھبون روٗپ — بگہ دِش شَشہٕ آنن گج گامن
پین پیودھر برہہ کیش شُدھادھر ....."

[یانہِ زَن :- کھبہٕ وُن یاوُن (اکیناے روزگار) نازل، غزالہ چشم، ماہ روے، گژا ے
ہُسی سنز ہش، سینہٕ دہ گُن، ہُس زموٚر پچھ، لب نزآب حیات ....]

رقص تہٕ موسیقی ہُند فضا چھ ینتھہٕ کنٕ لفظاو تہٕ آمُت:

" اَتہِ ویناوُر وزن بہہ شت — تنت نَغل سر سے
مُرجَ مِذنگ پٹھہٕ کلھاگت .....
گج گمنا شَشہِ وَدنا رُژ کرنیما اَچھر سا
نژان تنہٕ السو ہرنَ دِشاگیت کرن پُرمیشس وِنیے اَتہٕ اَچھرسا ..."

یہٕ اَچھرسا، لفظ چھ دوٚ یہ پھر آمُت، دوٚن ہیوٚن ہیوٚن مانہٕ ین منز:

۱۔ 'اپسرا' (اژھہ رُژھ) ۲۔ "ناآشر پہ سان، یتھے کنٕ چھ" بھاشو، لفظُک تہٕ دوٚن مانہٕ ین منز
وُرتاو سپدمُت : ۱۔ ویشاکھ بھاشو، (زِ وٚ ہکہ باشی دوٚہ)

۲۔ ' اہہ کتھ مہ بھاشو، (زیہ کتھ وٚنی نے ژیہ)

دُو مانی لفظن ہِندِ وَرتاوِچہ بیٚنِہ کیہنہ مثالہٕ چھیٚہِ یِمہٕ :

۱۔ بالس بان آو (زِ بانا ٚسرس آو تیر)

۲۔ گلے گلےٚ ہیٚلہِ (زِ: ولیسی دوٚپ مےٚ ہے بہٕ مرٚے)

۳۔ پیے پیےٚ کرپانہِ (زِ: لوٚٹھ یار کرہِ پیہِ اَتھہِ)

۴۔ کرہم کرَو کھرتے (زِ: اکبر سنا؟ ۲، (ژٕ) کر، ۳۔۱۰ انٛھ)

۵۔ سمتھ ییٚنےٚ مارنے پیامہ گژھہ مارنے

(زِ: ٹاٹھیٚا ییٚنہِ جنگس لاران ییٚنےٚ، مارنہِ (مارٕ گژھنہٕ چہ جایہِ) منٛہٕ گژھتہٕ)

سنسکرِتہٕکہ انہارٕ اَستھ تہِ چھُہ یہِ وَرتاوِ کاشرِس شرٕ ییٚہٕ وُن۔ یِتھے پاٹھی چھیٚہِ تشبیہہ تہٕ اِستعارٕ تہٕ سنسکرِت ادبکؠ نُندہٕ بون شوٗزر کاشرِس اَندرٕ ے دوہ نِلاوان۔"

"بان دُہت سا اُش وَرسُندر روٗپ ژٕڈو سکلہِ زگہِ انٛدر

ویٚشاکھ بھاشوٗ شیٚنہِ نرٕ مندر کوٗ مُدرزَن کا شو!"

(زِ: بِسترس پیٹھ ڈاپھا دِتھ چھیٚہِ اُش (اَشا) دَکہٕ زوٗنہٕ پچھہ باٚش ہُند زوٗنہٕ گاش ہِش پرٕژلان:) (بھاٚش تہٕ کاٚش لفظ ہُند باسہٕ وُن تضاد چھُہ دِیان دیُن لایق)

بیٚا کھ مثالا تہٕ :

"لت زَن چھاوون یکے پُش بھر گو اَدا نبھ نِریت کشنے اکےٚ!"

(زِ: اَنِرٕ دھ گوٚ اَشا یہِ تیٚھ کُنہٕ نزٕ آوِتھ، ییٚتھ کُنہٕ لوپشہ نوٗل پوشہِ تھر چھاوِتھ برٕنزِس اَکس منٛزٕ شی کرِتھ نہٕ کُہ ژلان چھُہ)

اَنِرٕدھس چھُہ بانا سُرن راکھس فوج تیٚتھے کُنہٕ گیٚر کران ییٚتھ کُنہٕ اوٚبرٕ دلو چھُہ سِر لیس نال وَلان:

"اَبھرا زَن بھان وَلو"

بانا سُرن جنٛڈ ہیٚلہِ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پیٚتھر آو لایہٕ، تِس باسیوو پانس سےٚ حال گژھان ییٚس حال کُل نخلیٚنہ وزلِنا یہٕ ہیٚلہِ گژھان چھُہ۔

"گوشتہٕ کھنڈ دِیتاتہ ژھنہ ریت کِت لتا!"

اَمہِ وِزِ یُس وُنہٕ بنیُٚ آد تَمہِ کٔنہِ باسیو وزَن تہٕ سری پہٕ لٹی دار تارٕکھ ہیوٗ بٕتہٕ آژ بیٹھ لایہٕ آد:

"ژِتہ بھون اُلکا زَن پو درِ"

تہٕ کیاہ:

"شُنیت وَلو کمبھانڈے بانس — آنوت منگیت کِت وِناش

یدھ مہاد سہہ اے پانس — ژٔل دلوا اُنی دیَن ماہاش...

اے یِد دَپہ وان تیم اکیں اک وسے — پو گرِ ژِ کِت دھوزو دیت دیگ بلا

وسہٕ منہِ کمپ ژاو گلہٕ پربت ناو تروسے — اتہِ ہنکا درو پ گیہِ اشِن سا بھومہِ تلا"

لول تہٕ ہول باونس چھ اَوتار بٹس کمے پہِن وار آمُت، تو نتہِ چھن یِتھی ہوِ نندپہٕ بآژی ادب

پارٕ کأشر زبأنی دِژِہتی۔

"گگنے زَن گُرڈی وَدَوانیا — نرِ نیَن شونت موژن

شیتلِ وَپ ناہمہ وانیا — ہے وَنتا یِیہ دُکھ بھرِن!"

(زٕ: اَنہٕ دُھ ہِندِس فراقس منز چھیہِ اُشا کُتجہِ ہِندی یاٹھی ویداکھ دِوان، اُچھو کُنہِ خوان ہاران، ہنہِ ہنہِ چھبنس سہٕ نار گونڈ مُت، یُس زَن شیٖنہٕ وانہٕ تہٕ ہمتھ ہنکیس نہٕ۔ ٹاٹھی سُند دوٗر رُپہ ہیے زرِ ہیے تہٕ کیتھہِ؟)

نوجوان زَنانن ہُندِ پہِ وُبلاپ، چھُشَن ینِدن منز وَنہٕ آمُت یمِن ہُند ووج۔ "ہے وننتا بیپا دکھ بھرن" چھُ۔ یِتھے کُنہِ چھ ینیہِ ینیہِ برژ سنگ، ژُہنڈی یا پانژ بنڈیگ ووج چھُ "کروا تم سوپیے مہِ نکٹو"

یمو نو مو نو تلہِ چھُ صاف ننان زبانا سُرکھتا پہٕ ہند شأری گرتہ تہٕ چھُنہٕ پیٹھے بانگ ہیوٗ کبہنہ، بلکہ چھ جان پاٹھی رَندِ دراُمُت۔ اَمہِ ژٔنگ آسہِ ہے بیٚیِہ تہٕ سیٹھاہ کہنیہِ لیکھنہٕ آمُت یُس زَن گال کھاتس گومُت چھُ۔ شری وَرہنہٕ راج ترنگنی تہٕ چھیہِ اَمہِ کتھِ ہنز گواہی دِوان زِ اوتار بٹس سِتی آسی کأشرِ کِ بییہ

بیٚیہِ گوٚنہٕ ماتھ تہٕ بڈشاہی دربارٕ ہیٚے منٛز۔ یِمَو منٛز اوس نوٚنہ سوم بڈشاہس سیٹھاہ قریب سنسکرتُک زانٛکار آسنہٕ تہٕ لیوٚکھ تمی "جین چرِت"۔ کاشرِ پاٹھی۔ یودوے اوس بنیاکھ کاشُر شاعر یمی "جین پرٛکاش" ناوٕ اکھ کاشُر ناٹک لیوٚکھ۔ بٹ اوتارس متعلق چھُ شری ورلکھان زِ یہ اوس "شہنامہ دلیش گرٛنتھا بدِ پارگ" یتھ زمانے ہیکن نیرتھ۔ اکھ زِ: شہ اوس شاہنامکہِ ملکہٕ کس ادبہٕ سوٚدرس اپارِ بیوٚر تورمُت۔ بیٚیاکھ زِ اُمی اوس شاہنامہٕ کاشرِ پاٹھی پھیرمُت۔ شری ورٕ چھنہٕ باناسرٕ کتھایہِ مُندناوتہٕ ہیوان، مگر اوتار بٹنہٕ بیٚیہِ اکہِ تصنیفُک پیٚے چھُ دِوان۔ شہ گودٕ "جین وِلاس" یتھ اندر اُمی بڈشاہنٕ مقولہٕ نظماوِ مٕتی آسی۔ باسان چھُ زِ باناسرٕ کتھایہِ مُندچھُنہٕ دربارس ستی کانٛہہ تولقاز و نمُت۔ ناوہے ہیٚیہِ ہیٚے تہٕ کیازِ؟ جین راج ترنٛگنی منٛز پرٛزنہٕ تمہِ کیٚہ چرچہ یتھ جین العابدینہ ہنٛز زندگیہِ ہنٛز سیٚدِ سیوٚد تولُق آسہِ۔ خارٕ، شری ورٕ زٕھوہ یہ باوجود چھیہِ باناسرٕ کتھا کاشرِ شاعری ہندِ گوڈنیچ اکھ ٹاکارٕ حقیقتھ۔

قاضی غلام محمد

# غزل

اَوٚبُر ڈالن اَتھوٚ تہٕ کاڈ کڈُن
بالہٕ تیٚغَس کھَسُن تہٕ زوٗنہِ گنِڈُن
تَتھ مَکانَس نہٕ آسٕ دٲرنہٕ بَر
تَتھ مَکانَس اَندر میٚہ اوس اَژُن
رٲتھ آساہ میٚہ سُندجہِ ترٛاے اُچھَن
رٲتھ اوسُے میٚہ دردٕ گام گژھن
کٲرٕ نحقے بہٕ چھُس نہٕ نوٗمرٲوِتھ
ہُتہِ تہِ زانہہ وچھن ہوں شہ کارِ دِوہ گُن
وُچھنہِ آسیاہ سودارِ کنی درآمتہٕ
نیر باپانہٕ وونی مہ وُچھ پَتھ کُن

قاضی غلام محمد

# غزل

پراران بہٕ اوٚسس رأتس بٲلۍ
شبرنگ میٚہٕ ہاوِتھ تارکھ ژٲلۍ
تیتھ پاٹھۍ ژٕ پیٚہَم راتھ ژیتَس
زن کاوِ قمیرٕ ژوٚل بونہٕ ٹٲلۍ
دوہ ڈٕلہِ وُن گُنی زٲنۍ ژھایہِ وٲلِتھ
کوہہٕ یٚتۍ کنی کوٚت گرٛزِھ وَتھ ہٲلۍ
کمہ خندِ غزٕلبَس گٔے میٚہٕ دوہے
خالبَس منزٕ. لالَن ہیٚژ مکھ مٲلۍ
پوٚت ژھایہِ کرِزلِ اٚچھ آنہٕ بدَن
تمہِ بازرٕ کیاہ کیاہ ہیمہٕ ہا مٲلۍ
کمہ پوشہِ چمَن! کِتھی سروٕ شہلۍ
بٲلۍ پاد بچارَن لوٗکن پھٲلۍ

قاضی غلام محمد

# غزل

بالہٕ دامنٕز پکان پکان باضے
پٔرٕ یہِ آلو کنَن گرزھان باضے

آش دَیہٕ وَے چھیٚہ کینہہ سو مازانہہ آٔس
ہَنگہٕ تہٕ مَنگے چھُ دِل پھولاں باضے

زانہٕ کُس آدمس چھُ کیاہ ڈٲلیشُن
راتھ کُیتھ زوٗن تُیتھ کھَٹاں باضے

پرانہٕ مندورِ تۄرٕ دٔری چہٕ قلاے
دوہلہٕ کم خاب چھُس وُچھاں باضے

پانہٕ کُس پٔرٕھ کری اگر ژٕ وَنکھ
سبز رأژن بہٕ چھُس وُہاں باضے

ڈاکٹر رتن لال شانت

# اَفسانٕچ زبان تہٕ ہیٛتھ

تمی زَبٲنی ہُند اَفسانہٕ چُھ کانٛہہ پٔرزنتھ ( آیڈینٹٹی ) پٲداوان یتھ منٛز نٔثر بالیٛغ گومُت آسہٕ۔ نٔثر
گو زَبٲنی ہٕنٛدِ نٛجی محاوٕرک بامانے وَرتاو تہٕ امہِ مانے یہٕ خاطرٕ محاوٕرس اندر لفظچ صُحی لاگے ( پلیسِنگ ) کانٛہہ
زَبان یتھے پٔنن مخصوٗص محاورٕ پٲداِ امیُک فائیدٕ چھُ باقیو صنفو کھوتہٕ جادٕ نٔثرٕ سے واتان۔ محاورٕ گژھہ لفظی مانے
چَن سَرحدن ترُن تہٕ اَلنکاری ( ضایع بدایع ) مانے خاطرٕ شبقہٕ گژھُن تہٕ باوَت چَن نوزکی ین وٕتھ ہکن۔
زبٲنی لحاظٕ چھِنہٕ نٔثرس تہٕ نظمَس ( وٕرسس ) کانٛہہ وٕنیٛڑ فرق مگر یوسہٕ فرق چھُکھ سو چھُ لفظ لاگیہٕ سیتی گژھان نظمِ اندر چھِنہٕ
محاورٕ کُنہٕ باقاعدٕ لفظ لاگیہٕ موٚحتاج آسان مگر نٔثرس اندر ہیکہِ لفظٕ پھیریہٕ سیتی محاورے بدلِتھ، مانے بدلِتھ، گژھِم
غلط تہٕ گژھتھ۔ نظمِ چھنے وننہٕ کھوتہٕ اِشارٕ کران۔ نٔثر تہٕ چھُ اِشارٕ کران مگر ونان چھُ وار یاہ کینٛہہ۔ وننہٕ کنی
چھُ اتھ منٛز جملہٕ اہم بنان۔ لفظ چھُ لوٚہ لنگر ہِتھ یوٚرٕ تنوظُرٕ کنی مانے دِوان۔ تتھ چھِنہٕ ہنٛی کانٛہہ تنہا شخصیتھ روزان۔
زبٲنی ہٕنٛز موٗل اِکائے تہٕ چھُ جُملے مانہٕ یوان۔ زبان دان چھِ مانان زِ انسانَس آسہٕ نہٕ لفظو سیتی بلکہِ جُملو
سیتی زٕلو آمُت۔ اوٚ کنی چھُ نٔثرٕ موٗل بولنہٕ زبٲنی نزدیکھ آسان۔ امیُک مطلب گو نہٕ زِ اسی چھِ نٔثرٕ بولان۔

أسہ نہٕ چھہٕ نظم (ورس)۔ بولان نہ نثر مگر یہِ کینژھاہ أسی بولان چھہ تہٕ چھُہ یمن دوٕن اندن منز باگ مگر نثرس ہنا نکھے پہان۔ سُہ چھُہ بقول ایلیٹ شاید نظمی نثرس (ورس پرٛوزس) ہیوٗ آسان۔۔ مگر اگر أسی نثر نُما کتھہٕ کران چھہٕ یہ نثر چھہٕ نثرچہٕ صنفو منزٕ افسانس نکھہٕ آسان تہٕ کیازِ افسانہٕ چی زبأنی چھے خوصوصیتھہٕ زِ سو چھہ ونان تہٕ تہٕ اشارہٕ تہٕ کران۔ تی نایہٕ أسی بولان بولان اَتھو تہٕ کھور لو کران چھہٕ۔ یہٕ دُرہٕ یہِ ذِمہٕ وأری بناونہٕ خأطرٕ چھہٕ افسانس اندر لفظہٕ لاگے اہم۔ لفظک تُلہٕ تراوا اہم۔ چونکہٕ افسانہٕ چھُنہٕ الگ تھلگ روٗزِتھ ووتھہٕ بولبان۔ یہِ چھُہ کلُہوم پأٹھی نثر بالیٖغ گرژھنس ستی پھولان۔

## وُشنیرتہٕ ہٕندر یارگ رأچھدرنثر: ایسے تہٕ تنقید۔

نثرچہٕ بالیٖغی ہُندُ ثبوتھ چھُ ایسے تہٕ تنقید آسان۔ ایسے چھُہ لکھأری سٕندِس تتھ تخلیقی منس ڈسپلنس اندر کٔنژرٹان یُس سو باوکنی بے راہ رَو چھُہ تہٕ ایسے لکھنہٕ وِزِ بے راہ رَو روزُن تیٖچ خوٗبی چھہ۔ گوزہٕ ایسے چھُ چھو کہٕ وُنہٕ آمتس منس دوٗثرِ منز رٹان تہٕ دوٗژھ مُژرِتھ اسہٕ برٛونٹھ کنہٕ لدرٕ مال تراوان پتہٕ ثأبت کٔرِتھ دِوان زِ سوٗ دُراوس۔ ازلے مالہٕ وُرِتھ۔ ایسے چھُ نثرٕ چو صنفو اندر کُن سُہ یُس لفظس ووندِ گٔنڈِتھ دِماغی پھروان چھُہ تہ بیک وَقت ووندُ وُشنیرتہٕ دِمأغی ہُندر یرٕ زِ ژھران چھُ۔ اکِہ طرفہٕ چھُہ اتھ منز منُک جہارتہٕ لفظک جہار ہَم مانے بنان تہٕ بیٖیہ طرفہٕ جُملہٕ بناونہٕ وِزِ مَن کٔنژرٹنچ کوٗشِشے فن بنان۔ زبأنی ہنرٕ بالیٖغی خأطرٕ چھیہٕ یہِ کوٗشش ضروٗری۔

تنقید چھُہ لکھأری ہُنزِ بے گنڈ کوٗشِشہ اندر تِم عنصر ژھانڈان یِموشُہ SPONTANEITY اندر تہٕ کُنہٕ ڈسپلنس طابع تھوو۔ امہٕ خأطرٕ چھُہ تنقید پنِنہٕ زبأنی اندر قوٗتھ پادہٕ کران یمہٕ ستی لکھأری

سندِ بن لفظن باہمی رِشتن پھاس ترٛاوِ۔ یانے لکھاری سنٛز فطرتی زبانٕ لاگہٕ پننہٕ مصنوعی زبانٕ ستی پیٹھ زِٹھش۔ اَمہٕ خاطرٕ چھُ تس پننس نفظس لکھاری سندِ لفظہٕ کھوتہٕ جادٕ برٛوٗنہہ پانٕ دکرُن۔ پرٛن وول یُس اوٚتانٕ لیکھن والہٕ پیٹھ نیوٚمُت اوس، ٹھیکہٕ راوِ کھوتہٕ پوٚت نظر ترٛاوِ۔ پیٹھ کانٛہہ پرٛن وول نہٕ تنقیدس آسہٕ نے نہٕ ساری پرٛن والی۔ سُہ آسہٕ خال کانٛہہ، گوڈے رژھ کھنڈ بالیٖغ تہٕ ممکن چھُ توصی تہٕ۔ تنقید چھُ تسنٛز بالیٖغ نظری ہُند فائدٕ تلّان تہٕ تسندی توصب پھٹراوان۔ پتہٕ دی تنس یورٕ نوی توصب سوٗ چھُ وکھٕ کتھ۔ بہرحال گژھِ تتھ زور وَرزبان آسنٕ۔ ( وُچھو آخرس پیٹھ ضمیمہ نمبر اکھ )

## عملی شکل دِنچ کرٛاو

اَسہِ تہٕ تنقیدٕ چ کرٛاو ( پرٛاسس ) چھِ نثرس بالیٖغ بناوان۔ افسانہٕ چھُنہٕ اَسہِ یا تنقیدٕ چ زبان وَرتاوان۔ وَرتاوے تہٕ غلط چھُ کران۔ مگر تتھ چھُ اَمہٕ زبانٕ ہنٛز عملی شکلہٕ ستی واسطہٕ آسان۔ ڈسپلنہٕ ستی شکلہٕ آمٕت ثانے بوٗرت تہٕ وَرتاو دِژامٕت یوٚتاہ وسیع لفظہٕ راش افسانس میلہٕ تیوٚتاہ دِیس سُہ عملی رنٛگ۔ سُہ جوڑ ہس عام اِنسانس واقعہٕ ہن، موموٗلی لکن ستی، ان پڈ زیوٗلاگس۔ سادٕ بیانس تہٕ وُٹھی متین مکالمن ہِندِ ہن کاڈٕ بن لدِ بس۔ افسانہٕ چھُ سنجیدٕ لفظس اَسُن تہٕ گنڈُن ہیٚچھہ ناوان۔

## سفر اکاییتہٕ پیٹھ کاییتس کُن

بالیٖغ گژھان گژھان چھُ لفظ اِکائیت پرٛاوان۔ اکائیت گو پیٹھ کایایہ ( جسمہ ) نِشہ بدوٗن مگر کُنہٕ تہٕ کایایہ ہُند روٗپ دارنس ٹِگی۔ کایایہ سوٗس تہٕ تہٕ کایایہ روٗس تہٕ۔ اَسہِ تہٕ تنقید چھِ زبانٕ اِکایتہٕ چن

تھذَرن واتہٕ ناوان ۔ افسانہٕ چھُ اتھ اکا یتس علمی زندگی ہنٛز کا یابخشان ۔ تنقید کرِ سماجہ کہ ملٛژاہرچ زندگی ہندِ کرٕ یچھرچ، رِشتن ہندِ ٹیٚچھرچ کتھ ۔ افسانہ دِیہ نفظن واقہ تہٕ کردارن ہُندرنگ، زِندہٕ مثالن ہندِ ذٕسہ ہاوِ تہٕ نفظس دِیہ بولوَنہٕ زبٲنی ہُند رُوپ ۔ تنقیدہٕکین اصطلاحن چھُ افسانس اندرپٲنٛن الگ مانے آسان مثلن ٹیٚچھر یا میچھر ہینکہ علمی زندگی منٛز صرف مدٕچ وکھنٕ کرتھ یوٚدوٕ تنقیدس اندر یہ رٕوی پیچ (اٹی چوڑچ) وکھنٕ کران چھُ ۔ بیٚیہ چھُنہٕ ضوٗروٗری زِ افسانہ نگاروٕنی کہ کانہہ یا کینہہٕ چیز چھُ میٹھوٗ یا کرٛوٗٹھ ۔ سہ وۄنہ تلاوِ اسہ اٲچھن برٛونٛہہ کنہِ اکھ شکل یُتھ زِ یانٕے ننہِ میچھرتہٕ کرٕ یچھرکیاہ گو ۔ جذباتھ، صفتھ، قرار، رٕوی، قدر، اِنسانیتھ ہی گوبی لفظ چھ افسانس اندر واقہٕ تہٕ تصویر بنان ۔ اوٚکنہٕ چھیہٕ یہ کتھ صاف زِ افسانچہ زبٲنی ہنٛز ترٲے چھے اکا یتہٕ (ابسٹریکشن) پیٹھ کا یتس کُن ۔ شُنہٕ کہ تھذرٕ پیٹھٕ ٹھوس یا تھلس کُن بیٚیتہٕ پیٹھہٕ تھذر جاہٕ جان پاٹھی سمجھہٕ ہیکون ۔ تنقید پیٹھٕ افسانس تانٕ زبٲنی ہُند سفر چھُ ہو بہو تتھ سفرس ہیوٗ یُس زبان زِنم ہیوان ہیوان کڈان چھیہ ۔ زبان تہٕ چھیہ اکا یتہٕ پیٹھٕ کا یتس کُن ینٛچ کوٗشش آسان ۔ افسانچہ زبٲنی ہُند گوٚڈنیک نوٗ قطہٕ چھُ یوٚہے ۔

## آوازِ ہنٛز ہانٛکل

دوٗد تہٕ دگ، سوکھ تہٕ دوکھ، پنُن تہٕ وۄپر، ماے تہٕ رٕشُ، زندگی تہٕ موتھ، یِم اکایتی لفظ تھٕری نہٕ اِنسانن کُنہٕ قودرتی آوازِ نقل کرتھ یا کُنہٕ مجلسہ اندر باضابطہٕ مشوٗرٕ کرتھ ۔ یِم دٕرایہ تِہٕنٛد وۄنٛدٕ اندرٕ ہِکہ یا کشالہٕ ۔ تِمو گلوٗ زٕ بوتہٕ پانس رٲزِس نہٕ خبر تِمو کرِیٛژھیوٗ دیم لفظ تھٕری ۔ مگر کیاز؟ ییٚنہٕ تس زٕبو آیہٕ پیٹھٕ ازتانٕ چھُ تسنٛد روحجانے اکا یتین احساسن آوازِ ہنٛز ہانٛکل گنٛڈان ۔ احساسن آواز دِنی گوبے ناو تہٕ

بے رُوپس ناوتہٕ رُوپ دِیُن ۔ یہ گےٚ کایراونٛچ کرٕ او ۔ یہاے کرٕ اوچھےٚ زبانٕ ہُنٛد تواریخ ۔

## بالیٛغ زبانٕ ہٕنٛز مَنگ

افسانک رُوجحان تہٕ چھُپی ۔ یوسہٕ زبان بالیٛغ آسہٕ تہٕ تنقیدٕ دٕرامٕژ آسہٕ تتھ آسہٕ اِکایژ شکل گامٕژ افسانہٕ چھُ اتھ کایادِنٛچ کوٗشِش کران ۔ مگر سوال چھُ ووتھان زِ امہٕ کرٕ اوٗ ہُنٛد ضوٗرو رتھ کیاز پیٚیہ ؟ اگرے زبان پانہٕ اکائیتس کائیت دِتھ بنےٚ ہٕژ چھےٚ ، افسانہٕ کونہٕ ورتاوِ سو کایژ زبان سیٚد سیٚو دُوے ؟ سو بالیٛغ آسی تَن یانہٕ ۔ افسانہٕ کیاز گوٚڈ تنقیدٕ دٕسی بالیٛغ گامٕژ زبان ژھاران پتہٕ ورتاوِتھ تمیُک اکائیت دِنہِ تراوان ۔ مسٔلہ وہٕژھنہٕ نہٕ وزِ پژن اَسہِ یِم لفظ نوٹ کرنی ۔ تنقیدٕ دٕسی بالیٛغ گامٕژ زبان ۔

## تہذیب تہٕ نٔثرُک ووتھ بو

افسانہٕ چھُ کم ترقی یافتہٕ زبانن منٛز تہٕ آسان تنقیدٕ متہٕ آسی تن ۔ مگر شہ چھُ نہٕ بھہٕ ملُت آسان ۔
ترقی یافتہ زبا گیہٕ تمہٕ تمن اندر

١، نظم ( ورس ، شاعِری تہٕ ) تہٕ نٔثرٕ زِنگی بٔرزٕر آسہِ ۔

٢، نظمہٕ زِنگی صرف بٲتھ یا لوٗکہٕ اَدبے یوت آسہِ نہٕ تہٕ نٔثرس اندر صِرف اِنسانیاتن مُتلق لیکھت آسہِ نہٕ ۔ اَدبی صِنفن اندر افسانہٕ یا ناولے یاژٕ آسن نہٕ ۔

ترقی یافتہٕ سماجن اندر چھےٚ نہٕ زِندگی سوٗپ آسان تہٕ مولوٗماتہٕ زِنگی غریب ، کیٚنژن بژمن تہٕ وہمن گژہٕ گیوٗر کران بلکہ سو چھےٚ حقیقتس OBJECTIVE تہٕ سائنسی نظرِ ژرژان ۔ تتہٕ چھُ لیکھن والہٕ زِندگیہٕ ہُنٛدِ پن زاوی جار تہٕ افراط تہٕ فراغتہٕ کِس ماحوس اندر اڈٕو تھوٚٹار بوٚو شِرتھہ ناوان ۔ زِندگی آسہِ

زاوی جارِتہٕ سماج آسہِ COMPLEX نثرس اندر چھیہٕ حقیقژ لے آسان ۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت سماج یُو تاہ

COMPLEX گژھان چھُ تیژاہ آیہٕ تہٕ چہٕ زندگیہٕ ہنز لے حقیقتس نکھہٕ تہٕ نثر آو بارَسس ۔ COMPLEX گژھن

اگر اُزی کہِ سماجک مُقدر چھ، حقیقتس ستی گنڈنہٕ یُن چھُ نثرُک مُقدر ۔ COMPLEX سماج یُس نظم یا نثرٕ پاٹھی کران

چُھ تہٕ چھ تراے آسان اَدبی ( ادبیت سان، فوک نہٕ ) بنہٕ نچ ، سونچس آواز تہٕ لفظ دِنس ۔ تتھ اَدبس پہٕ چھ

جادٕ سنہٕ تہٕ وُستہٕ یوان ۔ لفظ ہیکہٕ اصطلاحی جہت پیژاد تھ ۔ تنقید چھیہٕ بالیغ سونچس اکایتی اصطلاحن اندر

بند کرنچ کوشش کران ۔ تنقید چھیہٕ لگاتار ادبی رلوائیژ تھران تہٕ پوٚٹھراوان ۔ افسانہٕ چھُ اَدبی ( ادبیتہٕ

سان، صرف اَدٕ نچ صنف آسہٕ موکھہٕ نہٕ ) کاوِشس تہٕ اَوِ کنی سماجچ دوٚیم زلہٕ ۔ گوڈنچ چھس پننی اوگر تھو گر

زلو ۔ اوگر تھو گر آسہٕ کنی چھیہٕ سو بڈ ونہٕ بیان کرتھ ہیکان تہٕ اوِکنی چھ مختلف عِلم ووپدان ۔ علم تہٕ ادب چھ

سماجی ترقی ستی سیٚود واتھ تھوان ییماج لبہٕ ترقی ادٕ لبہٕ علم تہٕ اَدب تہٕ ترقی ۔ سماج بنہٕ COMPLEX اَدب

تہٕ بنہٕ COMPLEX ۔ افسانہٕ چھنہٕ اتھ وڈ ( اکسیپشن )

## اوٚنڈ بوٚر تہٕ سیٚمیہٕ شوعور

کانٛہہ زبان ییژاہ اصطلاحن اندر گنڈنہٕ ییہٕ تیژاہ چھیہٕ تمیچ جینیس مران ۔ سو چھیہٕ پرتھ ( مُمِشر

رلوایتھ ) بنان ۔ تتھ چھے تخلیقی قوت تھیتی گژھان ۔ افسانچ زبان چھےٚ سماجی ترقیہِ ستی آمژ یہ تبدیلی

مانان تہٕ زانان ۔ پتہٕ چھس یہ قووتھ واپس انان ۔ واپس انہٕ نچ یہ اہلیتھ چھےٚ افسانس ملو ( اوٚنڈ بوٚر

نِش حاصل سپدان ۔ اُندی بُرس ستی اژھیوٚن واتھ ۔ سماجہ کتابہ اندر چھ اوٚنڈ بوٚر اکھ وَرق، افسانک

تنو ظُربنان ۔ اوٚنڈ بُرس ستی ذیٚہنی تولُق واضیح گژھنہٕ پتے چھُ اَفسانہٕ نگارس افسانہٕ زلوان ۔ اوٚنڈ بوٚر

چھُ اوٚندپوٚکھ تہٕ سمجِھ اِکاۓ آسان ۔ زمان تہٕ مکان کِس دٲیرس چھُ افسانہٕ نِگار مرکز بنان ۔ امہِ دٲیرٕ چہ
ڈٔنٛدرِ پیٹھ شوٚرُو کرِتھ نِشان نِشان مرکزس تَل واتان تہٕ پتہٕ پانس اَندی اَنٛدِچ یہِ اکاۓ افسانہٕ بَند کران ۔
اَندی بُرکِس شوٚعورس وَنو سمیہ شوٚعوٗر اِکاۓ آسُن گوٚ نہٕ زانٛہہ حقیقتس چھِ تہٕ رنٛگارنٛگی یہِ چھیہٕ یک رنٛگ ۔
بلکہِ اتھ ہیکن واریاہ سطحٕری (سطحہ) اَستھ ۔ افسانہٕ نِگار چھُ تمہِ پانہٕ ناوان سمجان تہٕ پتہٕ تمن اندرٕ تال میل پادٕ
کران ۔ اَوکنہِ چھُ افسانہٕ نِگارس نہٕ چیز آسان ۔ سمیہ شوٚعور پانہٕ ناوُنگ سکھ تہٕ مستند تجربہٕ ۔ دہ شوے چھِ تِہنٛدٕ
خاطرٕ ضروٗری مستند تجربہ گۓ تسنٛزٕ حساگی (سینسبلٹی) ہنٛدی حٲرٕ ثاتھ ۔ یِم چھِ تسنٛدِس فردس گُدران ۔
سمیہ شوٚعور چھُ تس اجتمٲعی اَڈرٕ نہٕ ستی یوان ۔ اوٚندبوٚرنِش یُس افسانہٕ نِگارَن اثر آسہٕ تسنٛد لیکھُن تہٕ باورٕ
کتھ چھِ ہم مانے بنان تہٕ کیازِ سُہ چھُ پننہِ منٛز کِس بے بوٚج ڈُنی یا ہس زبوٗدِتھ پنہٕ نٔس خیٲلی بجرس
حق بجانِب قرار دِنچہ ژھوٚنیہ ژھاران آسان ۔ یتھے کنہِ اگر ے افسانہٕ صِرف تیٚرِم واقعہ تہٕ اوٚند بوٚر
وہ ترھنے ، پننہِ تجربٕچ سندِتھ ہیکہٕ نہٕ سُہ چھُ صرف ایداد شمار دِوان ہٹیسٹِکس لیکھان افسانہٕ نہٕ ،
اخبار ثیران افسانہٕ نہٕ ۔ افسانہٕ ہیکہٕ نہٕ یِموٗ منٛزٕ اکہِ چی صوٗرتھ رٔٹتھ ۔ تتھ چھُ دہ نوٗنی ہنٛد میل کرُن ۔ افسانہٕ چھُ
فردہٕ تہٕ تسنٛدِ اوٚند بٔرکی توٗلُق تمن ٹھوس واقِن (سچویشن) ندر وُچھان تہٕ بیان کران یِم بامانے (ریلونٹ)
آسن تہٕ لِکھٲری ہِنٛدی ظٲہری تہٕ بٲطنی رِشتہٕ وٕبرٕھناوان ۔ (وُچھو آخرس پیٹھ ضمیمہ نمبر ڈ)

## اِشارَن زبوٗدِنچ ترٲے

اَزی کہِ اَفسانچ حقیقتھ کیاہ چھیہٕ ؟ اَزچ حقیقتھ کیا چھیہٕ یتھ افسانہٕ زبوٗدِوان چھُ ؟ اَزچ حقیقتھ چھیہٕ
نہٕ کانٛہہ ابدی حقیقتھ یوسہٕ ہمیشہٕ روزِ تہٕ نہٕ چھے ابدی حقیقتھ ضروٗری اَزچ حقیقتھ ۔ موجبتھ تہٕ عصر کھاندریا

طلاق، لول یارِش، دُین تہٕ وۄلسُن، امُن تہٕ جنگ، بڈِ بن ہُند احترام، اِنسانیتھ، اِنسانس اَندر زِندٕ حیوان بیتر ہیوی موضوٗع چھِ افسانس گوڈٕ پیٹھے آسی متی۔ مگر از چھِ وُچھنکی زاویہٕ بدلان۔ رُوی یہِ چھِ بدلان شاعری تہٕ تصویر کشی اَندر چھِ یِم رُوی یہِ چاڑٕ ٹاکار آسان، افسانس اَندر رٹہاہ کم پہان۔ شاعرس چھِ یِم یوٗت گُرکران زِ باضے چھُ تِس یِم رُوی یِ نظریہٕ بنان تہٕ یِتھٕ کُنہ تس بڑوٗنہہ کُن بدلنس رٕکاوٹھ انان۔ افسانس اندر چھِ یِم جاڑ کھوہ تہٕ جاڑ اِشارچہ شکلہِ اَندریوان۔ اَفسانٕچ حقیقتھ چھےٚ بہر حال ٹھوس دُنیاکِس حقیقی تہٕ خاٗرجی تشریحِس ستی واٹھ کھوان۔

## سمٕیک سوال تہٕ ایماندار ردِ عمل

سمٕیچ ترٛاے چھےٚ یہِ زِ لُکھ چھِ گامو پیٹھ شہرن کُن دَوان تہٕ تہذیب چھُ شہرو پیٹھٕ گامن کُن کاڈ کڈان۔ دوٚ ترٛاوُنہٕ وزِ چھِ لُکھ پنُن تمدُن تتی ترٛاوان تہٕ کاڈ کڈنہٕ وزِ چھُ تہذیب ملرن ہندی پاٹھی یہِ بتھ پییس تہٕ ننگلاوان۔ یُس اتھ دورِ واپس پھیرنچ کوٗشش کرِ سہٕ گوٚ ژھینہٕ۔ اِنسانہٕ سٕنز بدقسمتی چھےٚ یہِ زِ اشرف المخلوقات آسنکہِ بژمہِ اگر ے سہٕ تہذیبکِس کاڈس ٹھِر روزنچ کوٗشش کرِ، کرِ وُپس گرٛ ژھس۔ یہِ چھےٚ حقیقتھ تہٕ یِم چھِ سوال۔ سون اَز کال چھُ یِتھی نِ سوالن ہُند چلینج وہران۔ سون بڑوٗنہہ کال تہٕ کرِ یمنے وکھنے۔ اوے چھُ اُزٕیک اَفسانہٕ پننہٕ اَندی پکھِ کِس اُتھی روٗپس وہرٛھ ناوان۔ یِم سوال چھےٚ اکا یتس زنمِ دوان ئلی کِہ حقیقی واقن ہندِس روٗپس منز وۄتلان۔ حقیقتہٕ کِس مُستند تجربس اَندر چھِ ایماندٲری آسان۔ ایماندار لِکھٲری چھُ تجربہ کرِ مٕز حقیقتُس تہٕ مُستند تجربس منز آہنگ ژھاران۔ تجربہ گوٚ نہٕ صِرف واقہٕ یا نے یہِ سپدان چھُ تہٕ یا یہِ لِکھٲرِس گُذران چھُ تیوٗتے یوت ئلی کِہ واقُک آزاد باشعوٗر تہٕ تخلیقی ردِ عمل۔ تجربہ یہِ سپدان

چھُ تہٕ حقیقتھ (ٹرُتھ) یہٕ آسہِ یم دوٕ شوٕ ے ہیکن زبأنی گژھتھ (ربیانڈ - اَپور) اُستھ مگر دوٕ شوٕے ظأہر کرنک ذٔری یہٕ چھیہٕ صرف زبان۔

## دأخلی کیفیتھ تہٕ پرن وول

اَفسانہٕ ہیکہِ نہٕ افسانہٕ نِگارسندِس منس تانی مۆجود رُوزتھ۔ اتھ اَندر چھہٕ اکھ بوزن وول ہمیشہ مۆجوٗد آسان۔ لِکھأری ہیکہِ نہٕ امہِ بجہٕ پنٕز نش اِنکار کٔرتھ۔ اَفسانہٕ چھُ اَکھ مُسلسل خطاب آسان۔ ییلہِ افسانہ نِگار پننی نام نہاد دأخلی کیفیتھ دوناں چھُ پرن وول چھُس مۆجوٗد آسان تہٕ خلاف گوٲہی دِوان۔ یہٕ تہٕ ہیکوٚ وُنیتھ زِ پرن وول چھُ باضے لکھأری منٕزی شخصیتُک توسیع (اکسٹینشن)۔ لہٰذا تجربأتی یا نام نہاد دأخلیتُک عکاس اَفسانہٕ اگر پرن وألی سندِ شخصیتُک کانٛہہ لیحاظ کران چھُنہٕ سُہ چھُ پننِس فطرتس اِنکار کران۔ دوٚیمِن لفظن اَندر چھُ یہٕ وَنُن زٕ ڈرامایہٕ تہٕ چھُ افسانہ دوٚیم سوٕ صنف یوٚس عامُس آوران چھیہٕ۔ افسانہٕ نِگار گژھہِ بوزن وألِس دِلس اَندر بٔیہِ تمی زندگی ہُندسوٕ رستہ پأدٕ ہیکُن کٔرتھ یُس تمی پانہٕ زوٗمُت آسہِ۔ افسانہٕ گژھہِ سُہ تسندِ شوٗعورُک تہٕ حصہٕ بناوُن مُشکل چھُ تیٚلہِ پأدٕ سپدان ییلہِ لِکھأری ذأتی تلمیحہٕ دی دی پرن وألِس توس تُلان چھُ تہٕ پننِس زٕٹھل منس حق بجانب قرار دِوان۔

## نظم تہٕ نثرٕچ زبان

تہِ کیازِ تجربہ دِیہٕ زبان تہٕ حقیقتھ چھُ لِکھأری سِندِ ردِعملہٕ ستی تخلیقی تجربہ بنان، اَوکِنی چھُ اَفسانچہ تہٕ شأیِری ہنٛز زبأنی اَندر فرق کرُن ضرورٕ ی۔

گوڈنیُچ فرق چھیہٕ یہٕ زِ شأیِرانہ تجربُک سند چھُ صرف شأیِر آسان۔ تجربہٕ کیتھ شکلہِ منٛز آو

تَس تہٕ یِی نہٕ تس پرٛزنٕہ۔ یہِ شٔکل ہیٚکہِ حقیقی یا خیأ لی یا خأبی یا ترٛیشوٕنی ہُند امتزاج یا ترٛیشوٕنی ہُند تضاد یا ترٛیشوے بقأر بیٚیہِ کیٚنہہ اُستھ۔ پَرن وألس یا بوزن وألس چھُ تیتھ سیٹھرِس تانی واتُن پنٕن شوعور تہٕ ادراوان تہٕ شار سمجُن۔ مگر افسانس مُطلق چھنہٕ یہِ ضٔحی۔ اَفسانکہِ تجربٕچ سند گرٛزھہِ لکھاری سُندا وَندبوٗر آسُن۔ شأیر بطورِ فرد چھُ تخلیق وِزِ وٮ۪کھُت فرٕد آسان تہٕ باوتہٕ کِس سطحس پیٹھ تہٕ فردے روزان مگر افسانہٕ نِگار چھُ انفرأدی گرٛہِ منٛز نیرِتھ تا پَس پنٕن پان ہأوِتھ دِوان۔

۲۔ ــــــ نظم ہیٚکہِ صِرف اَکس سیٹھاہ موختصر خیالس پیٹھ دٔرِتھ اُستھ مگر افسانس اَندر بنہٕ سُہ خیال صِرف اکھ ڈِٹیل (بأنہٕ ؟)۔ شاید یہِ خیال یوٗتاہ شأیرس پوٗرٕ آورِ تیوٗتاہ چھُ شأیر مُستند یا سان مگر افسانس اَندرٕ گرٛزھِہ امہِ خیالک وَرتاو OBJECTIVE آسُن یٮ۪تین انسانس اَندرٕ ڈِٹیل آسن تتین چھُ خطرٕ آسان زِ زبأنی ہیٚکہِ رِکن گرٛزھتھ تہٕ جذبأتی یا سجاوٹی بنِتھ۔ اَتھن گرٛزھِہ زبان بے لاگ آسٕنۍ۔ جان افسانس اَندرٕ بڈٕ زٕ ٹھل قصہ تہٕ ساد زبأنی منٛز وَننہٕ یتھ۔ مگر سادگی یتہٕ چھِ بافضے زبأنی ہنٛز کمزوٗری یہِ تہٕ کھٹنہٕ یوان۔ زبأنی ہنٛز نوزکی چھیٚپہ دِتھ سادگی زھارٕنۍ چھُ غلط۔ بَیان گرٛزھِہ اثر دار آسُن یہِ چھیٚہ زبأنی ہنٛز ابتدأیی خوصوصیتھ۔

۳۔ ــــــ شأیری اَندرٕ چھُ بوٗلوٕنی زبان تشبیہن تہٕ استعارن (یانے النکارن) ہُند جامہٕ وٗلتھ یوان مگر افسانس اَندرٕ چھِ تشبیہہ تہٕ استعارٕ بولوٕنہٕ زبأنی ہِندِس محاورس اَندرٕ وَرتاونہٕ یوان۔ یانے افسانہٕ چھُ النکارن بول بوٗشس عطا کران۔ افسانٕچ زبان اگر النکأری آسہِ "تیٚلہِ ہیٚکہِ سو سون توجہ کتھہِ نِش ڈألِتھ تہٕ پانس کُنے پھِرِتھ تھوٗتھ"۔ افسانہٕ تہٕ پَرن وألس منٛز (یہِ) زبان اکھ بے ووجود مگر اہم ذٔریہ

مُنِتھ تھےٚ کُنٛ یتھ کُنٛ نظرِ تہٕ نظارس منٛز ژھٕمی نمبرٕ ک شیشہٕ (عٲنکھ)" راجندر یادوَچھ ہندی افسانن

ہنٛز سوٚمبرن" ایک دُنیا سمانانتر" چہ گوڈِ کتھ منٛز اَفسانچہ زبانٕ ہنٛز کتھ تُلان تہٕ عٲنٛکچ مِثال دِتھ اَرچ

فنکشن واضح کران ۔ زبانٕ ہنٛز مُرژگرٛی چھ صرف سون دٛیان ڈالان ۔ اَفسانچ کتھ سمجنس

ٹھرٕ روزان ۔ افسانچ زبان گژھِ شفاف آسٕنۍ ۔

## زبانٕ ہندی سبتھری تہٕ رنٛگ

افسانچ زبان چھیہٕ زٲنتھ مٲنتھ گرنہٕ یوان ۔ یتھ کُنٛ افسانہٕ نگار کردارن ناوتھوان چھُ افسانس

کاٛنہہ مخصوص ہیٔت دِوان چھُ تِھے کُنٛ ۔ اَفسانچ زبان چھنہٕ ہنگہ تہٕ منگہ سیدان (نظمہٕ ہنٛزِ زبانٕ مُتلق کُس

وڈ چھُ ؟) ۔ نظمہٕ اندر چھیہٕ شبیہہ (اِمیج) پننی زبان ہیتھ یوان مگر افسانس اندر چھیہٕ کتھ پننی ہیئتھ ہیتھ

یوان ۔ زبان چھس پتہٕ دِنہٕ یوان ۔ برابر کتھ برابر زبان دِنی چھیہٕ افسانہٕ نگارٕ ہنٛز شخصیژہنٛز خاصیتھ ۔

حقیقی (یا حقیقت پسند) زبان چھیہٕ الگ آسان تہٕ جذباتھ نگارٕی ہنٛز الگ ۔ منظرکشی ہنٛز الگ

تہٕ نفسیاتی تجزیچ الگ ، کُڈرٕ ہِن تجربن وکھنے کرن واجنیٛ الگ تہٕ لاوہِن ایحساسن زٕ بوٕ دِنہٕ وٲجنیٛ الگ ۔

اگرٕ اَفسانہٕ نگارس زِندگی ہنٛز عریانی ہاوٕنی چھےٚ زبان تہٕ چھیہٕ ننگہٕ آسان ، وہ راٹھ محاورس

اندر لیکہٕ ہنٛد آکارٕ ٹتھ ۔ موتُک تجربہٕ تمۍ ژیوٚ نمُت چھُ (موٚدمُت چھُنہٕ تِلکہ مرٕنی واقن اندر گُذرٕنُک

تجربہٕ چھُس) زبان آسہِ بےٚ رنگ تہٕ یخ ۔ سہ دِیہ رشتن ہنٛد ہنٛدریارچ غٕینہ ون ۔ عشق لیکھن چھس تہٕ

اوٚندبوٚر کھواشروستی بدلے مِتۍ تمکی جُبھی کڈونہٕ تہٕ ذاتی جذبل زبانٕ دِیہ زنم یتھ اندر مایگی برقرار روزِ ۔ طنزٕ خاطرٕ

دِیہ غٲر ذٲتی (اِمپرسنل) محاورس ترٛشی ۔ لفظ بٔنٕ ہشرتہٕ پیتی ہی تیز ۔ سنسکرت نقادٲسی اُتھی سنٛےمتی

تِموکوٚرُو مُطالہٕ تہٕ پیٚتہٕ نتیجہ کٔڈِتھ مختلِف جذبہ باوَنہ خاطرٕ اِسکھ اچھر تانٛی مقرر کٔرِتھ مٔتی۔ یِیٚژھ ہن چھیٚیہٕ زاچھرِ چھُ پنُن وشنیر تہٕ نرمی ٹھنڈی تہٕ ترٛوشہِ نیاز آسان۔ (وُچھو ضمیمہٕ نمبر ترٛیٚ)

## اَلنکٲری زَبان

افسانس اندر اگر تشبیہہ اِستعارٕ یا نٲلے النکار آسن تمہِ سکوکھہٕ اُسی الگ پأٹھۍ نتھ موٚلوتھ۔ یِتھہٕ کٔنۍ اُسی شأیرن ہِنز موٚلہٕ اَنکوٚنہٕ وِزِ تِہِنز مثالہٕ عَلامٔژ تشبیہہ وَغارٕ الگ تہٕ نوان چھہ تہٕ تِہِنز خوٗبی ژرٛزان چھہ۔ تِتھہٕ کٔنۍ چھہٕ اُسی اَفسانکی النکار الگ نوان۔ وارِ یاہ پھِر چھِ دٔرُس نظم الکھ تشبیہہ اکھ عَلامتھ یا اکھ اِستعارٕ یِیٚژ آسان یا رِنظم آسہِ رِوایتی موٚموٗلی دِیھ اِستعمال سپدمتی النکار آسن خوٗبصوٗرتھ۔ وار یاہ نظمہٕ چھہ شأیر صِرف پننی شبیہہ کأری ہاوَنہٕ خاطرٕ لیکھان۔ وُنہٕ تہٕ چھُ کلاسکی شأیرن ہُندناوِہنہٕ یِوان یِیلہٕ الگ پأٹھۍ تہٕ تِہِندی النکار وِکھنۍ آسن۔ مگر نثرٕ نِگار چھِنہٕ صِرف زبأنۍ کٔنۍ موشوٗر۔ پریم چندنۍ زَبان اُس پننہٕ رَوأنی کٔنۍ بے جوڑ مگر پریم چند چھُ نہٕ زَبأنۍ کٔنۍ بلکہِ کتھہٕ ہنٛدِ کٔنۍ موشوٗر۔ پننہٕ اوٚندٕ برِ چہ پھانہٕ کٔنۍ موشوٗر۔ پننہٕ سمیہٕ شوٗعوٗرٕ کٔنۍ زانہٕ یِوان۔

## عَلامَتھ گیٚہ پٔشہ

چوٗنکہِ تشبیہہ اِستعار وَغارٕ چھِ جادٕ ترٕ لفظن تانٛی موٚحدوٗد روزان تہٕ عَلامتھ چھہ سأری سے افسانس پر توٗ ترٛاوان اوٚکنۍ چھِ علامٔژ بیٚیہِ کتھہٕ باتھ کرنۍ ضوٗروٗری۔ عَلامتھ چھِ لفظَس ناوَس یا سأری سے افسانس بیٛاکھ مانے دِوان۔ گوڈنیُک مانے یانٲلے لوٗغوی مانے اگرے تتھ موٚموٗلی یا عام فہم چھُ اَکم پایہ یا کم باوتی چھُ عَلامتھ چھُس بیٚیہِ ہن سنبرتہٕ وُستھ دِوان۔ اگرے پیٚنُن مانے مُکمل چھُ عَلامتھ چھِنہٕ راُسی

گژھان ۔ یُلی کہٕ عَلامتھ گرٕنچ خوٗبی چھےٚ یہِ زِ کتھِ اوس پَنٕنۍ مانے تہٕ نیران، علامژِ دِتس بیاکھ مانے تہٕ تمہِ
چہ اثر اندازی گےٚ پُشنہٕ ۔ اگرے پَرن واجِ صِرف گوڈنیکے یوت مانے سمجِ علامتس پیٹھ گژھِ نہٕ فرق
ینہِ تہٕ پرن واجِس گژھ پَنُن لُطف حاصِل سپدُن ۔ عَلامژ ہیٚکہِ صِرف ثانوی اہمیت اُستھ ۔ یہِ ہیٚکہِ
نہٕ تہٕ گژھِ تہٕ نہٕ گوڈرِچ جاے رٹنۍ ییلہِ عَلامتھ گوڈنچ جاے رٹان چھےٚ افسانہٕ چھُ موہ بنان ۔ گوکہ علامژ چھُ مانے ہَس
سمتی یوت واتھ، ہیٚرژ تہٕ علامتی شکل دِنچ کوشش تہٕ چھِ سپدے ہژ ۔ امہِ سمتی گیاہ حشر ہیٚکہِ افسانس گژھتھ!
نظمہِ اندر آیہِ یِتھی تجربہ کرنہٕ ۔ سُرریلزمہٕ سمتی متاثر گینژ ویوٗرپی شاعر و بناوٕ ہیٚتھ تہٕ علامتھ ۔ اپو لونیرن لیچھ
رٔد، کرسی، میزس بیٹر پیٹھ تتھ پاٹھۍ نظمہِ اچھرہٕ جُملہٕ سجاوُن تتھ پاٹھۍ زِ کاغذس پیٹھ اُس کرسی یا میزچ شکل
تہٕ بوزنہِ یوان تہٕ پرنہٕ خاطرٕ اوس کرسی ہنزٕ تھر پیٹھ شوٗرٕ ڈُکرتھ نرٕ بوتھر تہٕ بیہن جایہِ کنٕ وسان وسان
پتہٕ رنگن تانی پران گژھن ۔

## زبانی ہنز شکلہِ تہٕ شکلن ہنز زبان

اَفسانکۍ کردار ہیکن ینہٕ زنگی عَلامژ اُستھ یا سورے اَفسانہٕ ہیٚکہِ اکاے عَلامتھ بَنتھ تہٕ بیٚیہِ کُنہٕ
مانے یک اِشارٕ تہٕ کرِتھ ۔ مگر اگرامیٹک پھر (وٗلٹھ) سپدان چھُ یانے عَلامتھے چھُ کردار بنان یا زِ علامتھے
چھُ افسانہٕ بنان تیٚلہِ چھُ افسانہٕ پنٕنہٕ موٗلہِ مزاجہ نشہٕ ژھنان ۔ یتھ افسانہٕ چھُ کنہٕ سماجی، اِجتماعی، انفرادی،
ذاتی، نفسیٲتی یا بیٚیہِ کنٕ علمی ہکن فارمولاہن یا قایدن وُکھنے کرنہٕ خاطرٕ لیکھنہٕ آمت آسان ۔ (وُچھو
اَخرس پیٹھ ضمیمہٕ نمبر ژور) ۔ یتھ افسانچ ہیٚتھ تہٕ چھِ بدلان تہٕ خبر تتھ وِنہٕ وِ افسانہٕ ۔ سوال چھُ یہِ زِ زندگی اندر
چھِ اکا ہتہٕ علمی مسلہٕ تہٕ ۔ مگر انسانس اندر وبرھناوُنہٕ خاطرٕ چھُنہٕ واجب زِ امہِ خاطرٕ نموکھ اکایہ عَلامژ تہٕ

تہٕنٛد اُپزے دُنیاہ کرٕ وکھڈاہ۔ ہیٚتھ چھ ضرور افسانکہٕ متیٚنٛج منٛگ آسان مگر افسانہٕ گرٛزھ بہر حال افسانہٕ روزُن۔ یوٗرپس اندر بدلے یہٕ ہیٚتھ مگر اُمی کوٗرنہٕ افسانہٕ کٔس فطرتی ڈانٛچس کیٚنٛہہ۔ جرمن افسانہٕ نِگار کافکاہن انگریزی لِکھاٗری ورجینیا وُلفہٕ تہٕ ساٗل بٮ۪لوہن بیترِ کوٗرنہٕ بوزن واٗلۍ ہنٛدِس ذیٚہنس .. اِمتحان تہٕ صبرآزماٹھٕ کوٚسی کوٗرکھنہٕ پریشان۔ علامژِ ہیٚش یموٚ داد۔ زبانٛی ہنٛد بذاتی نہٕ ہٮ۪کن یاے کوٗرکھ تسلیم مگر نتٕرس ترٛووکھنہٕ اَمکہٕ مُمکن ہیکٕژ کھوٚتہٕ علاوِ بار۔ افسانس چھُ بہر حال کتھ روزُن تہٕ کتھِ اندر نیرِ تَن پیٚتہٕ کاژٕاہ کوٚتھ نیر۔ کتھ گرٛزھِ ٹھوس شکلن ہنٛز زبانٛی یِنۍ۔ افسانہٕ چھُنہٕ کانٛہہ سبق دِنہٕ خاطرٕ لیٚکھنہٕ یوان۔ زندگی ہنٛز فلسفیانہٕ تشری ہیٚکہِ ادب کٔرِتھ مگر تمن صنفن ہنٛدٮ۪ن شرطن اندر اندرٕ یمن اندر سوٚ تشری آسہِ۔ شاعری اندر زبانٛی ہنٛزن شکلن منٛز تہٕ افسانس اَندر شکلن ہنٛز زبانٛی منٛز۔ افسانہٕ آسہِ تمہِ فلسفہ وراٗے تہٕ مکمل تہٕ لوٗب وُن۔ فلسفہٕ چھُ وار یاہہِ پھِرِتھ بوٗرے بنان تمیٚک باوتھ روٗٹے کران۔

## ذاتھ تہٕ بےٚ ذاتھ

افسانہ اوس گوڈٕ گوڈٕ داستان تہٕ افسانہٕ نِگار پانہٕ حتیٰ اِمکان لوٗب روٗزِتھ بیان کران گوٚ رکہ بیان کرنہٕ کنۍ اُس تسنٛز ذاتھ تتھ اندر موجوٗد آسان۔ پتہٕ آو افسانہٕ نِگار بحیثیت راٗوی۔ بیان گو جذبل — افسانک زیٚٹھ کردار بنیو "بہٕ"۔ باقے کردار آسی "بہٕ" ہَس ہیوی یا "بہٕ" ہیچ زٕھاے یا "بہٕ" ہلی آبجکٹو ایڈرِسن۔ پتہٕ آو بےٚ لاگی ہُنٛد اپرٛوچ بارَس۔ افسانہٕ نِگار اوس راٗوی بدلہٕ صرف اکھ دوٗرِ وُچھن وول شخص۔ "بہٕ" بنیو "سہٕ"۔ "بہٕ" اوس وارہ یا ہَس کالَس تانۍ "سہٕ" ہَس زنگ زٕھنان یا اوس "سہٕ" دراصل "بہٕ" ہَس بتھس پیٹھ اکھ نقاب۔ وارہ یاہ افسانہٕ یمن ہُنٛد مرکزی کردار "سہٕ" چھُ چھُ توٚتہٕ

تیٚتھی جذبٲتی تہٕ سبجکٹو۔ یہ سارے کوشش چھےٚ یہ اکہِ طرفہٕ سمیکہٕ بدلنچ بێیہ طرفہٕ لکھاری سٕندِ سمیہ شعور پرچ وکھنے
کران۔ ژرکہِ چھےٚ کتھ لکھاری سٕندِ اپروچ تہٕ رُوی تیچ۔ چھراہ "سہ" کردار سٕندناوتھوہٕ سیتی گوہٕ زِ لکھاری
چھُ سمے زون مُت۔ أندی ٲکھس کُن پَنن نوقطٕ نظر بدکڈ نک عمل چھُ تس اپروچ دِوان تہٕ اِدٕ ہیکہِ
سہ ٹھیکھ پأٹھی پننہِ خاطرِ فاصلہٕ کرِتھ زِ "بہٕ" روزیا کنہٕ "سہ" بنہِ۔ "بہٕ" وِز چھُ لکھاری واقن ہنز جوہ یہ سیتی
وسان آسان تہٕ "سہ" وِزِ لوب روزنچ کوشش کران۔ مگر یتھ پأٹھی چھُ افسانہٕ نگار سٕند "سہ" تہٕ تسٕندی
شخصیتُک حصہ۔

بلکہ باقین ساری نے کردارن منز چھُ تس سے "سہ"، پنُن نوقطٕ نظر آسان یمِس ڈسی سہ واقہٕ تہٕ باقے کردار وُچھان
چھُ۔ نوقطٕ نظر چھُ ہمیشہٕ کانُہہ کردار آسان۔ "بہٕ" وقتہٕ بے تہٕ "سہ" وقتہٕ تہٕ بے۔ سلہٕ چھُ بیانس تہٕ
اپروچس اندر بے لاگ دوٗر بر پأد کرنُک۔ افسانہٕ نگار لیکھی تَن "بہٕ" ہے مگر "سہ" ہیچ کوشش کرنی
بے لاگی کری تَن پادٕ۔ مطلب افسانہٕ نگار گژھِ پانس پانہٕ نِشہٕ ژھینہٕ کرنچ کوشش کر۔ صرف "سہ"
دِنہٕ سیتی یوسہٕ تبدیلی افسانچہ ہیٚژ اندر یوان چھےٚ سو چھےٚ غأر اہم۔ ژھینہٕ کرنچ کوشش کرِ فحاورسے
تلک پیٚٹھ زبٲنی دِیہ بدلے جہار تہٕ ہیٔتھ بدلہٕ پانے۔ یہ کرُن چھُ مشکل۔ بڈٕ عذاب چھُ یہ کرُن تہٕ یہ عذاب
تُلان تُلانے چھےٚ افسانچ صحی زبان تھنہٕ یوان۔

## ہیٔتھ بدلنچ منگ

ہیئتہٕ ژنگ چھِ افسانس اندر ژنگہٕ ژنگی میلان۔ ڈایری ہنٛدہِ ورقن ہندی پأٹھی، چِٹھِ بو
ژنگی، اخبار کٹنگن اندر، فلمی سینر یوہن منز چھُ افسانہٕ لیکھنہٕ یوان۔ یوت تانی نہٕ یمن ہنز منگ مَتنہٕ

اٗندرٕ آیہ تہٕ لِکھاری یِموٗ منٛز کانٛہہ پانہٕ لوٚب رۄزِتھ ژورتوٚت تانی چھُ نہٕ یِمن ہُند کنٛہے مقصد۔ یِم ہیکن تسٕندِ ہونرُک انداز کرنأوِتھ فنک نہٕ۔ یِمن منٛز ہیٚکہِ افسانہٕ نِگار پننہِ کتھِ نشہِ رأوِتھ تہٕ کیاژِ تس روزِ کل چھیٖڑِ یا ڈایری ہِندی لوٲزِ ماتھ گژھی پلوٗ رِ گژھتی۔ (وُچھو ضمیمہٕ نمبر پانٛژھ)

## اہم چھُ جسک حِس

افسانس یوسہٕ ذِمہٕ وأری ازلے مٹہِ چھیٚہٕ سوٚ چھہٕ یہ زِ اوٚند بُرس تہٕ تتھ اندر زُوِنس فردس ژھانٛڈِ بروبدی تہٕ نابروبدی۔ یہ ذِمہٕ وأری ہے چھیٚہٕ افسانس ہیٚتھ دِوان۔ اتھ ژھانٛڈوس اندر چھُ لِکھارِس یہ یقین کرُن زِ تس چھا بیاٗنی لہجہ نیٚشن کرنہٕ تقریری، خطأبی کرنہٕ خود تجزِیی، یا نس سیٚتی کتھ کرنہٕ کرنہٕ بنیٚس سیٚتی۔ افسانُک گرٕیمر چھُ سہٕ اٗتی تھےٚ طے کران۔ یِتھ زِ افسانہٕ یِتھے بنان چھُ سہٕ چھُ بیک وقت ہیٚتھ تہٕ آسان تہٕ تہٕ متن نہٕ کتھ تہٕ، تہٕ زبان تہٕ ہیٚتھ گژھِ افسانہٕ نِگارس پننہِ خیٚستکہِ ضوٗرِ رۄرِ تہٕ موٗجوٗب ژارِ دِ خلیسیٚتھ تہٕ ہیٚتھ کأژاہ ہم آہنٛگی ہیٚکہِ اٗستھ ارچ بہترین مِثال چھِ موٗسیقی۔ اتھ منٛز چھُ مضموٗنے ہیٚتھ آسان تہٕ ہیٚتھ مضموٗن۔




(الف) امہِ پیمانے وُچھو تہٕ کأشرِس چھُ اِبسے زِنگی ییا کھ تہٕ تنقید چھیٚہٕ وُنہٕ شوٗرُوٚ ہے گژھان۔ ادبہٕ چو صِنفو منٛز چھیٚہٕ بیٚیہٕ تنقیدٕ سٹھاہ کیٚنٛش صِرف کیٹھ کڈٕنی تہٕ تأریف کرنہٕ کرِ رۄجانہٕ کنٛی ہیٚنچ نہٕ کأشرٕ تنقیدِ پننی کانٛہہ شخصیتھ بنأوِتھ تہٕ نہٕ زبأنی زِنگی کانٛہہ ذأتی رنٛگ کھأرِتھ۔ یہ رۄجان ر ۄ د

نوٗڈبکین اُٹھن دٲہن وٲرِین۔ تنقیدِ ہیٚرِن پیٚتہٕ پٕرہِتھ مگر پرمانہٕ روٗدی غارٕ کاشُر۔ نتیجہ دراو یہِ زِ کاشِرِ نقادن سوٗنچ نہٕ پننہٕ آیہِ پننہٕ زیٚوِ منٛز۔ تِمو کوٚر نہٕ پننہٕ نِس محاورس اندر سہ جرٲت پادٕ زِ لِکھٲرِ سُندِس باوتس تہٕ باوتہٕ کِس اپروچس دِیہِ ہے زوال۔ عموٗمن سوٗنچ تِمو تِتھی محاورس اندر یتھ منٛز لِکھٲرِ لیکھان اوس:

"کٲشِر چھیٚیہ پانہٕ غزل۔ اکھ مرِتھ چھ مارِ منٛز، مدٕ مارٕ، رنٛبلی خوشی وِنی، تیٚہ زٕھٹہٕ وِنی ننٛدٕ بٲنٛی تہٕ نیٚیہٕ نیٚیہٕ کروِنی غزل۔ ارِچ اکھ اکھ مرگ تہٕ اکھ اکھ نیٚوٕر چھ امہِ غزلِ ہِنٛدٕ شار ..... یِیتہٕ کِس آب وہوہس چھ تغزُل پشپان ..... یِیتہِ جوِ تہٕ چھیٚیہ پان وٕتھراوان تہٕ تس سینہٕ داران ..... امہِ کِنی چھیٚیہ یِیتہٕ کِس مزازس غزل تہٕ غزلِ ہِنٛدِس مزازس یہ جاتیٚ حدٕ کھوتہٕ جادٕ وٲیہ وِنی ......"

—— کاشُر غزل:- مشعل سُلطان پوٗری

سون ادب ۷۲ء، ۱۹

نقاد چھ تنقید لیکھان لیکھان مشران زِ تس چھ غزلس پیٹھ تنقید لیکھنی، غزلہٕ۔ یا تہٕ چھ سُہ غزلِ کِنی یوٚت آورتھ زِ باسان چھس غزلس پیٹھ تنقید تہٕ گرِتھ غزلس ہشی آسنی۔ سُہ چھ نہٕ یتھ بنیٲدی کتھِ کُن ظون تھوان زِ تس چھ حقیقت پسندانہٕ سنجیدٕ تہٕ بےٚ لاگ روح پانہٕ ناوُن۔ غزلِ زبٲنی سیٚتی مُہ آسنہٕ کِنی نہٕ چھ صِرف پانہٕ غارٕ تنقیدی زبان اِستعمال کران بلکہِ کینٛہہ وِہتی نتیجہ تہٕ کڈان مثلن یی زِ غزلس چھ کٲشِرِ سیٚتی ازلی واٹھ حالانکہِ یہِ چھ محض اِتفاق زِ یورِ آیہِ فارسی رِہوایتھ۔ یورےٚ پیٚیہ انگریزی یہان نہٕ تیٚلہِ وٕ تلِہ ہے ناتیتھ زبٲنی اندر یِیتھِنگ ماری موٚنٛد حُسن؟ یہِ اُس غزلس پیٹھ تنقیدِ ہِنٛز اکھ مِثال۔ افسانس پیٹھ

تنقیدِ ہُنز اکھ مِثال چھیہِ یہِ :۔

" افسانہ نِگار چھینہ وو زمیک گرزٹھ پیزا پزج، جان نا کارِج یا گو ناہ ثوانِچ نِشان دِہی کران نہ چھُ تماشہِ بینہ ہندی پاٹھی دوُر بہتھ والٹیری آیہِ عوامچہ بہتری باپتھ سِنہ وو گنیگ ایلان کران ، بلکہ چھس کل پنُن پان پیرز ناوُنچ ۔ اوے چھہ سہ پانس اپریشن ٹیبلس پیٹھ کھارتھ تختۂ مشق کران .....۔"

کاشُر افسانہ :۔ ہردے کول بھارتی

سون ادب ۱۹۷۶ء

اخترمحی الدین نہ افسانہ "زُے چھُکھ زُے چھکھ" ہُنچ تنقید کران کران چھُ نقاد پننی شبیہہ کاری اندر لُطف تلان تس چھُ افسانہ کھوتہ پنُن استعارہ گرُن جادہ اہم باسان ۔ سہ چھُ تہ تموُ لہ وان یہِ نہ افسانہ نِگارن کوّرمُت چھُ یانے پیزا پزِج نِشان دِہی چھُن نہ کرمژ' ایلان چھُن نہ کری مِتی وغارہ ۔ تمی کیاہ چھُ کوّرمُت تہ چھُ نہ کہو چہ کھاران ۔ تہ ییلہ اُخرس پیٹھ تمیُک ذِکر کران چھُ تیلہِ چھُ امہِ یا یتھین افسانن مُطلق یہِ بُنیادی کتھ مُشران زِ افسانُک "یہِ" چھُ راوی ( نریٹر) یانے اکھ کِردارس ییتی لِکھارس جذباتی لگاو ہیکہِ اُستھ یِس تسُند نوقطہ نظر ہیکہِ اُستھ مگر یہِ فاصلہ کرُن چھُ نہ ضُحی زِ یہِ 'یہ' کیاہ چھُ اخترمحی الدین صاحب یِس پانس تختۂ مشق کران چھُ ۔

کاشرس تنقیدس کیازِ گوہ کانہہ پنُن محاورہ ضحی امیک وَجہ چھُ شاید یہِ تہ کِہ لِکھاری لیوکھ نہ ایماندارٔی سان پانس مُتلق ۔ پنہ نِس تخلیقی تجربس تہ عملہ متلق ۔ محاورہ گرنچ بے قرارٔی دِیہِ ہے امی وزِ

کُنہٕ نوٗس گرٕتس زنم ۔ امہٕ حالہٕ چھ اختر محی الدینَنۍ تم مضموٗن اہم یم تموٚ گوکہ ایلانیا پاٹھۍ افسانٕس مُتلق
لیکھمٕتۍ چھِ مگر چھِ دٕرحقیقت تمن پننین افسانن مُتلق ۔

(خ) واقہٕ ٹھوس آسُن چھُ افسانہٕ کہ واتہٕ نیارٕ غاطرٕ گوڈنیُک شرط ۔ واتہٕ نیارُک فاصل
ہیکو نہٕ اُسی لکھارٕی ہنٛز ذاتی پسند ناپسند ہیتی کٔرِتھ ۔ خوٚد مرکز افسانہٕ نِگار چھُ تی کران ۔ نفسیاتی تجربہ
کہ بہانہٕ چھ کینہہ افسانہٕ نگار سراسر فارمولا یہ یا عام سمجہٕ نبر واقہٕ (سچویشن) گران تہٕ یہٕ ڈُپٕزٕ تہٕ چیلنج کران
زِ پرَن وول نیرن امہٕ جنرٕ منترٕ منٛزٕ نبر ۔ ٹھوس واقہٕ گوٚ نہٕ صرف حقیقتھ پسند (ریلسٹک) واقہٕ بلکہ کانہہ
تہٕ تواریخی، غار تواریخی، خیالی، غائبی یا تمن تمام امکانن ہنٛزن حدن اندر کُنہٕ قسمُک واقہٕ یم انسانی
ذہنَن ہاوان چھُ ۔ نارمل انسانی ذہن ۔ شرط چھُ یہ زِ واقہٕ گژھہِ تتھ ملوٗ (اونٛد برس) ہیتی کُنہٕ تہٕ
کُنہٕ کالس اندر مُطابقت تھوٗن یتھ منٛز سہ زٕہوان چھُ ۔ از کالس نے تہٕ یتھ کالس یا مُمکن برٕونہہ
کالس ہیتی ۔ فاروق مسعودی سُند "مَن تہٕ پوٗن" تہٕ بھارتی سُند "میانی لاش تہٕ ژھوپہٕ ہنٛد شُدر"
چھِ یتھین افسانن ہنٛزٕ مثالہٕ ۔ دوشوے چھِ کُنہٕ تہٕ گژٕکنۍ (نفسیاتی تجزیہ وُنی تو یا علامتی مانے ہوکنۍ)
صرف مُنتشرٕ دُنی یُہک مُنتشر باوتھ کران ۔ سچویشن چھنہ کُنہٕ تہٕ منطقہ رٕکنی یہان یا پرن والی سُند بنیادی
بروسہٕ پراوِتھ ہیکان ۔ اُکس اندر چھ زنانہٕ قتل سپدِتھ پیمٕژ مگر سو مارنہٕ آسنن (غار وجودن) ماج پییہ
اُزی تھہٕ ۔ نوشہٕ ہنٛد خوٗن چھیتھ کوٚرما جہ پتہٕ تس ہیتی سنگ ۔ یتھ واقس لاگو علامتی منطق ؟ کیاہ علامتھ؟
تہٕ کُس مانے ؟ دوٚیمس اندر چھ راوی ہنٛز لاش الاٗنٛز تہٕ سہٕ چھُ تتھ پانہٕ لمان ۔ اتھ پیٹھ گاڑ چھس بوٗن
وتھ متہٕ سری یہ ہیتی بزنہٕ یوان ۔ سو رٕچھ ہنٛز اُرگے شُنبس منٛز داخل ۔ 'یہ' پھالیا و ژھوپہٕ ہنٛدِس

سۆدرس تہٕ لاش گے راوی یَس منز تحلیل ۔ ذٔہن ہیکہٕ منتشر اُستھ مگر سہٕ انتشار گژھہٕ پرٕن وٲلِس تانٛ واتُن ۔ انتشار آسُن تہٕ انتشار باوُن چھہٕ مختلف کتھہٕ ۔ انتشار باوُن چھہٕ زانتھ مانتھ کوشش ۔ تمہٕ وِز چھُ تتھ برونٛہہ دار واقعہٕ پیٚش شکل دِنٛی آسان ۔ خبر یہٕ واقعہ سمادھی چھا باوان، جنسی عمل چھا وۄشھ نان کِنہٕ مزٕرٕچ عمل کِنہٕ کیاہ ؟ یہٕ ژٕہن چھُ صحی زِ افسانہٕ چھُ تہٕ لاش وۄشھ ناوِنہٕ باوجود ذٔہنس رٔژھ تہٕ پریشان کران ۔

(ترٛژٕ) کاشرِس افسانس چھُن زبان ہنٛز شہر سَرٕنی ۔ گوکہٕ بیشتر افسانہٕ نگار چھِنہٕ اتھ پزٕنہٕ پاٹھی سنٛنہٕ مِتی ۔ کینٛژن افسانن ہنٛز مثال ہیکوٚ اَسی نِتھ تہٕ زبانِ ہنٛد شوٗ عور ونہٕ کڈتھ ۔ طنز چھُ اَزکہٕ کاشرِ افسانک خاص عونصر ۔ سانٛ ذوار یاہ لِکھارِ چھِہ زبانِ غارٕ ذاتی ترٛژٕ شی دِنٛچ کوشش کران ۔ مثلن :۔

"خبر کتہٕ ہن ہنٛز آسن وُچھمِژ بِس ۔ توتہٕ چھم مِس" تاپھ ۔ ہری کرشن
"ٹنٛگہٕ ڈٲلہٕ مِتس درواز پٮ۪ٹس ژٕ مرٕن کرٕ کیٚھ ہش نیرِتھ" کرفیو ۔ ہری کرشن
"یتھ سہٕ تتھ کُنہٕ یکوٹے مر ہا یتھ کُنہٕ سیچ دیاوِتھ بجلی بتی چھپہٕ یکوٹے سایہِ ژھیتہٕ گژھان ۔

— النفسی ۔ اختر

"مَس وولیومُت جنگل ۔ دِل گوبے مِتی وٚڈھ، رُح ژھوکیمتی ژانٛگی..." نروان ۔ رہبر

نفسیاتی کیفیژ وِزِ چھہٕ شبیہن ہنٛز زِیوٗ کار گر سپدان، نفسیاتی اِنتشارس اندر زٕون واجِنیٚ شبیہہ شاعرانہٕ شبیہہ نہٕ ۔

"سہ ہینکہ ہے میون ممکی پاٹھی خم سپُد مُت بُڈی بب تہٕ اُستھ ..... بہ چھُس پنٕنٮ۪ن ورامن
ہُند قیدی کنہٕ ورامہٕ چھیہٕ میانٮ۪ قیدی" ــــ بہاو ۔ اِقبال فہیم

"دِلک کُنہ اوشُم سینس منز وٕتھ زن ٹڈان .... پرٕتھ طرفہٕ اُس ژھوپہٕ ۔ اتھ ژھوپہٕ
منز اُسی ستھ سوٕ ریپران" ــــ ہوٚس ۔ رتن لال مجو

موٚنیج ژھوپہٕ تہٕ بیخ زبان چھ زبانہٕ تہٕ بے رنگی ہُند تو شرٕ دوان۔

"بہ گژھہٕ نہٕ غار گاٹھہٕ تھامہٕ گژھن یتھ نہٕ یم تلہٕ تہو ننگل زٕٹاری زالتھ وتہٕ گژھن۔"

"مینٕ لاش تہٕ ژھوپہٕ ہُند سوٚدُر ــ" بھارتی

"تہٕ یِی وَنان وَنان لوٚگ بختاورس ہینکُ سہٕ اوس ووہ ذٕ اچھ زٕ بند کرٕتھ لوکٹس
شُری ہندی پاٹھی وَدان .... بختاور تُلن اتھن دوٕن کیتھ تہٕ تھوٚون فایلہٕ پیٹھ ...."
جنگ ۔ چمن لال ہکھو

ننگہٕ سماجس یا واقس وُرن تراونہٕ بدلہٕ پیٚلہٕ لکھاری تیج عُریانی جادٕ ے ننٕ کرٕنی چھ
یژھان زبان چھیہٕ ووہ راٹھ محاورس اندر ریٚکہٕ ہُند آکار رٹان۔

"مے اُس ہلکاری ہو ذٕ ہندی پاٹھی لال پشپان ۔ مے اُس زنان کھران۔" ٹایمز ۔ اختر

"اتھ ناگہٕ بلس دام دِوان دِوان موٚنڈے پننہٕ یڈ تل مُنی تہٕ نسیمن سوٚر" نرگہٕ ند ۔ فاروق

"ہو ننگی سینس ستی یہ ڈیٚڈ زٕ تہٕ لاٗرتھ تہٕ زنگن منز باگ ڈیشھن اتھہٕ سرٕ ژشینہٕ ہندہٕ سرٕ ژہ گزک
پاٹھی ووہ تھان تہٕ بہان ــ" اِرتقا ۔ بشیر اختر۔

عشق لیکھنہٕ وِزِ گوٚو مومن زبان سٹاک محاورس اندر بند گرٛھان تہٕ کیاز نظمہٕ تہٕ نثرس اندر چھُ

عشقیہ بیان سیٹھاہ موجوٗد تہٕ خطر چھ آسان افسانہٕ نِگار مادیہ اَتھی سَن سَن ۔ مگر کینژن کاشرٕ ین

افسانن اندر چھیہٕ عشقُک بدلوٗن تنوظر سمجھتھ موزوٗن محاورٕ گرنچ اپانداز کوٗشش کرنہٕ آمٕژ ۔

"یہٕ کرہا پننیٚ دوٚد سۭیہ لدٕ آتما سارٕ آب .... مگر چھیٚ رۄز مےٚ وۄٹھن لاری تھےٚ"... مدن سرتہٕ منوش

علی محمد لون

"سہٕ اوس پانہٕ اُکس ان زانی تہٕ ٹیٹھ وہنہٕ نابدی طُفانس منٛز ہینہٕ آمٕت ... نفظن ژھوکیو

شاہ تہٕ عبارژ لوب عنوان ۔" ژس ۔ امر مالموہی

(شوٗر) کاشرِس اندر چھ یتھی افسانہٕ وِزِ وِزِ لیکھنہٕ آمتی ۔ گوڈ کالس اندر آسی اشتراکی تہٕ مارکسی

فارمولا یہٕ وہرِھ ناونہٕ خاطرٕ واقہ تہٕ کِردار تھرٕ نہٕ یوان ۔ یتہٕ آسی نہٕ تِم پننہٕ فطری اِنسانی اِرتقاہہٕ مطابق

یا منگہٕ مُطابق بلکہٕ فارموٗلا یہٕ ہندِ ہیدایتھہٕ مطابق وۄتلان تہٕ ترقی یا زوال پرٛاوان ۔ یتھن افسانن ہندۍ

اِقتباس دِنچ ضرورت چھنہٕ ۔ یِم چھ برونہہ تہٕ وہرِھ ناونہٕ آمتی ۔ پتہٕ مس دٕہلس اندر تہٕ آیہٕ یتھی افسانہ

لیکھنہٕ یۄد زن وۄنی مارکسی ہیدایتھ چھنہٕ ۔ یتھن افسانن اندر چھُ لکھاری سُند نظریاتی توصب

یونت گرٕ کرتھ آسان زِ افسانہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھُ سُہ توصب یا تمہٕ نظریُک خول خطہٕ زانُن ضروٗری بنان ۔

یانے ادب پرنہٕ خاطرٕ چھُ گوڈٕ فلسفہٕ پرُن ضروٗری ۔ جدید بننہٕ خاطرٕ جدید عِلم پرِتھ پتہٕ تمنےٚ اُندی

اُندی افسانہٕ گرُن چھ کینژن افسانس اندر تہٕ خیالاتے روزان چھ ۔ رتھ تہٕ ماز کِردار بنان چھنہٕ ۔ امہٕ

مُقابلہٕ چھُ بھارتی سُند "سرد یہٕ روس پگاہ" ۔ اکھ ٹھوس واقہٕ دوان یُس پتہٕ کُنہٕ بدل مانے ہس کُن

اِشارٕ کران چھُ۔ بشیر اختَرنی افسانٕہ "فلمی ٹریلر" تہٕ "زیوٕ ہنٛدی افسانٕہ" چھ کامیاب عَلامتی افسانٕہ۔
ہری کرِشن کوٗلُن "پگاہ" چھُ بظاہِر حقیقتھ پسند افسانٕہ مگر سورُے افسانٕہ چھُ یکدم بَدل سطحس پیٹھ بٲیا کھ
مانے دِوان۔ یا "اکھ عُریاں کتھ" اندر چھُ نہٕ پرٛوفیسر سٕنٛدِ ننگے گژھنُک صِرف تی مانے روزان۔
سُہ چھُ یتھ مصنوٗعی سَماجس اندر تَسنٛد فِطری ایمانداری تہٕ تمہِ چہ ٹریجڈی ہُنٛد مانے دِوان مگر امہِ
مانے بغارٕ تہٕ چھُ تتھ ییٚنُن مانے برقرار تہٕ کانٛہ۔

پانٛژھ۔ مُختلف اسلوٗب استعمال کرٕنی تہٕ پتہٕ اَکِس افسانس اندر تمہِ ویٚنہٕ راوٕ ذکرٕ تھ
اکھ ڈیلی برٛیٹ عمل آسنی۔ فاروق مسعوٗدی سُنٛد افسانٕہ "کوہِ کافس پیٹھ پری جِن تہٕ ہیرو" چھ
بیک وَکھت پانٛژن مُختلِف ژھایَن ہنٛزِ کتھِ لنجہٕ اَکس قالبَس لٔدِتھ بڑٕ کامیٲبی سان اکھ ہم آہنگ
اسلوٗب پیش کران۔ یِمو لنجو منٛز چھیٚہ فلمی کتھ گوڈِ نیچ اَنوارُی تھوان اوٚرکنہٕ چھُ افسانٕہ کُل یاٗٹھی اکھ
سِنیرلویا سان۔

ہردے کول بھارتی

# کأشُر افسانہٕ

## سنہٕ ۱۹۴۷ء پیٹھہٕ سنہٕ ۱۹۶۵ء ہس تام

کأشرِ افسانچ وأنس چھیہٕ مسادہٕ یہٕ ترٛیہِ وٕری تہٕ عالمچن مختلف زبانَن ہُند افسانوی ادب
نظرِ تَل تھأوِتھ چھُ امہِ حسابہٕ کأشُر افسانہٕ سٹھاہ کوٚنٛش۔ یوٚزِ کوٚنٛس آسنہٕ باوجود تہٕ یم ارتقأیی منزلہٕ امی
اَتھ موختصر وقتس منٛز طے کرٛی تہٕ یِتھ مقامس پیٹھ یہٕ وٕنی کیس کھڑا چھُ۔ سُہ وُچھِتھ چھُ یہٕ یقین کرُن ہنا
مُشکل گژھان زِ یہٕ کیاہ چھُ وُمبرِ لویت کأنسہٕ کوٚٹ۔ تِتھ چھُ غالبَن یہٕ وجہ زِ امیک سفر گوٚو نہٕ تتہٕ پیٹھہٕ
شوٚروٗع ییتہٕ پیٹھہٕ مثالے اُردو یا ہندی افسانُک شوٚروٗع گوٚو بلکہ ترٛاوِ امی گوڈٕ تہٕ کینہہ منزلہٕ تہٕ منزِ
تہٕ کرِن کینہہ دور BY PASS ۔ اتھ منٛز کانہہ شکھ چھُنہٕ زِ سرسری طورٕ امکِ سفرچ سام ہیٚنہٕ وِزِ چھُ
امیک یہٕ ارتقأیی عمل غأر فطری باسان تہٕ مجلسَن منٛز بحث زینہٕ خاطرٕ ہینہٕ ترٛگ آسنگ توٚلوٚتھ تہٕ دِوان۔
یوٚزِ بحث زینہٕ نِچ کلُ اکھ طرف ترٛاوِتھ ہرگاہ وُچھنہٕ ییہٕ تیلہٕ چھُ یہٕ عمل فطری تہٕ تہٕ حقیقی تہٕ۔ تہٕ زِن گوٚو ہرگاہ
یہٕ کتھ تسلیم کرِتھ اَمِچ سام ہیٚنہٕ ییہٕ زِ ادب چھُنہٕ سماجی سیأسی کیو اقتصأدی حالاتو نِشہٕ الگ تھاوِتھ نہٕ
وِچھنہٕ یوان تہٕ نہٕ تخلیق سپدان ہرگاہ یہٕ کتھ تسلیم کرنہٕ ییہٕ زِ یہٕ چھُ کلہُم معاشرُک اکھ لأزمی حِصہٕ آسان
تیلہٕ باسہِ نہٕ کأشرِ افسانُک ارتقأیی عمل غأر فطری تہٕ نہٕ غأر حقیقی۔ سماجس کیو معاشرس ہِستی امیک گوٚن
رِشتہٕ چھُ ییمہِ اکہِ مثالہِ ستٕی واضح سپدان زِ ییمہٕ ساتہٕ اینسٹاین رلیٹوٹی ( RELATIVITY )
تھیوری پیٹھ تحقیق اوس کران بلکل تمی ساتہٕ اوس پیبلو پکاسو تہٕ کیوبزمس ( CUBISM )
منٛز تجربہٕ کران۔

ٹھیک یِتھے مُتوازی رشتہٕ چھُ سائنس معاشی، معاشرتی کیو سماجی ارتقائی عملس تہٕ ادبس درمیان تہِ۔ تہِ گوو ییلہِ مُلک آزاد سپد تہٕ سائنسی تہٕ تکنیکی ترقی سانہِ بقا خاطرٕ اکھ لازمی کتھ بنےیہِ۔ اُسہِ پرارے یہِ نہٕ کانٛسہِ مارکونی یا ایڈیسنہٕ سندس تھینہٕ پینس تہٕ نہٕ کوٚراسہِ تتہِ پیٹھہٕ ترقی یافتہٕ ملکو یہِ سفر شوٗروٗع اوس کوٚرمُت۔ بلکہ کرِیٛ اَسہِ ابتدائی تحقیق تہٕ تجربٕکو واریاہ مَنزلہٕ BY PASS تہٕ شوٗروٗع کوٚر تمہِ مقامہٕ پیٹھہٕ یُس سانہِ ماحولہٕ مزاجہٕ بیترِ تہٕ سماجی سیاسی کیو اقتصادی حالاتو موٗجب مُناسب اوس۔ چونکہِ ادب چھُ نہٕ زندگی ہِندلو یمو شوبوانِشہِ کانہہ بدوٗن چیز، اَوٕ موکھہٕ رٕوٗدا مچہٕ ترقی ہُندا نہارتہِ کم و بیش یِتھے تہٕ یہِ چھیٚنہٕ کانہہ ہیڈٕ ہٕنی لایکھ یا عار چ کتھ۔ اَمہِ بیانُک گژھِہ نہٕ ہرگز تہِ یہِ مطلب کڈنہٕ یُن زِ صرف کیاہ سپٕزٕ نقالی یا یہِ زِ مضموٗن نگار کیا چھُ نقل نویسی ہِنز حمایتھ کران۔ بلکہ چھُ مُدا صرف یہِ کتھ کھُرٕ کرٕ نی زِ سانہِ افسانوی ادبُک ارتقائی عمل نہٕ چھُ غارٕ فطری تہٕ نہٕ غارٕ حقیقی۔ بلکہِ باسیہے یہِ تِتھ صوٗرتس منٛزٕ پٕزی پاٹھی غارٕ حقیقی ہرگاہ اَمہِ کِس تہٕ زندگی ہِندٕ بن باقے شوٗبن ہِندِس ارتقائی عملس منٛزٕ یِتھ ہشر تہٕ متوازی رشتہٕ دریٛنٹھ گژھِہے نہٕ۔

کاشُرٕ افسانہٕ آو آزادی حاصل سپدنہٕ پتے تمہِ ساتہٕ وجوٗدس منٛزٕ ییلہِ مُلکس منٛزٕ مختلف سیاسی جمأژ ونکھہٕ پکھہِ وہراونہٕ خاطرٕ پننٛہِ دُکان تۆسرٕ چمکاوٕنی اَسی ہیٚتیٚ متہِ۔ کھووُرٕ درچہٕ پاٹی آسہٕ زیادٕ منظم تہٕ مُلکچہٕ ثقافتی کیو تمدنی زندگی منٛزٕ تہِ اوس مختلف اَنجمنو کیو تنظیمو ذٕری یہِ یہُندٕ اثر سیٹھاہ وٕسی تہٕ زوردار۔ یہِ اوس سُہ دور ییلہِ مُلکی پیمانس پیٹھٕ کُنٛہ منظم ادبی تحریک نظر آسہِ گژھان تہٕ سو گیٚیہِ یہِ ترقی پسند تحریک۔ سانِس ریاستس منٛزٕ تہِ یمو بزرگ اَدیبو نٕژچ کمی موحسوٗس کٔرِتھ کاشرِ پاٹھی افسانہٕ لیکھنک دُسلابہٕ کوٚر تمہِ تہٕ اسی سیدِ سیٚو دیاو رکہٕ اَتھ سیاسی تحریکہٕ ستہٕ وابستہٕ۔ چنانچہِ سپُد کاشرِ افسانُک آغاز تہِ ترقی پسند تحریکہٕ ستی۔

گوڈنیُک افسانہٕ یُس چھاپ سپدِتھ لوٗکن برونٛہہ کنہِ آو اوس شری دینا ناتھ نادمٕہ سُنٛد "جوابی کارڈ" اَتھ ستی سپُد شری سوٗمناتھ زتشی سُند افسانہٕ "ییلہِ پھوٚل گاش" تہٕ شایع۔ بلکہِ چھیٚیہٕ یِتھ متلق متضاد رایہِ کاشرِ افسانس لوٗگہٕ جوابی کاڈ ستی کِن کنہٕ "ییلہِ پھوٚل گاشہِ" ستی۔ کینٛژن بزرگ

اُدبن ہندوٗن چھُ زِ گوڈٕ آو "ییٚلہِ پھوٚل گاش" لیکھنہٕ مگر چھاپ سپُد گوڈٕ "جوابی کارڈ" تہٕ (اتھ تحریکہِ سٟتۍ وابستہٕ) کینژن بُزرگن ہنز رأے چھےٚ اتھ مختلف۔

" قومی کلچرل کانگرسکس ۲۵ فروری ۱۹۵۰ ءکس ادبی جلسس منز آو گوڈنیک کأشر افسانہٕ پرنہٕ۔ ناواوسُس "ییٚلہِ پھوٚل گاش" تہٕ افسانہٕ نگار اوس سوم ناتھ زتشی"۔

(اَزنیک کأشر افسانہٕ اگست ۶۷۔ کینژھا افسانس متلق "اَمین کأمل) اتھ مقابلہٕ چھےٚ بیاکھ رأے یہِ زِ۔

" ...... ۱۹۵۰ ءہس کنہٕ ہیوٗ لیوٗکھ دیناناتھ نادمن "جوابی کارڈ" ناوٕک گوڈنیک افسانہٕ ...... تہٕ یوٗہے چھُ کأشر افسانُک مولادار ......"

سارِکا آدہِ کتھا وشیش انک ۱۹۷۲ اومکار کاچرو۔)

بہر حال یہِ بحث اُک طرف ترأوِتھ چھےٚ یہِ کتھ سہکہٕ زِ کأشر افسانُک آغاز سپُد ترقی پسند تحریکہِ پتھےٚ تہٕ اُدی کرِ تم معیار کیوٗ میزان کُنہٕ پس وپیشہٕ یا مُشکلہٕ بغأر قوٗلوٗل یم اُمہٕ تحریکہِ خاطرٕ لازمی اُسی۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ اَمہِ دورٕکۍ کم وبیش ساری افسانہٕ چھِ نہٕ تمو افسانو نگارٕ کینہہ خاص مختلف یم اتھ تحریکہِ تحت مُلکہٕکین مختلف حصن منز مختلف زبانن اندر اتھ دورس منز لیکھنہٕ آیہِ۔ بلکہ چھُ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ حارأنی ہندس حدس تام پرٕ اگراف ہندی سرٕ اگراف ہوی اکی اَکہٕ ماہ نہٕ لیکھنہٕ آمتی۔ مثالے:۔

" ...... ریتہٕ کول سدرٕ وٗنۍ چھُ اتھ (کولہِ) آب رأسی زان گرٕھان تہٕ گأٹی گامس آبہٕ کامن گرٕھان۔ توے چھےٚ گاش پھولنہٕ پیٹھہٕ اُڈراتن تام آلبس منگ آسان.....

...... ازتہٕ اوس گأٹی گام آبہٕ داد زٕ ستھ آمُت ......"

(افسانہٕ۔ "ریے" دیناناتھ نادم۔ جُلےٚ ۱۹۵۰)

تہٕ

" ...... گامکین لسکینٕ اوس اکھ زٕ دہ ہ برونہہ خوف زِ خوشکی مار گوٚنتھہ نہٕ سپدٕن..

...... پہاڑی نالہِ لُس گامکین دال کھہن سگ اوس دِوان اوس دانہِ پپنہ پہ بڑونہے ہوکھمٹ ییمہ کنز
گاہکو لوکھ اُسی ہر روز ڈیکہ ژھرتھ آسان ......"

(تامل افسانہ "ہالو" مصنف راج رتنم ۔ ۱۹۵۰)

واقاتن تہ یہندِس بیانس منز امہِ ہشرک سبب ہیکہِ نہ مُحض ہوی حالاتھ اُسِتھ ہیکیاز حالاتھ ہوی آسِتھ بلکہ کُنی اُسِتھ تہ چھُ فرد سُند یا افسانہ نگار سُند ردِ عمل انفرادی آسان تہ ظاہر کتھ چھیہ زِ یلہ ردِ عمل انفرادی آسہ بیان تہ آسہِ اُمی اپنہ ماپنہ ۔ بلکہ چھ امہِ یکسانیتک وجہ یہ باسان زِ اتھ تحریکہ تحت ایہِ کینژھا تخلیق سُپد تہ سُپد اکس فارمولاہس تحت تہ فارمولا باسے کُنہِ تہ جایہ ییتن ورتاونہ نتیجہِ آسن ہوی ۔ یوہے وجہ چھ زِ امہِ دورکین افسانن ہنز فکری سطح چھیہ ہشی تہ موضوع کہِ اعتبار تہ چھیہ یمن منز خاص کانہہ رنگارنگی نظر گژھان ۔ البتہ اُس صرف لیکھن والین ہنز ہونر (CRAFT) کُنہِ افسانس مقابلتن زیادہ پیٹھ یہ وُن یاسنہ وُن بناوان مثالے ، ارجن دیو مجبور سُند "کوہ وان" ناوکِ افسانک ترجمہ چھُ نہ دیناناتھ نادم سُندِ افسانہ "شیپنہ پپتو پپتوک" "بہ" کردار لیشہ خاص کینہہ مختلف ۔ دوشوے چھِ اکی سے فارمولاہس تحت گرنہ آمتی ۔ اوکنز چھ دوشونی ہنز زندگی ہُند کرزیچھر سختی تہ دوکھ دود ہوئے ۔ دوشونی چھیہ پننہ پننہ ذاتھ لیشر نہ آمژ اوے چھ دوشونی ہُند نفسیاتی وُجُود تہ مصنوعی ۔ پوز نادم صابنہ ہونرمندی (CRAFTSMANSHIP) چھ امس تھیو جایہ وُلی متر زِ یہ چھ مقابلتن زیادہ CREDIBLE پیٹھ یہ وُن تہ سنہ وُن باسان۔

"...... یہ اوسُس نہ تُسند مرن سوری تھے ہبکان ، تہ اوتے تام واتھ اوسُس یہ بدل کینہہ یاد پاوان ۔ شاید سہ دوہ ییلہ بہ گوڈ نتھے پننس ماس سیتی شہر وژھوس ۔ تمن دوہن اوس شہر دوئیم "مارشل" چلان تہ لوکن آسی نمائشی منز ٹکٹکی کھالیتھ رتہ داوی کران ۔ تہ کتھ کنز چاکھ اُسی گاو کدس نکھ تہ پکناوے یکھ یڈ ستی ۔ میہ اُس ماجہ مکایہ ژوچہ ہن دِرژمژ ۔ یوسہ میہ نالس گنڈتھ اُس تہ ییلہ یڈ کھو کھجہ لکان سو آیم مژر نہ ۔ میہ دِرژا یہ تتھ چھیہ مگر پپٹھے آیا واکھ بوندوقی تہ تم زھنیانم بوندوقہ ٹاس اکس ۔ میہ چھ وُنہ تمیک آکھ ڈکھنس چھانس یہ یاد ییتھ اوسُس

بہ جٕل جٕل اَتھ کڈان تہٕ اَتھ تمی مایہ لبوان یمہٕ مایہ گاوچھیٖہ وٕرٕہس تھٔہ پیٹھ تن پھیشان ....."

(افسانہٕ شیٖنہٕ پیتو پیتو- مصنف دینا ناتھ نادم- چھاپ جنوری ۱۹۵۲ء)

یہ بیانہٕ چھُ فارمولای اَسِتھ تہٕ سَنہٕ وُن تہٕ اَتھ مقابلہ ہیٚلِہ اَسی "کولہ وانگ" زٕحمہٕ پھُن وُچھان سُہ چھُ اُمی فارمولاہک پاڈاوار آسنہٕ باوٕجوٗد تہٕ سٹھاہ سطحی تہٕ سَرسَری باسان۔ گو وتسندی حارٕی شاتھ چھِنہٕ "شیٖنہٕ پیتو پیتوکہٕ" "بہٕ" کردارٕنہٕ خاص کینہہ بیوٗن۔ ہمس اگر مکایہ ژوٗٹ والیس حاصل کرنس پیٹھ لوٗندوٗقی اَتھ زخمی چھُ کران، ییٚمِس چھُ وُشکہٕ ژوچہ پُنہٕ اہاو بے ہوش کران۔ بہٕ اگر مارشلگ شکار چھُ یہ چھُ جاگیرداری تہٕ چکداری ہُند- پوٗز نادم صابٕنہ ہونرچھیٖہ شیٖنہٕ پیتو پیتوہس اَمہٕ دورکھ اَکھ نمایندٕ افسانہٕ بناوان تہٕ اَتھ برعکس چھُ ارجن دیو مجبورہٕ سُند "کولہ وان" اَمہٕ ہونرٕ ہنزٕ کمی موکھہ فارمولاہک مساخاکہ باسان۔ بلکُل یہے فرق چھیٖہ عبدالعزیز ہارونہٕ سندِس افسانہٕ "زوٗن" (چھاپ ۱۹۵۱) تہٕ علی محمد لونہٕ سندِس "یم لوکھ" ناوکس افسانس درمیان تہٕ تہٕ نور محمد بٹہٕ سندس "ژورناوکس افسانس تہٕ صوفی غلام محمد سندس افسانہٕ "ژٕرنہٕ ژورس" درمیان تہٕ۔

گو وٕ ۱۹۵۴-۵۵ ہس تام اَس ترقی پسند تحریک ژھوکمٕژ ہیٚژمٕژ مگر HANGOVER اوس وُنہٕ باقے، اوّت تام یم افسانہٕ اَتھ تحریکہ تحت لیکھنہٕ آیہٕ تِم ہیکو کھ اَسی دون حصن منٛز تقسیم کٕرِتھ- اَکھ تِم یم کھُلی ذیٖہنیژ (HERD - MENTALITY) تحت لیکھنہٕ آیہٕ تہٕ دوٚیم تِم یم ہیٚو فارمولایی موضوع آسنہٕ باوجوٗد تہٕ فنی اعتبارٕ مکمل افسانہٕ چھِ۔ یوٗہے دوٚیم ہیوٚ قسم چھُ سانہٕ اَز کہ افسانُک مولادار۔

کاشرِ افسانُک یہ پڑاو اوس سٹھاہ نوٗزکھ تہٕ اہم لقولِ امین کامل۔ "اشترا کی انقلاب پسند نوجوانن تہٕ اوس کٔمی تام ذیہنی ژوٗرن اَتھ ہیوٚ تروومُت تہٕ فرضی سماجس تہٕ کردارن منٛز نشرٕن والہو اوس والیس پننٕ گراژُن ہیوٚتمُت ....."

(کینژہا افسانس متلق "شیرازہ" ۱۹۶۷ء)

یہ اوس کاشرِ افسانُک عبوٗری دور تہٕ توٚے اوس ہنا کرٕ وٕڈھ تہٕ۔ کُنہٕ وُٹھ آوکنہٕ زٕ تِم ارزھ

اُس یِہ ذٲتی زِتہٕ نہٕ آسنس برابر اوٚے بنیاو تٕہ پسندِ خاطر بُنیادی کتھ ویٚژھناونہٕ تہٕ کُنہِ حدس تام ضوٗرۆری۔

"...... افسانس چھِ یوان زندگی منٛز ساسہ بدی حادثہٕ تہٕ واقعہٕ پیش یِم حادثہٕ چھِ تراوان اَہندس ذہنس پیٹھ کانہہ نتہٕ کانہہ اثر......
مُتقی چھ شرٲبی تہٕ زٲری بنان۔ ستہٕ ژوٗر چھِ لوٚڈ بار امانتھ دار بنان.......
مَتہٕ شرٛاونچ اکھ زٕژیاچلے کلانگ اکھ تیر کوٚنڈ (تہٕ ہیکہِ افسانہٕ بنتھ)
...... یا شیٹھ وٕری شہِ بجہ چھُ پننہٕ مہرنہِ توٗن گاٹنہ ہنٛدِ ذری یاد ہیزار سٕتی یاد پیوان۔ سو کیاہ چھیہٕ تمہِ ساتہٕ سوچان یتہٕ ہیکہِ افسانُک موضوٗع بنتھ...."
(افسانس متلق کینہہ بُنیٲدی کتھ از اختر محی الدین سنہ ۱۹۵۵ء)

سو چنکس اکھ اندازس ہیکو فنکہِ سفرچ سو وتھ بدِ کڈنچ کلوٗنتھ ییمیک کانہہ موڑ کانہہ پڑاو کانہہ دور یا کانہہ منٛزل حتمی چھِنہٕ آسان.

ترقی پسند تحریکہِ پتہٕ کس اَتھ دورس ہیکو اَسی کاشُر افسانوی ادبُک درمیانی دور تہٕ ونتھ۔ یہٕ چھیہٕ اکھ عجیب کتھاہ زِ امہِ دورکس آغازس سٕتی ہیوٚت بیشتر پیش رَو افسانہٕ نگارو یانے سوٚمناتھ زتشی، دیناناتھ نادم، نور محمد روشن تہٕ عبدالعزیز ہارونن افسانہٕ نگٲری لِنشہٕ لوٚب، شاید چھُ امیک اکھ وجہہ یہٕ تہٕ زِ یِم ہیکہِ نہٕ پننہٕ سیاسی آدرش فنہٕ نِشہِ الگ کٔرِتھ پوٗزٕ ہینٛدِ لوٚب۔ ہنس سٕتی سَپدی اختر محی الدین، علی محمد لون، صوفی غلام محمد، امیش کول، امین کامل، ہردے کول بھارتی تہٕ اکھ کاروانس منٛز شامِل۔ اتھ منٛز کانہہ شکھ چھُنہٕ زِ اتھ دورس سٕتی وابستہٕ کینہہ افسانہٕ نگار تہٕ آسی ترقی پسند تحریکہِ سٕتی وابستہٕ روٗدی متی مگر ووٚنی اوس کاشُر افسانہٕ نگار فارمولائی دور نِشہِ آزاد گژھتھ موضوٗع علاوہ اُسلوٗبس ہیتس تہٕ فکری پہلوہس پیٹھ انفرادی طور سوچنہٕ لوٚگمُت۔ افسانہٕ نگارہٕ ستہٕ فکری سطح تہٕ یاوتھ کرنکھ فن کتھ معیارس پیٹھ اوس اَمہِ ساتہٕ امیک اندازٕ چھِ اختر محی الدینہٕ سُند "دِری یا یہٕ ہنٛد یزار" افسانہٕ پرنہٕ سٕتی گژھان، یتھ از تہٕ سنگ میلُک حیثیت چھُ

حاصل چھیہٕ۔ اَمہِ دورکۍ افسانہٕ چھِنہٕ ترقی پسند تحریکہِ دوران لیکھنہٕ آمتین افسانن ہندی پاٹھۍ یکرنگی۔
اَمہِ دورکین افسانن منٛز چھُ گوڈنکہِ پھِرِ یہِ اِحساس گژھان زِ کاشُر افسانہٕ نِگار چھُ زندگی ہنٛز تمہِ گرمی
ہنٛز کتھ کران یوسہٕ تسند اَندریکہِ خاطرٕ تہٕ تیژرے ضوٗرۄری چھیہٕ یتِس ذاتہٕ کہِ بقاخاطرٕ چھیہٕ سُہ چھُنہٕ
کھوکھرِ ناروسٕتہٕ انقلابکۍ شاعری تارکھ ہاوُنٕچ کوٗشِش کران بلکہِ ذاتُک دود تہٕ دۄکھ سوٗکھ پننِس
اَندریچھِس منٛز بدکدٕتھ کینٛژھا یہِ دورکران تہٕ کینٛژھا دوا ژھانڈان گوڈنکہِ پھِر چھُ باسان زِ افسانہٕ
نِگار تہٕ چھُ انسانٕنے تہٕ تسند رُوپ چھُنہٕ دۄ زمیکٕ گاشِ بلکہِ سُہ PHENOMENON یتھ گاشِ
تہٕ پننُی چھُ تہٕ اَنہ گٹہِ تہٕ تاپھ تہٕ پننُی چھُ تہٕ شہُل تہٕ۔

"...... کینٛژھ لٹہٕ وُچھ راژن بھوشنہٕ تہٕ پرپھ لٹہٕ ژرژٕ اَمہِ تہندس
بُتھِس پیٹھ اکھ عجیب اَسُن تہٕ نظرن منٛز اکھ عجیب سرٕ یہہ۔ زنتہٕ اوس
تمِس دِین اسان اسان کُستام شاپھ دیُت مُت زنتہٕ اوس سُہ یژھان
اُمِس کیاہ تام ونُن ........ " چاٗنِ کنہِ چھُ زندگی منٛز اَکۍ سہے جایہِ
واتُن تہٕ یہے چھے باسان سیٛز تہٕ ژھوٗٹ وَتھ۔ مگر زندگی منٛز چھیہٕ کانہہ کانہہ
سیٛز وَتھ کُنہٕ کُنہٕ لوٗٹان تہٕ۔ یہِ یُس سہلاب باسان لَتہٕ مونجہِ کوژم سُہ
آسان گومُت کُنہٕ کُنہٕ سٕری پیٹھی ......"

(افسانہٕ "اَڈے کتھ"۔ اُمیش کول۔ چھاپ ۱۹۵۵ء)

بھوشنہٕ اُسنُک "شاپھ" چھُ افسانہٕ نِگارس پننُی "شاپھ" تہٕ وۄجوٗدکِس اَنس منٛز اَندریکہِ چھِکھ
وٕلِسی گومُت اکھ ژیوٗہ۔ زندگی ہنٛز "ژھوٗچہ وَتہٕ" ہندٕ برژم چھُ ذاتُک خاب تہٕ "وَتھ لوٗٹنُک" یا
"سہلاب سٕری" پیٹھی گژھنُک اِحساس چھُ اکھ ترٕتھ ژینہٕ وُن (بلکہِ ژنتاتہٕ) یوسہٕ ذاتی تجربُک
دیُت یا حاصل چھُ۔ یوٗہے وجہ چھُ زباو تھ کرنکھ انداز تہٕ چھُ فطری۔ ذاتچہ ژنتایہِ ہنٛز باوتھ کرنکۍ
اَمۍ اندازن درٕ کاشرس افسانس اکھ ترٕتھ رٕژتہٕ صحتھ مند پیرمپرا۔ یتھ پیٹھ اَزکہِ نہ گژھ
اَزکہِ افسانٕچ مندور کھڑا چھیہٕ۔ تہٕ یہِ تسلیم کرنس منٛز نہ گژھ اَزکِس افسانہٕ نِگارس تہٕ نہ

نقادس کانہہ گال باسنہٕ۔ اخترمحی الدینن، "میٖہ تہٕ تۄگ پَہ کیہنہٕ"، "تہٕ ڈٔری یا یہٕ ہُندیس زار" علی محمد لونن۔ "ییم لۄکھ" امین کاملن "نۄو تاوُن" تہٕ "کوکُر جنگ" ہی افسانہٕ چھِ اَمہٕ دورکۍ نمائندہٕ افسانہٕ ممکن چھُ زِ وُنۍ کین باسہِ تمہِ وقتہٕ کِس اخترسُند موصم تہٕ شوٗد بیانیہ انداز تہٕ کاملہٕ سُنز ترٛیچ لفظن زٲر اکھ فطری تہٕ عام کتھاہ، لون صابُن اوٗسلوٗب تہٕ اُمیشن فِکری انداز اکھ سیٚز تہٕ سادٕ عمل مگر یوٚہے باسُن ییلہِ وٕہ پینٛزٕ ؤری یہِ پتھ کُنٛ ژھال تِتھ کھوچہِ کھالان چھِن، تیٚلہِ چھُ یہِ "باسُن" غلط ثابِت سپدان تہٕ ییمہِ کتھ ہُند سٕہی اندازٕ سپدان ییمن فن پارن کاژاہ اہمیتھ چھیہٕ حاصل۔

تقریبن ۱۹۵۹ء یَس تام رُوٗد کٲشر افسانہٕ ییمہٕ نیٚشن اَدبن اَندٕ اَندٕ پھیران تہٕ درمیانی دورکِس آخرس کنہِ ہیوٚ سپدٕ اتھ کاروانس منٛز کیہنہٕ نۄۍ اَدیب شٲمِل تہٕ کینٛژو پرانیو سفر دژاو و ہیوٚت نوٚب۔ نوین ناون منٛز چھِ خاص طور بنسی نِردوش، اوتار کرشن رہبر ڈاکٹر شنکر رینہٕ، عباس تابش، غلام نبی بابا تہٕ چھیکرس فاروق مسعودی قابلِ ذکر۔ ییم نۄۍ اَدیب اَسۍ نہٕ بلکل تہٕ کُنہٕ سیاسی یا ادبی تحریکہٕ نِشہٕ جواب دِہہٕ اَدٕ موکھہٕ اَس تہند ذٲتی سوٚمبرن تہٕ ذاتُک ژیٖنٛنے تہندین افسانن ہُندیٚنٛز وُننٕ ، یہِ اوس اَمہِ وقتُک نوٚبر تہٕ جدید افسانُک گوڈ۔ لیٚس تمہِ وقتہٕ کیو کینٛژو نقادو رد کوٚر تہٕ کینٛژو قوبوٗل کوٚر۔ اوتار کرشن رہبر سُند افسانوی مجموعہ "تۄبرُکھ" تہٕ کوٚر بیٚشتر روایتھ پرستو تمہِ وقتہٕ یہِ ؤنتھ رَد زِ اتھ منٛز شٲمِل تمام افسانہٕ چھِ محض خاکہٕ۔ غٲلبن چھُ امیُک اکھ وجہہ یتہِ زِ ییمن منٛز اوسنہٕ تہٕ کینٛژھا ییٚمِچ اوٚت تام بوزن وٲلِس، پرن وٲلِس یا نقادس حال ہِش گامژ اَس تہٕ یہِ جادی مانکل پھٹ تمہِ ساتہٕ مکمل پأٹھۍ ییلہِ اخترمحی الدینہٕ سُند افسانہٕ "آدم چھُ عجب ذاتھ" چھاپ سپُد۔ گوٚوینہِ پأٹھۍ چاکہٕ رکھہٕ تراوِتھ بنہٕ بندی کرٕنۍ چھیٚنہٕ ہاہی۔ یوٚزٕ مطلب چھُ صرف یہِ زِ اَتہِ بیٚٹھہٕ چھیہٕ سو نۄنہِج ناکارٕ پأٹھۍ دزِ ینٛٹھ گژھان ییمہِ نہجہِ اَزٕ کِس افسانس زنم دِیت۔ کتھ چھیہٕ یہے ۱۹۶۰ء کِہ ڈُلکہٕ گوڈنکہِ حصہٕ ہِش ییٚلہِ زن کٲشر افسانہٕ مُلکہٕ کِس ادبی منظرس منٛز پننُے مقام حاصل کرنس اہل سپُد۔ اَمہِ دورٕ کین افسانن منٛز چھیہٕ گوڈنِچ پھِر یہِ کتھ نظرِ گژھان زِ لکھأرۍ چھِنہٕ او ہنری، موپاسان، یا چیخوف ہیوٚ کانہہ تہٕ

ماڈل پالنس بروٚنہہ کنہٕ تھاوِتھ افسانہٕ تخلیق کوٚرمُت، بلکہٕ چھُ سُہ پننی ژیننہٕ ژِترنہٕ تہٕ توانگرِ موٚحبُ کتھِ ہنزٕ باوتھ کران۔ پوٚت منظرس منٛز لکھاری سنٛز فکری سطح ڈکھ آسنہٕ باوجوٗد تہٕ چھِ یِم افسانہٕ موضوع کیو اوٚسلوٗبہٕ حسابہٕ خانہٕ بٔندی لوٚلِشہِ آزادیا سان تہٕ ۱۹۶۰ءٔ سنہٕ کہِ ڈلکس اٰخرس کنہِ ہیوٚ سپدی اَمکی یِم نوٚقوٗش زیادٕ واضح تہٕ نوٚبرِ گوٚو زیادٕ ژیٖنہٕ وُن بیٚلہِ "گٔمتے تا پھ گیے شہُل" "سیٚڈھاہ موٚموٚلی" تہٕ "شکست" بیترِ ہی افسانہٕ شایع سپدی۔ اَتھی وقتس منٛز سپدی ژٕ ہیٚنٛدی افسانہٕ نگار ہری کرشن کول تہٕ رتن لال شانت تہٕ اتھ کاروانس منٛز شامل۔ تِکیازِ یِم دوٚشوٕے آیہٕ ہیٚنٛدی پیٹھہٕ کاشرس کُن اوٚکنِز روٗد ہیٚنٛدی افسانک دیُت تہٕ یِمَن سترِ تہٕ یِتھ پاٹھی سپٔد کاشرِ افسانچہِ زانگارنگی بییہِ ہَن تہٕ بُرزٕر۔

یہٕ اوس ۱۹۴۷ءٔ سنہٕ پیٹھہٕ ۱۹۶۵-۶۶ءٔ سنہٕ یَس نام کاشرِ افسانکُ موٚخصر جایِزٕ۔ گوٚو اَرداہ ؤری یہٕ چھِنہٕ کُنہِ تہٕ فنکہِ پھاپھلنہٕ خاطرٕ کانٛہہ ماتے تھوان۔ یوٚز کانٛہہ روایتھ یا پسِ منظر آسنہٕ ورأے ہیم ارتقائی منزل سأنی افسانن اتھ موٚخصر وقتس منٛز طے کرِ یہِ تیٚمِ مثال میلنہٕ چھُ شاید ناممکن۔

اختر محی الدین

# اَفسانُک عالمی مَعیار

# تہٕ کأشُر اَفسانہٕ

زٕ زنگہٕ، زٕ نرٕ، زٕ کن، زٕ اچھ تہٕ اکھ کلہٕ۔ کلس منٛز کاڈٕ تہٕ کاڈٕن ہُند تھٕس وزن تہٕ مولوٗم ـــــ
یہٕ گوو انسان مگر انسان چھُنہٕ یتےٚ یوت۔ یہٕ چھُ اکھ وٕسی سوٗدُر، یہٕ چھُ اکھ پھینامنا، یہٕ چھُ پرتھ یکس منٛز اکھ
اکھ کاینات۔ یہٕ چھُ پرتھ تضاد کھ آگُر تہٕ تہٕ ملوٗن تہٕ۔ یہٕ چھُ تمیک ابتدا یتھ نہٕ انتہا چھُ، یہٕ چھُ تمیک انتہا
یتھ نہٕ ابتدا چھُ۔ یہٕ چھُ حارٕتس منٛز تراوِن وول تخلیق تہٕ یہٕ چھُ حارتھ انگیز تخلیق کار۔

افسانہٕ گوو کتھ وَننک شہ طریقہٕ یتھ اکھ ابتدا آسہٕ، عوٗرٗج آسہٕ تہٕ اختتام آسہٕ۔ اتھ منٛز چھِ
کردار تہٕ واقعات اکھ اکس محرکھ بنتھ مطابق اظہار تمہٕ طریقہٕ کرن زِ پرن وول چھُ حارتس گژھان۔ یتھ
کنٛی نہٕ ژُزنگس انسان وَنوٗ تیر ایٚپشاکس گرونوٗ یا وُڈٕ ونس ہوٗن وَنوٗ تتھے کنٛی ہیکو نہٕ پرتھ کنہٕ تخلیقس افسانہٕ
وَنتھ۔ اکہِ خاص ترتیبک بنیادی ڈانچہٕ آسُن چھُ ضروٗری۔

افسانہٕ چھُ نثر پارٕ۔ افسانُک بوڈ وصف چھُ اختصار، افسانس منٛز چھُ وحدتہٕ تاثر لازم تہٕ
افسانس منٛز چھُ وحدتہٕ زمان و مکان شدت تہٕ تاثر پادٕ کرنہٕ خاطرٕ ضروٗری۔

خاص ترتیبک یہٕ بنیادی ڈانچہٕ چھُ ازابتدا! افسانس اکھ الگ صنفِ ادب بناوان تہٕ عالمی
معیارس پیٹھ یلہٕ اسی افسانک تذکرٕ کران چھ اسہٕ چھُ گوڈے ذہنس منٛز یہٕ ڈانچہٕ لوان۔

اتھ بنیادی ڈانچس ہنکہٕ کانہہ فرق یتھ۔ تکیازِ باقے سارنی تخلیقن ہندی پاٹھی چھُ افسانہٕ تہٕ
نوٗ تےٚ وٕسی، تتھے پھینامنا تہٕ تتھے حارتھ انگیز یتھ تخلیق کار پانہٕ چھُ کردار ہنکہٕ بالزاک سُند مضحکہ خیز
پادری تہٕ آستھ، مولیساں سُند ARCHETYPE نمایندٕ کردار تہٕ آستھ، سارتر سُند DEGENERATE

تہٕ آسِتھ تہٕ ساوٕل بیلو سُند علامتھ تہٕ آسِتھ۔ یتھے کٔنہہ ہیکن واقعاتھ خارجی دُنیہس منز رونما سپدِتھ یا
کردار سندِس ذہنس منز یِتھ، کیتھ ہیکہِ واقعاتن ہندِس تسلسلس ستہِ منسلک آسِتھ یا سونچہ چہ روانی ستہِ
مگر بنیادی ہیکہِ نہٕ ژھہے ہیلتھ، ییمی بنیاد انکار کوٚر تمی کوٚر افسانہٕ کس وجودس انکار۔ تہٕ یتھ کو افسانہٕ لگار
چھنہٕ وُنیک تام کانہہ تہِ ووتھمت تہٕ نہٕ ہیکہِ ووتھتھ۔

یمو عالمی افسانک اکھ معیار قایم کوٚر تمو ہووُ پننہِ تخلیقی جینیسک کمال اَتھہ پابند صنفس منز تیتھ
حارتھ انگیز ایجاد کٔرتھ زاز تہِ چھ تم کاشرٕ منار عام لوکن تخلیقی موجزک فرحتھ عطا کران۔ بو کاشیو سُند
موضوع اوس سیکس مگر سیکس اوس نہٕ OBSESSION یتھی کٔنہ فرایڈ سندین پیروکارن ہندِ خاطرٕ بنیو۔
دون جوان جسمن ہند ملاپ اوس بو کاشیو سندِ خاطرٕ تتھے نند لون، شوٗبہٕ وُن تہٕ اسہٕ وُن یتھ تاپہٕ صُحبس منز بلبل
سُند پوشس ستہِ لولہٕ وُن تہٕ باسہٕ وُن میُل چھ آسان۔ بالزاک سندِس سیکس ذدٕ پادرس چھیہٕ ہاو باو مذہبچ
رضاے وُرنہٕ تہٕ یہ رضاے چھہٕ بالزاک ژذیلہٕ مگر خوش کرونس شرٕ سندی پاٹھی ہنگہٕ منگہٕ تھوٗدنوان تُلتھ۔
شرٕ ہنز رذالتھ چھنہٕ کھران تکیاز ہمس ریش دراز تہٕ وظیفہٕ خان ہنز شیطنتھ ننگہٕ گژھتھ چھ وژھہِ
وانجہٕ اَسن کھنگالہٕ نیرتھ ژلان۔ چیخوف سُند فلسفیانہٕ انداز چھ انسان ہنزِ بلعجبی ہیٹھ گاہ تراوان۔
واقعاتھ چھ تتھی یتھی دہ ہدش بنہٕ وُنی چھ مگر اندس واتتھ چھ اکھ سوٚن تہٕ PROFOUND تاثر پادٕ سپدان
یتھ منز ملانے ین ہندی سوٗدرٕ گیتھ چھ میکسم گورکی سُند آدم چھ یتھ ڈسی کایناتس منز اکھ عظیم تخلیق، ییمی سندِ
ذہنہٕ زرٕ ذرانس گژھِ تحیر سپدُن، اتھ مقابلہٕ سارترٕ سُند کردار کامبلہٕ بیمار سماجس منز ذبتھ مصیبتس لگان
تہٕ میادٕ خراب آسنہٕ کنہِ چھس پاجامہٕ تام ناپاکھ سپدان۔ کانن ڈایل سُند برگیڈیر چھ زیوٗرِ زبانی نیپولین
آسنکی دَم دِوان مگر داند ٹھولہٕ چھ تیوتھ کھوژان زِ زنانہٕ ڈلس تل چھ چھپِن جاے لبان LADY
MACBETH OF MINSLA چھیہٕ قاتلہٕ ہنز مجرم ماشوق آسنہٕ باوجود سابیریا
جلاوطن گژھان گژھان تہٕ قتل کران، اتھ مقابلہٕ چھ مارکھیم یورپے کنٛن پان پُلیسس حوالہٕ کرناوان۔
GIFT OF MAGI چھ پرتھ دورٕ تہٕ پرتھ انسانہٕ سندِ خاطرٕ افسانہٕ یتھ منز شوق تہٕ لاچاری
تیتھ اکھ ویُہہ چھ کران زِ انسان چھ کوٚل گژھان، راوان، سونچان تہٕ خاموش سپدان۔ ساوٕل بیلو

سُند کردار چھُ کُنہٕ تہٕ شکلہِ منز علامژ پٲٹھۍ تخلیق سپدتھ پننہٕ وۄجوٗدُک محض احساس دِوان تہٕ واقعاتھ چھ پاردِ کۍ پاٹھۍ نظر گژھتھ تہٕ اتھ نہٕ لگوٚن۔ مقصد کلام چھُ زِ عالمی معیارکِس افسانوی ادبس منز چھِنہٕ سوٚے دُستھ۔ یہِ چھُ سُے پھٕنامینا، یہِ چھ تھےٚ کُنہٕ تضادُک آگر تہٕ تہٕ ملوٚن تہٕ یتھ کُنہٕ امیک تخلیق کار انسان چھُ۔ یہِ چھُ حارتہٕ منزٕ وۄجوٗدس آمُت حارتھ۔

یہِ زیرِ نظر تھاوِتھ ییلہٕ اسی کاشُر افسانوی ادب وِچھان چھِن، اَسہِ چھِنہٕ ـ ہرگز تہٕ چھِنہٕ کانہہ ندامتھ سپدان یا کمتری ہُند کانہہ احساس وۄتلان۔ میہٕ چھِنہٕ خبر زِ بہٕ چھُس یہِ اکھ بوٚڈ دعوا کران مگر یتہٕ چھُم خبر زِ بہٕ چھُس نہٕ کانن ڈایل سُند برگیڈیر۔ بہٕ چھُس کاشُر افسانہٕ نگار یمِس یہِ مولوٗم چھُ زِ اگر یتھ ساری سےٚ دورس منز اسی ساری کاشُر افسانہٕ نگار محض اکُے افسانہٕ تیُتھ تخلیق کرِو یتھ عظیم ہیکوٚ وَنِتھ سُے اَسہِ سانہٕ کامیأبی ہُند معراج۔ میہٕ چھِنہٕ پتہٕ پتاہ زِ کینژن عالمی پایہٕ کیٚن نقادن ہُند گفت چھُ زِ یہٕ کینژھا کانہہ ادب کُنہٕ تہٕ سماجس منز کُنہٕ تہٕ وقتہٕ لیکھتھ ہیکہِ ہا تہٕ چھُ آمُت لیکھنہٕ تہٕ وہ زِ بڑٕ ازِ کِس ادیبس صرف ADAPTATION یا PLAGIARISE کرُن۔ مگر امہِ باوۄجوٗد چھُس بہٕ پانہٕ تہٕ لیکھان تہٕ باقے ہمسفرن تہٕ چھُس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنُک مشورٕ دِوان۔ اَتھ چھِ کینہہ وجوہاتھ یمن ہُند کم زیادٕ تفصیل یہِ چھُ ــــــ

(ا) انسان، پرتھ اکھ انسان چھُ بذاتہِ خود اکھ کاینات، امِ سُندی تجربہٕ چھِ نِرل، اَچھوٗر تہٕ نوٚی۔

(ب) ادیب چھُ زمان و مکانُک پابند تہٕ اَتھی پابندی منز چھُ امِس کُنہٕ سےٚ زٲنِس الگ، بدوٚن تہٕ بیوٚن یختیارِس امِس پننہِ خاطرٕ محض پننہِ خاطرٕ وَنہٕ ہاوُک چھُ۔

(ج) زندگیہِ نِسبتھ چھُ پرتھ اَکِس پنُن اکھ خاص نظریہٕ یتھ ترتیب تہٕ وۄجوٗد بخشنس منز سانہٕ بزٕو درینٛھ تہٕ اَدرینٛھ، شوٚنکی تہٕ نِشوٚنکی تحریکو حِصہٕ نیوٚمُت چھُ۔ یوٚدوَے ہردے کول بھارتی سارترٕ ہیکہِ نہٕ آسِتھ، سُہ ہیکہِ نہٕ بنسی نِردوش تہٕ آسِتھ۔ سارنٕی لفزن چھُ پنُن پنُن تحریکہٕ آگرٕ۔ پنُن پنُن ژٕ ہترٕ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ اکھ اَکِس سےٚتۍ زانہہ تہٕ ہیوٚ آسِتھ۔

(د) زِندگیہٕ ہِندِس کتھ تأرُفس ولُو شقہٕ پوٚز تہٕ حتمی پوٚز زادِبس متلق ونُوکُنہٕ اَکس تحریکس، رُحجانس یادورس حتمی تہٕ آخری۔ گورکی سُند عظیم شاہکار آدم تہٕ حقیقتھ، تہٕ کافکا سُند نِنہٕ تہٕ ہینہٕ آمُت کیوٚم تہٕ۔ مارکھیم تہٕ پزر تہٕ LADY MACBETH OF MINSLA تہٕ۔ یِمہٕ دوہہ ادبس آخری مقام بدِ کڈنگ بَرم لگہٕ تمہٕ دوہہ آسہٕ قیامتھ۔

تہٕ چونکہٕ وُنہٕ سپز نہٕ قیامتھ لیہٰذا چھُ وُنہٕ تہٕ اَسہٕ پننہٕ نہو تخلیقی صلاحیتو موجوب پننہٕ نین نہرل تجربن ہندِ اظہار کرنُک وَق۔ وون گوو یہٕ کینژھا وَنیُگ تام گوٚڈتھ ہمو سام تِکیازِ تی چھُ وُنی کِس سون موضوع۔

کأشر افسانچ ساروے کھوتہٕ بڈ خأمی چھیہٕ زِ اتھ منز چھنہٕ رنگا رنگی۔ اَتھ چھنہٕ وُسعتھ، اَسہٕ چھُنہٕ کانہہ ٹامس مان یُس کردار تہٕ ماحول تأمیر کرنس منز نوزُک کھوتہٕ نوزُک جزیاتن تہٕ بروے کار انہٕ، اَسہٕ منز گووہ وُنہٕ کانہہ ہیمنگ وے یأدِ یِمہٕ سندی کردار ڈری، وُزھوار ٹھول کرنہٕ خأطرٕ تیار، منہٕ شوٚدی تہٕ مردانہٕ ولقار تھاون وأل چھِ، اَسہٕ منز چھنہٕ وُنہٕ تہٕ کانہہ کامُویُس اَکس ضأبطہٕ بند فلسفہ دان ہندی پأٹھی سماجس منز رُوحأنی بُحرانُک نِنبر کرِ۔ مگر اما یہٕ چھا ضوٚرورِی زِ اَسہٕ منز گژھن یِتھی ادیب پأدٕ سپدنی۔ یہٕ چھنا حقیقتھ زِ یُہس ہیکہٕ ہا چین سے منز اکہ خاص وَقتہٕ پأدٕ سپدِتھ۔ منشی پریم چند ہیکہٕ ہا نہٕ شُمألی ہندوستانس منز اکِہ خاص سماجی تحریکہٕ ورأے زِہنیے زنم لبتھ۔ اگر نہٕ نیپولین رُوسس شکس آسہٕ ہا دِتیمُت ممکن چھُ دُنیہ ہیچ عظیم ترین ناوٕل WAR & PEACE آسہٕ ہا نہٕ تخلیق سپز مژ۔

کأشر افسانہٕ چہٕ سارِیے خأمیہٕ چھیہٕ اتھ پننُ اکھ الگ تہٕ منفرد مقام عطا کران۔ سانہٕ وطنچ جغرافیأیی پوزیشن، سأنی تواریخ، سانہٕ سماجچ خصوصی ساخت تہٕ سانین تحریکن ہنز کامیابیہٕ تہٕ ناکامیہٕ تہٕ امہٕ علاوہ تہٕ ساسہٕ بدن وری ین ہنز سأنی شعورس منز تہٕ لاشعورس منز زِندگی کرنہٕ چہر وو ٹھ زُھانہٕ ______ خبر چھا کأتیاہ چیز چھِ سأنس افسانہٕ نگارس رہبری یا گُمراہی کران۔ خبر چھا اَہندِس تخلیقی شعورس منز کیاہ کیاہ چھُ یہٕ یوٚن، الگ تہٕ UNIQUE چھُ، یہٕ یس اَکہ یِیہ لوت چھُ

تہٕ بیٚیہِ کأنسہِ ہیٚکہِ نہٕ آسِتھ۔

اَما لازِم چھیٚیہِ اظہارچ ایمانداری تہٕ پُرخلوص تخلیقی باوتھ۔ یہِ باوتھ کرنس منز کیٚتھ حدس تام چھُ کأشُر ادیب کامیاب سپُدمُت تہٕ پزٕ اَسہِ ووٚن دِتھ ژھارُن۔ ممکن چھُ یہِ ژھارنس منز کرن اَسہِ کُنہِ کُنہِ غأر کأشرِ ادیب تہٕ نقاد تہٕ اَتھہ روٚٹھ۔ لہٰذا دِمہٕ بہٕ تہندی حوالہٕ۔ چوٗنکہ یِمو حوالہٕ آسن میٚہ پننین افسانن متلق میٚہ گرٕژھہِ مأفی دِنی۔ مطلب چھُم نہٕ پننی تأریف کرٕنی بَلکہِ (شاید) باقیٚین متلق پننہِ لاعلمی ہُند مظاہرٕ کرُن۔ یُس شرمہِ لایق چھُ، تأریفن لایق نہٕ کیٚہنہٕ۔

میٚہ چھُنہٕ غرض کأشرِ افسانٕچ توأریخ بیان کرٕنی۔ مگر کُنہِ کُنہِ جایہِ چھیٚیہِ توأریخ بیان کرٕنچ ضروٗرتھ تہٕ ہیوان۔ یِمی صدی ہِندِس گوڈٕ اَڈِس منز ییلہِ ہِندُستأنی زبانن منز افسانہٕ لگأری چلے جاوٕ لوگ کأشرِس سماجس آے تِم ادیب حِصہٕ یِمَن ہُنزن تخلیقی جوٚین کأشرِ سماجکی سرآبیأری آسہِ نہٕ کران۔ یِم سأری ادیب آسی کشیٖرِ نیٚبرِ مِی لاہورٕ کِ، بمبیہِ ہندی دِلہٕ تہٕ الٰہ آبادٕکی۔ کشیٖر چھیٚیہِ سیٚٹھا کالہٕ پیٹھٕ مشرقس منز لیجنڈٕکی پأٹھی مشہوٗر۔ یِتکی ہونرمند تہٕ عالِم فاضل آسی سأری عالمس وِیدی مگر زمانہٕ بدلنس سٕتی ییلہِ کشیٖرِ ابتلا آو، یِم ہونرمند تہٕ عالِم فاضل سَپدی نابوٗد تہٕ کشیٖرِ نیٚبر روٗد صرف تھدین کوہن، سرسبز جنگلن، آبہٕ سرن تہٕ جوٚین ہُند پروپگنڈا، انسان گوو مُشتھ یا یہِ آو جنتس منز اکھ جہنم گار تصوٗر کرنہٕ۔

نیٚبرِمیو اَدیبو یودوے تِم پُرخلوص تہٕ نیکھ نیتھ تہٕ آسی، ہیوٚک نہٕ کأشُر انسان سمجھتھ تہٕ نہٕ اوس تہٕ تہندِ خأطرٕ ممکن۔ تِکیازِ تِمن ہِندِس تخلیقی سربندس اوس نہٕ کأشرِ سماجٕک پے وِزان۔ نتیجہٕ دراو زِ تِمو دیُت کشیٖرِ نسبتھ اَتھی مضحکہ خیز پروپگنڈا ہس ادبی رنگ۔ کشیٖرِ ہِندِس قودرتی حُسنس منز ہووٕ تِمو اکھ غریب، مفلس، نِندیور تہٕ نِکھیٚو بےکردار لاچار تہٕ بےشعوٗر تہٕ اَہنز حسین مگر اخلاق باختہ کوٗر۔ اکھ اوس نیٚبرِمِس وزیٖٹر "بابوجی" یُس ٹٔہلی کران تہٕ بیاکھ آس تہنز جنسی ضروٗرتھ پوٗرٕ کرِتھ فخر محسوٗس کران۔

اَما کشیٖر آس نہٕ یہِ۔ کأشُر اوس غولأمی ہِندِس اَتھ دورس منز تہٕ سیأسی، ادبی تہٕ سمأجی تحریکن زِنم دِوان تہٕ سیأسی تہٕ تہذیبی غولأمی خلاف جدوجہد کران۔ ضروٗرتھ اوس یِمہِ کیٚتھِ ہِند

زادبی آسمانس پیٹھ کھسہ اکھ نوو تارکھ یُس قطب نُماستارکی پاٹھی کشیرِ ہندِ زندِ سماجک نیب دِیہ ۔ یوہے
تارکھ ٹینتھ دراو گوڈے پریم ناتھ پردیسی تہ ستی پریم ناتھ درہموٗ کاشُر افسانہ اوٚردوٗ جامہ وٚلتھ پیش کوٚر ۔
یمن دوشوٗنی ادیبن ہندی کردارتہ کردارن ہُند سماجی ماحول ، جدوجہدکہ انمان ، واقاتھ بیتہ ٲسی کاشرہ
یوت زہبہنہ زبان ، ٲس اوٚردوٗ آسنہ باووجودتہ کاشُرتکیاز محاورہ ، تلمیحاتھ بیترِ ٲسی خالص کاشرِ زبانی
ہندی اوٚردوٗ ترجمہ ۔ یہند لو ادبی کارنامو ڈول توجہ لاہور ، بمبیہ ، دِلہ تہ الہ آباد پیٹھ سری نگرکُن تہ
پتہ پیلہ ۱۹۵۴ء منز "پونڈریچ" افسانہ عالمی افسانہ مقابلس منز اوٚردوٗک دوٚیم بہترین افسانہ
قراردِنہ آو ، غار کاشرین ادیبن راو کشیرِ نسبتھ "CREDIBILITY" ہمیشہ خاطرہ ۔ پونڈریچ اوس
نہ صرف "دریافتھ ایک نئے افسانہ نگاری اور افسانہ لکھنے کے نئے اندازکی" (افکار کراچی) بلکہ اوس
یہ یمہِ حقیقتُک تہ اظہارِ کاشرِ سماجکہ اقلیم ادبچ راز داٗنی چھُ سرینگر تہ بیہنہ کانہہ جاے ۔

سرینگر کاشرِ ادبی تحریکہِ ہُند راز داٗنی قرار سپدتھ ہُر لو ہندستانکس رنگا برنگی ادبی چمنس
اکھ نوو گُل ، یتھ رنگ ، مشک ، شکل تہ صورتھ بلکل بدلوٗن ٲس ۔ یوٚدوے کاشرِ زبانی منز ۱۹۵۴ء
برونٹھے افسانہ لیکھنس فوٚر وجہ لو گمُت اوس تہ سوم ناتھ زتشی ، عزیز ہاروٗن ، نور محمد روشن ، دینا
ناتھ نادم تہ حبیب کامران ، اکھ پتھ اکھ برونٹھ ، ۱۹۴۸ء پیٹھے لیکھان ٲسی ، مگر ۱۹۵۵ء اوس
یمہ رنگہ خوش قسمتھ وری زاتھو وری یس منز سپدی کاشرِ زبانی تم افسانہ نگار حاصل یہندی تخلیق
سانہ ادبچ شوب ٹینتھ واریاہس کالس کاروانچہ وتہ مُشکاوان روٗدی ۔

ہنا یتھ دِتھ پرزاسہ لحظس اکس سونچن زاتھ دمس نام کیاہ کیاہ سپُد حاصل ۔

میانہ خیالہ پراوی یم کینہہ اہم منزل ۔

(ا) کشیرِ ہندی لوکھ چھُنہ محض لوکہ ہوبوٗمہ بلکہ اکھ منضبط قوم یتھ پننی پرمراتہ کلچر چھُ ۔

(ب) کشیرِ ہُند کلچر چھُ زندہ تہ متحرک تہ اتھ چھُ اظہارکہ پیمانہ الگ تہ پننی یم مذہبی تحریکو ،
سماجی ووٗٹھ ژھانٹہ ، سیاسی جدوجہد وتہ لسنہ بسنہ کیو خاص طریقو ووجودس
انی متر چھُ ۔

(ج) کاشرِ قومکہِ ثقافتی ووتھ بوٗک آیینہ چھُ سرینگر، یُس سارنی قومی تحریکن ہُند آگر چھُ،
نہ زِ لاہور، بمبئی یا دلی۔

(د) کاشرِس منضبط تہٕ متحرک قومس چھیہٕ پننہِ آشہٕ تہٕ ووُمید، پننہِ ارمان اَورزو، پننہِ جذبات تہٕ خیالاتھ پیش کرنہٕ خاطرٕ تہٕ پننہِ تخلیقی تجربہ باوُنہٕ باپتھ اَکھ وَسی، مکمل تہٕ مالدار زبان۔ تہٕ یِہاے اَکھ زبان ہیکہِ اَمہِ قومُک ترجمان آستھ تہٕ بینیہ نہٕ کانہہ۔

۱۹۵۵ء برونٹھ یہ کینژھا افسانہٕ زٕنگی لیکھنہٕ آو، تہِ زن آسہٕ نہٕ تخلیقی کارنامہ مگر یہ چھُ تمہِ کے فاعص تہٕ برکتھ زِ ۱۹۵۵ء منز تہٕ اَتھ اندی پکھٕ یُس تہِ کاشُر افسانہٕ نگار پاد سُپد تمی کور اعتماد حاصل گوڈ کالہٕ کِنہ اَدبِن نشی۔ گوڈ کال کیوٚاد یہ ہووز کاشرِ زبانہِ چھُ نثری تخلیقن ہُند بارو بہتر اونگ بتر تہٕ سماجس منز کردارن ہِندس زندگی کرنس منز چھُ سہ ڈرامائی ادبی تخلیقن ہُند رُوح بنتھ ہیکہِ۔

۱۹۵۵ء منز تہٕ اَمہِ پتہٕ یُس اَکھ کاروان افسانہٕ نگارن ہُند پاد سُپد تہندی تخلیق چھِ دراصل میانہِ یِمہٕ مضموٗنکی موضوٗع۔ میہ ووٚن گوڈے زِ افسانہٕ چھُ تیتھ اَکھ صنفِ ادب یتھ پننہِ لوازم چھِ تہٕ یم لوازم چھِ ازٕ ابتدا پیٹھ جایہِ ملحوظ تھاونہٕ آمتی۔ یم لوازم چھِ کاشرِ لو افسانہٕ نگارو، ادیبوٚ تاج بیگم رینزو آسی تن، غلام نبی بابا، ہردے کول بھارتی، ہری کرشن کول یا شمس الدین شمیم اُسی تن، تہِ ملحوظ تھاوی متی۔ تہٕ اتھ پابند صنفس منز یوس فنکارانہٕ تہٕ تخلیقی تضادتھ، اوسلوٗبس منز، بیانس منز، APPROACH تہٕ TREATMENT منز، ہیکہِ پاد سپدتھ سوچھیہٕ کاشرِن افسانن منز تہٕ امیش کوٚنٛ رنگ ہیکہِ نہٕ زٕنہہ بنسی نردوش نس رنگس یا فاروق مسعودی ہندس رنگس سۭتی CONFUSE سپدتھ۔ رتن لال شانتن تہٕ ہری کرشن کولن رنگ چھُ اکھ اکس نشہِ تیوٚتھ بدٕلن زِ اَسی ہیکو کھ یم افسانہٕ مصنف سُند ناو پرنے بغیر گنڈتھ حالانکہ دشوے چھِ افسانہٕ کہِ بنیادی ڈانچکی قایل۔

لِہٰذا یوت نہٕ ہُکہ کاشرِس افسانس منز سپدی تِتھی کردار تہٕ تخلیق یمن مازٕ اڈج تہٕ رنگ روپ یونیورسل چھُ مگر پاد ہیکہِ ہن صرف کشیرِ ہِندِس پننہِ نس قومی کلچرس منز سپدتھ۔ کوکر جنگ

افسانچ شاہ مال، یوس خاص انداز بھرنہ دۄل پرنان چھیہٕ، تہٕ کٔنن منز کنہٕ واجہٕ نژناوان چھیہٕ۔ یمہٕ
ہنز کوکرِ جانہٕ بزِ ہُند کوکر پیٹھ کھسِتھ دراصل اہندِ ہے، یگوہس جانہٕ بزِ ہنز شخصیژ ہُند حملہٕ سپدان
چھُ، ہیکہٕ ہانہٕ کٔشیرِ نبر تہٕ کٔشیرِ منز آشنہٕ ہند بلوز زٕٹھ وچھ زیٹنٕ، مٲلی سُند جچیرِ دام دام دِوان خاص
انداز ماتمکھ اظہار کرُن تہٕ آشناد بانہٕ ہند مور دس چندن بینژ ژھانڈ دِنی ——— یہٕ سوٗرُے
ماحول چھُ یمی میژِ ہنز آڈر نہٕ۔ گلہٕ بدماش، بڑیسی واتل، اشم، نور کمال، محمد تلہٕ ووٗنی تہٕ ہتہٕ بدی
پتھ کردار تہٕ بے شمار SITUATIONS ہیکہٕ ہن نہٕ آسی تھی اگر نہٕ کٔشیرِ منز ادبی تحریک آسہٕ ہا۔
یہٕ چھُس نہٕ ونان زِ یہٕ کٔشیرِ ہاونیک تام کٲشر ماٹھی افسانہٕ لیکھنہٕ آو تہٕ چھُ سوٗرُے عالمی معیارُک
تہٕ چھُنہٕ کُنہٕ تہٕ زبٲنی ہندِ خاطرِ ممکن۔ یہٕ چھُسنہٕ یہٕ تہٕ ونان زِ کٲنسہٕ اکی افسانہٕ نگارن کیاہ لیوکھ یہ تھ کانہہ
افسانہٕ یُس عالمی ادبس اضافہٕ اوس تہٕ تہٕ چھُنہٕ زِ ہس ممکن۔ امہٕ چھیہٕ ٹاکار حقیقتھ زِ کٲشر لو افسانہٕ نگارو
کورٕ پرٕ خو لوٗص تہٕ ایماندارانہٕ اظہار تمن تجربن ہند یمن پیٹھ لس کلچر وحاطس منز اکہٕ خاص وقتہٕ حاصل
سپدی۔ تہٕ اتھ عوض اگر یم یتھ دورس منز اکے افسانہٕ تیتھ تخلیق ہیکن کرِتھ یُس عالمہٕ کین ادبی ایوانن
تحیّرچ فرحتھ بخشہٕ، سوے چھیہٕ بڈ کامیابی۔ کٲشرِ افسانچہٕ پرلوٕ چھیہٕ ووٗنی کٔشیرِ نبر تہٕ گاہے گاہے
پہوان۔ ملکہٕ چن مختلف زبانن منز چھِ ترجمہٕ سپدان۔ اکھ زِ چھِ میہٕ تتھی تہٕ نظر تل یم ملکہٕ نبر تہٕ چھپیہٕ۔
" دریا بہٕ ہند ایزار" افسانس متلق آد یہٕ تہٕ ونہٕ زِ

THIS IS A POEM OF LOVE - ETERNAL AND DESERVES TO BE INCLUDED IN THE WORLD ANTHOLOGY OF SHOT STORY

یاٗ ژس" افسانس متلق آیہٕ راے دِنہٕ زِ ہتیہٕ مین پانژن ورین منز ہندستانی زبانن منز لیکھنہٕ
آمتین افسانن منز چھُ یہٕ افسانہٕ سرس "
مگر یمن مثالن تہٕ ہکو نہٕ "تحیّر چ فرحتھ" بخشن واجنہٕ مثالہٕ ونتھ۔ ممکن چھُ تہٕ میہٕ چھیہٕ
وو مید آیند ہیکہٕ تیتھ کانہہ افسانہ نگار پادٕ سپدِتھ یُس با صلاحیتھ آسہٕ تہٕ تس آسہٕ آزادی موسیر

یتھ منز عظیم اَدب پارن زنم دِیہ ۔

میہٕ ووٚن گوڈے زِ کاشرِس افسانس منز چھےٚ رنگا رنگی تہٕ وُسعتھ ۔ امیک بوٚڈ ہیوٚو وجہ چھُ زِ یتہِ میوٚ تِہ ہوٚوری لوٚ بیٹھ چھُ ادبی تحریکہٕ ہِند مرکز سرینگرے یوت ۔ ضروٗرتھ چھُ زِ بعد رواہ پیٹھ گرِیز تام تہٕ کرگل ہیتھ گرِژھن مختلف مرکز پاُدٕ بیٚنہٕ ایتماد سان تہٕ بادہ لِقار پاٹھی تخلیق ادب سپدِ تیلی ہیکن سائنس اَدلِس تمِ ساری اوصاف پاُدٕ سپدِتھ یم اکہ قومی ادبہٕ خاطرٕ ضروٗری چھِ مگر وُنیک تام ہیوکھ یہ سپدِتھ تہٕ نہ چھُ یہ توٚتام ممکن یوٚتام نہٕ اسی لوٚری شبالن ہندین لفظن منز آزاد سپدو ۔

THERE CAN BE NO FREEDOM IF THE INDIVIDUAL CANNOT GET EDUCATION THROUGH THE MEDIUM OF HIS NATIVE TONGUE OR CANNOT ASSIMILATE THE RICHES OF HIS NATURAL CULTURE.

افسوس زِ اسی چھِ نامراد تہٕ بےشعوٗر سیاستھ کارن ہِندی غولام ۔

رحمان راہی

# سَراپا نِگاری تہٕ رُسُل میر

سَراپا چھُ فارسی زبٲنۍ ہِنٛد اکھ بِلہٕ مِش لفظ، یُس ژھوچرتہٕ مانہٕ کرو "تالہٕ پیٹھہٕ تلہٕ پدس تام" اصطلاح رنٛگۍ چھِیہٕ امہٕ تلہٕ مطلب آسان سوٗ شار باوتھ یَمہٕ کہٕ ذٔریعہٕ شاعر کانٛسہٕ محبوب صوٗرتھ انسانہٕ سُند روٗپ رنٛگ تہٕ ترائے گرائے ووتلاوان چھُ۔

حُسنہٕ باس تہٕ لولہٕ اِحساس چھِ پتہٕ وَتھ آمتۍ۔ کاشرِس منٛز چھُ سراپا نِگٲری ہِنٛد سارِوے کھوتہٕ بوڈ ووستاد رُسُل میر تہٕ میہٕ چھُنہٕ یہِ وَنُن تہِ کیٛہنہٕ پوٗٹھ باسان زِ رُسُل میر چھُ اَتھ سراپا نِگٲری یہِ ہُنا پرزنہٕ پیٹھۍ لور رُود مُت، سراپا نِگٲری یوسہٕ اکی آنہٕ تہٕنزِ شخصیژ ہِنٛد جبر وُتھ تہٕ باوان چھِیہٕ تہٕ تمِکۍ حدتہٕ ہاوان۔

اصلس کُن ہے گژھو تیٛلہٕ چھُ بانُن زِ قوُدرتن چھِیی نہٕ انسانس کُنہٕ چیزُک انہار تہٕ انداز ہوٗ بہوٗ بیان کرنُک یا کانٛسہٕ ہُنز ترایہِ گرایہِ عآن تہٕ غآن تصویر تُلنٛک ہِنٛز عطا کوٚر مُت۔ توٚے تہٕ چھُ بڈِ کھوتہٕ بڈ لو شاعر وَتہٕ مُصوِر وارمان کھیوٗ مُت زِ ژٕ نی وٕنی تہٕ آیہٕ نہٕ سائم کتھ وَننہٕ تہٕ بناوی بناوی تہٕ آو نہٕ اصل تصویر بناونہٕ۔

سراپا نِگارُ سُند مَتھ چھُ یِہ حُسنُک تہٕ جوٲنی ہُنٛدِ لیٚس بکہٕ کرُن۔ ستھ تس دیدمان چھُ سہٕ گوٗ ژھ تہٕندِ لفظن منٛز تتھ پاٹھۍ رٹنہٕ تہٕ ژھرنہٕ یُن زَنتہٕ کانہہ اژھ رژھ شیشس منٛز بنٛد کرنہٕ ییہِ۔

مگر

نہ چھُ لفظن تیُتھ ہیوٗ شوٗخ قدم نہ چھُ مانے تِتھ کَنہٕ ژھالہِ تُلاں

بنہِ کیتھ کنہٕ میانین مصرن منٛز ییہِ چوٚن ژٕسُل رفتار میٚتیو

گٔیہٕ ناسوے ارسطوٗ سٕنٛز پرٲنۍ کتھ زِ اصلس سیٚدہِ سیوٗد نقل تُلُن چھُ ناممکن۔ ژٕ ون گو وامارس کیاہ کرِ زِ، ناممکنس ممکن بناونچ کوٗشش چھیہٕ ازلہٕ ابدٕ جٲری تہٕ اَمی کوٗششہِ ہُند اکھ روٗپ چھیہٕ سراپانگٲری۔ تاہم چھُ کوٗششہٕ تہٕ کوٗششہِ پھیر۔ پوٚختہ کارشٲیر چھِ اصلس تام واتنگ پَتہٕ اپیرٕ وچ یانے واتن وارے بدلاوان۔ اصلس نقل تُلنہٕ بجایہٕ چھیہٕ تمیک تاثر وٕ تلاونچ کوٗشش سپدان۔ سہل پاٹھۍ ووٚدٕ موٗ مثال یِتھ کنہٕ زِ عاشق چھُ ماشوقہٕ سٕنزن اَچھن ہُند بجر مینہٕ تہٕ تِہندین اچھ والن ناپہ ہینہٕ بجایہِ تِتھ سِر ساوی کیفیژ وٕنی ذِ واں تہٕ سوا زاآکی مرٕ مسٔتی ژینچ کوٗشش کران یوسہ تمن محبوٗب اَچھن ہُند عطا آسان چھِ۔ اَمی اُسبدِ واتن وارک نتیجہ چھُ زِ دُنیہِک کانہہ تہٕ بوٚڈ شٲیر چھِنہٕ نٔسہ تہٕ چھرا خنجر وٕ نِتھ تہٕ ہمن ژھرے کمان زانتھ سراپانگٲری کران۔ حافظ ہیکون اَسہ کنہٕ مبالغہ ورٲے عظیم ترین عاشق شٲیرن ہِنٛز گنزرِتھ تہٕ تَسُند ماشوق باسہِ دُنیہِک اکھ حسین ترین انسان، مگر سُہ نہ چھُ تَسندِس قدس چھُٹوار کران نہ تِہندین پکوٚن ہندی قسم گنزران تہٕ نہ توٚہ ہوٚندوٚس وجیہہ موٚلہ وان۔ حافظ سٕنٛز سراپانگٲری بوٚزی توٚن اکھ کیفیتھ، اکھ صوٗرتِ حال، اکھ تاثر، اکھ ڈراما۔

زلف آشفتہ وخوی کردہ وخنداں لب ومست

پیرہن چاک وغزل خوان وصراحی در دست

نرگسش عربدہ جوی ولبش افسوس کنان

نیم شب دوش بہ بالین من آمد بنشست

سر فرا گوش من آورد بہ آواز حزین

گفت: کای عاشق دیرینہ من خوابت ہست؟

غالب چھُ حافظن تہٕ پو واہ کھسی تھے ورگہٕ باوٕژ ہُند شٲیر۔ سُہ چھِنہٕ ماشوقس قدمینان بلکہ تمہِ قدوک

طلسماتھ وچھتھ راوان تہٕ ونان ۔

سائے کی طرح ساتھ پھریں سرو صنوبر
جب وہ قدِ رعنا ترا رفتار میں آوے

بلکہٕ چھُ غالب تال تہٕ تلہٕ پدی چھونہٕ ورأیی تیتھ سراپا وہ تلان زِ سر لوبج تام چھُ رقیب بنان :

ذکر اُس پری وش کا اور پھر بیان اپنا      بن گیا رقیب آخر تھا جو رازداں اپنا

تہٕ محبوبہٕ سُند جسم چھُ کایا کلپ سپدنہٕ کِنہٕ      بہارِ بسترتہٕ نوروزِ آغوش بنان

وقت کم آستھ تہٕ بیٚز یادی کتھِ ییٚز ورٕ ھنےٚ کرمیٕہ اَوکِنہٕ ییتھ اَسی پنٕنہٕ زبانٕی ہندس ساروے کھوتہٕ بڈس سراپا نگارس یانے روسُل میرس پزنہٕ پانٹھ موٕ لانکہٕ ون ہیکو کرِتھ ۔

روسُل میرس چھیٕہ دپاسُل اہمیتھ ۔ اکھ چھُ سہ سون ساروے کھوتہٕ اہم مجاز پسند شاعِر یَس نِش صوفی شاعِر یہ ہندِ بالافطری عشقہٕ بجایہٕ ییٚمہٕ سانہِ فأنی دُنی یہکین اَسہٕ ہوبن فأنی انسانن ہُند حُسنہٕ اِظہار تہٕ لولہٕ ولوہار ژھٹہٕ ماران چھُ ۔ دوییم ییٚز روسُل میرس نِش واتھ چھُ ماشوقہٕ سِندِ مأری منز ژک بیان زِنتہٕ ژھری پتھر پیٹھٕ ہیوٚر سوٚ ییٚزلہٕ آکاشس کُن وُچھ وار کرنک گوڈنیک سِز باسان۔

کانہہ اکھ کھوروول انسان پنٕنہٕ ماشوق بناوُن تہٕ تس عشقہٕ مسجد ناوکرُن ، تہندِ ہیٕہ وُچھکین روہٕ پٹہٕ قبن نبہٕ وو تہمت مأری فتہٕ ونُن ، زُلف کو کُل آنگ ہاہ تہٕ قورانک بسم اللہ زانُن ، سروِ شمشاد ہیمتِ عأبی مانُن مُس کھأسہِ مالامال ۔ بُریٚ میتہٕ کمی کلہٕ وآلیے ۔ جمالکی جامہٕ وِچھیے کامکس نألی ۔ قد چون وچھتھ ویر برزمان تیر گرژھان خم ۔ زأی وانکن باگی کُس کرِ شومار ۔ پچھ لگہ سو گنٕہ زِنُس پچھ تےٚ ہزار ۔ اَمہٕ شاپہٕ نو موکلن پیاے لولو ۔ ییم اِظہار تہٕ اَحساس ، یہٕ بیان تہٕ اَمیک یہٕ انداز یہٕ سورُے چھُ ٹوٚ لوٕ تھ زِ روسُل میر چھُنہٕ کانہہ مومولی شاعر اوسمُت ۔ یوٚدوے محمد یوسف ٹینگ صاحبُن یہٕ وَنُن پوٕ ژھے بہن باسان چھُ زِ سراپا نگاری منز چھُ روسُل میر شیکسپیرس ہِوبن عظیم شاعرن مدِ مقابلہٕ تاہم ہیکو نہٕ یتھ ییٚزِ انکار کرِتھ زِ روسُل میر نہٕ کینہہ شاہ زِ ژٕ ڈیشتھ چھُ گماہ گرژھان زِ خبر براد ییٕہ مایمہٕ تہٕ بنییٕہ ما تارکھ تہٕ آفتابہٕ !

سراپا نگاری ہندِ بہترین نموٗنہٕ سام ہینہٕ تلہٕ چھیٚیہ کتھ سرٕ گژھان زِ سراپا نِگارٕ سُند سفر چھُ CONCRETE پیٹھٕ ABSTRACT یانے کاینٛ چیز پیٹھٕ اکاینٛ احساس یا تخیلی صورتِ حالس کُن آسان۔ کتھ داش کڈنہٕ باپتھ نموٗن روٗسل میٖرن یہ شار:

کانہٕ مولیٖس طاقانٛ چھس بر سر    پھٔلہٕ نافے مولمُت مُشکہِ ادفر
ہیٚنزٕ یاران ژٕ وٕ زٕ کیٚو دایہِ لولو

شاعرن چھُ بظاہر بلکل سُے تصویر پیش کوٚرمُت یُس تٔمۍ پانس بروٚنٹھ کنہٕ وُچھمُت اوس تہٕ تمہٕ اد لوٚیر ڈٔلیٚنچ چھنہٕ کوشش کٔرمٕژ یانے سہ سفرے چھُن نہٕ کوٚرمُت یُس سراپا نگاری باپتھ ضروٗری چھُ آسان۔ اکھ صورتِ حالس کٔرو ناوٕ ٹھہراو یا بیٚیہ سفری۔ ووٚنۍ ژٕ نیتو روٗسل میٖرن بیاکھ شار:

قندٕ پھٔلۍ وٕٹھ لعلہٕ کھوتہٕ رتیے    دٔندٕ پھٔلۍ چھس موکھتے ہار

اکھ منز چھُ سفر مگر سانہِ حسابہٕ گیہ یہ کو سفری تکیاز سفر چھُ قندٕ پھٔلو پیٹھٕ لالہٕ پھٔلین تام تہٕ دندٕ پھٔلو پیٹھٕ موکھتہٕ پھٔلین تام سپُدمُت۔ یانے اکہِ ٹھوس تہٕ کاینٛ چیزٕ پیٹھٕ بیٚیس ٹھوس تہٕ کاینٛ چیزس تام۔ امہِ بیٚیہ سفری یا کو سفری ہُند حاصل ہیکہِ آستھ یا تہٕ ژھوٚرُے لفظٕ ورتاونٕچ تنگنگری تہٕ وو ستہٕ کٲری۔ روٗسل میٖرس نِش چھُ امہِ کاچہ ژھوٚرُے لفظٕ ورتاوتہٕ نظرِ گژھان تہٕ بٔلۍ وو ستہٕ کٲری تہٕ۔ دُر دانہٕ آستھ بے خبر میٖر جان دیان چھی۔ یہ چھُ روٗسل میٖرن اکھ مشہوٗر غزل تہٕ امہِ چہ وو ستہٕ کٲری یہ چھُ پروفیسر غلام نبی فراق تیٚوتھ مرعوب کوٚرمُت زِ تٔمۍ چھُ اکھ شیکسپیئرنِس اکس اہم سانیٹس ستۍ ہشر دیتمُت حالانکہِ شیکسپیئر چھُ نٔنۍ یا ٹھی کاینٛ پرٛاو و پیٹھٕ اکاینٛ فضہس کُن پرواز تُلان باسان ییلہِ زن روٗسل میٖر جان تراوِتھ زیادٕ دُر دانس واتان چھُ سینہٕ کین قُبن پیستانو بجایہ انار شیرین ونان چھُ تہٕ اچھ والن تیر تہٕ بُمن کمان ناوکران چھُ۔ امہِ کو سفری کنۍ چھُ غزلکی کینہہ رٔتۍ مصرٕ تہٕ یمے اڈوتی زن مار گژھان۔

میون مطلب چھُنہٕ روٗسل میٖرنِس شاعرانہٕ کمالس انکار کرُن۔ وٕنۍ چھُم صرف بیٚیہ لوٚن زِ جذبات منز ییٚتھ گژھہ نہٕ رٕ لپس تہٕ سونس گُنے مول کرُن۔ روٗسل میٖرنہٕ سراپا نگاری یہ چھِ وارِیاہ گون یم سیٹھاہ قابلِ قدر چھِ تہٕ تموکنۍ سہ کاشرن سراپا نگارن ہُند امام گنزرُن پزِ۔

میر صابس متلق چھیہ یہ کتھ سٹھاہ عام زِ سہ چھ مجازس موت تہ تہندس کلامس منز چھ کاشر لولہ شاعری ہنز حاوی رلوایژ برعکس زمینی لولک جوش تہ جسمانی حسنک پھٹہ پھٹہ۔ مثالہ زنگی نموکھ یتھ ہوی شارمین منز اکس تازہ بالیغ عاشقہ سند نون نون شوق تہ وتاولی جذبہ نظر گژھان چھ:

حلقہ بند تلی شوبان نارِ پیتاں ۔۔۔ تی ڈیشتھ عاشقن دل تنبہ لاں

قند کھوتے وٹھ کیاہ میٹھی چانی ۔۔۔ لعل یمین یاقوتِ رمانی
اکھ مزدار بیئہ وونزاگرِ ییے لو

وٹھ چانی کوسم زن ووزلہ تہ ۔۔۔ بوسن اسہ وزنی مالوسن
کوسہ میلن لعلن تلے ییے

کینژن لوکن چھ اتھ نثرس پیٹھ اعتراض حالانکہ امہ قسمک نثر ونتھ چھو ر کاشر شاعر یہ یاون تہ اتھ ہربیہ اکھ اہم جہتھ۔ بیا کھ کتھ چھیہ یہ زِ روسل میر ییلہ ظاہرک نثر وچھتھ بنہ دلکین سنزن سام ہیتھ شاروان چھ یوہے نون جسمانی حسن چھ متبرک تہ مقدس باسان تتھے نون تہ مقدس یتھ آدمن حوا یہ ہندِ جسمہ نشہ ژلیو نمت آسہے:

ژے پوشہ تلی! میانی عشقہ مسجد، حسنہ امام ژے
ژے بانگ شوباں موکھتہ، ژ یہ چھے یوسفی چالی

روہ نہ گوڈکے یامتھ لوزم ساز ۔۔۔ ساز بوزہ نہ پانہ آو شاہ یئند راز
ہیہ وچھس روہ یہ ہندی قبے ۔۔۔ ماری فتہ زن وو تھمت سنبے
چھایہ کوکل کنہ اینس آہ ۔۔۔ نتہ قرانس پیٹھ بسم اللہ
پانہ لیو تھمت نمی ژلجلا لیے لو

راز ہنز یانہِ ناز کیاہ چھیہٕ اَنزی نہٕ گردن

یا الٰہی چشمِ بدٕ ہٕنٛشہِ رچھتن

کم کیاہ گرٛژھِ چانہِ بارگاہِ لو لو

کایل چیز پیٹھ اکایل اِحساسس یا صورتِ حالس کُن سفر کرُن چھ روٗسل میرنہِ زانان

تہٕ یہ صلاحیتھ چھیہٕ تس کاشرِ ین سراپا نگارن منٛز امتیاز عطا کران، مثلن یم شار:

سو نہٕ کنہٕ دوٗر یار چھم الہٕ راوان ہُلہٕ راوان گُل عالمتہٕ لو لو

ہو نجہ پنجرس منٛز چھم جانا وار اَکھ ویسریم کتھ شکر ییے لو

روٗسل میرنہٕ سراپا نگاری یہ چھیہٕ اکھ نادر خوصوصیتھ یہٕ اَتھ منٛز چھ شاعر یہ تہٕ مصور یہ

میٚل سپدان۔ مثالے یم شار:

موکششس پیٹھ میلہِ چھوٚر پوشہِ لنجہ پیٹھ زن قمبوٚر نتہٕ بومبوٚر دلوٚر تُلان

یا عشقہِ پیچان چھے ارغوانس منٛز کاژ زوٗن زن دون شہارن منٛز

نقشِ چینیس زنار نائی ییے لو

ہی ہتہٕ مسول بینیہ پیمبرزل برٛگے ژیہٕ کُن وچھان

چشمہٕ سیاہ روخ دوٗزالی جامہٕ چھتیے لتی ییے

مُشاہدچ تیزی، شوق تہٕ تُندی تہٕ اِحساسک تیز ریمہٕ خوصوصیژ چھیہٕ میر صاہبنین کیتن

شارن سراپا نگاری ہندوس تہٕ اوٗچی بناوان۔

چھ شراوَن ہیہٕ چھاوُن ناراہار سو یاوَن مژ چھیہٕ ییر تھ جامہٕ چھتیے

دنجر ہمہٕ نے شمشیر دارن کم شیر سردارن خنجر نستے کُھش کیاہ تیز اوس ڈیشتھے گوو کُھش مے

بخابِ ناز ہمخاب وچھم برفرشِ کمخاب۔ ہیٛیس مہتاب در آب۔ گیس بیدار کوٚت گوم

میر صاٛب چھ وارہٕ ہین جاین محض پننہِ بیانہٕ کہ جبرٕ وُتہٕ، خیالبازی ہنزِ ہکچہ تہٕ باوژ ہنز

نادر وارِ یہ ہندِ دسی خیالی شکلن تہٕ کنہِ وین مُرژن تہٕ زندگی ہندِ و شنیر تہٕ دُبراے بخشان۔ تہٕ

ستی چھن پننہٕ ووستادانہٕ لفظ ورتاوٕ تہٕ ندرت کار FANCY یا نے خیالبازی ہندِ مدتہٕ کاشُر زبانٕ ہنرٕ تتھ لوٚلہٕ شاعری یہٕ کلاسکل ترٲے گرٲے تہٕ عالمانہٕ اوٚبر گوبر عطا کوٚرمت یوسہٕ تس بروٚنہہ زیادٕ ہیٚن لگہٕ شاعری ہِش باسان آسہِ ۔ یہٕ چھُ رٕسُل میرن سہ کارنامہٕ یُمہٕ کنیٚ موجود دورچ تمہٕ کاشُر شاعری یہٕ بابتھ وَقتھ درایہٕ یتھ آسہِ ازکل دانشورانہٕ تہٕ چھاپی صفحِ شاعری وَنان چھِ ۔

خال بر روخ تازٕ ترووُمت ۔ نازٕ کے لوٚلہٕ لشہٕ نوٚن درامُت ۔ یا سپنمُت زنگیاہ چھے
شہرِ حسنک نواب تہٕ واے

چشمہٕ دلشتھ چانہٕ مس چیتھ ۔ مانین کرٕ ترکِ صبورتھ ۔ ترٕک بدخومرگِ آہو
نرگسِ نیم خواب تہٕ واے

یمہٕ کرٕ سروقامتھ ۔ گیم بر پا قیامتھ ۔ لیم تہٕ استقامتھ ۔ سُہ خوش رفتار کوٚت گوم
وُچھ آفتابن چون ژندٕ زموکھ تہٕ ڈولُس رنگ گنج کازٕ لوٚے زوٚن چھُس سرِسام نگارو

رٕسُل میر چھُ یتہٕ نین ژھوچن کیوٚ زیچھن بحرن تہٕ قسمہٕ قسمہٕ مصر بندی ین تہٕ قافیہٕ طرازِین ہندِ مدتہٕ پننہٕ کلاسکل چالہِ شاعری یہٕ لکہٕ موسیقی ستیٚ گنڈتھ اکھ لطیف دُ آتشی مس باگران ۔

| | |
|---|---|
| چھے ژٕیہٕ کرتجبِ دارٕ | تاریف ہمن ہمن |
| بال ہوسہٕ مشتھ دارٕ | یارٕ ییتہٕ ہمن ہمن |
| دَند چانی زموکھتے ہارٕ | وِٹھ لعلِ یمن یمن |
| یُتھ شفق ہنیہٕ ستارٕ | یارٕ ییتہٕ ہمن ہمن |
| بوٚے مشکِ تتارٕ | موے یاسمن سمن |
| روے چون گُل انارٕ | یارٕ ییتہٕ ہمن ہمن |

اتھہٕ دل گوم کتھہٕ بوزتھ چانہٕ ملتانی مارییے   پوشنول چھی ہوشہٕ ژٕکہِ ہتہٕ طوطہٕ لوہُری کلہٕ ییے

(دسمبر ۱۹۸۰)

شفیع شوق

# غزل

پرِتھ چوکس منز سُے اَسہِ وُن پاَٹھر چارَے
پرِتھ کرِ یہنیارس نوٗو نیہِ وُن روغن کھارَے

وَتہِ وَتہِ غمہِ دِواں پھِلیمہٕ ژخاموشی
بَرِ بَرِ کَن دِتھ وُنہِ پھیراں اکھ پھِسرارَے

اَز روٗس بےگَردِ اندر وَتہِ پَدی ژھاراں
تِہندِ رِنیچ اکہِ دوہہٕ پھِرِ نایِ مئے پارَے

کلُٕ گوکرِس منز روٗتلہِ ژمہِ وُن وُہہِ وُن بُتھ
پرِ ژھینہِ ریٖہہِ نوٗرٕنَس دوٗبنَس گژھ سے نارَے

ساَری منظر بیٖلہِ شرٕ وٕپراَوِم دیدن منز
قدمَن تَل موٗٹھمٕت منظر روٗم وارَے

تنہِ مُرِ رتھ تَن وِچھے بجلی گاشَس منز
ہنگہِ منگہِ ژِجیہم گاموٗ کنہِ کوٗت لارَے

تن ترٛاوِتھ بَن نیرِ بہارٕچ خوشبوءِ ژَھٹھ
وَن وآراں ژٕھنڈی ژھنڈی پیتہٕ واوٕ زنگاہ گارَے

وُنہِ چھم نظرن تَل تہرِس ہیٚنٛھ بیٚنیہ کینہہ لوٚبشس
مَتہٕ وَنتم کینہہ تام مُدَے برارَے

شوقس چھم وۄنی اُچھ ٹارن منٛز سیکھ ووپدان
بیٚنیہ کینہہ خاب ژھیتھ بٕکھنا سوداگارَے

# غزل

دۄپُنم زِ ژٕ یہ کیاہ ناد گوٗنہگار دِپیامَس
کُھٹہٕ کوٚہ ژٕھ چھُس بہ سزاوار دِپیامَس

وُپہ بالہٕ پھریک راز گُپتھ چھُس بہ پہاں یا
سنگسار بنی خشمہٕ تہٕ بیزار دِپیامَس

دولہٕ گوپھہٕ اَژِتھ پرٲنِ سوے پھسرآ سَرونام
دولے یہ یِتھےٚ واوِ سیاہ نار دِپیامَس

تَم کُتی جہِ اَنِتھ لوتہِ بیٚتین بوٗل ڈوٚتھِ گے
تتھ نارٕ وُڈٕر باگہِ چھہِ گٹہٕ کار دِپیامَس

پھُری چھِہ تہٕ لوٚتاں نیوٗم ژٕہِتھ شیشہٕ طُفان
چھُے سونتھ پکھن تل ژٕ یہ گرفتار دِپیامَس

پرِتھ لنجہِ اَویزان وُچھکھ لاش تَژِہے یام
ژٕوہ دِپان ژٕھنتھ لنجِ زِ ژٕموہ کجار دِپیامَس

اکھ بوسہٕ سبزٕ پری یہِ اَگر واتہٕ ژٕلس شاپھ
طوٗفانہٕ ڈٕلتھ زوٗوتہٕ نہ کانہہ نار دِپیامَس

یم موٗنژٕ تری اَز تہِ کراں خندہٕ مٕہ ہے چھم
ٹھہرا و قدم بوزلتی زار دِپیامَس

پھالوتہٕ کلفٕ مُژرِ اگر میانہ چھُہ کیاہ کم
"بازٲری لوکُس چھُس نہ خریدار دِپیامَس"

ییٚلہِ بالہٕ تھونگِن پھُنہ چھِہ گریزٕہاں ڈول وزاں نے
شوقس چھِہ نِسنگاہ وُزاں شار دِپیامَس

غالب - ھ

نور محمد بٹ

# کأشر موسیقی ۔ اکھ زان

کأشر موسیقی چھ اکھ پنُن انداز تہٕ اکھ پنُن رنگ ۔ اتھ چھہ لکہٕ رنگ تہٕ، تہٕ کلاسیکی رنگ تہٕ ۔ لکہٕ رنگ گوو لکہٕ موسیقی تہٕ کلاسیکل گوو صوفیانہٕ موسیقی ۔ یہ موسیقی چھےٚ زیادٕ تر بأتن تابع ۔ یانے شاعری چھےٚ اتھ پیٹھ سوار ۔ گوڈٕ گوڈٕ چھےٚ موسیقی یتھے کنٕ تابع روزتھ تہٕ پتہٕ پتہٕ یکتھ پنٕنزِ ہیتھ قأیم تھاوان ۔ مگر چھیکرس چھےٚ موسیقی پنٕنز انفرادیتھ نَنہٕ کڈان تہٕ یہ چھےٚ لفظن ہندِ ملہٕ مانیچ موحتاج روزان ۔ بوزن والِس چھ امیکھ احساس تیلہٕ یادٕ سپدان ییلہٕ اَمس مدہم (ہیوٚندُستأنی ستارٕ) چِن تارن ہندی اَندرم سورکنن گرزھان چھہٕ ۔ اَتہٕ نس چھےٚ موسیقی نیتھ ننز روزتھ پنُن اصل وجود ہاوان تہٕ بأتہٕ کس لفظ پوشاکس تریٖہ پچہ کران ۔ حُسن چھ بجاے خود اکھ جلوٕ ۔۔ ۔۔۔۔۔ اُسن، کھنکالہٕ مأرن، ٹٲٹھ یار دلہٕ نظرو وُچھن، عاشقس عشقنہٕ والہٕ واشہٕ منز کھسناونہٕ خأطرٕ مختلف اندازٕ اپناوُنی ۔۔۔۔ یم سأری چیز چھہٕ حُسنس اندر لبنتھ تہٕ اگر کتھو ستی حسنکہٕ جلوٕچ شیر پأر کرو حسنس کھسہٕ بظاہر لوش مگر حسنک اَندرِیم تہٕ خاموش پرتوو ژھوکہٕ ۔ صوفی چھہ گوڈٕ گوڈٕ شرعچہ تلوارِ تل روزان پتہٕ چھ آے بدلاوان ۔

یتھے کنٕ چھ بأتھ تہٕ موسیقی ہنز خوشوٗنز ترائے رٹتھ لکن فرحتھ تہٕ خوشی موہیا کران ۔ تہٕ کیازِ بأتس منز چھ وزن تہٕ وزن چھ سورن ہندِ تہٕ ننہٕ ستی جہار کڈان، وولسنس لوان تہٕ رنگ ژھٹان ۔ موسیقی تہٕ چھےٚ وزنس تابع، اوکنی زِ سور چھہٕ اکس تنوسلس تہٕ ترتیبس منز چاورٹان تہٕ وزنچہ لیہ پیٹھ کھستھ چھہٕ یم ہر ننہٕ ژھالہٕ ماران ۔

یِوْدوے کٲشرِ شاعری وِزِ وَزِ تھٔرن بانہٕ بدلے یہ گروزن گووِنہٕ ڈلہِ موٗنہٕ ختم۔ کٲشرِ موسیقی منز چھُ وزن تہٕ لے یاوُنی توٗلے تہٕ تال وُنِہ تہٕ قٲیم (مسٹر جوزف اکھ امریکی ماہرِ فنِ موسیقی یُس پتمہ وری یہ صوفیانہٕ موسیقی ہنز رسرچ کرنہٕ خاطرٕ کشیرِ آمُت اوس۔ ووٚن میہٕ زِ امریکہ ہس منز چھِ کمپوزر یہ ونان زِ سمپھونی لیچھ پرانہٕ زمانہٕ کہو کمپوزرو، لہٰذا چھِ یہ تہندے حصہٕ۔ اَز کی کمپوزر چھِ نوٕی تجربہ کران تہٕ تالہٕ ہندِ چکرِ نِشہٕ تھپھ ژلنہٕ رٹِھان) لے تہٕ تال چھیہٕ ہیوٗندستانی کلاسکی موسیقی منز تہٕ قٲیم۔ لہٰذا یہ کینژھا اَسی کٲشرِ موسیقی متعلق بیٚنس کتھ کروسو آسہٕ زیادٕ ترٕ باوزن موسیقی ہنز کتھ، یوسہٕ بٲتہٕ کہو اَچھر وستی پہچانہٕ ییہ تہٕ بیٚنس ممکن باسہٕ بٲنگ سرگم تہٕ ییہ دِنہٕ۔

کٲشرِ مکہٕ موسیقی ہنٛد سپھ کال یا منز کالہِ نِشہٕ چھِ اَسی بیہٕ خبر تکیازِ امہ کہِ آسنکھ یا نے یہ کتژھ اَس کمہٕ آیہٕ اَسی لوان گیونہٕ، تہٕ اَمچ ترقی تہٕ ترویج کتھ کٔنی آیہٕ کرنہٕ چھُنہٕ اَسہٕ مولوم۔ بڈشاہ یا یوسُف شاہ نہٕ وقتہٕ یوہ سِہ ترقی اتھ دِنہٕ آیہٕ تتھ متعلق تہٕ چھُنہٕ کانہہ وضاحتھ آمُژ کرنہٕ۔ صرف چھُ ونہٕ لوان زِ حبہ خوتوٗنہٕ بنو و مقام راست کشمیری۔ (امہ مقامہٕ منز اکہ بٲنگُھ سرگرم چھِ نمبر ۱۳ عہس پیٹھ)۔ لہٰذا چھُ بیٚہتر ییہے زِ وا قاتی پہلو تھاو و اَسی مدِ نظر تہٕ کٲشرِ موسیقی ہموا قاتی طریقس پیٹھ جایزٕ۔

دان کہس یا مکاپہٕ ڈارس منز بیٚلہِ اکھ زنانہٕ پٔنس خاندارس یا بیٚیہ کٲنسہٕ یُس دوٗرِ اَسہٕ کریکھ دیہ" ہتو ہیو رمضانو ......" امہ منزٕ چھیہٕ موسیقی وہ تلنچ گنجٲیش آسان تکیازِ لفظ چھ وزنچ اکھ ترے ہموان رٹنہٕ۔ کاوِ بیٚلہِ آو دوان چھُ اتھ منز چھنہٕ کہنی موسیقی آسان۔ اَمی سندیہ آکو چھُ چھوٚن تہٕ چھوٚرٕ۔ وَں گوو بیاپٲری ہی بیا کھ کاو اَتھی آوس برابر جواب دِیس گرٕ ژھان تیٚلہِ بنہٕ وزنہٕ رنگی یہ موسیقی۔ تگر یہ کرِتھ تہٕ چھُ کاوِ سندس "کرا" آوس منز بیٚیہ تارِ ہنز رل گیِل کھالن وِزِ (ڈھلایہ وِزِ) بیٚلہِ پٔہلی وول باتِھے نفری ستی بٔڈی بٔڈی میٚنڈی کھالان چھُ سہ چھُ ژُٹھ واری بٔڈراونہٕ تہٕ موزٕوٗرن ہمتھ دِنہٕ خاطر یہ آسے رٹان۔

پٔہلی وول ....... لا اِلٰہ

موزٕوٗر ......... الّا اللہ

پٔہلی وول ...... صمد لوبرہ نہ پکھ

موزٕوٗر .. .. .. رالا اللہ

بٔہلی وول .. .. .. .. .. احدلوٚ پتھ رٹھ

موٚزوٗر .. .. .. .. .. اِلا اللّٰہ

تہٕ یٔلہِ گیِل سٔترس واتہٕ آی سِرزٕ موٗسیٖقی ہنٕز ترلے چھیٚہ بدلان تہٕ کیازِ وۄ ذٕ چھیٚہ آسان اُمِس موٗموٗلی دکہٕ

دِتھ موٚنڈ بکہٕ ناوٕن ۔

بٔہلی وول .. .. .. .. یم کٔمی گرٕ ییے سوٕ ہٕ کنہٕ وائی

واہ واہ رادھا نالِ ییے

نمبر ۱

| ۱× | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ ع۰ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| بی | سا | رے | سا | نی | سا | بی | بی |
| بی | سا | رے | سا | بی | سا | بی | بی |

ییتھے کٔنہ یٔلہِ کانہہ موج ییٚنس شرِس ساوان چھیٚہ یہ چھیٚہ باوزن موٗسیٖقی ورتاوِتھ اُمِس نیٚندرِ پاوان۔ کأشرِ موٗسیٖقی ہند روٗایتی رنگ چھُ اسہِ زنانہٕ وَنہٕ وُنس تہٕ روٗفس منٛز لبنہٕ یوان ۔ وَنوٗنیکھ یہِ طرز روٗدی اُسی واریاہ کالہٕ ییٚٹھِ لوزان تہٕ ممکن چھُ یہِ اَسہِ سیٹھاہ پرون طرز۔ مگر وَنہٕ وُنس چھُ بٹن تہٕ مسلمانن ہندس طرزس منٛز فرق ۔بٹنہٕ چھیٚہ سیٹھاہ پرانہٕ طرزِ وَنہٕ وان۔ شاید چھُ اتھ منٛز یمن مذہبی آے یا تہٕ چھکھ یمنٛزِ انفرادیتھ تہٕ تفرق قائم تھاونہٕ خاطرِ اتھ تھپ کرمٕژ۔ ہیندس وَنہٕ وُنس منٛز چھُ گوبر تہٕ سنٛجیدگی۔ مسلمان وَنہٕ وِنس منٛز تہٕ چھیٚہ نہا سنٛجیدگی مگر یہِ چھُ خوشوٗن ۔جِشمِ اللّٰہ کارِتھ ہیٚمے وَنہٕ وونے" کس طرزس ییٚٹھ چھُ میٚہ یہِ وَنہٕ وُن ییٚتی نس صدابند کوٗرمُت (امہٕ موکھ زٕ تیٖھ وَنہٕ وِنچ زِلکارٕگی فکرِ ترہ ۔ یہِ وَنہٕ وُن چھُ میٚہ کامرِ چہِ اُکس دید صاحبہٕ نشِ رکاڈ کوٗرمُت تہٕ امہٕ تلہٕ چھُ ننان زٕ مکہٕ موٗسیٖقی یا لکہٕ بأتھ جمع کرنہٕ ستی انسانی سرگرمی ہند کیتیاہ پہلوٗ چھُ تنٛ نیران" ۔

ییٚتہٕ مأنز لاگن شامہٕ سوندٔرے   تتہٕ مأنز لاگن کامہٕ دلیوس

اُزی تو مأنزِ ڈل مأنزِ منڈأوے   جامہٕ گنڈأوے کامہٕ دلوس

نمبر ۲

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ |
|---|---|---|---|---|---|
| سے | رے | رے | گا | گا | گا |
| رے | سا | سا | سا | سا | سا |
| سا | رے | رے | گا | گا | گا |
| رے | سا | سا | سا | سا | سا |

کشتوارٕ ی ونہٕ وُن تہٕ چھُ کٔشیرِ ہندی آیہ نگر لوٚتُس چھیہٕ زنانہٕ ونہٕ وُن ہُر جل ژٕ ٹان ہ

یور کوٚتہٕ اَکھو کٕلہِ شکارس      ینو لوزارس کنہِ سن نے

## روٚف یا روٚو

روٚف چھُ سہٕ بٲتھ یُس زنانہٕ ماہِ رمضانس منٛز ، یا عیٖد دوہ بیترِ گیوان چھِ ۔ وَنہٕ وُن لوٚد وَے اکی ترایہ پکان روٗد نگر روٚفس منٛز آیہ واریاہ تبدیلی ۔ یرون روٚف اوس ییٚمہِ آیہ آسان ہ

مارِ موٚت ہے روٗد بارِ گُلِس تل ژھے

سٕہ ہے چھُ ماران دوٗرِ کنہِ نے گرے

( دوٚیُم مصرعہ ووٚن میٚہٕ اَکھ شخصن ، بہ چھا برابر اَمہِ کے حصہِ کنہِ نہ تہٕ ہیکن زانن والی وٕنتھ )

نمبر ۳

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| سا | سا | سا | سا | رے | گا | ما | ما |
| پا | دھا | پا | ما | گا | گا | ما | ما |
| گا | گا | رے | سا | سا | سا | سا | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |

بیاکھ رۄزنی باتھ چھُ یتھ گنزِ

عیدآیہٕ رسہٕ رسہٕ عیدگاہ وسہٕ واے

نمبر۴:۔

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ |
|---|---|---|---|
| ما | گا | رے | سا |
| رے | سا | سا | رے |
| گارے | سا | رے | سا |

بیٚیہٕ اکھ رۄزنی باتھ چھُ ییٚمہٕ آیہٕ

ماہ رمضان کہے اوس نوٗرانی چھُنے بوزان چھُنے بیٚیتہٕ روزانی

نمبر۵:۔

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| پا | پا | دھا | نی دھا | پاما | پا | دھا | پا |
| پا | پا | دھا | نی دھا | پاما | پا | دھا | پا |

امہِ پتہٕ ییٚلہِ صوٗمو سیقی ہند اثر مسلمان مُلکو پیٹھہٕ کشیرِ ووت امہِ ستۍ بنیو دسون رۄف زیادٕ طرحدار صوفیانہٕ موسیقی ہند اکھ باتھ چھُ یتھ گنزِ

گُل رویہٕ کوٚر تھس بلبل دل دیوانہٕ تے

نمبر۶

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ |
|---|---|---|---|---|---|
| — | — | — | — | — | ما |
| گا | گا | رے | سا | سا | سا |
| گا | گا | ما | پا | ما | دھا |
| پا | پا | ما | گا | گا | ما |
| گا | گا | رے | سا | سا | سا |
| سا | سا | رے | سا | — | رے |
| گا | گا | رے | سا | سا | — |

یِمنے سورن تہٕ اَتھی وزنس پیٚٹھ آیہٕ پیتہٕ واریاہ رۄٗفی بٲتھ پرنہٕ۔ مثلن ؎

استے استے لعل جرس دامانس تاے　　گرٛزھتے وٕنْسیرے بنی صاحبس مکانس تاے

سٕہ تتہٕ وُچھنن ڈبہٕ چھاکنہٕ ڈالانس تاے

اَتھی طرزس پیٚٹھ گیوٚو پیتہٕ آشا بھوٚنسلے تہٕ امی آیہ بیاکھ بٲتھ یُس شمس فقیرُن چھُ۔

دپان کٲشرِ ہُند مشہور حکیم یانے اہرِ حکیم اوس صوٗفیانہٕ موٗسیقی ہندس ووستاد رمضان جوس نِش

صرف رۄٗفی طرزٕک صوٗفیانہٕ بٲتھ لوزان یِمہٕ ستی تٔمس فرحت موٗسیرٲس سپدان۔

# چھکرٕ

کٲشرِ ہنز لکہٕ موٗسیقی منز چھیہٕ چھکرٕ سو صنف یتھ سیٹھاہ چلے جاو چھُ رۄدمُتھ۔ وننہٕ چھُ یوان زِ

یہ چھُ پٹھان دورٕک دیٚت۔ کٲشرِ ہند پرٲنی ساز چھِ تُمبخ نار تہٕ تھالُج۔ یم دۄشوے اسبابہٕ چھِ بٲتہٕ کِس وزنس بوش

کھالان۔ تہٕ سوز موہیا کران۔ یِمن بٲتھ گیونہٕ خاطرٕ آسن وُنہٕ تہٕ گامن منز تھالُج استیمال کران۔ تُمبخ نار چھیہٕ وُنہٕ تہٕ

زنانہٕ نیتھرن پاٹھرن منز استیمال کران۔ اَمہٕ پیتہٕ رٕٹے خاکرو لوسارن تہٕ یتھ کنی لوٚر تمو کاشرِ موٗسیقی لول۔ ریڈیو کشمیرس

پیٚٹھ چھُ غلام قادر لوٚنگو تان پورہ وایان۔ تمی سُند داوا چھُ یہ زِ لکہٕ موٗسیقی کرٕ واتلو ٲچھ، شایری تھاو لڈی شاہن

زندٕ تہٕ صوٗفیانہٕ موٗسیقی ناشہٕ وانن۔ (اگرٕ حقیقتھ چھیہٕ یہ تہٕ زِ صوٗفیانہٕ موٗسیقی آو تگین منز اصل لول برنہٕ) پٹھان دورس

منز سپُد چھکرٕ منز بچہ نغمہٕ تہٕ زبابہٕ شٲمل۔ سارنہٕ ہنز آوازٕ آسی آوج تہٕ زٲوج بیلہٕ زن رباب آلو گوب تہٕ مردانہٕ آیہ

اوس۔ تمبخ نارہٕ بجاے آو اتھ ستی نوٚٹ رلاونہٕ۔ لہازا بنیو ورباب، سارن، نوٚٹ تہٕ بچہ چھکرٕ ہُند بُنیادی سامان۔

چونکہٕ چھکرٕ آس عام لوکن منز گیونہٕ یوان لہازا آسہٕ یِمہٕ محفلہٕ رنگین آسان۔ بچہ سُند رکھ اوس پیشوازٕ آسان

(پیش وازٕ گیوٚو تنگ کامہ دار گرٛتن تہٕ گاگرٕ) گوڈٕ آس پد یوان پرنہٕ۔ پد پرن وزِ آسی نہٕ ساز پدہ ہندس نغمس

برابر ساتھ دوان۔ بلکہ اُدٕس رباب کینژن سورن پیٚٹھ منزی منزی تھتھراہ یہ ہنز آواز کڈان ینکیازٕ پد آس نہٕ

تال بند آسان۔ اتھ منز آسی زیادٕ تر صوٗفی منش لکن ہندی شار یوان پرنہٕ۔ صوٗفیانہٕ موٗسیقی منز تہٕ چھیہٕ پد یوان

پرنہٕ۔ للہٕ دیدٕ ہندی واکھ یا شیخ العالمہٕ سٕندی شرکھ۔ مُمکن چھُ چھکرٕ آسہٕ امی منز پدہ ہُند رنگ رۄٹمُت۔

چھکرٕ بٲتھ اُکھ نموٗنہٕ چھُ یتھ کنی ؎

لوسہٕ ناٹوٕنس اَمہٕ مدن وارن          چھسا پراران ہُسے کرِ ییمَ

نمبر ۷

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| رے | گا | ما | پا | ما | ما | گا | رے |
| رے | گ | ما | گا | رے | سا | سا | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |
| نی | دھا | پا | ما | گا | رے | سا | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا | سا |

چھکرِ گھون وِزِ لوسہٕ ئے باٗتس گوڈٕ چھیہٕ آسان سو چھیہٕ پترٕ بدلان۔ تہٕ اتھ بدلے مژٕ لیہٕ چھہٕ دوٚگنٕ دنان۔ برونہہ اٗسی باٗتھ ونان ونان بیمار آواز تہٕ کڈٕنہٕ لوان۔ شاید اوٚکنہٕ زِ تصور فراق نیرہ نوٚن۔ کُنہٕ وِزِ اٗسی باٗتس پتہٕ مس لفظس موہمل بناوتھ لیہٕ منز ووج دوان۔ مسلن ہبرِ مس باٗتس یُس لفظ ییم چھُ تتھ اٗسی بنیہٕ تہٕ بنیہٕ ییمٕ ییمٕ ییم پران۔

بچہ نغمہٕ سپُد ختم مگر چھکرِ چھیہٕ بدوٚستورٕ قاٗیم۔ چھکرِ منزٕ اَنی نوٚ تبدیلی غلام احمد صوٗفی ییلہٕ اَمہٕ شش رنگ گیوٚو شش رنگھ آے اوس ییتھ کنہٕ سہ

پلوٚہی پن لو واٗجنس لاٗجنس ژہٕ بین تا رے

کرٕ نموٗ تاٗ ویزٕ پن

نمبر ۸

| ۱ × | ۲ | ۳ | ۴ ۰ | ۵ | ۶ |
|---|---|---|---|---|---|
| گا | گا | گا | رے | سا | سا |
| رے | گا | گا | ما | پا | پا |
| دھا | پا | ما | گا | رے | سا |
| سا | سا | سا | سا | سا | سا |

ہامیانہٕ یارو ہو، ہو، ہو، ہو . . . . کرٕ ی نمو تاویزٕ ن

نمبر ۹

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| سا | سا | سا | سا | رے | گا | گا | ما |
| پا | پا | پا | ما | گا | رے | سا | سا |
| رے | گا | ما | ما | گا | گا | رے | سا |

چھکرٕ ہُند بیاکھ آے چھُ داستان رنگ ۔ یتھ منز زِ نی مۆزوٗر رٲوسی گٹ بیترِ داستانہٕ مشہوٗر چھےٚ۔
یمن منز چھُ شرک حصہ تہٕ باوزن طرٕیقس پیٹھ بوزناونہٕ یوان تہٕ کینہہ حصہ لَیہٕ منز ۔ رٲوسی کچہٕ ہندٕ طرزک نمونہٕ ؎

ویرٕ بوٗ مبوٗرنے نیری وٕنیس رے    لولہٕ کرو روٗدِ رے

نمبر ۱۰

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| سا | ساسا | رے گا | ما ما | گا | رے رے | سا | سا |
| ما | ما ما | گا | رے سا | سا | ساسا | سا | سا |
| دھا دھا | دھا دھا | پا | پا | ما | گا | رے | سا |
| ما | ما | گا | رے | سا | سا | سا | سا |

## بانڈ تہٕ سورنے

بانڈ چھُ کشیرِ ہُند پیشہ ور مۆسیقار۔ ساز تہٕ سورنے چھےٚ یہُند ویدی ساز آسی متھ۔ مگر یُلہِ فنس قدردانی رُودی نہٕ ساز بیتر سامانہٕ ترو ویمواتی، البتہٕ سورنے کرٕ کھ راچھ تہٕ کیازِ سو زیٚر چھُ آلونیز، اکہٕ شایہ پیٹھ بیٚیس شایہ تام یکہٕ ناونس منز چھینہٕ یہ وولہ لور بنان تہٕ نہ چھس باقے سازن ہندی پاٹھی تار چار پنچ ضوٗروٗر تھ (مۆسیقی منز چھیہٕ تار چارٕنی تہٕ ساز سو رس منز تھاون اکھ بڈ کتھا یوان مانہٕ، تکیازِ ساری سازندرٕ چھینہٕ ہکان یہ کام اند واتہٕ ناوِتھ) امہٕ علاوٕ چھیہٕ سورنے بانڈن نیتھرن پاتھرن منز نگارس ہیتھ

بکار لوان ۔ بوزوٚنے تہٕ بانڈ چھہ سورنیہ ستی لبنہٕ یوان ۔

برونہہ آسی بانڈٕ عیٚذ دوہ شہروسان تہٕ سورنے وآیتھ عیٚذ لوش کھالان ۔ یم آسی زیادٕ تر عام فہم

باتھ بوزٕ ناوان تہٕ اگر باسہٕ ہیکھ زٕیمیہ گھرک باتٕ چھہٕ قدر دان تیلہٕ آسی اصل موٚسیقی تہٕ بوزٕ ناوان (برونہہ آسی

صوٗفیانہٕ گیوٗنس "موٚسیقی" یوان ونہٕ ۔ اڈٕی لکھ چھہٕ اتھ سازندر گیوٗن تہٕ ونان) ۔ مرحوم کمال بٹ یُس ریڈیو کشمیرس

منز صوٗفیانہٕ موسیقار اوس ، اوس اتھی طبقس ستیٚ تعلق تھاوان ۔ اَمی اوس صوٗفیانہٕ موسیقی گیوٗنہٕ خاطرٕ بنیادی ساز

کاشُر ستیارہ اینوومُت ۔ بانڈ یم باتھ عیٚذ دوہ سورنے ہیٚتھ وایان آسی تمو منزٕ چھہ نموٗنہٕ خاطرٕ اکھ ییتھ گنزٕ ہے

اتھ ماہِ رویس کیاہ چھُہ شوٗبان حسن عطایی

نمبر ۱۱

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ |
|---|---|---|---|---|---|---|---|
| ما | ما | ما | ما | پا | پا | پا | دھا |
| نی | دھا | پا | ما | پا | پا | پا | پا |
| سا | نی | دھا | پا | ما | ما | ما | ما |

## صوٗفیانہ موٚسیقی

مُسلمان دورٕ حکوٗمتس منز سپُز صوٗفیانہٕ موسیقی ییٚتہٕ رایج ۔ صوٗفیانہٕ موٚسیقی آیہٕ پانس ستیٚ پتھ

سازٕ تہٕ سنتوٗر ، سازٕ تہٕ ستیارٕ ۔ اَمہٕ موٚسیقی ہند گیوٗنک انداز چھُہ بدل ۔ گیوٗنک آیے چھُس اوٗکنی بدل زٕ تالہ

چھُس بدل ، گوٚبہٕ کیوٗ لوٚتُر تالہٕ ۔ بوزوٚنے تہٕ لوٚتُرن تالن پیٹھ نہٕ چھُہ گوٚبنی تالن ہُنداثر ۔ گوٚبن تالن منز چھہ باتھ

زیچھرسان تہٕ لولو گیوٗنہٕ یوان ۔ مثالہٕ پاٹھی یہ باتھ ہے

بالہٕ پانٛگ اوسم سریہہ ۔ لوٚوے راوُم تہٕ ندرتہٕ نیہہ

(مقام دھناسری)

نمبر ۱۲

| ۱ × | ۲ | ۳ | ۴ (۲) | ۵ | ۶ | ۷ | ۸ (۰) | ۹ | ۱۰ | ۱۱ | ۱۲ | ۱۳ | ۱۴ |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| | | | | | گا | گا | ما | پا | پا | پا | پا | پا | دھا |
| | | | | | با | لہ | پا | نک | - | اَو | - | سم | - |
| نی | نی | نی | دھا | پا | دھا | پا | ما | گا | گا | گا | ما | پا | ما |
| | - | - | - | | تو | رے | رَآ | دِم | - | نبنی | - | دِر | تتہ |
| گا | گا | رے | سا | سا | | | | | | | | | |
| نیہہ | - | - | - | - | | | | | | | | | |

صوٗفیانہ موسیقی منز چھِ سوٗرتہٕ اکس مقامس منز تمہٕ آیہ گنڈنہٕ یوان یتھ سوٗرٕ مقام بوزنہٕ سِتۍ اکھ خاص جذباتی کیفیت یتھ موٗثر ونان چھِ پاد گژھان۔ صوٗفیانہٕ موٗسیقارچھِ وزنہٕ خاطرٕ ڈکرہ وایان۔ ڈکرس چھِ طبلہٕ تہٕ ونان۔ ڈکرہ استیمال کرنہٕ برونہہ اوس دوٗصوٗل وایہٕ یوان۔ یتھ ڈوٗلکی ونان چھِ۔ مگر وونی چھُ دوکرے استیمال سپدان۔

نمبر ۱۳

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ | ۶ |
| --- | --- | --- | --- | --- | --- |
| سا | سا | سا | سا | رے | رے |
| رے | گا | ما | پا | دھا | دھا |
| پا | پا | ما | گا | رے | رے |
| پا | پا | ما | گا | رے | رے |
| نا | نا | نا | نا | رے | رے |
| رنے | گا | رنے | گا | رنے | رنے |
| رنے | رنے | رنے | گا | نا | نا |
| گا | رنے | نا | نا | نا | تا |
| نا | نا | نا | نا | نا | تا |
| رنے | رنے | رنے | نا | نی | پا |
| دھا | سا | نی | دھا | پا | پا |
| دھا | پا | ما | گا | گا | گا |

اوتار کرشن رازدان

# کٲشرِ منز مُصوٗری

اکھ جایزٕ

"مُصوٗری منز چھُ سُہ طٔریقہٕ پانٕہ ناوٕنہٕ یِوان، یُس زٕنہ تخلیقی کاریٚ منز استیمال یِوان چھُ کرنٕہ —— صرف گرٕتھ مَوادو رِتاوِنس پیٹھ عٔبوٗرآسُنہ، ادٕ تم الفاظ آسٕہ تِنہ یا بیوٗنہ بیوٗنہ رنگ، یِموکنہ لطیف جذباتن تہٕ اَحساسَن ہُنز ترجمانی ہیکہِ سپدتھ"

(سر جوشنا رینالڈز)

کٲشِرِ چھیہٕ یِتھ کالہٕ پیٹھٕ مُلکی تہٕ غٲر مُلکی مُصوٗرن پننہ قوٗدرتی حُسنہٕ کِنہ بٔرِم راوان آمٕژ۔ یُہ ہے وجہ چھُ زِ یٚتیٚچ مُصوٗری منز چھِ مُصوٗر تمہٕ تِمے منظرن ہُنز عکٲسی کران آمتیٚ۔ یِموستیٚ یہٕ گُل پوش وادی مہارٕنیٚ ہشِس شیٚرتھ تہٕ پیٚرِتھ چھیہٕ۔ امہٕ علاوٕ چھیہٕ اَکھ بٔڑ بارٕ خصوٗصیت یہٕ زِ اتھ منز چھُہ اَسہٕ مختلف پوشن ہُند رنگ، یِموٗشک شوٗزر، عاشق تہٕ ماشوٗق سِنزن دِلن ہُنز دلہٕ دُبرائے، رازِ محلن ہُند ٹھاٹھ بھاٹھ، شیٚوی یاترٕ کا فلسفیٚ باوتھ تہٕ صوٗفیانہٕ انداز میلان یِمے چھیہٕ تم کینہہ کٔشِشہٕ یِموکنہ یٚتیٚکیٚ لوکھ یِتھ کالہٕ پیٹھٕ اتھ فنس سٟتیٚ لول بران رُودی تہٕ اَتھ سگوٗنس منز تھوٚکھ نہٕ کانہہ تہٕ کسر باقے۔

کاشُر مُصوری ہنرٕ رلوایتھ چھیہٕ سیٹھاہ پرآنی۔ مگر بدقسمتی چھیہٕ یہِ زِ ازکل چھِنہٕ اَسہِ نِش امہِ فنکہ
ہاوِنہٕ تہٕ باوِنہٕ لایق نٔموٗنہٕ رٔژھہ رِتھ۔ یِمہٕ کیٛنژاہ اَسہِ منز وارٕاہن پہٕ کتھہٕ یِہے عقیدٕ ہِش چھیہٕ بنیمژٕ زِ یِتہٕ چھِنہٕ مُصوری
ہنرٕ رلوایتھے اَتھس مرژٕ۔ لۆب یِہے وجہ چھُہ زِ کینہہ عالم چھِ کاشُر مُصوری ہندِس انفرادی طرزس پیٹھ شکھ کران۔ مگر زِکہٕ
چھیہٕ کتھہ بدل۔ یِتہٕ چھیہٕ وِزہٕ وِزہٕ خانہٕ جنگی گامژٕ تہٕ نارٕ لگٕمژٕ یِمیُک اثر نہٕ صرف کاشرِس ادبس پیٹھے یوت
چھُ پیومُت بٔلکہ ہنرٕ بنرٕ پرانہٕ کاشُر مُصوری ہنرٕ شاندار تخلیقاتہٕ تہٕ چھیہٕ ہاپہٕ تہٕ ضایہ گامژٕ۔ ۱۹۴۷ء برونہہ
پہٕ کینژھا کاشُر مُصوری رنگہِ یِتہٕ کین برہمن نِشہٕ رٔژھہ رِتھ اوس، تمہٕ تہٕ آدمن نِش پانسہٕ لالچ دِتھ نِنہٕ۔ یِتھ پاٹھۍ
چھِنہٕ ازکل اَسہِ نِش امہِ فنُک تِیُتھ کانہہ تہٕ لۆکہٕ وٕن نٔموٗناہ رٔژھہ رِتھ یِتھ وُچھتھ ازکل کین مُصورن یِمے اَچھ
ہِشہٕ مُژراوِنہٕ یِہن تہٕ تخلیقکارِ ہِہَن نہٕ یِہنٕ تِہنز تخلیقن منز امیُک واضح ذکر کرنس منز لۆب۔ مےٚ چھُہ باسان زِ
اَتھ فنس متعلق یِہند یِتھ پاٹھۍ سوچُن چھُ بذاتہٕ خود اَتھ سٕتۍ انصاف نہٕ کرنس برابر۔ پۆز چھُ یی زِ کاشُر مُصوری ہنرٕ
رلوایتھ چھیہٕ سیٹھا پرآنی تہٕ دٔسوار، طاقتھ ورتہٕ خۆبصورتھ یِیرٕازن یِیٚچ ثقافتی تأریخ تہٕ رسمہٕ رِواج چھُہ۔ یِہے
وجہ چھُہ زِ کاشُر مُصوری ہُند ذکر چھُہ یِتہٕ کیو عالمو دٔسی لیکھنہٕ آمژن کینژن پرانین سنسکرت کتابن منز یِتھہٕ کٕنۍ میلان۔

۱۔ نیل مت پُران۔ مذہبی تہٕ ادبی تمن جاین ہنرٕ لبہٕ گرنٛھن تصویرٕ کشی سٕتۍ سجاونہٕ یِنہٕ۔

۲۔ کٹنمٹ کاویہٕ۔ دوموٗدر گپت چھُہ یِنہٕ موہشوٗر شارِ کتابہٕ منز لیکھان زِ فنِ مُصوری اَسس کاشرِن
کورِن بالغ سپد تھے پانہٕ ناوِنہٕ پیوان۔

۳۔ کتھا سرت ساگر۔ سوم دیو چھُہ یِنہٕ یِتھہ موہشوٗر تصنیف منز بیٛیو کتھو علاوٕ کاشُر مُصوری
ہُند ذکر یِہ وَنتھ کران زِ یِتہٕ آسی راز درباران منز یِتھہ ساتہٕ تِتھی مصور موجود آسان یِم زن یِتھ
گُلپوش وادی ہندین قدرتی منظرن ہُند عکس تُلنس منز صاحبِ کمال ووستاد آسہٕ ہن۔

۴۔ راج ترنگنی۔ کلہن پنڈِتھ چھُہ راج ترنگنی منز لیکھان زِ ہیٚوندستانس منز موجود ایوان
ہندی پاٹھۍ آسی ساتہٕ ماجہ کشیر منز تہٕ تِتھی کینہہ ایوان، یِہنز لبہٕ لۆبہٕ وٕنہٕ تصویرٕ کشی سٕتۍ شیرِتھہ تہٕ
پآرِتھ آسہٕ۔

یِمو سارِوے کتھو تِہ چھُ اَسہِ یی نٕنان زِ کشیرِ منز چھیہٕ یتھ کالہٕ پیٹھ فنِ مصوری ہنز اَکھ

شاندار رلوایتھ آسمژ تہ ازکل تہ چھیہٕ یہ ساٲنؠن رسمہٕ رلواجن، خاندرن تہ خندرن یا دوٚیمن کینژن برٚتن دوہن پیٹھ زندٕ لبنہٕ یوان ۔ یمو منز چھہ گوڈنیک بوڈ دوہ یس ماگہٕ ژونہ پچھہ تریہ یتھ زن گور ترنیہ تہ ونان چھہ ۔ امہ دوہ چھہ گرٕ گرٕ چھیپنہٕ ییمن ییٚذمن گھرن ہنزن نوٚین نوشین تہ لوکٹن شُرین شوخ رنگو ستی بناونہٕ آمژٕ دلوی دیتہٕ ہنز تصویر باگران ۔ دوٚیمہ بڑہ دۄہک ناو چھہ ہار ژونہ پچھہ ستم تہ ونان چھہ ۔ امہ دوہ چھہ بٹہ گھرن منز پرتھ جایہ رنگدار میٖژ تہ چۄنہٕ ستی کھسونہ آفتابچ شکل بناونہٕ یتھ زن گاشرٕ یا گٹھی، ہار منڈل چھہ ونان ۔ امہ علاوٕ چھہ بٹہ خاندرس پیٹھ مانزی راتژ دوہ گوڈنچہ دارس چۄنہٕ لوٗن یوان کرنہٕ تہ تمہ پتہ اتھ پیٹھ رنگدار میلہٕ ستی قسمہ قسمہ پوشن ہند ڈزاین بناونہٕ یوان ۔ گاشرٕ یا گٹھی چھہ اتھ کرٕور کھارن ونان ۔ تصویر کشی ہنز یہ رلوایتھ کرہ پیٹھ چھیہٕ بیتہ قایم گامژ ۔ اتھ پیٹھ کینہہ وٕ وٚتوٚ قہ سان ونن چھہ ناممکن ۔

۱۹۳۵ء منز یتھے ییل کیمبرج اکس پیڈ شینکر زٹھ ڈاکٹر ٹیرانس ہد ایتیس تل برزٕ ہامہ کھننہ آو، تہ درایہ کنہو بنیمتی کینہہ تھی یار، دوہ کمل تہ کاجہ وٹھ تہ میتر با نٕو علاوٕ اکھ کنہ پاتر، یتھ پیٹھ اکس ژلہ ونس ہالکہٕ سنز تصویر ہند ستریار چھہ کرتھ ۔ امس پتہ پتہ چھہ اکھ شکاری تیر تہ کمان ہتھ ہاونہ آمُت ۔ کشیر منز چھہ یہ تصویر کشی ہنز گوڈنچ کوشش مانہٕ یوان ۔ چنانچہ یہ گوشہ وکھٕ یلہ زن کشیر منز انسان ہیتی گوڈنچہ لٹہ لبسنی تہ لگی پننہ روہ تہ زوٕ تہ کرنہٕ خاطرٕ جانورن تہ جاناوارن ہند شکار کرنہٕ ۔ کاشر مصوری ہند بیاکھ اکھ یتھے نُمونہٕ گیہ تم تریہ ٹال ییم زن ہاروٚن بودھ متھس تلہ کنہ چھہ اتھہ آمتی ۔ یمو منز چھہ گوڈنچہ ٹالہ پیٹھ اکس گتہ رینہ ہند تصویر بنتھ ۔ امس اندی اندی چھہ کینہہ ساز دایان ہاونہ آمتی ۔ دوٚیمہ ٹالہ پیٹھ چھہ اکس شکاری تہ بتیہ کس تام جانور سند تصویر بنتھ ۔ ترٚیمہ تہ آخری ٹالہ پیٹھ چھہ عاشق ماشوق سنز تصویر بنتھ ییم زن ڈبہ پیٹھ ہتھ کتھ تام قودرتی نظارس چھہ سینیمتی ۔ ونہ چھہ یوان زٕ ییم ٹالہ چھیہٕ ژوٕرمہ صدی ہنز تہ ازکل چھیہٕ سرینگرکس صنم خانس منز رژھر رتھ ۔ امہ علاوٕ چھیہٕ بیتہ چو کینژ گوکھو منز کینہہ کنز کھنجہ تہ اتھہ آمژ ییمن پیٹھ دوہن زنہن ہندی کینہہ ننگہ تصویر چھہ بنتھ ۔ یمن منز چھہ ییم اکھ اکس موٕنہ تہ میٹھی نالہٕ متی تہ دوہ لہ متی گران چھہ ہاونہ آمتی ۔ کینژن عالمن ہندو ونن چھہ زٕ ییم چھیہٕ کوکہ پنڈ تنس کوک شاستر چہ بنیاز بنتھ ۔ ییم کنز کھنجہ تہ چھیہٕ ازکل سرینگرکس صنم خانس منز رژھر رتھ ۔ یتھو نُمونو ستی چھیہٕ یہ کتھ ننی تہ ٹاکارٕ زٕ تمہ وزٕ آسہ ہن ہیتکی

مُصوورٕ ینٛن فنی مظاہرٕ کینہٕ پاٹرٕن ، کٔترٕ کھنجن یا میٛشر ٹائن پیٹھٕ تھٲوِتھ کٔنی کران ۔ یتھِ کٔنی زٕن از کلک مُصوورِ کاغذس یا کپرس پیٹھ کران چھُ ۔

کٔشیرِ منٛز فنہٕ مصوری پیٹھ چھا یونٲنی آرٹُک اثر پیومُت کینہٕ نہٕ ۔ یہِ کتھ چھیٚ از تام غور طلب تہٕ اکھ پیٹھ چھیٚ کھوج کرنُک وارِیاہ گُنجٲیِش تہٕ ضروورتھ تہٕ ۔ کینژن بدیشی عالمن ہُند وَنُن چھُ زِ یوٗنانو چھیٚ کٔشیرِ پیٹھ ڈوڈس ہتس ؤری یس حوکومتھ کٔرمٕژ ۔ یہند چھیٚ یہِ وَنُن زِ سکندرِ اعظم چھُ ڈُنیہُک فتح کران کران وٲتِتھ تار دِتھ وادی منٛز تہٕ وٲتِ رُتی ۔ امہِ کتھِ ہُند ذکر چھُ ورگہٕ پاٹھی یوٗنٲنی تاریخس منٛز تہٕ مِیلان ۔ حالے چھِ ییٚنہٕ کینہہ سکہٕ اتھِ آمتی یمن پیٹھ یوٗنٲنی پاٹھی عبارتھ لیکھنہٕ علاوٕ کینژن تصویرن ہُند عکس تہٕ چھُ تُلتھ ۔ یہِ تہٕ چھُ اکھ وجہ زِ عالِم چھِ پننِس وَننِس پیٹھ ڈٲٹِتھ ۔ خٲر یہِ چھُ اکھ تیٚتھ موضوع یتھ پیٹھ وارِاہ بحث ییہِ کرنہٕ ۔ یوٗدوَے یہِ پوٚز آسہِ زِ یوٗنانو چھیٚ کٔشیرِ پیٹھ حوکومتھ کٔرمٕژ ، تیلہِ کتھِ ہیکو اسی یتھ کتھِ نکار کٔرِتھ زِ حُسن پرست یوٗنانو آسہِ نہٕ ییٚتہِ چیہ فنہٕ مُصوری سگ دِیتمُت ۔ اتھ کتھِ ییٚیہِ ہن زیر دوان چھُ کننگھم تہٕ فرگوسن پننین کینژن کتابن منٛز لیکھان زِ امہِ وقتہٕ اسی ییٚتہِ فنہٕ مُصوری پیٚژاعرُشس وٲتمٕژ زِ ییٚتکی مصور آیہٕ شُمٲلی ہیوٚندستانکین علاقن منٛز بلاونہٕ ۔ یتھِ پاٹھی آیہٕ امہِ وزِ کٔشیرِ ہندی مغربی پنجابکِ تہٕ کوہلکی مُصور اکھ اکس نکھہ نکھہ تہٕ پننہٕ فنُک کوٚر کھ مظاہرٕ ۔

کینژن عالمن ہُند چھُ یہِ وَنُن زِ کٔشیرِ منٛز مُصوری ہُند فن ووسوار کرنس منٛز چھُ شاہ آفاق مٲنی سند وارِیاہ دیت رُودمُت ۔ یم اسی اکھ بہلہِ پایہٕ مُصور ۔ ڈپان زِ بنہٕ جاے آسکھ چین ۔ یم آیہٕ لورتمہِ وزِ ییٚلہِ زٕن ییٚتہِ رانا دِتیہ حوکومتھ اسی کران ۔ وادی منٛز پننہٕ موجودگی دوران بناوِ یمو دلکش تہٕ نفیس تصویرٕ ۔ یم زٕن ییٚتہِ سارنی اثر رنگ ناوِ کٕنہٕ ویدی آسہِ ۔ یمن تصویرن منٛز اوس یمو پننہٕ فنُک ییتھ مظاہرٕ کوٚرمُت زِ وَننہٕ چھُ یِوان ۔ یم گیہِ یمن وچھِتھ پاگل ۔ پاگلاژی منٛز لگی یم وَننہٕ زِ بہٕ چھُس خودایہٕ سند دوٚیم روٗپ تہٕ یہِ لوزن والیو ییتھے تس امیُک توٚلُتھ موٗنگ ، تہٕ تمی ماونکھ تورِ پننہٕ بناوِمٕژ تصویرٕ ۔ یہند یم تصویرٕ ماونگ مُدا اوس یہِ وَنُن زِ یم چھنہٕ تمی ماپنہٕ بناوِمٕژ ، بلکہ چھُ خودایِن سورگہٕ پیٹھ کُنہِ تام فرشتہٕ زٔمینہٕ پیٹھ سوٗزِتھ یم بناوِنوومُت ۔ ابوالفضل چھُ "آئینِ اکبری" منٛز یہنٛز تصویرکٔشی متلق وارِیاہ کینہہ لیکھان ۔ مگر ییٚتہِ نس چھُ یہِ سوال ووتھان زِ یوٗدوَے

پہ پوز مالونہ مآنی اَسی لوِر آمُت تہٕ پننہٕ فنی کمالہٕ ستی اَسکھ یتیٚچ مُصوری مالامال کرمٕژ۔ تیلہٕ کیاز چھیہٕ کلہن پنڈت تن راج
ترنگنی منز یمن متلق زٕ ضوٗ پہ ورتاوٕ مٕژ۔ یمن متلق چھیہٕ بیاکھ اکھ کتھ وُنہ تہٕ قیاس آرآیہ چہ وٗنلہٕ منز گھٹتھ۔ یہ گوو
یم کری چھہ لوِر آمتی تہٕ لوِر سیٚتھ کتیس کاس وُچھکھ ییتہٕ قیام کوٗرمُت۔ اَز تام چھینہٕ یمن کتھن گٕینی درامٕژ۔ البتہٕ چھہ
ایرآنی تاریخہٕ منز درج زٕ مآنی اوس تمہٕ وزٕ فنہٕ کمالس دوٚ تمُت ییلہٕ ایرانس منز شاہ پوٗر اول سٕنز حوکومتھ اُسٕ۔
خارِیتہٕ چھُ اکھ تیتھ موضوع یتھ پیٹھ غور کرنچ وارِیاہ گُنجایش چھیہٕ۔

حضرت عیسیٰ ہس ۳۰۰ وری برونہہ چھُ ییتہٕ بودھ مصوری جان دس و دٕتھمُت۔ امہٕ کتھ ہُند
انکشاف چھُ مشہوٗر بودھ تأریخ دان تارناتھن ۱۶۰۸ ء منز کوٗرمُت۔ یہندِ ونُن چھُ زِ ییتہٕ اَسی بودھ
مُصوری ترین طرزن پیٹھ درِتھ۔ ناگ، یکھش تہٕ دیو طرز۔ یمو منزٕ اوس سارِوٕے کھوتہٕ زیاد مقبوٗل ناگ طرز۔ دپان
اتھ میچ ییتہٕ موہشوٗر بودھ فلسفی ناگ ارجن نس دورس منز جان وُصعت۔ امہٕ علاوٕ بناوٕ امہٕ وزٕ مصوٗر و کینہہ
ترٕتھ تصویرٕ تہٕ یمن منز بودھ دھرمکین کینژن اوٚمولن تہٕ زاتکھ کتھن ہنز باوتھ اَسی کرٕتھ۔ دپان یِژھن تصویرن
ہندِ کینہہ لوٚہ وٕنی نومونہٕ چھہ چینس منز کینژن گوچھن منز اتھ آمتی۔ ۱۹۳۱ ء منز لبہِ سر آرل سٹاینن تہٕ لی کاکن
کینہہ اہم دستاویز یم زن پوٗنژمہٕ صدی ستی تولُق چھہ تھوان۔ یم چھہ اوکنہٕ تہٕ سٹھاہ مولی تہٕ اہم مانہٕ یوان تکیاز
یہندِ پٔل وٕترن اندرِ کرٕ تہٕ نیٚبرِ چھیہ نفیس نفیس تصویرٕ بنیتھ۔ یمو منز چھُ اَکس تصویرِ تلہٕ کنہٕ لیکھتھ زِ یم چھیہ
اَکس قابلہٕ مہارتھ مُصوٗر سٕنز تخلیقاتہٕ۔ شیٚیمہٕ صدی منز اَسی ییتہٕ بودھ مُصوری پیٚژ اعوٗرو جہ کمالس واتٕژمٕژ زٕ
ییتکی مُصوٗر گیہٕ نیپال، برما تہٕ جونوٗبی ہیوٗندستانکین کینژن علاقن منز پنُن فنہٕ مظاہر کرنہٕ۔ یوہے وجہ چھُ زِ یمن
جاین چھہ اَخرس مُصوری ہندی کینہہ علاقایی سوٗکوٗل وٕ تلنی ہیوان یہنز بُنیاد بودھ طرزِچ مصوری چھیہٕ آسان۔
اَمہٕ وزٕ چھُ جونوٗبی ہیوٗندستانکین مصورن لوٕرِین گرٕ تھن روزان، یم زن ییتہٕ بودھ طرزس پیٹھ ہتہٕ بٕزٕ تصویرٕ بناوان
چھہ۔ یمو منزٕ یُس مصوٗر لوٕر گوڈ تھے چھُ یوان تمی سُند ناو چھُ بھمبسار آسان۔ دپان یہنزن تصویرن ہنز نُمایش
اُس ییتہٕ بودھ یُم کیتھ سپدان۔ یم اَسی دیو طرزس پیٹھ تصویرٕ بناونس منز صاحب کمال وٕستاد۔ یمن پتہٕ آو
بیاکھ اکھ مُصوٗر لوٕر یمن زن شرنگار دیو ناو اوس۔ یم اَسی مارواڑِکی روزن والی۔ یمو کرٕ ییتہٕ ہتہٕ بٕزن تصویرن
ہنز تخلیق، یم زن یکھش طرزس پیٹھ آسہ۔ مطلب چھُ وُنہ تنگ یہ زِ امہٕ وزٕ اوس کشیرِ تہٕ یمن علاقن درمیان

نہ صرف تجارتی توٗلوٗ فاتھے یآتی، بلکہ اَسی یم ثقافتی رشتو کنہٕ تہٕ اکھ اکس نکھہ نکھہ آیتی۔

شیٚنیمہ صدی پیٹھہٕ اٹھیمہ صدی تام چھُ کشیرِ منٛز مُصوری ہُند اکھ الگ طرز وۄتہٕ لُن ہیوان یِکیازِ اتھ پیٹھ چھُ مُصوری ہُند گپت طرز سۄن تہٕ گوٚن اثر تراوان۔ یہے چھیہ سہ وزِ ییٚلہِ زَن راز للتا دِتیہ کنوج تہٕ بنگال چھ فتح کران۔ امہِ وزِ چھِ یم پانس سیتی نیبرِ پٮ۪ن کینژن فن کارن یور تاران یِمو منٛزِ مُصور تہٕ شاعرِ آسان چھِ۔ یم چھِ تمہِ وزِ ییٚتہٕ کیٚن مُصورن سیتی رلتھ میلتھ کام کران۔ ییتہِ پاٹھی چھُ کاشُر مُصوری ہُند اکھ نوٚو طرز بارسس یوان تہٕ آخرس برٛژ جان وُسعت لبان۔ وکھ گذرنہٕ پتہٕ چھُ ییٚتہٕ مُصوری ہُندہِ یہ طرز لوٚتہٕ مقبول گژھان زِ یہ پیٚٹھنہٕ خاطرٕ چھِ چمبا، کلو، کانگڑہ، لاہول، اسپتی تہٕ مغربی تبتکی کیٚنہہ مُصور یور یوان تہٕ آخرس پننین علاقن منٛز اتھ مقبول بناوان مُصوری ہندی ییٚتھی کیٚنہہ نموٗنہٕ چھِ مارتنڈ مندرٕ چن لبن علاوٕ پنجابس منٛز امب تہٕ لوٹ کیٚن مندرٕ لبن پیٹھ درینٹھی گژھان۔

اَتھی دورانس منٛز چھُ کاشُر مُصوری پیٹھ شیوی فلسفک اثر پیوان۔ مُصور چھِ شیو شکتی تہٕ نریا نوٚہس پیٹھ تصویرن ہنٛز تخلیق کران۔ یِمو منٛزِ چھیہ ترٛژھ تصویر تہٕ شاعل آسان یمن منٛز بھگوان شنکر تہٕ پاروتی بیٚون بیٚون روٗپن منٛز ہاونہٕ آمتی یوان۔ دپان تمہِ وزِ آسہ یژھہ تصویرٕ مندرٕ چن لبن پیٹھ تخلیق یوان کرنہٕ۔ مگر بد قسمتی کنہٕ چھنہٕ ازکل امہِ نشہِ کینٛہہ کانہہ تہٕ نموٗنہٕ رٔژھ رٔتھ۔ نوٚیمہ صدی پتہٕ چھُ فنِ مُصوری ہندس سلسلس منٛز کشیرِ ہندی، نیپالکی تہٕ تبتکی مُصور اکھ اَکس طرزس گوڈ بران، یُس زن پتہٕ پالا طرز کنہٕ مشہور گوٚو۔ مُصوری ہندہِ یہ طرزٕ رُود ییٚتہٕ وارییس کالس زندٕ۔ امہِ قسمکی کیٚنہہ نموٗنہٕ چھِ شمالی ترم بسپن، رنگ اوٚدے تہٕ کوچاہس منٛز لبنہٕ آمتی۔ امہِ علاوٕ چھِ مغربی تبتس منٛز مانن، ساپرنگ تہٕ رٹہ تمپل چن لبن پیٹھ تہٕ ترٛژھ تصویرٕ بنتھ، یمن منٛز پالا طرزٕ چ ژھاپ نٔنہٕ چھیہ گژھان۔

کشیرِ منٛز کرٕ پیٹھ آو پاژی کپرس پیٹھ تصویر کشی کرنس دسلابہٕ کرنہٕ۔ ژلقہٕ پاٹھی ہیکو نہٕ کیٚنہہ ونتھ۔ البتہٕ چھِ کلہن پنڈتہٕ تہٕ راج ترنگنی منٛز لیکھان زِ راز ہرش سُندس محلہٕ خانس منٛز آسی تتھی مُصورنہٕ موجود یِمن زن پاژی کپرس پیٹھ تصویر کشی کرنس منٛز صاحب کمال وہ ستاد آسی۔ دپان یہندس شاہی دربارس منٛز آسہ پاژی کپرس پیٹھ سوٚنہری رنگس منٛز ترٛژھ وار یاہ تصویرٕ بنتھ۔ ییتھے اُچل حملہٕ آور راز ہرش ما قتل کرٕ کرتہٕ تہند دربار لوٗٹکھ، تتہٕ درایہ یم تصویرٕ نہٕ۔ یم تصویرٕ آسہ یژھہ ٹھوس تہٕ اصلی باسان زِ لوٗٹرو زالہِ یم سوٚنہٕ مارمتہٕ۔ مگر دزتھ لوٗب نہٕ یمو سوٚنہٕ ورآیی کیٚنہہ۔ یمو کتھو سیٚتی چھُ یہ ظاہر گژھان زِ راز ہرشنہ سندی وزِ آسہ ہے

ییٚتہِ پاٹھۍ کیٚپِرس پیٹھ تصویر کشی کرنُک زیادٕے یہن روش۔ مگر امہِ قسمٕچ مُصوری آسہ ییٚتہِ پہنٛد برونہہ شوٗروع گامٕژ تِکیاز یُوٚدوٕے یِنہٕ تہٕ آسہ ہے، تیلہِ کیتھہ آسہ ہِن راز دربارس منٛز یتھی قٲبلہِ ماہر مُصور موجوٗد۔

کٲشیرِ منٛز اسلام ییٚنہٕ پتہٕ کینٛہہ کالس میوٚل نہٕ ییٚتہٕ فنِ مُصوری ودہتھ لوٚ تِکیاز سُلطان راز و لگاو کینٛژو مذہبی وجوہاتہٕ موکھہ کاشرن فنونہِ لطیفن پیٹھ پابندی۔ اتھ منٛز یہ کینٛژھا پرٛون سرمایہ موجوٗد اوس سُہ آو ہایہ تہٕ ضایہ کرنہٕ۔ مُصورن آیہ حوصلہِ شکنی کرنہٕ۔ تِمو ژٲلۍ کٲشیرِ نیٚبر کلوتہٕ کانگڑہِ ہیوی پہاڑی علاقن کُن۔ یتھ پاٹھۍ لوگ کاشرِ مُصوری ہنز شاندار روایژ ہنہ ہنہ لوزر۔ مگر امہِ پتہٕ ڈوڈی ہتی وری پتہٕ ییمۍ مسلمان حکمرانن کاشرِ مُصوری ہُند ژُکدر لوگ۔ تِم گییہ بڈشاہ صاب۔ یمو کرکاشرِ مُصوری ہنز رلوایتھ نوسرِ زندٕ تِکیاز یِم آسی پانہٕ لطیف فنن ستۍ دلچسپی تھوان۔ یہنٛدس شاہی دربارس منٛز اوس باقٕے مُصور و علاوٕ اکھ بہلہِ پایہ تہٕ شوہرتھ یافتہ مُصور رٕپرتھ ساتہٕ موجوٗد آسان یُس زن ناو اوس مُلا جمیل۔ دپان یہِ اوس ہتہ بزن تصویرن ہُند خالق تہٕ یِم آسہ بڈشاہ صابنِس شاہی کُتب خانس منٛز اکس تس وری لیس رٕژر رتھ۔ مگر بدقسمتی چھییہٕ زنا پایہ دار سیاسی حالاتو موکھہ آو یہِ شاہی کُتب خانہٕ مسمار کرنہٕ۔ ییمہِ کنہِ یِم موہلہ فن پارہٕ تہٕ ضایہ گیہ۔ ژکن ہندِس دورس منٛز تہٕ ووتھ کاشرِ مُصوری جان دس۔ بقولہ ڈاکٹر محی الدین صوفی ۱۹۲۴ء منٛز یتھی برطانوی آٹ نوموٗنن ہنز نمائش کرنہٕ آیہ، یمن منٛز کینٛہہ ژرٹھ تصویرہٕ نہٕ آسہ، یمن پیٹھ منظر کشی کرِتھ آسی۔ افسوس چھُم ییمہٕ کتھہ ہُند زٕ ہیچ نہٕ یہنز تفصیل میلتھ۔ یتھے پاٹھۍ چھِ ییٚنس اکس جایہِ صوفی صاب لیکھان زِ لندنہٕ کس وکٹوریہ تہٕ البرٹ صنم خانس منٛز چھ کیٚپِرس پیٹھ بناونہٕ آمتی۔ ۲۴ تصویر البمچہِ شکلہِ منٛز رٕژر رتھ۔ یمن تصویرن منٛز چھ پہاڑ تہٕ جنگلن ہُند عکس تُلنہٕ آمُت۔ اتھ بنہٕ ہس پیٹھ چھ عالم یمن کاشر لو مُصور و دسی تخلیق کرنہٕ آمتی فن پارہٕ مانان۔ یہنٛد تخلیقی وکھ چھُ شرٛاہم صدی مانہٕ یوان۔ یہٕ گوو سُہ وکھ یلہِ کٲشیرِ پیٹھ مرزا حیدر دگلت راج تاج آسی کران۔ امہِ تہٕ چھییہٕ یہِ کتھ ظاہر زِ ژکن ہندِس دورہ حکومتس منٛز اوس کاشرِ مُصوری جان ووتھو میو لُمت۔

کٲشیرِ منٛز موغل دور ییٚنہٕ پتہٕ لوگ کاشرِ مُصوری جان چلے جاو۔ چنانچہ موغل بادشاہ آسی پانہٕ قودرتی حُسنکی دلدادہ تہٕ مُصوری منٛز یتھی منظر عکس کرنس منٛز آسی یِم پانہٕ دلچسپی نوان۔ امہِ موکھہ کر یمو کاشرن مُصورن زیادٕے یہن حوصلہ افزائی۔ یتھے اکبر بادشاہ گوڈنچہ لٹہ لور آیہ۔ یموٲنی پانس ستۍ سنگترٲش تہٕ مُصور

اَمِ غرضہِ خاطرٕ زٕ تَم ہیچھِ ناوٕن یِمن اَمِ علاوٕ کیہنہٕ ۔ مگر بیٚیتہٕ کیٚن مُصورن ہُند کمالِ فن وُچھتھ گیہٕ تَم تہٕ حٲران ۔ اَمِ پتہٕ نی یِموٚ پَنٕنِکی پانٕترٕ مُصورن پننٕس شٲہی دربارس منٛز ۔ یِتھٕ پٲٹھۍ کوٚر یِموٚ پنجاب تہٕ گُجرات کیٚن مُصورن ستۍ پَنُن فنی مظاہرٕ ۔ یِمن زن یہندس شٲہی دربارس منٛز گوڈٕنیٚتھے نمایندگی میٚجمٕژ آس ۔ اَتہٕ بناوِ یِموٚ مقٲمی طرزس پیٚٹھ وارِیاہ تصویرٕ یِم بادشاہس سیٹھاہ خوش کرِ ۔ کینٛژن عٲلمن ہُند چھُ وَنُن زِ یہوے چھُ سہٕ وَکھ اوسُمت ییٚلہِ زن کٲشُر لُو مُصورو اَگر اَکھ مُصورن نَشہِ شکلِ تہٕ سیٖنری بناوٕنۍ ہیوٚچھ ۔ شاید چھُ یہِ سُے طرز یُس پتہٕ کٲشرِ سوٚکولہٕ ناوِ کنہٕ زانُنہٕ مانٛنہٕ آو ۔ کینٛژن عٲلمن ہُند چھُ پتہٕ وَنُن زِ کٲشرٕ مُصوری ہُند یہِ سوٚکول چھُ راجپوٗت سوٚکولہٕ نَشہٕ تھَنہٕ ہیوٚ وُمت ۔ مگر اَتھ کیٚتھٕ پیٚٹھ چھُ وارٕ ہَن اِختلاف تہٕ ۔ یُہند وَنُن چھُ زِ کٲشرٕ مُصوری پیٚٹھ پیوٚ راجپوٗت سوٚکولُک اثر تمہِ وِزِ ییٚلہِ زن راژ للتادِتیہ ہَن پننہِ فاتح دوران شُمٲلی ہیوٚندُستانکۍ مُصور پانس ستۍ یور اُنۍ ۔

کشیرِ منٛز آسہِ موغل دورس منٛز کٲشرٕ تصویرٕ، کٲشُر قلم، ناوِ کنۍ سارنے ویٚدۍ ۔ یِژھہ تصویرٕ آسہٕ سیٹھاہ لوٚکٕہ وٕرنہٕ آسان ۔ اَمِ وِزِ اوس یِیتہٕ تصویرٕ بناونٕک بیاکھ اَکھ طریقہٕ رٲیج ۔ سہٕ گوو تصویرٕ آسہٕ رنگہٕ ورٲئی آبہٕ ستۍ بناونہٕ یِوان ۔ اَتھ طریقس آسۍ "ابینا" وَنان ۔ گوڈٕنیٚتھے اوس کاغذس پیٚٹھ خٲلی آبہٕ ستۍ تصویرُک نشانہٕ تراونہٕ یِوان ۔ آب وُہِتھ اوس تمہِ شایہِ اَکھ زاویُل سیوٚمب باقے روزان تہٕ پتہٕ یِوان اَتھ پیٚٹھ کٲم کران ۔ اَتھ کیٚتھٕ وارِیاہ ٹھۍ وٕرِتھٕ نے کران چھِ یہِ یِسی براوٕن لیکھان ۔ "کٲشرٕ مُصورٕ آسۍ تصویرن منٛز ہلکہٕ تہٕ خوش یوٚرِ شیڈ انٛنہٕ باپتھ گوڈٕ آبس اَکی سے جایہِ روزنہٕ دِوان ۔ یُوتامتھ سہٕ وُہِتھ گژھہ ہے، تُوتامتھ اوس اَمِچہِ شایہِ اَکھ زاویُل سیوٚمب ہیوٚ جمع گژھان، یہِ سوٗرے اوس تصویرُک پوٚت منظر نوٚن کڈنکہِ غرضہِ استعمال کرنہٕ یِوان ۔ اَمہِ ستۍ آسۍ تصویرٕ زیادٕ لوٚکٕہ وٕرِنۍ باسان ۔

کٲشرٕ مُصوری پوٗرٕ پٲٹھۍ وُچھنت دِنک سہرٕ چھُ، جہانگیر بادشاہس حاصل ۔ یِم چھِ پننہِ توزکِ جہانگیری منٛز لیکھان زِ یہندس دورِ حکومتس منٛز آسۍ بیٚیتہٕ اَکھ آرٹ گیلری موجوٗد ۔ کشیرِ ہِندس تٲریخس منٛز چھِ یِم گوڈنِکہِ رازٕ آسۍ متۍ یِموٚ سرینگرس منٛز اَکھ آرٹ گیلری بناوٕمٕژ چھےٚ ۔ حٲرٲنی ہنٛز کتھ چھےٚ زِ ازکل کِس ترقی یافتہٕ دورس منٛز تہٕ چھنہٕ وُنیُس تام کانٛسہِ تہٕ یہِ بناونس دلچسپی ہیٚمٕژ ۔ اَتھ آرٹ گیلری منٛز آسۍ کٲشرین مُصورن ہٕندۍ وارِیاہ تصویرٕ موجوٗد ۔ اَتھ نگارخانس مُتلق چھُ جہانگیر پننہِ توزکِ منٛز یِتھٕ کٕنۍ لیکھان ۔ "اَتھ منٛز اوس بہارٕ تہٕ کیٚن

برٹن برٹن صاحب، کمال مصورن ہنز تصویرہ رٹھہ رتھ۔ امہ علاوٕ آسی اتھ منز مبانہ خانہ دانہ کین بزرگ وارن ہنز تصویرہ کجن پیٹھ اُلاندی ترآومژ۔ میرزا کامران، میرزا محمد حکیم تہٕ سُلطان دانیال سنز تصویرہ تہٕ آسہ اتہٕ رٹھنہ آمژہ۔ ۱۹۱۹ء منز لوٚب تصویرن ہنز نمائش دلہ منز آیہ کرنہ، ییتھ منز آسی کُل ۲۷ تصویرہ تھوونہ آمتی۔ نمائش موکلنہ پتہٕ تُس بیان یمو تصویرو ہنز و ماکی کن دیت، سُہ چھُ یتھ کنی۔ یم سارے تصویرہ چھے کاشرن مصورن ہنز شاہی تہٕ عظیم تخلیقہ۔ کتھ تام پاٹھی چھیہ یہنز تلم عبارتھ زیٹھ منزتہٕ تصویرہ چھیہ موحفوظ بچیمژ۔ وننہ چھُ یوان زِ یم آسہ جہانگیرنس شاہی دربارس منز وارہہس کالس رٹھہ رتھ۔ ۱۸۰۷ء منز ییتھے گدرسُید یم لجہ کس تام ٹلیسہ وارس تل یٚیمی زن یم میہ دژ۔ بہوے چھُ سُہ دوراوسُت بیلہ زن کاشر مصور پوتھین تہٕ کتابن اندی اندی لوٚشن تہٕ پتہٕ وٕتھرن ہند ڈزاین آسی کران۔ تُس زن تمہ وزِ اکھ نوٚو تجربہ اوس۔ یژھن تصویرن ہندی واریاہ کیہنہ نوٚمونہ چھُ وُنی کین ریسرچ لایبریری (حضرت بل) تہٕ سرینگرکس صنم خانس منز رٹھہ رتھ۔ جہانگیر تہٕ پتہٕ دِژ شاہ جہانن تہٕ کاشر مصوری وُصت۔ دپان یم یتھے گوڈنچے کشیر آیہ، یم گیہ یٚتکی قدرتی نظارو چھتھ سیٹھاہ مُتاثر تہٕ تمہ پتہٕ بناوِنا وکھ ترٹھہ تصویرہ یہند پوت منظر یمے قودرتی نظارہ آسی۔ یمو بنوو یژھن تصویرن ہند اکھ البم تہٕ دلہ منز بہتھ ییتھے یمن کشیر آسی یاد پیوان، یم آسی بہوے البم مُژران تہٕ تصویرہ وچھان۔ یتھہ پاٹھی آسی یمن اچھن اکھ نوٚی تراوتھ میلان۔

پٹھان تہٕ سکھ دورس منز بہ کینژھا یٚیتہٕ مصوری رنگ رٹھہ رتھ اوس، سُہ آو سوٚرے ہاپہ تہٕ ضایہ کرنہ۔ البتہٕ کُنو تمہ تہٕ وُنہہ صدی ہندس گوڈکالس منز پیوٚ یٚیتیچہ مصوری پیٹھ کانگڑہ تہٕ بسولی ہنزن مصوری ہند اثر پیوٚ۔ اتھی دورس منز آیہ کیہنہ ترٹھہ تصویرہ تہٕ بناونہ یہند پوت منظر تواریخی یا تصوفس ستی اوس۔ مثلن امرناتھ یاترا یا زورآور سنگھن لداخس پیٹھ فتح۔

۱۹۴۷ء پتہٕ یہ کینژھا کشیر منز مصوری ہندِس فنس وٕڈٕ تھوٚدنہ موکھہ کرنہ آو یا کرنہ چھُ یوان، تہٕ چھُ سارنے ویوٚد۔ البتہٕ چھیہ میہ باسان اتھ سلسلس منز اکھ کمی ضوٚرورٕ۔ سُہ گوو زِ وُنہ آیہ نہ یٚیتہٕ اکھ آرٹ گیلری تامیر کرنہ لوٚب زن یٚیتنہ کین مصورن ہنز اکھ دیرپہ منگ چھیہ۔ دِویم یہ زِ کاشر مصوری ہندی تم طرز گژھن بدینہ کڈنہ یم زن یٚیتہٕ پتہٕ وتھ چلان چھہ آمتی تہٕ یمن پیٹھ نوٚسر تجربہ کرنچ چھیہ سیٹھاہ ضوٚرورتھ۔

شوکت فاروقی

# ہانگ

ہیٚرِ پیٚوو
پھرِکہٕ ہوٚت تہٕ تھَہرِلوٗمت
ہرِ دَن آسہٕ س وُنی مژشینٚچھ
تَبنلیمژِ ریٚہہٕ کانہہ ژھارُن
دلوٕ بژنز کھنڈ بیٚیہٕ
وشنیرکہٕ برآنژ
کِھنڈ پوٚنژہٕ کرکھ
اَسمانٕ وِ ڈکھ

عابدہ احمد

## ژٕہی ژٲر

وُدی روتُل سَکھران پوٗری جبٔرل

بالہِ ہٹِس پھوٚل رٕٹیھوٗن لون

گٹہِ پھٹہِ گٔیہِ سٔری

رُمہٕ آے لوٚگس

بیٚنہِ پارٕدی رٕدٕلیٔ نافس مشٕز

## زان

شہہِ پٔترِن کھٔنز کھٔنز

میانِز کتھاہ

یِہِ وۄتھ أندری وَنہِ کول وۄجوٗد

ظوٗنہِ پٕزٕنی أندٕ وَندٕ آرٕ گرِتھ

شِشھِ ألی فسَ ژھوٚبہِ گرٕیند نہِ وان

گامُژ رُمَن ہنٕز اَکِہ اَکِہ گوچھ

ساَدٕرِ بادٕژٕ اَنہار دیتمُ

کوچھِ ناگہِ بِبٕلیَس اَچھرِاٹھاہ

ڈاکٹر بھوشن لال کول

# وشنو پرتاپ رامائن

کُری گامہ کِس پڑکاش رام سنٛدِ "پرٛکاش رامایِنہٕ" برونہہ چھُنہٕ کاشُر زبانٛی منٛز. اَمہ کنہٕ تہٕ رامایِنُک پےٚ میلان ۔ اَمہٕ پتہٕ چھُ مہاراجہ رنبیر سِنگہٕ نِس دورِ حکومتس منٛز ۱۸۷۷ء یِس منٛز اکھ رامایِن لیکھنہٕ آمُت یتھ "شنکر رامایِن" ونان چھِ ۔ ۱۸۸۰ء یِس منٛز چھُ پنڈت آنند رام رازدانن "آنند رام اوتار چرِت" لیوٚکھمُت ۔ کاشرِ زبانٛی منٛز لیکھنہٕ آمتین رامایِنن منٛز چھپیٚہ ژُورِم جاے وِشنو پرتاپ رامایِنس ۔ یہٕ رامایِن چھُ ولوٚس گامکہِ پنڈت وِشنہٕ کولن لیوٚکھمُت ۔ یِہُند اصل ناو اوٚس وِشمبر ناتھ کول تہٕ ژاٹھ پاٹھ آسِکھ ونان وِشنہٕ کول ۔ یِم آسی ۱۸۷۵ء یِس منٛز زامتی تہٕ ۱۹۴۰ء یِس منٛز سپدی سورگواس ۔ پیشہٕ کنٛی آسی یِم وۄستاد تہٕ ژوٚہ گام ناگام، چوگل پورِ، عشہٕ مقامہٕ مٹنہٕ، سالہِ، اننت ناگہٕ تہٕ وِلیسہ کِہن سکولن منٛز آسِکھ شُرین تالیم دِژمٕژ ۔

فارسی زبانٛی پیٹھ اوٚس تِمن خاص عبور حاصل تہٕ اَتھ زبانٛی منٛز چھِ تِمو وارِیاہ کیٚہنہٕ لیوٚکھمُت ۔ عنادِل اوٚس تِمن تخلص تہٕ فارسی زبانٛی منٛز لیٚکھمتہٕ تِہندی قلمی نسخہٕ چھِ یِم ۔

(۱) دیوان عنادِل ۔ (۲) بحرِ طویل عنادل (۳) ترجیع بند تہٕ (۴) انشائے عنادل ۔ مینہٕ سۄنٛد یِہندس فرزند پنڈت اومکار ناتھ کول صابس نِشہٕ یتہٕ معلوم زِ یِمو اوٚس مہابھارتس تہٕ فارسی ترجمہٕ کوٚرمُت یُس زَن اَمِس نارِ وارٕ ی داتس منٛز ضایہٕ گوٚو ۔ باقے سارٕی قلمی نُسخہٕ چھِ یِہندس فرزندس نِشہٕ ونکین تہٕ موجود ۔

کأشُر زبأنی منز چھُ پنڈت وِلشنہ کولن صرف وِلشنہ ہرٹپ رامایٔن" لیوٗکھمُت۔ یہِ رامایٔن چھُ تموٗ ۱۹۰۹ ہس منز لیکھُن شوٗروع کوٚرمُت تہٕ ۱۹۱۴ ہس منز چھُکھ مکمل کوٚرمُت۔ یہِ چھُ فارسی رسمِ خطس منز تموٗ پننی اتھہٕ ۹۴۱ صفن پیٹھ لیوٗکھمُت۔ اتھ رامایٔنس چھُ لگ بگ ۳۰۰۰ بند تہٕ کُل ۷، ۴۳ باب۔ یہِ رامایٔن چھُ تموٗ ستن کانڈن یانے حصن منز بأگرٕ ووٚمُت۔ یمہٕ ہندی سلسلہٕ وار ناو یِتھ پأٹھؠ چھِ:-

بال کانڈ، بنواس کانڈ، منکا کانڈ، ایودیا کانڈ، اشومیاہ کانڈ، راج لیلا کانڈ تہٕ وٕرے کُنٹھ کانڈ۔

بنواس کانڈس منز چھِ کشکندیا کانڈچ تہٕ ذِکر آمُت۔ رامایَنُک آغاز چھُ گنیش برٛگُن برٛہم، شوٗپاروتی تہٕ گورٕ سُنزِ ونہٕ نا یمہٕ ستۍ یتھہٕ پأٹھؠ سپدان۔

نمامی شری گنیشم سچے نمامی توم ونایکُم
نمامی سگورم برہما نمامی سرد دیاپکُم
نمامی ستنگورم پرم پُلور شوٗتم عم

اَمہِ رامایٔنکس بال کانڈس منز چھُ کول صأبن رام ہندِ زیچ لوکچارچ تہٕ سوییم وَرچ کتھ پوٚر پوٚرٕ ونڑھنأوٕمُت۔ حبک پورس چھُ یموٗ نر دیت پورنا وتھووُمُت تہٕ سوییم ورکس مبأرکس موقس پیٹھ چھُ یہِ نگر سیٹھا خوٗبصورتھ پأٹھؠ سجاونہٕ آمُت۔ شأیرن چھُ نر دیت پوٚرٕی ہنزِ خوٗبصوٗرتی تہٕ شان شوکتھ تہٕ بٮ۪یہِ خاندرچ ووٚسہ دروٚسہ تہٕ شادمأنی بیان کرہٕنس منز پننہٕ بہترین تخلیقی صلاحیژ ہند توٗ بوٗتھ دیتمُت۔ امیُک توأریخی پسِ منظر تِہ چھُ برابر تہندس ذہنس منز اوسمُت۔ یتہِ چھُ ننان زِ راجک رِواج اوس عام تہٕ راجہ حبک تہٕ چھُ کورِ رخصتھ کرنہٕ وقتہٕ رُت داج دِوان۔ امیُک ذِکر چھُ شأیرن یِتھ پأٹھؠ کوٚرمُت۔

یہ کینژ ھا اوس تس اِمکان راجس یہ کینژ ھا اوس تس حاضر جہانس
یہ کینژ ھا اوس تس راجس اندر سار یہ کینژ ھا اوس تس سون موکھہ تہٕ دیار
پننٕ ہیتھ راج سورُے راج دِتینس

پننہٕ بُجر کنی کوٚر راجہ دشرتھن رامچندرس راج دِنک بیتر فٲصلہٕ تہٕ راج تلکچ تیاٚری ہیٚژن ایودیاہس منز زور شورہ سان سپدٕنی۔ ایودیا یہ ہُند پرتھ کانہہ روزن وول اوس خوش۔ یہ ذٔپ زِ تہٕ دیوتاہو تہٕ ہیٚژ امہٕ رتہٕ ڈٔیچ تیاٚری کرٕنی۔

یُژھا شری رام چندرُن راج ساٚری
تِرکوٚنی دیوتاہن ہنز تیاٚری
سجاوِتھ وارِ واراہ کارخانن
منکش یتھ کران شاٲہی مکانن

ونواس کانڈس منز چھُ شاٲیرن غمناکھ منظر پیش کران، ییلہِ رامچندر بابہ صابن حکمُ بجا انہٕ خاطرٕ پننہِ آشنہِ سیتاہ تہٕ لوکٹ بوے لکشمن ہیتھ ژٕدہن وٕرین ییٚژ ونواس چھُ نیران۔ ڈنڈک وٕنہٕ پیٹھٕ چھِ یم چترکوٚٹ واتان یتھ شاٲیرن چندر کوٚٹ ناو چھُ تھوومُت۔ اَتہٕ چھِ تم گوتم، اگست، ہتی کھشن تہٕ اَتہٕ رٮ۪شی لیس ستہٕ مُلاقاتھ کران۔ ہتی چھِ تم اہلیا یہ تمہِ شاپہٕ نِشہِ موکہ لاوان یُیمہِ کنی سوشل یانے کٔنی آس بنیمٕژ۔ چندرکوش متلق چھُ شاٲیر لیکھان۔

چندرکوش اندر شری رام لکشمن
یکان جنگل بہ جنگل خوش گرژھان مَن
چندرکُی چارطرفہ چھِس مُشک دار
بہارس منز چھِ ساٚری گُل تہٕ گُلزار
گُلن گلزار نے ہُند کیاہ ٹھکاناہ
اندر لُوکاہ عجاٲب خوش مکاناہ

ہُپاری چھُ راون کینژ دوٚد جوٚہا توٚ کنہٕ تہٕ نفسیٲتی لوٚچھ ستی پننٕ ولقار راوراوتھ سیتایہ لنکایہ منز واتہٕ ناوان ۔ اَمہ برونٹھ چھِیہ سنز کتھ یوان ۔ رام تہٕ لکشمن چھِ سیتایہ ژھانڈان ژھانڈان کشکندھا پوری منز واتان بیٚیتہٕ تِم ہنومان تہٕ سُگریوس چھِ سمکھان ۔ بیٚیتہٕ چھِ تِم بالیس ژھل کٔرتھ ماران ۔ چھِیہ تیٚر کھیتھ اصلیتھ زانان تہٕ رام جُوس کن مرنہٕ وزِ بیہِ عرض کران کران پران نزاوان ۔

دوان چھُکھ سارنے بختین ژٕ منگل
اَنگدٕ تاراوتی ژٕچھ زین پرن تل
اَنگدٕ چھُ داس چونے سُتری حگت پال
کھماتس پیٹھ پرٕ لوٚچی کر بہر حال

اَمہ پتہٕ چھُ رامائنس منز لنکا کانڈ یوان یتھ منز رام تہٕ راوٕن ہندِ زبردس جنگچ ذِکر چھِیہ آمت کرنہٕ تہٕ پتہٕ رِچ فتح تہٕ اَیزِچ شکس چھِیہ آمژ ہاونہٕ ۔ راونس اوس پننہ جابہِ اہنکار زمیہ ہیکہ نہٕ کانہہ تہٕ لوٚشِتھ ۔ تمِس آسہ اہنکارن وُنہ واجہ مژ تہٕ تسُند خاتمہ اوس کاینات ہٕ خاطرٕ سخ ضروٗری تہٕ یہ کام واننٕ و رامچندرن اند ۔ شاعر سنز اتھ روشن دمٲغیہ چھُ داد پیوان دِیُن ییلہِ سہ محسوس چھُ کرناوان زِ وقتہٕ وقتہٕ چھِ اَسہِ سیٹھی راون ژٕ وپاری نظرِ گژھان ییم زن پننس آسنہ کس دبہ دٲلبس منز بنس ستی گاٚری چھُ تُرِتھ کھیوان ۔

یہ چھس لنکایچ راوٕن زبردس
پرٕ جا ییتھ راج ساری میٚنے نِشے لس
چھُ لرزٕ میون پریتھ طرفہ پہالس
مینہٕ چھِم یٚیمہ رازٕ ھتوومُت فادخالس

ژٕ داہہ وُہری چھُ رام ایودیایہ والیس یوان یٚمیک حال ایودیا کانڈس منز چھُ بیان کرنہٕ آمت ۔ دوٚب تہٕ دوٚبی بابہ ہنز پانہٕ واٚنی کتھ تہٕ رامچندرس اَمِچ کنہٕ وان

گرٕھنۍ چھیہٕ سیتایہٕ ہنٛد خاطرٕ اکھ مُصیبتھ بنان۔ سو چھیہٕ لوان گرٕ کٕڈتھ ژھنٛنہٕ تہٕ والمیکی ہنٛدس آشرمس منٛز چھیہٕ سو دوٕن بچن زنم دوان یمن لو تہٕ کوش ناو چھُ لوان کرنہٕ۔

امہِ پتہٕ چھُ اشومید کانڈس منٛز راجہ رامچندرنہٕ اشومید ہونگ تذکرٕ آمُت کرنہٕ تہٕ امہِ وقتہٕ چھیہٕ سونہٕ ہنٛز سیتا ہونٛز لوٗژِ ماتھ پوٗر کرنہٕ خاطرٕ بناونہٕ یوان۔ گرٕ آو تراونہٕ۔ گرس چھ لو تہٕ کوش کھراںان تہٕ رامچندرُن فوج چھُ شکس کھتھ دِہلدگرن ہنٛدی پاٹھی ژلان۔ پانہٕ رامچندر تام چھُ پِس پاگرِ ھتھ بیہوش سپدان۔ یپارِ چھ لو تہٕ کوش یہنٛدِ ہتھی یار تہٕ مکٹ سوٗمبرِتھ آشرمس پیٹھ واتان تہٕ یہنٛز موج چھیہٕ یہِ سورُے وُچھتھ تہٕ مکٹ پرزٕناوِتھ جامہٕ ژٕٹان، وِیرٕ اکھ دِوان تہٕ اوٗش ہاران۔

وچھن یلہِ تاج شری رامُن وٕستھ پیٚیے
گششن اندر ستی سیتا مرِتھ گے
تسُند ورلاپ وُچھ وُچھ میگ گرِیان
یہ آہو نالہٕ دُزملہٕ دڑے عٕمر یان

بگوان شنکر چھُ امرسِتھ ورشا کران تہٕ رامچندر چھُ پنٛنِ رو ومُت دُبارٕ لبان تہٕ پننین دوشوٚنی شُرین ستی سیتایہٕ الو دیایہٕ والیس انان۔ امہِ پتہٕ چھُ راج لیلا کانڈ شُروع گژھان یتھ منٛز رامچندر پنٛنین باین ہنٛدِن شُرین ہنٛد خاندر چھُ کران۔ شاعرن چھ لو تہٕ کوش ہنٛد خاندرک تہٕ تذکرٕ ہو کوٚرمُت۔ کوشلیا چھیہٕ سورگواس سپدان تہٕ رامچندر چھُ وشِشٹھ مُنہ ہنٛدِس مشورس پیٹھ پنٛنُن راج پننین تہٕ باین ہنٛدِن شُرین منٛز باگراوان۔ امہِ پتہٕ چھُ رام تہٕ سیتا کشیرِ منڈلس منٛز سارٕ کرنہٕ خاطرٕ لوان تہٕ اتہٕ کین تیرتھن ہنٛز یاترا کران۔

آخری کانڈس یانٛے دٕے کنٛٹھ کانڈس منٛز چھُ شاعر دُرداسارٕ ٹیش سُند رامس سمکھن لکشمن سُند سرلوٚندی منٛز پھٕٹُن تہٕ رام سیتایہٕ ہنٛد سرلوٚندی ہنٛدس بٹھس پیٹھ پرٛان تیاگ کرُن شاعرانہٕ اندازس منٛز ورنٕناوان۔ یتھہٕ پاٹھی چھیہٕ امہِ رامایٚنٕچ کتھ اند واتان تہٕ آخرس

پیٹھ چھُ شاعر بییہ تمُس ہٕدس کٲری گرہٕ سٕنز کٲری گری ہندی تاریف کران۔ پنُن سرنمہ راوان تہٕ بجن، الیلایہ تہٕ بکھتی باو        پننِ شرٛدایہِ ہندی لوپش کاینا تکس کٲری گرس ورشاوان تہٕ زندگیہِ ہُند اصلی سوکھ لبان۔

پنڈت وشنہ کول چھُ کاشرِ زبانی منز گوڈنیک راماین لیکھن وول یمیس پیٹھ مشہور ادیب تلسی داس نہٕ رامانیک اثر چھُ بیوٚمُت۔ مہاراجہ جنکی ہندِس باغس منز رام سیتایہ ہُند پانہٕ وٚنی سمکھن، انوسویا تہٕ سیتایہِ ہنز کتھ باتھ، رام ـــ راون جنگ تہٕ راونہٕ سٕنز ہار، انگدُ تہٕ راونہٕ ہنز کتھ باتھ تہٕ بییہ واریاہن قومن پیٹھ چھُ تہندِس رامایِنس پیٹھ۔ رام چرت مالنک اثر دٕ ینٹھ گژھان مگر یہ ونُن چھُ بلکل غلط زِ یہ رامایِن چھُ رام چرت مالنک کاشُر ترجمہ۔ رامایِنچہ کتھ منز، کردار نگاریہ منز۔ فطری منظرن ہنز عکاسی کرنس منز تہٕ اوسلوبس منز چھُ تہند اکھ مخصوص انداز تہٕ تہنز تخلیقی صلاحیتھ چھیہ یر یتھ اکس یرن والس نظر گژھان۔

امہِ رامایِنچ اکھ خوبی چھیہ یہ زِ امہِ منز چھِ واریاہ لوکچہ لوکچہ کتھہ۔ یمن سماجی، اخلاقی، معاشی تہٕ مذہبی پوٚت منظر کنی سیٹھا اہمیتھ چھیہ۔ سگرلو، ہنومان تہٕ وبیشن سٕنز کتھ، رام ہندِس زنمس تہٕ خاندرس متعلق کتھ، منتھرا یہ ہُند زال وونُن تہٕ رام سُند ونواس، شروپ نکھا، کھر دوشن، ماریچ تہٕ جٹایو سٕنز کتھ، باے سُند مرُن، نل نیل تہٕ بییہ انگدُ سٕنز کتھ چھیہ یژی پاٹھی امہِ رامایِنس حُسن بخشان۔ امہِ رامایِنچہ کتھِ ہُند توارِیخی پوٚت منظر تہٕ چھُ سیٹھاہ اہم یتھ کیتھ شاعرن پننہِ تصورکھ رُت میل چھُ کوٚرمُت۔ پرانن ہُند اثر تہٕ چھُ تمن پیٹھ اوسمت تہٕ رام چھکھ وشنو سُند اوتار مونمت تہٕ سیتا چھکھ رام سٕنز شکھنی ماننی مژ۔

امہِ رامایِنچ بیاکھ خوبی چھیہ یہ زِ امہِ منز چھُ شاعرن پننہِ آزاد طبیتک اظہار جایہ جایہ کوٚرمُت۔ تمو چھیہ واریاہن کتھن منز نوٚ برانہِ خاطر پننس تخیلس کام ہیژمژ۔ لکشمن سُند بھرتس پیٹھ کرُودھ۔ راونہٕ سُند سیتا ژورِ نِنہٕ وِزِ لکشمن ہُند بیہوش گژھُن، جنگہٕ خاطر فوجی تیار بہٕ، ہستمرا یہ ہُند خاب مرنہٕ وِزِ راونہٕ سُند لکشمنس گیان دِ وہ پدیش دِین تہٕ راج

لیلایہ ہند تذکرٕ چھُ اَمہِ لحاظٕ اہم۔
شاعرس پیٹھ چھیہِ کٔشیرِ ہندِ فطری حُسنک تہٕ زبردس اثرا وسمت۔ تمو زنتہٕ ییتہِ کےٚ پوٚت منظر
چھُ راماینس دُیتمت۔ کٔشیرِ ہندِ بہارکہٕ حُسن چھُ وارِیہن جاین نظرِ گژھان۔

یتیمبرزل پیالہٕ ہیتھ زن گُل انارس
ہوادأری چھیہٕ متہٕ برگِ چنارس
سبٹھاہ ندٕ یَن تہٕ نہرن ہنز ندا کتھ
ہیے پوشن تہٕ اچھِ پوشن ترأوتھ

راون ژوٗل سیتایہ ہیتھ تہٕ جاناوارو تُل وٕدن ئے۔ پوشہِ کُلہٕ پییہ ہرتھ، سبزار گوٚو
ڈزِتھ تہٕ کُلہٕ کٔنہٕ لگی باکھ ژھٹہٕ نہٕ۔

اَچھو کنہِ جیو سأری اوٚش چھِ تراوان
دِوان تِم نالہ کمہِ تاں حالہٕ گو گو
کُلاں زلو چھکھ کُلاں تِم سوٗر پانس
وٗلاں وأراگہٕ ہیے اندر جہانس

عام طور چھیہٕ پنڈت جین اَتھ رامایٔنس منز لکہٕ زبان ورتاومٕژ۔ فارسی تہٕ سنسکرت
زبأنی ہند اثر تہٕ چھُ جایہ جایہ نظرِ گژھان۔ چونکہِ تمن اوس سنسکرت کیو فارسیس پیٹھ ہوٚوے
عبوٗر حاصل، لیہٰذا چھیہٕ تمن لفظ ژھارنس منز کانہہ دشوأری آمژ۔ لفظ ژأر چھُ سبٹھاہ پُر اثر۔
لکہٕ زبأنی ہند اکھ نموٗنہ چھُ وچھُن لایق۔

وریژان چھیہٕ برت جی کیا منز جامَن
برابر ہوولتھ ولیشہِ رہٕ ہیہ رامن
ستی سیتایہ پادن ہیتھ پرن پہو
سٔتیچہِ مانایہِ ستی کنی ئے شرن گوٚو

رامائنس منز چھُ سنسکرتک اثر تِمہٕ وِز غالب گژھان ییلہِ شاعر کائناتک مُدامقصد چھِ زانُن یژھان تہٕ سچ وَتھ لبنہٕ خاطرٕ چھُ گیانک پرکاش نالہِ متہٕ رٹان۔

وُچھُن گژھہِ ست وہژارُن ست ستاتن
ستنکی آژ آری درمس بوو دھیٚیہ وتن
گیانک گاش یُس آسی برابر
پرم آتمن تمس باسے چراچر

واریاہن جاین چھیہٕ اُمہِ رامائنچ زبان تہٕ سیٚٹھاہ فارسی آمیز۔

گلو گلزار گلشن شولہٕ ماران
صدائے رام رام آبشارن
ہنس سرخاب کمہٕ آوارٕ تراوان
عجائب رقص کیا طاوس ماوان

کینژن جاین چھُکھ ہندہ تہِ استعمال کورمُت۔

کبھی گلشن گلستان میں اُچھلتے
کبھی باغو نیستاں میں ٹہلتے
کبھی پھولوں کو سیتا توڑ لیتی
کبھی نظریں کو باہم جوڑ لیتی

پنڈت ولیشنہٕ کول چھِ گوڈٕ بکھتی تہٕ پتہٕ شاعر آسی متی۔ یہوے چھُ وجہ زِ تہندِ بکھنہٕ باو چھُ اتھ رامائنس منز بجنوٕ، لیلایوٕ تہٕ گیتو ذٔریہ ظاہر سپدان۔ تِم چھِ رامچندرس وِشنو سُند اوتار مانان تہٕ پننِ بےکسی تہٕ بےبسی تمن برونٹھہٕ کنہِ باوِتھ تہندِ الوگرٕہ پراونہٕ خاطرٕ چھِ بیقرار سپدان۔ رام سُند ناو سرن چھُ تہندٕ مُدا تہٕ مقصد۔ تہندٕ رام چھُنہٕ کبیر سُند نرگُن رام بلکہ چھُ تِژ آژ پیٹھہٕ کہِ وُن تُلسی سُند رام یُس راز دشرتھ سُند زیٚٹھ نیٚچو چھُ سگُن تہٕ ساگار۔ یہندِ بجر ح ذکرٕ کران چھِ پنڈت جی

لیکھان۔

کُل جگس اَندر چھُ تارُون رام
مَدس موہس تہٕ کرٕودس مارُون رام

تَمہٕ وقتچہٕ کشیٖرِہنٛز سماجی، مذہبی تہٕ اَدبی زندگیہِ ہنٛز عکاسی چھےٚ اَتھ رامائنس منٛز ہرتی پائٹھی سپدان۔ یوٗتام پلاٹ، کردار نگاری تہٕ الفاظن ہنٛدِ استیمالُک توٗلُق چھُ کاشرِن رامائنن منٛز چھُ وِشنو پرتاپ رامائن بے مثال۔

اَمیک قلمی نسخہٕ چھُ تمہِ فارسی رسم خطس منٛز تیار کوٚرمُت۔ لیکھنس منٛز چھکھ کرہنی تہٕ دوٚزج میل استیمال کرِمژ۔ ژوٚن ژوٚن بندن منٛز باگ چھکھ دوٚزجہٕ میلہٕ سٟتی 'اوم' لفظ لیوٗکھمُت۔

تَمہٕ وقتُک مشہوٗر ڈوٗگر حکمران مہاراجہ پرتاپ سِنگھ چھُ زبردس رام بکھتہٕ اوسمُت، یوٗہے وجہ چھُ زِ پننس ناوس سٟتی۔ پرتاپ سنٛگھُن ناو واُنتھ تھوٚو تمہِ پننس رامائنس "وِشنہٕ پرتاپ رامائن" ناو۔

یہٕ رامائن چھُ وُنہٕ تہٕ چھاپ سپدنے تہٕ اَکھ اہم کاشُر ادبی تخلیق چھےٚ وُنہٕ تہٕ لوکن ہنٛزِ نظرٕ دوٗر۔

ڈاکٹر ٹی، این گنجو

# دۄنیا لوک

## گوڈٕکتھ

دۄنہٕ کار آنند وردھن چھُ ماجہ کٲشِر ہُندِس شوٗبہ دار نیچو اوسمُت یٖمیٚ زُن دۄنیا لوک ادبی تحقیقہٕ
اکھ تھدِ پایچ ارزِتھ لیکھتھ سنسکرت ادبس منٛز اکھ تھدِ پایُک روتبہ تہٕ مقام پرٛوو۔ آنند وردھنُن زایہٕ
کال چھُ ۸۵۵ سنہٕ۔ ۸۸۸ سنہٕ اندٕ پکھی اوسمُت۔ کٲشِر ہُند مورِخ کلہن چھ راج ترنگنی منٛز لیکھان۔

मुक्ताकण: शिवस्वामी कवि आनन्दवर्धन:
प्रथाँ रत्नाकरश्चागात साम्राज्ये ऽवन्तिवर्मण: ॥ ११५/३४

"مطلب موکھتہٕ کن شِوسوامی، آنند وردھن تہٕ رتناکرِ ہوٚو اُدیو کھار لوٚبوٗش اونتی ورمن
نِس راجیس تہٕ تمہِ وقتہٕ کس ادبس"۔

نیاٚے منجری ہندی لکھاٚری حلیمت بھٹ چھ وَنان زِ آنند وردھن اٲسی مہاراجہ شنکر ورمن
نِس راز کالس تام موجوٗد۔ شنکر ورمن سُندٕ راج اوس ۸۸۳ سنہٕ تہٕ ۹۰۲ سنہٕ تام۔ دۄنیا لوکس منٛز چھُ
اُدھ بھٹ ہندِ ناوُک تہٕ اِشارٕ کرنہٕ آمُت۔ اُدھ بھٹ سُند زایہٕ کال چھُ ۵۵ سنہٕ عیسوی ماننہٕ
یوان۔ آنند وردھن چھِ دیوی شتک ارزِ ژمنٛز لیکھان زِ اُمی ہندِس ماکِس اوس ناو نوٗن یانانہٕ۔
کٲشِر منٛز چھُ نانہٕ کاک دُنہٕ تہٕ زینہٕ ناو۔ تٲریخی مطالعہٕ کنی چھُ نَنان زِ مین اوس ڈلہٕکِس مغربی بٹھِس
پیٹھ ھوکونسکِ طرفہٕ جاگیرِ میوٗلمُت یٖمُک ناو اوس آنند پوٗر۔ باسان چھ زِ یہٕ ماچھ اوسمُت حضرت بلس
نشہِ۔ حضرت بلُک پرٛون ناو چھُ نند پوٗرسی زن وَنہٕ تہٕ سِٹھواری لاٹھس پیٹھ اندراج چھُ۔

آنندوَردھنس ادس اَدبی تنقیدٕک تارٟیخی پوٚت کال وراثٕس منٛز میوٚلمٕت۔ چنانچہ اَمہٕ پتٕہ دِس زایہ کالس تام اوس کٔشیرٕ ہندس اَدبی ماحولس منٛز تنقیدٕک چھوٚپھ دِتھ اکھ منٛدِتھ تہٕ مٔتھتھ آسہٕ وارِیاہ نوٚیی تہٕ پرٲنی تھنہٕ دوٚگ موجوٗد یمن ہنٛز زٕ ہن آس آنندوَردھن ژھیکھ پاٹھۍ ہنہٕ ہنہٕ کرمٕژ۔ کٔشیرٕ ہندِس سنسکرت ادبس منٛز چھُ بھامہ بھٹ اکھ خاص تارٟیخی اہمیتھ تھوان۔ بھامہ بھٹ سٕند زایہ کال چھُ ژوٗرِم پانٛژِم صدی عیسوی آسمٕژ۔ چنانچہ یمین برونہہ تہٕ چھُ ادبی تنقیدٕک اکھ سیٹھاہ پرون سِلسلہ اوسمت چلان، یمیک حوالے یوت چھُ اَسہٕ ووٚنی میلان۔ شری پودار چھِ سنسکرت ادبچہ تارٟیخہ منٛز وَنان زِ بھامہ بٹن یوسہٕ ادبی تنقید پچ کھوٚٹ اَدلس منٛز سِرٕ زلاوِمٕژ چھِیہٕ، سُو چھِیہٕ پزی کنہٕ اکھ میلہ پٔٹ۔

بھامہ بٹس پتہٕ تہٕ چھِ وارِیاہ سنسکرت ادبکۍ نقاد کٔشیرٕ منٛز تھٔنہٕ پییمتۍ یہندی حوالہ کاویہ النکار سارسنگرہس منٛز میلان چھُ ماپوٗز بھامہ بٹس پتہٕ اگر تھٔکنس لایق کانہہ ناو دِینٛھ چھُ یوان، سُہ گوو اُدھ بٹ سٕند ناو۔ کلہن چھُ وَنان زِ کارکوٹ خاندانُک کٔشر راز جےپیڈ اوس اُدھ بٹ سٕنز قابلیژ پیٹھ تیوٗتاہ متاثر گوٚمُت زِ سہٕ اوس اُدھ بٹس دوہے اکھ لچھ دینار دِوان۔ اُدھ بٹ آسی تھدِ پایکۍ عالِم تہٕ آنند وردھنن، ابی نوگپتن، ممٹن تہٕ رُیکن چھِیہٕ یہنٛز مثال سیٹھاہ تھٔکِتھ بیش کرمٕژ۔ وَننہٕ چھُ یوان زِ یم آسی پایہٕ تنقیدچہ لاگکریہنہٕ زیادٕ زور دِوان روٗدمٕتۍ مگر آنندوردھن وغارن چھِیہٕ تِمی سنٛز باوتھ رٔہہٕ وادس منٛز کرمٕژ تہٕ ———— تِمی سنٛز حقیقتھ مانٛنمٕژ۔ اُدھ بٹس پتہٕ چھِ زِ بڈٕ تہٕ تھدِ پایکۍ سنسکرت ادبکۍ نقاد ووٚتھی متۍ۔ یہندی ناو چھِ وامن تہٕ روٗدرٹ۔ کلہن چھُ راج ترنگنی منٛز لیکھان زِ وامن تہٕ اوس راز جےپیڈ سٕند وزیر۔ جےپیڈ سٕند زایہ کال چھُ ۷۹۹ سمہٕ۔ ۸۱۳ سمہٕ۔ وامن چھِ پیتی گاٹلہٕ تہٕ ترکی آسی متۍ زِ یموٚ چھُ اکھ نوٚ ادبی تنقیدٕک سوٚکوٗل کھوٚلمُت یتھ زن ریتی سمپرداے "THE STYLE AND METHOD OF THE RHETORICS" وَنان چھِ۔ اَمی سنٛز ارزٕتھ چھُ ریتی گرنتھ تہٕ کاویہ النکار سوتٕر۔ وامننہٕ پتہٕ چھِیہٕ روٗدرٹنٕ جاے یوان۔ یم تہٕ چھِ ماجہٕ کٔشیرٕ ہندی سپوٗت آسی متۍ۔ یہندوق چھُ نوٚیی مہٕ صدی منٛز یوان۔ یموٚ چھُ النکارن سٕند

(FIGURES OF SPEECH) اکھ سائینسی لوگ باگ کرٕمٕژ۔ یِہنٕز بڈ بارٕ قلمی ارزٕتھ چھیہٕ کاویہ النکار۔ اَمہ پتہٕ چھ یِوان دوٗنی کار آنند وردھن ادبی تنقیدک دور۔ آنند وردھنس تام آسہ ادبی تنقید پاٹھ ژینہٕ وُن عورٕ ،ُجس پیٹھ واٗژمٕژ تہٕ یموٗدیُت اَکھ اکھ نوٗ ورنگ لیُس زن ادبی تنقیدکِنی سٹھاہ شوق اوس تہٕ مایہ تہٕ میچھرکِنی سٹھاہ لوواوس۔

دوٗنی، لفظُک مطلب گوٗ آواز یادئن۔ بیاکھ ماٗنے چھس زٕلیُس لفظس تہٕ مانےٚ مس دٕنِتھ اکھ نوٗ وٕ ماٗنے چھٕ ژاران یا لفظس دنہٕ ناوُتھ لیُس تھدٕ پاییس ترکجارس چھ ہاوُتھ دِوان یا یُس لفظس تہٕ ماٗنےٚ مس دوٗنِتھ مطلبچ ژینہٕ وُن چھیہٕ دِوان۔ دوٗنی چھیہٕ مطلبُک سوٗ ژینہٕ وُن، یوٗسہٕ نہٕ چھیہٕ لفظس پیٹھ روٗز گرٕژھان تہٕ نہٕ چھیہٕ لفظٕ کِس ماٗنےٚ مٕس پیٹھ شٹھتِھ گرٕژھان۔ دوٗنی کار آنند وردھن چھ وَنان۔

"یِتھ کاٗلہ پیٹھے چھُ گاٹلیو تہٕ ترٕکھ ادبُک زوٗ، دوٗنی ماٗنژمٕژ۔ مگر یوٗز آنند وَردھن چھُنہٕ اَمہٕ کتھہٕ ہنٕز باوتھ کران زٕتمو گاٹلیو کوٗسہ ارزٕتھ اُس کرٕمٕژ۔ امیُک تاریٛخی پوٚت منظر چھُنہٕ ولیوٗد سپدان"۔

دوٗنی اوٗصوٗل سمجنہٕ خاٗطرٕ چھُ یہ لاٗزِمی بنان زِ لفظچ ماٗنے پھرنہٕ (SEMANTIC THEORY) پیٹھ تراوو کینژھا گاش۔ سنسکرت ادبس منٛز چھ زبانہِ تہٕ لفظچ پاٗری زان کرنہٕ خاٗطرٕ ماٗنےٚ مس تریہٕ حِصہٕ کرنہٕ آمتی۔ اَکھ چھ وَنان شبدٕ شکتھی یا لفظُک طاقتھ یا لفظچ ماٗنے پھٕرن (SEMANTIC THEORY OR FORCE) تہٕ یِم تریہٕ ماٗنے پھرنہٕ چھیہٕ یتھ کِنی۔

## ابِدا

لفظہٕ کِہ یِمہ طاقتہٕ ستی تمیُک اِشارٕ کوٗرمُت ماٗنے ظاٗہر سپدِتھ چھ وَنان ابدِا یا سیدِ سیوٗد لفظُک ماٗنے۔ مثلن لٕر، گرٕ، کٔل، سوال چھُ پاٗد سپدان زِ لفظٕ کِس ماٗنےٚ مس کُس چھُ زوٗرٕ ان۔ گاٹلی چھ وَنان زِ لفظس کانہہ ماٗنے دیُن چھُ اِنساٗنی سماجُک اکھ تواریٛخی وبزٕھ رار۔ اِنساٗنی سماجس منٛز چھُ لفظٕ ماٗنے اکھ خاص تبدیلی زانہٕ نہٕ ژینہٕ وُن تھوان۔ اَدبس منٛز چھُ لفظٕ ماٗنےٚ مس ضوٗرٕ ُدر اکھ درجہ۔ مگر اکثر چھُ لفظہ ماٗنے اکھ تبدیلی اَنان۔

## لکھنا ــــــ

لکھنا چھ تتھ وَنان ییٚتہِ زَن لفظ پٔنٕنِس مطلبس پھیرُ تھٲوِتھ بیاکھ مانے چھِ ژاران ۔ لکھنایہِ زانَنہٕ خاطرٕ چھےٚ زٕ کتھہٕ یاد تھَونہٕ (ا) ییٚتہِ زَن لفظ پٔنٕنۍ مانے ترٲوِتھ بیاکھ مانے چھِ ہاوِتھ دِوان ۔ مثالے "ہیوٚ کھرا، کتھ لوز، اِدکرکام"۔ وَن وول چھُ آدم تہٕ ظاہر چھُ زِ لوزن وول تہٕ آسہِ آدم ۔ مگر لوٗز انسان سَپدِ نہٕ کھرزانہہ تہٕ، توتہِ چھِ وَنَن وول ٹکیتھ گژھان "ہیوٚ کھرا" ۔ اگر لوغا تن سام ہیموتہٕ ژھانڈِ موکھ، تِمن منٛز نیرِ کھرس مانے کھیر اوٚموکھ چھُ اتھ مجلس منٛز کھر لفظس مطلبہٕ چہٕ ترایہٕ کٔنۍ کھر مانے ترٲوِن یِوان تہٕ بیاکھ مانے دِینۍ یِوان ۔ سُہ زَن گو وکھر ہیوٚ عقلہِ پوٚش ۔

(ب) لکھنایہِ خاطرٕ چھُ ییٚتہِ ضوٗرۍ زِ لفظ یِیلہ پٔنٕنۍ مانے ترٲوِتھ بیاکھ مانے ژار، تتھ نوٚوِس مانے ہِس گژھ کانہہ نتہٕ کانہہ ہشر آسُن ۔ چناچہِ انسان ہیٚکہِ نہٕ پوٚش سَپدِتھ، اوٚموکھ کھر عقلہِ ہیوٚ ہشر یُس انسانس آسہِ تُس بیٚٹھ ہیٚکو ییٚتھ ہیوٚ لفظ استیمال کٔرِتھ ۔ لکھنایہِ منٛز چھُ مطلب دوٚیہِ قسمہٕ کٔنۍ ژارنہٕ یِوان ۔
(ا) ییٚتھ کالہٕ پیٚٹھہٕ مانے ہیچہِ ترایہِ کٔنۍ (ب) یا خاص ماحولہٕ کِہ وجہ کٔنۍ ۔

مِثال ۔ ہتو بابا! ییٚتہِ چھُ کھر ٹولہٕ لسان، لفظ کھر چھُ اکھ بیقل پوٚش یُس زَن دوٚلہٕ بور سارٕنس چھُ لگان ۔ مگر وَنن والی سُند مطلب چھُ زِ یمَن کھرذاتھ چھِ، تِم چھِ ییٚتہِ لسان ۔ چونکہ ییٚتھ کالہٕ پیٚٹھے چھِ یمین کھرذاتھ ییمِر ۔ اوٚموکھ چھیہٕ یمین وُنۍ کٔنِس تہٕ کھرے وَنان ۔

مثالہ :- ۱۔ جناب، یہٕ گوس تُہنٛزِ کھراوِ ہند ٹکہٕ ٹکہٕ ۔

۲۔ جناب، یہِ گیہٕ غریب ہنٛز پھیر ۔

یِمن دوٚشوٚنۍ مثالن منٛز چھُ خاص ماحول پھرن تہٕ گلِن ۔

## وٕنجنا ــــــ

وٕنجنا چھیہٕ لفظ چہٕ پٲرِی زانہٕ ہُند ترٛییم رٕ پھ ۔ گوڈٕ چھُ یِوان لفظ مانے، یتہٕ چھُ یِوان وَرپھِرِتھ تہٕ کٲرموٗرِتھ مانے ۔ ییٚلہِ یِم دوٚشوے مانے ہمن تہٕ ترلشہِ ہوٚتے تھمن، اوٚیتہٕ یوسہٕ مانہٕ ہیچ ژھگی ژینہٕ وَن دِیہ، تتھ چھِ وَنان وٕنجنا ۔ کتھ چھیہٕ ییٚتھ پٲٹھۍ باضے چھُ لفظ مانے لاچار گژھِتھ

اوۓ روزان، پتہٕ چھ یہ لفظ گوڈٕ مانےٚ ہس پھٕرتھ اکھ نوٚو مانے ژاران۔ مگر ییٚتہٕ لفظ ہیٚنس گوڈٕ مانیٚس کانہہ تہٕ دداری واتاو نہٕ مگر باسہٕ بیا کھۍ کانہہ اشارٕ، تمہٕ وقتہٕ چھیہٕ وینجنا برونہہ یکھتہ مطلبک ترکبہٕ بآوتھ دِوان۔ ابدا PRINCIPAL

MEANING OF WORD تہٕ لکھنا (DERIVATIVE POWER WORD) چھیہٕ اتھ قابل زتم

دِن صحی ژینہٕ وٕ ذکرٕ اشارٕ۔ اُدموکھ چھیہٕ اتھ قابل وینجنا (PHENOMENAL FORM, SUGGESTED

SENSE OF A WORD) یوسہٕ مطلبچ ژینہٕ وَن صحی اندازس منٛز چھیہٕ دِوان۔ اُدنچ

ژینون ہمن اِحساسن لاگ مژ آسہٕ، تمے چھ اتھ کتھ سمجھتھ ہیکان۔ مثال ــــــــ

نہصف راتن برُوٚٹھی تھوٚوی میو

ساتھاہ یچھناژے

یتھ شارس منٛز چھہٕ لفظ مانےٚ ہس گنہٕ تہٕ جایہٕ پھیچرٕ لوان، چناچہ لفظ مانےٚ ہس پھیچرٕ نہ یہٕ کنی چھہٕ لکھنا (DERIVATIVE OR INDICATIVE POWER OF WORD) برونہہ

ہیکان یکھتھ۔ ووہ ذکرہٕ ہو لفظ مانے ہس تھف، مگر لفظ مانے چھہٕ مدن وارہٕ سند نارٕ دِژمژ زوٗنہٕ ہندٕ

دِلچ باوتھ کران۔ پزٕ رچھ یہ زِ زوٗنہٕ ہند یوٗسف چھ بادشاہ اکبرن قادٕ تھوٗومُت۔ زوٗن

چھیہٕ زانان زِ یوٗسف ہیکہٕ نہٕ دوہلہٕ ژھیپھ دِتھ تہٕ یور یتھ، تکیاز اگر سُہ قادٕ منٛز ژلہ تہٕ

پتہٕ ییہ یور نہٕ، تو نہٕ ہیکہٕ نہٕ سُہ گاشلہ میہٕ سمکھتھ، تکیاز موغلن ہندی پہرٕ دٕر چھ ژہ واپاری

پہرٕ دِوان۔ امہٕ کنی چھیہٕ زوٗن منٛز راژٕ تام برُوٚٹھی تھوٚوتھ یوٗسفس پراران۔ نہصف راژ

وِزِ چھ نیندرِ ہند قاگھ تہٕ خمار سیٹھاہ گوب آسان، امہٕ کنی آسن موغل پہرٕ دارٕ امہٕ وِزِ

نیندرِ منٛز۔ ہو آسان تہٕ ممکن چھ ژھیپھ دِتھ ما اژ یوٗسف میہٕ نشہٕ۔ مطلبچ ژینہٕ وَن چھیہٕ

یہ باوان زِ زوٗنہٕ کوتاہ چھ یوٗسفنی لولہٕ دگ۔ سو چھیہٕ منٛز راژٕ تام برُوٚٹھی تھوٚوتھ یوٗسف

سنٛزن ژھاین تہٕ گراین وُچھان۔ شاید ییلہ یوٗسف بادشاہی کران آسہٕ، دلو سُہ آسہٕ

ہے زوٗنہٕ نشہٕ اژٕ راژٕ وزِ یوان۔ اُدموکھ چھیہٕ زوٗن وُنہٕ تہٕ تتھی نزرایہ لوسہٕ مژ وٗ اچھو وُچھان

زووُنی ییہ یوٗسف میہٕ نشہٕ۔ نہصف راژ لفظس بیٹھ زور دِین چھ یہ ہاوِتھ دِوان زِ

زۄن رۄز یاوتہٕ کٔس منٛز لوسہٕ تس تام لولہٕ نارکی برٛونٛہہ تھاوِتھ یوٗسفس پرٛاران ۔ نِصف
راتھ ، لفظ چھُ یتہٕ ہاوِتھ دِوان زِ اگر گرٛکٔس ستانسہٕ تہٕ بازٔرس گرٛ ہٕین آسہٕ ۔ تٔمی سٕنٛز کوٗشش چھےٚ
یہے روزان زِ گرٛ واتہٕ ہا سُلی ۔ مگر زۄن چھےٚ ستھٕہے لاچار بنٕتھ نِصف راژ تام برٛونٛہہ تھٲوِتھ
رۄزِتھ ۔ نِصف راتھ چھےٚ انتظار ک اکھ سٔہ حدیتہٕ یور پکاہ ینہٕ وول دوہ چھُ سٕنٛز کران تہٕ
سکھر کران ۔ زۄنہٕ ہند یوٗسف چھُنہٕ دوہ ژِ گاشٔس ہاوُن لایق ، اوٚےٚ کِنی چھ سو اَڑراژِ منٛزی
تٔمس سمکھُن یژھان تکیازِ کھنڈ ونٹ ہار چھ اَنہٕ گٹس منٛزے پشرتہٕ یوان ۔ شاید ما آسہٕ ہے
زۄنہٕ زۄنہٕ پِچھہ نِصف راژ ہنٛز زۄن وُچھتھ مٔژ یوان زِ سو آسہٕ ہے دارِ بر مٔژ راوِتھ یوٗسفس
یاد کران تہٕ نادلایان ۔

یتھس شارس منٛز یم مطلبہٕ ژینہٕ وَن چھےٚ کرتھ تہٕ الگ الگ اَچھ ٹٹرایہ چھےٚ
تم چھِ اکھ اَکِس پیٹھ لرلور رۄزِتھ جورِ ماران تہٕ مبر چھکان ۔ شارکین لفظن ژآردنہٕ پتہٕ چھُنہٕ لفظہٕ
مانے کنُہ تہٕ لبنہٕ یوان ۔ یتھی رُسلہٕ شار دُچھ تھے چھِ دوہ نہٕ کاروٗنان ۔" ییتہٕ مانے پنٕنس پانس
تہٕ لفظہٕ تہٕ لفظہٕ مانے ہٕس نِل کرِتھ پرٛ ہان مانے یانے مطلبہٕ ژینہٕ وَن گاشہٕ راوٗ تھ ادبس
یا شارس چھِ گاٹلی دۄ نہٕ کادیہ' یا مطلبہٕ چہ ژینہٕ وَنہٕ ہند شار وٗنان ۔

دوہ نہٕ کار آنند وردھن چھِ ادبس منٛز رَسٔس (EROTIC SENTIMENT AS DESCRIBED IN POETRY)
تھدِ پایک بجر دِتھ اَکھ کتھ پوچھر کران زِ رَسیِچ
ژِہن تہٕ چھےٚ پانٛژ پانس منٛز دوہ نہٕ یا مطلبہٕ ژینہٕ وَنہٕ منٛزے گٕتھ روزان ۔ لفظ مانے ہٕس
تہٕ ترٛ کنیارس (SUGGESTED SENSE) چھےٚ آکاش پاتال فرق ۔ لفظ مانے چھُ ستھاہ سیوٚد تہٕ آسان مگر ترکنیارس
منٛز اَژُن چھُ ستھاہ کٹھن ۔ یہٕ سمجنہٕ باپتھ چھِ لولہٕ منٛز تہٕ ٹاٹھو دب دلہٕ کین احساسن پیٹھ ترٛ وٗنی آسن ۔

دوہ نہٕ یا مطلبہٕ ژینہٕ وَن باگے باگ کرِتھ چھُ آنند وردھن وٗنان زِ ییلہٕ ترکہٕ کتھ
ہندس تولنس منٛز کم کینژھا چھو نبر گژھہِ ، تتھ چھِ وٗنان گٔنی بوٗت ونگیہ' سٔہ زن گو و ۔
تیلہٕ مطلبہٕ ژینہٕ وَنہٕ ڈۄکھ آسہٕ ژامٔژ ۔ ییتہٕ مطلبہٕ ژینہٕ وَن اَڑ فٹ آسہٕ رۄز مٔژ یا لفظ آسن

مُرژِ یا تصویر بنیمتی ، رنگ آسکھ شوخ یا آسکھ کوٚل، تتھ اَدلِس یا شارس چھِ وَنان، چِترٕ کاویہٕ، یا مُرژِ شار۔ یتھ پاٹھۍ چھِ دوہِ کار ادب یا شار ترٕن حصن منٛز باگران۔

۱ ، دوہِ ۔ مطلبِ ژینہِ وَن یا یِیتہِ مانے پننِس پانس تہٕ لفظ ہینچھ ہیتس مانےہس تَل کرِتھ الگ مطلبِ ژینہِ وَن باوِتھ دِیہ۔

۲ ، گُنی بوٚت وینگیہٕ۔ یِیتہِ مطلبِ ژینہِ وَن تَل گرٕ ھتھ سوٚرٕ پرچ دٕنٕ کرِ ۔

۳ ، چِترٕ کاویہ ـــ مُرژِ شار یا ادب، یِیتہِ زَن مطلبِ ژینہِ وَن اُڑفٕٹ روزِ۔ یتھ کُنۍ چھُ دوہِ کارن اَدب ترٕن حصن منٛز ویژھنووُمٕت ۔

۱ ، اُتم شار یا مطلبچہِ ژینہِ وَنہِ ہُند اَدب۔

۲ ، مَدہم شار ـــ منٛز ویرٕ ہُند شار یا اَدب

۳ ، نکرٕشٹ شار۔ بوٚنٕ مہٕ پایُک شار یا اَدب

# دٕنیالوک

اَدبکۍ ماہرِ وچھِ یِتھ کالہٕ پیٹھٕ اَدبٕچ یا شارِچ زٕلہِ دٕہٕ نہٕ یا مطلب ژینہٕ وَن ماٲنِ بٕرٕ۔ کینژَو چھُ اَتھ کتھِ ٹکھ دِتھ یتہِ وٕنمٕت زِ یہ چھُنہٕ آسنک اَکھ داغ، گویا تِہندٕوٕن چھُ زادبُک عالم چھُنہٕ پانس منز کانہہ تہِ ساخت تھوان۔ کینژَن ہُند خیال چھُ زِ باکھت یا درمٕژ راوِتھ مانے کڈن یا بیٚیہِ لفظ یتہٕ مانے پیچ ترایے مٕشرٲوِتھ ہوس مانے ہِس ہاوِتھ دِیہ۔ یِمن سارِنے کتھن سام ہیتھ چھُ آنندوردھن پنہٕنِس دٕہنیالوکس منز زُسلی ماہرن ہندِ خاطرٕ اَتھ دٕہنی ژھانڈ دِتھ وَکھنے یرٕشان کرِنۍ۔

اَدبکۍ گاٹلۍ گیہٕ تِم یِم زٕن اَدبکس میچھرس تہٕ اَمکِس زاوِی جارس ٹھیک پاٹھۍ آسن سمجان۔ یِمن ہِندٕوٕن چھُ زِ دٕہٕ نہٕ

( SUGGESTED SENSE OF A PASSAGE IS MORE STRICKING

THAN THE EXPRESSED SENSE WHICH IS MADE SUBORDINATE TO

THE SUGGESTED SENSE )

چھیہٕ اَدبٕچ زٕلہِ۔ اَما پوز تاجب چھُ اَمہِ کتھِ ہُند زِ اَدبہٕ کین ماہرن ہنز اَہلہِ دِلی وُچھِتھ تہِ چھِ کینہہ وَنان زِ اَدبُک اِحساس چھُنہٕ کُنہِ تہِ وٕجودس منز، بلکہ چھُ یہ اَکھ شوشہِ۔ کینہہ چھِ وَنان زِ شاعری ہنز زٕلہِ چھیہٕ لفظ تہٕ لفظُک مانے۔ بیٚیہِ چھِ اَتھ کتھِ

پوٚچھر دِتھ یِتہٕ وَنان زِ یَژھ رکِنۍ چھِ شارکھ یاوُن لفظن ہِنز تُلہٕ تراے مِلٲوِتھ اَکِس موٚر پٔرِ شرنگہٕ ناوِتھ ہیوٚر کھاران۔ کیہنہ چھِ اَتھ کتھِ زور دِوان زِ شارکھ زوٗچھ مُشابہتھ یا اُسپا۔ کیہنہ چھِ اَتھ کتھِ فٹھ کرٕتھ یہِ وَنان زِ شارس چھِ اَچھرن ہِنز تُلہٕ تراوِ دِتھ اَتھ اکھ رنگ کھاران تہٕ بییہِ کینہہ ہِند میچھ بخشان یتھ کِنۍ چھ بییہِ باقے اَدبکۍ نقاد لفظ، مانےٚ ہُس، اَچھرن، کِنہِ خوش یوٗنۍ وٲژن تہٕ رنگ تہٕ روغن پلاسٹر کرِتھ اَدب باوان۔ وَنہٕ والین ہِند وَنُن چھِ زِ دوہہٕ کار آنندوردھن دوہہٕ ہِنز کتھ اَدبس منز باوِتھ کوٚسہٕ سَنا توٚ کتھ باوٲن وِبژھہ ناوٕنۍ یُژھان تِکیاز یِمے کتھ چھیہٕ اَدکِس تنقیدس منز گوڈے وَننہٕ آمژ۔

کیہنہ اَدبکۍ نقاد چھِ وَنان زِ دوہہٕ چھیہٕ اَدبُس منز کانہہ تہٕ مانے تھوان۔ تِہند وَنُن چھُ زِ ہرگاہ دوہہٕ کار چھُ پانس منز لفظس، مانےٚ ہُس سفتن تہٕ لانکہٕ رینہٕ ہِندۍ اکھ وَکھنے کرٕنۍ یُژھان تیلہِ کیاہ زَن چھُ شہ دوہہٕ کار نوٚ کتھ وَنان۔ یِمہٕ کتھ چھیہٕ برونٹھے وِبژھناونہٕ آمژ۔ اَمہٕ ستۍ چھُ اَدبس اکھ بوٚڈ بارٕ نوقصان واتان۔ بییہِ چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ مدِ نظر تھاوٕنۍ زِ اَسی کیاز باگراو اَدب یِمن حالن تہٕ حالن منز۔ یُژھ چھُ یہِ زِ اَدب چھِ اہلِ دِلن ہِند شہ سوٚرٕ دلیٖل لفظس تہٕ مانےٚ ہُس لرِ لوٗر کرِتھ اکہِ اِحساسک رُس ٹاکارٕ پاٹھۍ باوان چھُ۔ اَوِ موکھ چھُ اَدب لفظن تہٕ مانےٚ ہُس اکھ اَژھ لوٚن رِشتہٕ دِتھ صحی اَدبہٕ باوتھ کران۔ یِم اَدبکۍ صحی نقاد چھِ تِم چھِ اَتھ کتھِ ژٔری پاٹھۍ زور دِوان زِ دوہہٕ چھِ اَدبک زوٗ، شہ ژھینہٕ ہٕکہٕ نہٕ تہٕ سوٚرتس منز۔ دوہہٕ اَدبک زوٗ مانَن والین ہِند خیال زِ لوٚدوٕے دوہہٕ کار بینہٕ ژھانڈ منز اتھ اَدبک زوٗ تہٕ چھِ مانان مگر یُژھ چھُ یہِ زِ ماہرن تہٕ گاٹلین چھیہٕ یہِ کتھ آنٹرٕ کھسان۔

یِم اَدبکۍ ماہر چھِ پننۍ قیاس آرٲیی برونہہ پکہٕ ناوِتھ وَنان۔ کُس چھُ وَنان زِ دوہہٕ چھیہٕ اَدبکِس دُنیہِس منز اکھ نوٚ ایجاد تِکیاز دوہہٕ چھیہٕ اَدبکِس حُسنس تہٕ اِحساسس کانہہ تہٕ نوٚ ژینہٕ وَن دِوان۔ اگر دوہنۍ دوہہٕ کار وُنۍ ہتۍ سے ازسرِ نو بییہِ وَنُن چھُ ہیوان، تیلہِ کیاہ بجر چھُ اَمہِ کتھِ ہِند زِ یوٚہمتے چھِ بییہِ پہان۔ اَدبہٕ کیوٚ ماہرو چھیہٕ گوڈے اَتھ کتھِ دوٚگ

دِیُمت۔ یہ ماچھ دوہ نہ کار پراٗنس نوٗ آیہ لاگان۔

ادب چھ گتہ ریٖتہٕ ہندی پاٹھۍ وزِ وزِ نال بدلاوِتھ چاورٕٹان تہ تراے پھران۔ یہ خیال زبیتہٕ وترِس ہیٚتھ تھوٚوتھ چھ یہ کتھ لاٗزمی بنان زِ ادبک ہیوٗل کتھہ چھ ظاہر سپدان۔ مون کتھ چھ حد کھوتہ زیادٕ وبڑھرار تہ وکھنے آہرش کرنہ۔ باسان چھ زِ دوہ نہ کار ماچھ دوہ نہ ادبک زوٗنتھ بنگہِ منز نژان۔ اٚمِس چھا جس زِ یہ کیاہ چھ وَنان۔ اَدبکھو ماٚہر وچھیٖہ اَد بچہ لانکر ینہٕ

(ORNAMENTING SCIENCE OF RHETORIC) سا سپہٕ بدی حصہ کرِتھ اَتھ کتھ سٹھاہ واش کوڈمُت۔ یہ وچھ تھےچھ باسان زِ دوہ نہ ماچھیٖہ اَژھینٚی لانکر ینہٕ لنشہ وٚسی پیوان۔ سیدِ سیوٚد کتھ چھیٖہ یہ زِ دوہ نہ کوسہ کتھ چھیٖہ ناوِ پاٹھۍ وَنان۔

دوہ نہ منز چھنہ اہلہ دلن تہ زسرِ لین ہندِ خاطر کانہہ تہ شوبہ وٚنی لاگنکرن۔ نہ چھ منس پریہ وُن کانہہ تہ نوٚو مانے۔ یرِتھ ہٕش کتھ تہ چھنہٕ زِ دوہ نہ منز آسہے نوٚو کانہہ وَزن۔ باسان چھ زِ دوہ نہ کار چھ دوہ نہ ادبک زوٗنتھ اکھ بڑم پاٗد کران۔ اگرامہٕ کتھہِ منز وبڑھ نے بروٚنٹھے کرنہ آہرش چھیٖہ، تیلہِ کوسہ کتھ چھ دوہ نہ کار وَنان۔

ادبہ کھو نقاد و چھ پتھ کالہِ اَتھ نوٚسر ایجاد کرمژ دوہ نہ واد ناو دیُمت ییلہ زَن اَدبس یا شارس منز وُٹھتھ تہ پھرِتھ قلمہِ آسہٕ ووٚنمت تہ لفظ مانے مس آسہِ گرز سوٚنھر گومت، اَتھ وَنیچہ تراپہ چھ واد وَنان۔ کیہنہ اَدبکی نقاد چھ پرانہ وقتہ پیٹھے اَتھ دوہ نہ گوٚن منز کرچ وَنان آمتی۔ گوٚن منز کرژ چھیٖہ دوہ یہ قسمہ (۱) میٹھن لفظن ہندی گوٚن (۲) ٹاٹھنا ریگ موٚد رمانے۔ کٔشیر ہندی نقاد وامنا آچاریہ چھ گوٚن

(QUALITATIVE SELCTION OF FINE PROPERTIES OF OF WORD AND IT'S MEANING OR A WORD AND MEANING)

وبڑھرار سیتھ کٔنی کران۔

گوٚن گیہ تمہ یمہ زَن شارچ شوبہ بھولہ ناوَن۔ وامن چھ وَنان زِ سوندرا چھرن منز ژاٗر، موٚدرن لفظن منز رہانڈ تہ بیٚبہ یمن ہنداستیمال چھ شارس منز گوٚن

تہٕ سفتن پوچھ کران۔

دوٗ نہٕ کارسندِس خیالس تھٕچھ تھ چھ کیہہ اَدبی نقادو وَنان۔ یوٗدوے یہ کتھ چھیہٕ ٹاکارٕ زِ دوٗ نہٕ کار چھُ گونٕ ہنز وِرٛژہ نے کرنہٕ ورآے اَدبچ پارٛزان برونٛہہ پکہٕ ناوان، مگر توتہٕ چھیہٕ کتھ وَنہٕ نِس قابلِ زِ دوٗ نہٕ کار چھُنہٕ پننِس کلامس منز نو کانہہ کتھ وَنان۔ یہٕ چھُ اَسہٕ وَنان زٕ امی چھُ ادبک زُو دوٗ نہٕ ماز مژ۔ مگر بییو تہٕ چھیہٕ یہ کتھ۔

وِرژہ ناوِتھ لگ بگ تی وو نمت یوسہ دوٗ نہٕ کار چھُ دوٗ نہٕ لفظہٕ کنی وَنان۔ بھامہ بھٹ، اُدھ بھٹ تہٕ وامن، یِم تنزلوٕ ے چھ آنند وردھنس برونٛہہ وُتھی متی تہٕ یِم ترلوٕ ے چھ اَتھ کتھ باشوٗر پاٹھی پوچھ کران تہٕ شارس اکھ اَحساس بخشان۔

آنند وردھن چھُ یِمہ سارِنٕے کتھ وِرژہ ناوِتھ وَنان۔ یہٕ کتھ چھیہٕ سوچنس لایق زِ اَدبس سمجنہٕ خاطرٕ گرٛژھ کاڈن ہنز ترٛی ٹھیاکھ آسنی۔ اَمہ علاوٕ چھُ یِمہ کتھہٕ ہُند آسُن تہٕ سیٹھاہ ضوٗرٕی زِ ادبک مطالہٕ کرن وول گرٛژھ اہلہ دِل تہٕ رسیل آسُن۔ تیلی سپد پھرس ڈبرا ے تہٕ احساسن لگہ گرٛژھ۔ یمن سارِنٕے کتھن ہُند گوڈ تہٕ اندس وُنچتھ چھُ یہ خیال آمُت کرنہٕ زِ ادب گوٗژھ تتھ پاٹھی باسنہٕ یُن، یُتھ زن رسیلین منوش یِہِن رسکی پیالہ بٔرِتھ تہٕ دل گرٛژھ ہیکھ شاد۔

دوٗ نہٕ کار چھ وَنان —— یژہ ہِش یہ دوٗ نہٕ، یوسہ پتہٕ وَتہٕ پیٹھے تھد پایہٕ کِہو شاعر وپننِس کلامس منز وکھناوِمژ تہٕ رمبہٕ ناومژ چھیہٕ، اَتھی دوٗ نہٕ چھس یہ واش کڈان تکیا زِ ادبکو نقادو چھ اَتھ سیٹھاہ تھزٕ رتہٕ بجر دِتمت۔ رامائن تہٕ مہا بارتہٕ کِس کلامس منز چھُ اَمہ دوٗ نہٕ ہُند ظاہر پاٹھی ولو ہار کرنہٕ آمت۔ یہ چھس اہلہ دِل تہٕ رسیلین ہنزِ خاطرٕ کاشرٕ راوُن یژھان۔

دوٗ نہٕ کار آنند وردھن چھُ پاد ٹھیکہ رٲوِتھ اَمہ دوٗ نہٕ ہنز پوٗرٕ گوٗج پیش کران۔ رسلیو تہٕ گاٹلیو یِمہٕ کِس مانے ہِس قابلِ ترین وُنتھ ٹھیکہ پاٹھی تارٕیف چھ کرٕی متی۔ اَتھ دوٗ نہٕ چھیہٕ زٕ شاکھہ۔ اکھ چھس اظہارچ شاکھ تہٕ بیاکھ چھس مطلبچ زیٖنہٕ وَن۔ یِتھ آنند وردھن چھُ پرٕتی مان لفظ وَنان۔ یہ چھیہٕ مانٔ مژ کتھ زِ لفظ تہٕ مانے چھ یِژی کنی اَدبس یا شارس اکھ شکل تہٕ صوٗرتھ دِوان۔

بذاتِ خود چھ لفظ اکھ میوٗٹھ تہٕ پوٗٹھ آکار۔ اَدٕ موکھ چھ عام پرٕن والی لفظ مانٕنس ہَس تھپھ دِتھ کام ہیوان۔ مگر لفظ تہٕ مانے چھنہٕ ہمیشہ سُے مطلب تھوان یُس زِن سیدٕ پاٹھی لوغاتن منز۔ تھونہٕ آمت چھ باسان۔ کانہہ تہٕ شاید چھُ ییٚنہٕ باوٕ زٕ منز لفظن ہُند طور طریقہ تی تھوان یُس دُنیہس منز رۄزِتھ چھ آسان، مگر تسُند اظہار چھ ییٚیہ ہے کتھ تام زیٚنہٕ وُنی کُن اِشارٕ کران۔ چناچہ لفظ چھنہٕ تَتھ نوٗن دِوان ہاوِتھ۔ اَدٕ موکھ چھ آنند وردھن یہٕ کتھ باوان زِ شارس منز چھ یہٕ زٕ صوٗرژٕ بنان۔ اکھ گو واظہارٕ تہٕ بیاکھ گیہٕ مطلبٕ زیٚنہٕ وَن۔ اظہار چھ لیوان لفظو ستی کرنہٕ۔ مگر اظہار کرٕنی متین لفظن ہُند مانے چھُ پزٕتی مان یا مطلبچ زیٚنہٕ وَنہٕ ستی لیوان کرنہٕ۔ کینژن ہُند وَنُن چھُ زِ دوہٕ نہٕ کار چھُ اکہٕ طرفہٕ لفظن پیٹھ زور دِتھ تہٕ لوٚنچہٕ وُلتھ پکان۔ بیٚیہ طرفہٕ چھ پزٕتی مان یا مطلبچہٕ زیٚنہٕ وَنہٕ پُشت پناہ کرِتھ دوہٕ نِ وژھ ناوان۔ اَتھ کتھ وژھ ناوِتھ چھ دوہٕ نی کارٕ وَنان۔

" اَدٕ بس منز چھ یہٕ لفظن ہنز لانکرینہٕ خاص مقبولیتھ حاصل نِکیا زِ یمہٕ چھ شارس رنگ تہٕ روگن کھاران۔ مگر یہٕ ہیکو نہٕ مانِتھ زِ النکار یا لانکریٚنی (DECORATION) کیاہ چھُ ادبُک یا شارُک زوٗ۔ شارُک اہلِ دِل یَتھ مامے چھِ برٕان تہٕ رس چھس ژہان، سو چھِ دوہٕ نہٕ۔ اَتھ دوہٕ نِ چھِ زٕ شاکھ یَتھ زِن واچیہ (EXPRESSION) تہٕ پزٕتی مان (SUGGESTED SENSE) چھ وَنان۔

سوال چھُ پادٕ سپدان زِ کیاہ وژُن (EXPRESSED SENSE) تہٕ مطلبچ زیٚنہٕ وَن (SUGGESTED SENSE) چھا اکی ایٚکساہ کِ زٕ شاکھ۔ اکہٕ زیٚو یہٕ مانِتھ پکان زِ دوہٕ نہٕ چھ یہٕ ادبُک زوٗ، تیٚلہٕ چھا یہٕ پزٕر زِ لفظن ہنز لانکرن چھ یہٕ ادبُک جسم۔ کتھ چھیہٕ نہٕ وانہٕ پاٹھی سفاز جسمس تہٕ زوٗس چھ یہٕ اسمان تہٕ زمین فرق۔ مگر پزٕر چھ یہٕ زِ زوٗ تہٕ جسم ہیوٚن آسِتھ تہٕ چھِ لرٕ لور کرِتھ یکہٕ وَٹے روٗدی متی۔ مون زِ ادبس چھ وژُن (EXPRESSED SENSE) شکل دِوان، مگر شکلے چھنہٕ سارے کینہہ۔ اَتھ کتھ فٹ کڈِتھ چھ دوہٕ نہٕ کارٕ وَنان ـــــ

تھدٕ پاکین شارن منز چھ لفظن ہنز خوبصورتی علاوہٕ بیٚیہٕ تہٕ کینہہ آسان یَتھ زِن

ژیٛنَ واجٕنی ژیٛنان چھِ، تِتھی ژیٛنہٕ وَنہِ چھِ پرٛتی مان یا مطلبچ ژیٛنہٕ وَن وَنہٕ لوان۔ یتھہٕ پاٹھی زن زرکہٕ برکہٕ پلوٕ وستی وٕلتھ۔ ہیرٕ وتہٕ جواہرا تو ستی سجیتھ کانٛسہِ تہٕ زنانہٕ ہُند حُسن چھُ پرٛوٕ تراوان۔ مگر صحی حُسنکی قدرٕ دان تہٕ داد دِنہٕ واجٕنی عاشق چھِ حُسنچ بینہٕ کوٕسہٕ تام ژیٛنہٕ وَن کران۔ یوٗسہٕ ژیٛنہٕ وَن عام چھینہٕ ہیکان اُستھ۔ شاعر وچھیٚہ یِتھہ ہِشہِ ژیٛنہٕ وٕنہِ منز شوخی ، اکھ خاص تراے تہٕ گراے دِتھ باوٕ مرٕ۔ حسین نرٕ بن پیٹھ ہرگاہ زرباپ تہٕ کیم خاب ییہ تراونہٕ۔ ظاہر چھُ شہ کرِ حُسنس برٕزرا چھرن ہنز۔ شوخی یا ژیٛنہٕ ونچ نظر چھیہٕ تمی ہنز ادا مگر تتھ بے رُخی تہٕ بے دلی آسہِ یہ سورُے سوزِ بٹھی پیٹھی۔ اَندر پیٚیہِ نہٕ امیک کانہہ تہٕ اثر۔ کیتھ چھیہٕ برٕ شوٗز تہٕ صاف۔ حُسن بذاتہِ خود چھُنہٕ سوٕ ہنہٕ وَس جواہر تہٕ وردھن۔ حُسن چھُ یموٕ لِشہِ بیوٗن۔ تِتھی حُسنس چھِ اہلِ دل اچھ وستی چیوان تہٕ دلہٕ چین ڈٕبہ رائیٛن منز زِندٕ تھوان۔

پرٛتی مان یا مطلبچ ژیٛنہٕ وٕنی وستار دِتھ چھُ دوٕ نہٕ کاربر وٕنہہ کُن وَنان ــــــ

"پرٛتی مان یا مطلبچ ژیٛنہٕ وٕنی ( SUGGESTED SENSE ) چھُ وَن ہنیچہ ترایہِ لانکر بینہٕ ہنز گرایہ تہٕ ہمکہ ( TASTE ) مایہ کنِز واریاہ شاکھ سپدان۔ مگر یہ وَنُ چھُ بے سوٗد زِ تمن شاکھن منز کیاہ چھُ وَژُن ( EXPRESSED SENSE ) اکھ اہم رول ادا کران۔ بلکہ چھُ پرٛتی مان یا مطلبچ ژیٛنہٕ وَن آنکارہٕ منز لکار ہاوان تہٕ لکارس منز آنکار ہاوان ــــــ

مثال ــــــ

' ہتہٕ با گوٕسانہٕ ، ژٕ پھیر تھور بے روک پاٹھی ووٕنی تکیاز شہ ہوٗن لیُس گوداوٕری ڈٕریاوٕ کِین گنین کلٕھن تہٕ کٹٕھن منز روزان اوس ، شہ موراز پاگل سہن "۔

یتھ مثالہِ منز چھینہٕ کُنہِ تہٕ جایہ لکاروٕک اشارٕ بلکہ چھُ آنکارُک اکھ خاص مقام تکیاز گوٕسانٛی اوس نہٕ ہوٗنی ہندی خوفہٕ کنِز گوداوٕری ڈٕریاوٕ کِین گنین کلٕھن کٹٕھن منز۔ بوٗہران گژھن ، مگر ووٕنی چھینہٕ تس کانہہ تہٕ خوف تکیاز یُس ہوٗنس شہ کھوژان اوس ، شہ کھیو پاگل سہن۔

مگر اَتھ مثالہِ منز چھُ النکارس منز ٹاکارٕ پاٹھی لکار باوِتھ ۔ پرٛتی مان یا مطلبچ ژیٛنہٕ وٕنی ( SUGGESTED SENSE ) کنِز چھُ یہ صاف پاٹھی ظاہر سپدان تکیاز وَنَن واجین چھیہٕ سوٗزنانہٕ،

یوٚسہٕ یہِ کتھ زانان چھیٚہ زِ یہِ گوسانٛز چھ گوداوٕری ڈٕری یاوٕکِس تٔتھ جنگلس منٛز گٔژھتھ کلٕین ہنٛز لنجہِ دوٗنٛز زالِنہٕ خاطرٕ اُنان ییٚنہٕ لنجہٕ ژٹنہٕ کٕنٛز اوس کُنہِ جایہِ ٹھوٗرِ ووتھان تہٕ نظر آسِس سیوٗد پاٹھۍ پیوان۔ اَمہِ یاربٲش زنانہِ اوس یارس سمکھنک مقام یہِ جاے ٹھوٗمٕژ تکیاز یہِ آسِس کھلوکھ تہٕ لنجوٗ تہٕ لنگوٗ کٕنٛز آسِس ڈلیتھ۔

مگر گوسانٛز ہیٚنٛز دوٗنٛز زالِنہٕ خاطرٕ لنگ ــــ لنجہِ صفا کرٕنٛز تہٕ یاربٲش وٕلِس ریٚبہٕ تہٕ سوچ گوسانٛس وَننہٕ زِلیٚس ہوٗن ژٕبیٚ اَتہِ کُلی کنٛزِس منٛز کھوٗژناوان اوسے۔ سُہ کھوراتھ پاگل ہیٚہن۔ اَنداز کٔرِ وزِلیٚس گوسانٛز ہوٗنس کھوٗژان آسہِ۔ سُہ ہہ سُندناو بوٗزِتھ ژٕلن تِس پرٛان نیرِتھ۔ پرٛژتی مان یا مطلب ژینہٕ وٕن چھیٚنہٕ گوسانٛس باخبر کران۔ اگر اوٗت تام ہوٗنٛز سِند ژپیک خطرٕ اوٚسُس ووٚنی چھُس جانگ نہٕ خطرٕ۔ مگر لفظن سوٗمبرٲوِتھ تہٕ مانے جوٗڑِتھ چھُ اَتھ شارس منٛز فِکرٕ کھ ترٲوِتھ گوسانٛس اَتھ جایہِ گژھنک آنکار ہاوِتھ دِنہٕ یِوان۔ مگر شارُک اِشارٕ چھُ مطلبہِ ژینہٕ وٕنہٕ کٕنٛز لکارس باوان۔

کُنہِ وِزِ چھُ وٕنہٕ نچہِ باوٕژ منٛز لکار کٔرِتھ آنکار پُچ باوتھ کران۔

مثال ــــ

"ہتو راژ اینیا! (یِمِس راژِ منٛز اَچھن ژانپھ چھیٚہ پیوان تہٕ اَچھن چھُس نہٕ کینہہ تہِ لبنہٕ یِوان) دوہلی تھوُچھِتھ زمیانٛز ۂش چھےٚ رالتس بیٚنتھ شولگان تہٕ یہِ چھسے یورکُن شولگان۔ اوٚموکھ ییٚنہٕ سانہٕ چارپایہِ پیٹھ راژِ ہنٛز۔ اَتہٕ گٕٹہِ منٛز لاینہٕ یِکھ۔

اَتھ شارس منٛز یِمن کتھن ہند پھالاو تہٕ وِژھرار دِرینٛٹھ چھُ گژھان۔ سُہ چھُنہٕ ظاہری طور لفظن ہنٛزِ ترایہِ منٛز کُنہِ تہِ باوُنہٕ یِوان۔ مگر پرٛژتی مان یا مطلب ژینہٕ وٕن (SUGGESTED SENSE) چھیٚہ صاف پاٹھۍ یہِ ہاوِتھ دِوان زِ وٕنن واجینٛز یاربٲش نوٗش چھیٚہ روتلی یارس اَمہِ کتھ ہنٛز باوتھ کران زِ گوڑتھ شنکنٛز تہٕ ژرژرِ کیاہ میانہِ ۂشہِ چھا گوٗب نینٛدرٕ پیٚمٕژ تکیازِ میوٗن روٗن چھُ پردیس گومُت۔ میانٛز ۂش چھیٚہ میٚیے پہرٕ دٔرینٛٹھ پالنس لٔشہِ ساوان۔ روتلہِ آسی ژونگ ژھیتہٕ، اوٚموکھ تُلزِ لوٗت قدم تہٕ میانہٕ چارپایہِ پیٹھ یِزٕ۔

یاربٲش نوٗش چھیٚہ راژِ اُنس سارِے کتھ ۂشہِ ہنٛز موجوٗدگی منٛز باوان۔ مگر یارٕ ہمٕ:

نوش چھیہ تیژ ترُچ زِ راآژ منز چھیہ وَنان ۔ یِنہٕ سانہٕ چار پایہ بیٛٹھ لاینہٕ یکھ ۔ اگر یار ہُژ نوش یہ وَنہٕ ہے ۔ یِنہٕ میانہٕ چار پایہ بیٛٹھ راآژ منز لاینہٕ یکھ"۔ ظاہر چھُ سپدان زِ ہشہٕ گژھ ہے امہٕ کتھہٕ ہند شکھ زِ نوشہٕ چھُ دِلس منز کیاہ تام ناکار خیال لہٕرِ ماران ۔ مگر سوٚ چھیہ صفائی سان وَنان ۔ یِنہٕ سانہٕ چار پایہ بیٛٹھ لاینہٕ یکھ ۔ ہشہٕ چھینہٕ رژھ تہٕ شکھ گژھان ۔ مگر مطلب ژینہٕ وَن چھیہ صاف پاٹھی یہ کتھ باوان زِ بچہٕ ہنز نوشہٕ چھُ دوٚہلی یارس ستیٚ سیٹھا واٹھ کوٚرمُت تکیاز اگر سوٚ کتھ آسہٕ ہے نہٕ ، تیلہٕ ہیکہٕ ہے نہٕ نوش صاف پاٹھی ہشہٕ تھی بیٚتھ پاٹھی کتھ ٹاس کٔڈتھ ۔ یہ کتھ چھیہ قابلِ غور زِ نوش چھیہ اَمِس مسافرس وَنان ۔ 'ہتو راآژا نیا'، یینچ ژینہٕ وَن چھیہ راتسپے لوت پٔنچ ، خیال آسہٕ زِ دوٚہلہٕ میلہٕ موقہٕ تکیاز میانی ہشہٕ چھیہ میہ بیٛٹھ پہر دارسندی پاٹھی دوٚہلہٕ نظر تھوان ۔

کُنہٕ شارس منز چھُ آنکار ہنز نکار تہٕ نکارس منز آنکار تہٕ آسان ۔ مگر لفظن ہنز سار منز چھینہٕ کُنہٕ تہٕ جایہ باوتھ آسان کرمِژ ۔

اکھ روٗٹھمِژ ولس چھیہ پنہٕ نس مدن وارس وَنان ــــــ

"میانہٕ مدن وارا ! ژٕ گژھ تہٕ میہ آسن وَدُن تہٕ رُون نصیبس ۔ تمِس روٗس مہ کرتہٕ ژٕ تہٕ وَدُن تہٕ رُوٗن"۔

شارس منز چھُ وَنہٕ نُک طریقہ سیٹھاہ ہے پیچیدہ ، مگر لفظن ہندِس اظہارس منز چھینہٕ کانہہ تہٕ یژھ ہشس کتھ ۔ جُدائی ہندِ نار ڈژمِژ وَس چھیہ پنہٕ نس ٹاٹھس عاشقس اکہٕ پراژِ یہ یژھان وَنُن زِ کوٚٹھ چھُ دوٚہ ندِ نار وُہان یِیلہٕ ژٕ یہ چھیسے وُچھان ۂبیس ولیسہٕ ستیٚ اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ لیوان ۔ دوٚیمہ پراژِ چھس وَنان زِ ہر گاہ وۄ نی ژٕ میہ اَلنہٕ تہٕ وَلنہٕ یکھ ، تیلہٕ گژھی ژٕ یہ تہٕ تمی ہنز جُدائی ستیٚ سوٚے کتھ ۔ یوٚہے کوٚٹھ گاہ ژھیہ ۔ نہٕ چھیہ عشقہٕ نار ویکلیمہٕ ولس آنکار کران نہٕ چھیہ نکار ے کران ۔ اَمہٕ علاوہ چھُ مطلب ژینہٕ ہُنز ستیٚ یِتہٕ لبنہٕ یوان زِ محبوب چھُ سیٹھاہ ہے بے رحم ، احسان فراموش یُس دوٚہ ن کھراوٗن بیٛٹھ روٗزِتھ دوٚہ نہٕ وۄ نی ماشوقن ہنز زندگی برباد چھُ کران ۔

کُنہٕ جایہ چھُ دُنچہٕ کتھہٕ منز نکار ہاوِتھ تہٕ کتھہٕ ہنز ژینہٕ وَلن آنکار ۔ تہٕ نکارس منز روٗٹ

آسان۔

مثال

"زار پار چھُسے کران زِ ژِ روز خوش تہٕ وُنی کینس گژھِ ژ والپس۔ ہتے ولیسی ازوٗنہٕ ہندی پاٹھی پرژلوبہٕ موکھ گاشہٕ ستی متہ ژلہِ راوتن پہ انہٕ گوٹ۔ ہتے گاشہٕ راوم ژ سوندری۔ پننہٕ گاشہٕ سہلابہٕ تٕم متہ کر تکھ یمہ راژ گنس منز عاشق سمکھی واجنہٕ سوندر ربے پرد۔

اتھ شارس منز چھ انکار تہٕ لکار ترٲوِتھ مطلع زینہٕ ون بینیہٕ ہے اکس اشارس کنٕ دوران۔ عاشق چھ عشقہٕ نارٕ دزمژ ولّیسہٕ ونان زوتوبہٕ موکھکہٕ گاشہٕ ستی متہٕ انہٕ تیتھ گاشہٕ سہلاب ییتھ زن راژ گرِ ژھیپھ ہیتھ یارس ستی میلنہٕ دراہ ژ سوندر بے نقاب سپدہن تہٕ

(A WOMAN WHO EITHER GOES TO MEET HER LOVER OR KEEPS AN APPOINTMENT BY HIM DURING THE DEAD. DARK NIGHT)

ننگہ گرژھن تہٕ مند چھ کنی ژمیتھ گرژھن۔ مدلوار چھ یہ کتھ ونہٕ تہٕ من رنزنا ٲوِتھ انکار کران زِ یتھ کنی پرینہٕ ولس چھیہٕ میٹھ تہٕ موٗد رمگر بینہٕ پراژ چھس دپان زِ ژ گرژھ تہٕ والس تکیازِ ژ چھکھ یتھی کنی زون۔ راز نیرنون تہٕ کتھ بینیہٕ وتہ پیٹھ۔ وَنہٕ نک مقصد چھ زِلوبہٕ یار باش زنانہٕ ژھیپھ ہیتھ دراہ ژ چھیہٕ تس بینہٕ زوٗنہٕ گاشہٕ ستی ترٹھ۔ مطلع زینہٕ ون چھیہٕ اتھ شارس واریاہن زالی ینجن منز پاراوان تہٕ ولہ گوتنی دِوان۔

کنہٕ جایہ چھ کتھ کر ینچہ ترایہ کنی مطلع زینہٕ وُنی یاترچرس کنٕ اشار کران، حالانکہ لفظ مانے چھنہٕ شرہ کان یا تھاہ گرژھان ،بلکہ چھ اُتی بھے روزان۔

کو سہٕ تام ولّیس چھیہٕ ہمند چھ ولّیسہٕ کنٕ ونان ـــــ

ہتے ولیسہ۔ ونیوے نامتہٕ ہیتہٕ اتھ ہمپوشس مشکھ

اتھ منز چھے بومبر بہتھ۔ مگر لوز ژیے موتھ نہٕ میون۔ مشکھ ہوا نے دِژ نے امی بومبرن

وُچھِس ٹوٗپھ۔ وۄنی یہِ چون چھو کہ لدٕ وُڈھ وُچھتھ کُمِس کھۄنہٕ ڈکس درٛیٚہ۔ یہِ کیاہ کرے ژریہِ چھِے
لاٹِنس یِی بھوگنُ تہٕ تی بھوگ؛

یتھ شارس منٛز چھُنہٕ لفظٕ مانے ہُس کُنہِ تہِ ٹھوٗرِ گژھان مگر پوٗرٕ مطلب ژینہٕ وَن چھیٚہ
وننا یہِ کنہِ یا ہنیسا رآیِی کنہِ بیٚیہ ہیے اَکِس اِشارس تر کھ دِوان۔ عشقہٕ نارٕ چھٹنس آمٕژ ولس چھیٚہ
صبرٕکیٚن سرحدن لرٕ پار کٔرِتھ یارس میلان حالانکہِ سدرٕ ولّیہِ چھُنہٕ ٹھاکھ آسان کوٗرِمُت مگر توتہِ
چھِسہ یارس نِشہِ واتان۔ مدن وار تہٕ چھُ بے وایہِ پاٹھی وۄلسنس یتھ موٗنی تہٕ میٹھی کران۔ اَتھ منٛز
چھُ مدن وار رژٕ فلی وُچھن موٗنی کٔرِتھ دَندتاران تہٕ چھو کہ لدٕ کران۔ چھو کہ لدٕ وُڈھ ہیتھ چھیٚہ یہِ یارباش
زنانہٕ ژھیپہٕ ژھپیھ کران تکیاز رژٕ فلی وُچھن ہندی چھو کھ چھِ ٹاکارٕ پاٹھی یاو تہٕ کِس مرٕژرس
باوتھ کران۔

دوٚہ تہِ کارآنند ورد ھن چھُ یمو مثالو کنہِ اَتھ کتھِ واش کڈان زِ لفظٕ مطلبس چھنہٕ
شارس منٛز کانہہ تہِ وُقعتھ آسان تہٕ نہ چھِ اہلِ دِل تہٕ رسلہ اَتھ پیٹھ کانہہ غور کران۔ موٗن زِ لفظ
چھُ کُنہِ تہٕ شارس لرٕ لوٗر کٔرِتھ اکھ پدٕ ٹھہراوِ دِوان تہٕ اکھ سیدِ سیوٚد مانے پیش کران یُس لوکن منٛز
ولیوٚدتہٕ سیوٚد چھُ آسان۔ مگر کتھِ ہنٛز زلے چھِ تُرکِس اِشارٕ دِتھ مطلب ژینہٕ وَن وژھناوان یا اِستیارٕ
کنہِ کتھ تام بیٚیس مطلبس واتناوان، یمیک خیال تہٕ چھُنہٕ لفظ کِنٛزا یہِ منٛز آسان۔

دوٚہ تہِ کارآنند چھُ وۄنی تریمس تتھ رۄلیس وژھناوُن یژھان یتھ زَن رس
یارہیچ ژہن چھِ وَنان۔ رس منٛزٕ چھُ سُہ اکھ مقام یُس زَن اہلِ دِل ژٕہتھ چھِ ہیکان پانے پانٕ
پانس منٛز وۄلسنس لِوان، کیاہ تام محسوٗس کران مگر لیوٚد دَے پرٕژھُن یُہمو کھ زَن چھِ کٲلی تہٕ
زٔری بنان۔ رس چھُنہٕ بیان ہٮ۪کہ موٗھوٗسیتھ. اگر زَن کلٕس ما چھ دِموٗ تہٕ توٗ پتہٕ پرٕژھ ہوس اَمیک مزٕ
سُہِ گلہٕ ناوِ اَتھ تہٕ کلس دِیہِ زیرٕ۔ چناچہِ دوٚہ تہِ کارن وژھناوٕ یہِ کتھ زِ دوٚہ نہٕ یا مطلب ژینہٕ وَن چھیٚہ
ادبُک زوٗ۔ اَتھ کتھِ واش کڈِتھ ہوو اُمٕ زِ لفظچ پاوژنچ باوتھ چھنہٕ شارُک زو ہٮ۪کہ شارُک
چھیٚہ سو باوتھ یُس اَسہِ مطلبچہِ ژینہٕ وَنہٕ کُن اِشارٕ دِیہِ۔ وۄنی چھُ دوٚہ تی کار رسچہِ نٛزا یہِ کنہِ مایی اَرِتھ

یہ یژھان ہاوٗن زِشارس منٛز چھُ رسس (PATHOS, EMOTION, FEELING, ESSENCE OF THE POETRY) اکھ خاص اہمیتھ حاصِل۔ سوال چھُ ووتھان زِ رس کیاہ چھِ۔ رسن ہُند تیداد چھُ ہیوٚندستانکیو ڈرامانقادو داہ موٗنمت۔ شرنگار یا سنگار" یا عشق چھکھ ہمیٚن ڈہن رسن ہُند سرتاج موٗنمت۔ رسن ہنٛز تنداِہ منٛز ہاسیہ رس یا ٹھٹھ مذاقک رس، کرُنا رس یا وگِہ لاون رس، روٗدر رس یا تیٚز کوٚنڈ کھارن وول رس، ویر رس یا جنگِ مٲدانس منٛز بوٚہودری ہُند رس، بیانک رس یا خوف دِہی ہُند رس، یا نفرتھ پاداہ کرن وول رس، شانت رس یا ہمہ نگ رس تہٕ والتسلِہ رس یا شرُہی کھیلہِ کنہِ دل شادی ہُند رس۔

رسس ووتھ لوٗدِنہٕ خاطر چھُ ستھایی بھاوٗن ہُند یا پایہ دار جبلتن ہُند اکھ خاص منظر۔ ستھایی بھاو چھِ تِتھ احساسس وَنان یُس زن پرتھ بشرس منٛز پایہ دار پاٹھی ٹھیکتھ چھِ۔ ستھایی بھاو چھِ انسانی جبلتن منٛز قرار کرِتھ گیتھ آسان۔ یہٕ زن گو وعشق، اسُن، جہال دوٚنزھ (BRAVE HOOD)، کھوژُن، نفرتھ، حأرانی یا تاجب، واراگ وغارٕ۔ یِم چھِ انسانی فطرتس منٛز شرسیٹھ آسان۔ ماحولہٕ وتِش تہٕ وٗشنیر لگتھ چھِ یِم بار رسس یِوان۔ اکھ صوٗرژھ چھِ یِم وِبھاو وَنان۔ وِبھاوک مطلب گو وکُنہٕ خاص احساسک ووتھ لوٗ۔ وِبھاو چھُ دوٚن صوٗرژن منٛز باگراونہٕ یِوان۔ اکس چھِ وَنان آلمبن

(BASE, THAT ON WHICH A RAS OR SENTIMENT IS BASED. PERSON ON THING WITH REFERENCE TO WHICH A SENTIMENT ARRIVES)

تہٕ دوٚیمس چھِ وَنان اُدیپن یا EXITERS۔ آلمبنہٕ زان ہیکو یتھ کنہِ کرِتھ۔ عشقہٕ رسس منٛز گیہِ ماشوق آلمبن تکیازِ عاشق ہنٛدی خاطر چھِ ماشوق عشقچ اکھ علامتھ یتھ سہٕ تھلہِ تھلہِ وچھان چھُ تہٕ عاشق چھُ پنٕنۍ پان منٛسرتھ بذاتِ خود عشقچ اکھ صوٗرتھ داران یاہیوان۔ اُدھی پن چھُ عاشقس وٗشہِ ناوان۔ اُدھی پنک مطلب چھُ برنہٕ لاوٗن وول۔ اُدھی

پَن چھُ زِ صوٗرٕژ بناوان ۔ اکھ چھیٖہ سو صوٗرتھ یوٗس ماشوقس منٛز آسی تھےٚ چھِ تہٕ بیاکھ چھُ ماحولُک وَرٛتاو ۔ تہِ زَن گوٚو مَس چیٚشمو وُچھُن ، وُٹھ کمہِ لاٗوِتھ موٗد ریر برٕن ، ڈیٚنا ژھالادِنیٖ ، ہیٚجبہ تہٕ ژٕوٗر نظرِ دِنہٕ ۔ ہےٚ ہےٚ زٕٹہ مَس ما ، لوٗس چاو کھارُن ، مایہِ مند چھ ٹاٗرٕ پھرٕ پھرٕ وُچھُن ۔ دوٚیُم گوٚو ماحول تہٕ اَرُچ زبل ۔ شہ زَن گوٚو زوٗنہِ گاش ، آبشار ، وَن وِگنہِ ، واوُک ہر ہر ، دفُرِ رِکلہِ ہُند موٗدُر بول بوش ، بوٚمبرٕ سُند وارِ وارِ پوشہِ ونھرن نالہِ موٚت کرُن تہٕ ولیوٗرٕ ژٕلُن ۔ یمو ستیٚ لیُش اکھ بےٚ حِسی ہُند اثر اِحساسَن پیٚٹھ چھُ پیوان تہٕ ہسر چھِ لہر ماران ، تتھ چھ وَنان اَنُبو ۔ انُبوک مطلب گوٚو زِ یتھ اَتھ سوٚرٕ وٗدس پتہٕ پتہٕ اکھ اِحساس پکہِ ۔ کاشرِ پاٹھۍ وَنو انُو بھوک لوٗکۍ ویدا کھ ۔ انُبو چھ دوٚ قِسمہٕ آسان ۔ (۱) ساتوک ( INVOLUNTARY ) یا خود بخود یا کنٛدِ روٚس ۔ یمن ہُند تیٖداد چھُ اَٹھ ۔ روٚٹہ گرُٹھن ، گمہِ ژھٹہِ بیٖنہِ ، کتھ کران ولِس ژُن ، تہٕ رکنٛڈۍ پھٹنۍ ، تھَر تھر اَرٕ ژنۍ ، بھوٗر ووٚتھُن ، اُشِس دار لگنہِ ، لایہٕ یُن بیترِ ۔ (۲) کایک گوٚو جیسمانۍ حرکتن ہُند اِظہار ۔ تہِ زَن گوٚو اِشارٕ کرُن ، اُچھو ستیٚ ہاوُن ، کلہِ زیرِ ستیٚ آنکار تہٕ نکار کرُن ۔

اتھ دوران چھِ خیالن ہنٛز ننٛدٕ لیوان تہٕ گرٕ ٹھان تہٕ یمن چھِ وَنان وِیبھچار کی باو یا لارِژٕلہِ وٕنۍ اِحساس ( TENTATIVE SENTIMENTS ) ۔ یِہُند تیٖداد چھُ تیٚتیٖہ تریٖہ وَننہٕ یوان ۔

آننٛد وردھن چھُ وَنان زِ مون رُٹک اِحساس چھُ لفظن ہنٛز شوخی ستیٚ کھالنہٕ یوان ۔ مگر پوٗز اِحساس چھِ کہہ وِچہِ چھینہٕ لفظ کانہہ تہٕ مانےٚ تھوان ۔ بلکہ چھُنہٕ صحی زادلس منٛز چھُ پزتھ وِزرسس وو تھ بوٗدِنہٕ خاطر لفظ یوان تھوٚنہٕ بلکہ چھِ لفظ رَس چِھ ژھینہٕ وُنہ منٛز بدلیتھ خالص رِسچ ژھینۍ بازٕ باتیٚ تھوان ۔

اگر ( مثالہِ پاٹھۍ ) شارس منٛز لولہٕ نارس باوٕ وِنیو لفظو ستیٚ رولق کھارنچ کوٚشش آسہِ کرنہٕ آمٕژ تہٕ وِبھاگ تہٕ بیٖیہِ آلمبن تہٕ اُدھی پَن

( A PARTICULAR STATE OF THE MIND FOR THE

TASTEFUL DEVELOPMENT OF THE SENTIMENTS)
آسن ہٕ سلسلہٕ وار پاٹھؠ اکھ اَکِس لرِ لوُر کرِتھ پکِنؠ ہتی ہتھس شارس منز چھنہٕ رٔس پوٗر کامیأبی
وُنان۔ ووٚنی اگر زَن لفظن ہنز خاص ژھانڈ و ترأوِتھ وِبھاو چ

(THE BASE AND EXITERS FOR THE TASTEFUL
(DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT) ژینہٕ وُن آسہِ ووٚپلوِنہٕ آمژ۔ ظاہر
چھِ ز رٔسچ پأرؠ زان سپدِ ٹھیکھ پاٹھؠ۔ رٔس کہٕ احساسہٕ خأطرٕ چھہٕ لفظ صرف اکھ علامتھ پأدٕ کران، لفظ
یا لفظن ہنز تندلہٕ چھنہٕ پانہٕ رس۔ مون زِ لفظ چھِ اکھ موٗرژ ( IMAGE ) پأدٕ کران، مگر موٗرژ ہنٛد
زوٗ چھُ رس تہٕ رٔسچ ژینہٕ وُن سپدِ تھ چھُ لفظچ موٗرژ ہستھ بیوان تہٕ رأسی گژھان۔ اُوِ پتہٕ یُس
آنند تہٕ سوٚرُد دوٗزان چھُ، سُہ چھُ رٔس۔ لفظ چھِ شارس پٔزؠ پأٹھؠ للہٕ ناوان، مگر شارُک پھیر چھُنہٕ
لفظ ٹِکہٕ لفظ چھِ زیر نہٕ حرکژ ( MOVEMENT AND VIBRATION ) منز چھُ
تخیُل پھِٹتھ نیران۔ شے چھِ شارُک زوٗ تہٕ تتھی چھِ دوٚنہٕ کارُونان رٔس سگہٕ ون۔

دوٚ کارن چھُ اَتھی کتھِ گوڈٕ وکھنے کرمژ زِ مطلبچ ژینہٕ وُن چھیٖہ وُنہٕ نچہٕ
ترایہِ تہٕ لأنکر ینہٕ ہنز گراہہٕ پانس منز لوٗرتھ نھوان۔ بیٖیہٕ چھِ وُنہٕ نچ ترٲے تہٕ لأنکر ینہٕ ہنز گراسہ
لوٚغوی کھوتہٕ پٔزؠ پأٹھؠ سیٹھاہ تھدٕ پانچ آسان۔ دوٚنہٕ کار چھِ اتھ کتھِ بیٖیہٕ ہناوِ ہٕ ژھناوِتھ وُنان
زِ۔ مطلبچ ژینہٕ ہٕ وُن چھیٖہ بے شک پأٹھؠ شارُک زوٗ، مگر لفظن ہنز ژھاے تہٕ مطلبچہٕ ژینہٕ وُنہٕ منز
گژھِ کانہہ ننہٕ کانہہ زیر تہٕ حرکت (MOVEMENT AND VIBRATION)
آسنی۔ یوٚسہ زیر تہٕ حرکت تھیچھ دِتھ کتھ تام سوٚرُکس عالمس منز واتہٕ ناوان چھس۔ بیٖیہٕ چھیٖہ
بیا کھ کتھ۔ شارچہٕ ژینہٕ وُنہٕ ژہتھ یُس سوٚرُ تہٕ مز لوبزن واکِس تہٕ پرن واکِس لبنہٕ چھُ یوان،
تتھ سوٚرُکس مقامس منز چھِ لفظ تہٕ لفظوٕ ستی وُنہٕ آمژ شوٗبہٕ دار لأنکر ینہٕ
(WORDOLOGICAL BEAUTIFICATION) گیٖیھ گژھِ ژھتھ کتھ تام تتھس عالمس
تھکھ کھوان یِنہٕ زلو چھنہٕ باوتھ کرِتھ ہیکان۔ اتھ سوٚرُکس مقامس اندر چھِ لفظ کھٹنہٕ

یِوان۔" اَتھ بتھِس مقامس پیٹھ زَن پننہِ پانٛچ وِگلن چھیٖیہ گامٕژ آسان تہٕ ہیٚتِھ وِلیس تھیکیٚت
چھُ بنیومُت آسان" اَتھ چھُ دۄ ہِ کارس دۄ ہِ یا سوٚرُو پرَچ ... ناو دِوان۔ دۄ ہِ
کار چھُ وَنان زِ یہ کتھ چھیٖیہ برونٛٹھے وَنہٕ آمٕژ زِ ادبُک یا شارُک زُو چھُ مطلب ژینہٕ وَن۔ یتھ کٕنِزِ پرانہ سمبہ
دۄہِ برٛگ ہنٛز جُدائی وُچھتھ سنسکرت اَدبہٕ کس گوڈٕ شاعر والمیکی سُند شوک گو وشرٕکس شارس منٛز
بند اَمہِ کتھہ مند تاریخی پس منظر چھُ یتھہ پاٹھی بیان یِوان کرنہٕ۔

والمیکی ریوٗش اوس اکہِ پھِر تمسا کولہِ ہندس بٹھس پیٹھ بیہتھ۔ اَتھ کولہِ منٛز اوس شوخ تہٕ
مایہ لۄرُتھ دۄ دِ برٛگ تہٕ دۄہٕ برٛگٕنٛز آسی نکھہ نکھہ بیہتھ یاوُن چھاوان تہٕ پانہٕ واٰنٛز لول برٛان۔ مگر اَمہِ بیتہٕ
کتہٕ تام پیٹھ آو منگہِ تہٕ منگہِ پھرِ پھرِ کرُون کان تہٕ لوٗگ دۄہِ برٛگس۔ رَتہٕ ستی گو وۄ زٕل تہٕ گیٖس کارِ
موٗرن۔ ژھرٛ ژھرٹ کران وَچن اچھ۔ دۄہِ برٛگٕنٛز آسی آرِ ہٕرٛشنہتھ وَچھ ژٕٹیان تہٕ افسوسُک اِظہار کران۔
والمیکی ریشُن وُچھ یہ سورُے تہٕ تمس وُژھ دِلس دُبراے۔ اَچھ گٔیس تَرِ تہٕ احساسن لوٗگُس ژھُن۔ شوٗنگتھ سَرس
وَژھ لہر تہٕ ہیتھن لٔج ژٕنڈ۔ دۄ کھلِ سَس آو آوُن تہٕ آبس کٕھتی پھوکہ ڈوٗنی۔ یتیچ وِز آسی زاگِہ تہٕ
والمیکیس آیہِ زبان

"اے شکارِ! یہ کیاہ کوٚرُتھ ژیٚیہ ژیٚیہ مورتھن پننہِ خاہشہِ خاطرٕ یہ دۄہِ برٛگ یُس زَن
عشقس اوس لول برٛان تہٕ مایہ وندان۔ وائے شکارِ، ژیٚیہ کتہِ لگی اَچھہ کھوٚر"۔

دۄہِ کار چھُ وَنان زِ الگ الگ لفظن ہنٛز ژھانڈ۔ وِنہٕ نچ ترائے تہٕ گرائے ہمن مُنٛد میٖل
کرتھ یُس اکھ شوٗہ دُن شار وۄ بدان چھُ سُہ چھُ دِلس تھیتھ کران تہٕ احساسن وِگہ لاوان۔ یتھ کٕنِزِ
والمیکی ریشن دۄ کھچہ گرکہِ وقتہٕ پنُن شوک گوٚنڈُ تہٕ کرُن رَسہٕ کِس (STATE OF PATHETIC SENTIMENT)
شٔرکِس منٛز۔ والمیکی سندِ اَمہِ شٔرکٕچ مطلب ژینہٕ وَنِ تہٕ کرُنا رَسہٕ چہِ خوصوٗیژ علاوہ
چھُ اَتھ شٔرکس منٛز اکھ تواریخی واقہ تہِ موجوٗد تکیازِ یہ سورُے غمُک واقہ چھُ والمیکی ریشِس اَچھن برونہہ کُنہٕ
سپدان۔ اگر زَن والمیکی ریشی یہ واقہ احساسچ کہہ وَچہ بیٹھ کھورمُت آسِہ ہے نہٕ تیلہِ آسِہ ہے
اَتھ واقس صرف اکھ تواریخی دۄ گہ وَن، مگر تیلہِ یہ واقہ احساسن ہندِ میچھرٕ ستی ادبس منٛز گنڈنہٕ آو

پہ شار بنیو اکھ عجیب غریب تہٕ اَتھ آیہ کرٕنہ ربچ تہٕ (STATE OF PATHETIC
SENTIMENT) اہمیتھ دِنہٕ۔

دوہ نہٕ کارٕسند وَنٕ چھُ زِلوِت نام دُنیٖایی واقن ہُند تولُق چھُ، تِہنزٕ تندل چھیٖہٕ
کارن (CAUSE) تہٕ کارِیس (EFFECT) پیٹھ لوہ لنگر تھۄتھ پکان تہٕ اَتھ چھُنہٕ ادبکس اِحساس
ستی کانہہ تہٕ رشتہٕ۔ یہ گووکیہہ وُن ہگر۔ مگر بیلہٕ کانہہ تہٕ واقہٕ ادبچہٕ زِلوٚ منزٕ اَژ، یہ چھُنہٕ امر پتہٕ پۄت
روزان تہٕ نہ چھُ یہ واقہٕ کارن (CAUSE) تہٕ کاریہ چہٕ تندلہٕ منزٕ گنڈنہٕ یِوان، بلکہٕ چھُ یہ واقہٕ وِباو
(آلمبن + اُدیپن) (THE BASE AND EXITERS FOR THE PARTICULAR
DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT AN EXTERNAL
MANIFESTATION OR INDICATION OF THE FEELINGS)

تہٕ سنچاری باو
یا اِحساسن ہِنزٕ کھینچہٕ یِم زَن تِھس موقس منزٕ یوان تہٕ گژھان چھِ۔ گویا بیلہٕ زَن دُنیٖایی واقہٕ اِحساسہٕ
کِس پس منظرس منزٕ گنڈنہٕ چھِ یِوان، یِم چھِنہٕ تمہٕ پتہٕ واقہٕ روزان بلکہٕ چھِ ادبک زوٗ بنتھ دلش تہٕ کال
بنتھ (TIME AND SPACE) ہیوٚر گژھان تہٕ وولہٕ گِت PASSED
OVER OR LEGEND) روزان۔

دوہ نہٕ کارٕسند وَنٕ چھُ زِ دُنیاہ کِس وَرتاوس منزٕ چھِ کرن وول تہٕ تمی ہندی کرتوت
سلسلہٕ برابر یکہٕ وُن روزان، اَتھی چھِ دُنیاہ وَنان۔ مگر (CAUSE AND EFFECT)
ادبہٕ کِس دُنیاہس منزٕ چھِ کرن وول تہٕ کرن والین ہُند طور طریقہٕ وِباو
(THE BASE AND EXITERS FOR A PARTICULER
DEVELOPMENT OF THE SENTIMENT) THE EXTERNAL
MANIFESTATION OR INDICATION OF THE انوباو
FEELINGS)

منز بدلیتھ دُنیاہ ( TENTATIVE FEELINGS ) تہٕ سنچاری باوٕ

نِشہٕ اُلنگت بھاوس یا اِحساسس ( PASSED OVER OR BEYOND THE

WORLD ) منزٕ بُھراوان - اَتھ چھُ دوہٕ نِہ کار اَلوکِک ( EXTRA-ORDINARY

یا دُنیاہٕ بٲئی فتورٕکیس نِشہٕ اپور تورٕ مُت مانان۔

والمیکی ہندِس اَتھ شُرکِس چھ دوہٕ نِہ کار داخلی رَسیچ ( STATE OF

PATHETIC SENTIMENT ) ژینہٕ وَن دِتھ بیٚیس کتھِ نِہ واش کڈِتھ وَنان زِ ہر گاہ مطلبچہٕ

ژینہٕ وَنہِ کنٕی اَتھ شُرکِس داخلی رَشک ( STATE OF PATHETIC SENT. MENT )

جامہٕ مُت راوو تہٕ نقاد چھِ بیا کھے سلب کرٕان۔ مثلن :-

شکارِس ہِش فطرت تھون والہِ راوَنہٕ ! رام تہٕ سیتا یِم ژوٚرِ کیتھ مزس منز

اسوٚ دِلس منز رۄزِتھ لول تہٕ مایہ چھاوان تہٕ بھاوان۔ ژیہٕ نیتھن سیتا لوٗٹہٕ تہٕ رام ترووتھن جدٲیی ہِنز

اَنہٕ گٹہِ منز تہٕ سیتا گاج تھن عشقہٕ نارس منز۔ گرٕ تھ اَتھ سوہٕ ہنز۔ لنکایہ منز مہٕ تگی نے ژیہٕ زانہہ تہِ

اَتھ کھور۔"

دوہٕ نِہ کار چھُ وَنان زِ تھٔدِ پایہٕ کِہن شاعرن ہندِس کلامس منز چھیہٕ پانہٕ سرسوتی ماج

( GODESS OF LEARNING ) موجود رٕ تہٕ میٹھ آبشارٕ کی پاٹھی لفظ چھاوان تہٕ وس باوان

اَکِس اَلگے عالمس منز بطلبچ ژینہٕ وَن ( SUGGESTED SENSE ) کرِتھ باوتھ کران۔

یِتھی شاعر چھِ پننِس تخیلس منز باوژ ہِند اظہار تھۆد اندازس منز کران زِ باسان

چھُ زِ شار چھُ پان چھوکِلی پاٹھی بالہٕ تینٛتالہٕ بیٹھہٕ سازوایان وسان تہٕ دوہے چھُ یہٕ سوزوسہٕ دُن

روزان۔ یِتھِس فنس منز چھِ کالیداس وغارٕ شاعر اوٚنگہٕ بیٹھ گنٛزرنس لایق یِہند تیداد صرف

پانژھ یا شیہٕ چھُ۔

دوہٕ نِہ کار چھُ وَنان ـــ مطلبچہٕ ژینہٕ وَنہِ علاوہٕ تہٕ چھِ یِمہِ کتھِ ہِند آسُن ضوٚرٕوی زِ

یِتھِس اَدبس داد دِنہٕ خاطرٕ تہٕ سمجنہٕ خاطرٕ چھیہٕ امی شوعورٕ کی تہٕ عالا پایکِ زانن وٲلی تہٕ آسنٕ ضوٚرٕوری

تیلی چھُ یتھِس اَدبُس مول کھسان تہٕ لُکہ زٕنۍ پیٹھ بول باشہٕ کران ۔ یہ کتھ چھیہٕ اَسہ گوڈنچہ دۄہ گناومٕژ
زِ لفظچ مانے ژارٕ دِنۍ تہٕ چھیٚ اکھ ضوٗروٗری کتھ ۔ مگر لفظ چھُ مانے زانٕنہٕ پتہٕ کھٹنس یِوان ۔ اَدٕ پتہٕ یِیِس وُزن
چھُ کران تہٕ مطلبٕچ ژِینہٕ وَن چھُ دِوان ، تَمہِ خاطرٕ چھُ اہلِ دل آسُن ضوٗروٗری ۔ یہ چھُ ظاہر زِ شاعِر چھُ
سونٛدر ہِندی شعرٕ تھ تہٕ پارٕنٛتھ لفظ استیمال کران ، مگر لوٗ زاگر پرٕن وول لوغاتھ تُلِتھ تہٕ مانے ہیٚنہٕ
ژارٕتہٕ ۔ سُہ شار یا شعر کٲبہٕ بےسوٗد ۔ شاید ماگرٕژھِ چھیوہ کہ لد ۔ یِتھ پاٹھۍ زن غار ہِندِ اَکھ سیتاہ کر
سوروٗ اَیِتھ بےسوٗد تہٕ بے مانے چھِ سپدان ۔ ہیٚتارِ وایہٕ خاطرٕ چھُ ضوٗروٗری زِ سورٕن ہنزٕ زان گرٕژھِ
آسٕنۍ ۔ مگر ہیٚتارس سٕتۍ گرٕژھِ کٔنۍ ہشیاری زیادٕ آسٕنۍ تیلی ہیکہِ سوٗرٕچ ژِینہٕ وَن سپدِتھ ۔

دۄہ یہ کارٕ چھُ وَنان زِ وُزٕنٕچ نشہِ THE PRIMARY OR EXPRESSED
THE SUGGESTED بیوٚن روزن وول مطلب چھُ وینٛگیہ SENSE (
یا ترٕچر یا ترٕچار آسان ۔ SENSE OR THE MEANING HINTED AT
مطلب مانے چھُ لفظس کتھ ( DYNOMICS ) دِوان یا یہ وَن زِ لفظ چھُ شاعِرٕ سنز تتھ مورٕژ
اظہار کران یوسہٕ مورٕژ شاعِرٕن کھارٕنۍ چھیہٕ ہیٚژمٕژ آسان ۔ حقیقتھ چھیہٕ یہ زِ تھدِ پایکۍ شاعِر چھِ
لفظس پوٗت پھیرِتھ زان ( RECOGNITION ) کرِتھ اَکھ پٔنٕنس شارس منز اِستیمال کران ۔
اَمو کھۍ چھُ لفظ وُژنگ ( PRIMARY SENSE ) کارٕ ترٲوِتھ وینٛگس یا ترٕچہٕ جارس
( SUGGESTED SENSE ) باوتھ کران ۔ ترٕچہٕ جار چھُنہٕ لفظ بلکہ چھُ مانے یکٕ پھہلاو ۔
شوٗبہٕ وِنۍ شاعِر چھِ لفظس تہٕ اَمِکِس مانیٚس سوٗرٕ چھٕپہٕ سٕتۍ موکھتہٕ جرِتھ اَکھ قابل بناوان یِتھ زن لفظن
منز تخیل چھُ شوٗلہ ماران ۔

کینژن ہندٕ وَنُن چھُ زِ ترٕچ جار پاٹھۍ SUGGESTED SENSE OR
IMPLIED SENSE کلامہٕ ٹھیکراوُنہٕ بروٚنہہ چھیہٕ یمہ کتھِ ہنزٕ زان تھٲونۍ بٔڑ ضوٗروٗری
زِ خیالٕچ مورٕژ بناونہٕ بروٚنہہ گرٕژھِ لفظ تہٕ مانے یکٕٹ کرِتھ سیوٗد آسُن ۔ یِتھ کٔنۍ اَنہ گٹس منز گاش
ژھانڈٕن وول ژانگِ چہ سوٗرٕ ہنز ژھانڈ دِتھ گاشچ یِرتھ چھُ بران ، تتھے کٔنۍ چھُ ترٕچجارس

تھپھ دِنہٕ وول گاٹل گوڈ لفظ (SUGGESTED SENSE OR IMPLIED SENSE)
مانے ہس ییٚژھ بُران تہٕ کوشش کران۔

کتھ چھیٚہ سیوٗدرٕ گاش خاطر چھ سو یتھ اکھ اہم مقام تھوان تِکیازِ سو ییٚژرِ رٕوس ییٚہ نہٕ
گاش تہٕ تِتھے پاٹھو ترجارس باوتھ دِنہٕ خاطر چھ ضوٗروٗری زِ لفظ تہٕ امیک مانے گژھہ پوٗرہ پاٹھی
سیوٗد آسُن۔ پرزِ چھُ یہ زِ تخیلس زیر دِتھ چھ شاعر کتھ ہنز باوتھ ترجارس منز زاری پاٹھی کران۔
یتھ پاٹھی لفظ تہٕ مانے چھ شارس منز اژنُک درواز، تگر جملہ تہٕ امیک مانے چھُ تمہٕ کھٔچ باوتھ یتھ منز
اژتھ اکھ نوٚے ژینہٕ وَن چھیٚہ لبنہٕ یوان۔ ونُک مطلب چھ زِ لفظن میٚل دِتھ چھ جملچ اداکاری پیش
یوان۔ جملہ کمہٕ ترایہ تہٕ گرایہ تُلہ پرد، یہ چھ شارچہ مندور پیٹھے دارِ مدار تھوان۔ لفظ مانے وبوٚد گژھنہٕ
پتہٕ تہٕ چھ اکھ احساس یا تلنی لفظس منز روزان۔ سو تلنی یا ٹلٹھ چھنہٕ توٚت نام ہمان، توٚت نام
نہٕ ترجارچ (IMPLIED MEANING) ژینہٕ وَن لبتھ دِیہ۔ اَتھ کتھِ فِٹ کڈتھ چھ
دوٗنی کاروٗنان۔ مون جملہ کُس یا نظمہ بندس منز لوٗتاہ وَنہٕ ہیٚچ ہمنتھ تہٕ ہکتھ چھیٚہ آسان، سو
باوتھ کرنہٕ وِزِ چھنہٕ نظمہ ہنز ترایہ منز کُنہ تہٕ صوٗرژ منز بنہِر باسان۔ تگر ترٕک یا ادبچہ زیر زبر زانن
والی چھ اَتھ اہن لفظس تہٕ مانے ہس ہن پادٕ گرتھ امہٕ کِس زُوس دیچھ دِتھ ترجارچ پاٹھی زان
کران۔ مثال دِتھ چھ دوہنہٕ کاروٗنان زِ یتھ پاٹھی ژونگ ژالتھ پانس تہٕ چھ باسہٕ تلوان تہٕ اَندی
پکھی چیرزن تہٕ چھ گاشراوان۔ تِتھے پاٹھی چھ لفظ گوڈ پنہٕ نس مانے ہس ہاوِتھ ونگس یا ترجارس
(SUGGESTED SENSE) باسِتھ دِوان۔

دوہنہٕ کار چھ اَتھ ڈیٚنجہ البساوِتھ وَنان ـــ ییٚتہٕ مانے پنس پانس یا لفظ پنس
مطلبہس تل کرِتھ DEPRIVED ITS ORIGENAL MEANING
مطلبچہ ژینہٕ وَنہٕ باوتھ کرِ، تتھ ادبس یا شارچہ بادام گوجہ چھ ٹیٹلا دوہنی وَنان۔ تہٕ زن گوو
ییٚنہٕ لفظ تہٕ مانے پنُن پان پھرِتھ تھوِ یا مانے ہس وہرِتھ نے کرِ تہٕ خاص مطلبچ ژینہٕ وَن ہاوِتھ دِیہ۔
تتھ چھ دوہنہٕ وَنان۔

دوہ نہِ کارنہِ پوٗرِ ورٕژھ نے چھیہٖ زٕ لفظَن مانے ہیٚ شوٗب ، مثالِ پٲٹھۍ سجادِ تھ شار بیٚہِ کِنہ خوش کروٗن اَچھرن ہند باوٕژ بَل۔ اَدیٚ یِمہٖ تراے تہ گراے چھیہٖ پانٕژ پانتے دوہ نہِ نیٚز الِنہِ تہٕ وَلِنہِ لیوان۔ یتھہٕ پٲٹھۍ شوٗبہِ دار شارس نٔنتھ چھ پانے رٔنگہ برنگی تہ ہیوٗن ہیوٗن لول لوٗش کروٗن ژھانہ دار الِنہِ تہٕ وَلِنہِ لیوان۔

دوہ نہِ کارن کرٲنہِ نچھے گوڈے پوٗرِ پٲٹھۍ ورٕژھ نے زِ دوہ نہ یا مطلبچ ژیٖنہ وَن چھنہ لفظن تہٕ مانے ہیٚ خوٗبصوٗرتی موحتاج۔ ہنٕرچ سجاوٹھ ، لاگنکریہِ ہنٕز زرق برق ہُشیار کِنہ میوٗٹھ لوٗن اَچھرن ہند روہ نہ ناد۔ یہ سوٗرُے چھُ نیٚبرِم گنگٕٹھ۔ یِمہٖ پیٚٹھ زیادِ آوبز روٗزن چھُنہ کانہہ ہِ مانے ٹھوان۔ یم ساری چھِ لفظس تہ مانے ہَس پوٗچھر منوٗر کران۔ مگر شارُک زوٗ چھُنہ نیٚبرِم گوٗنگٕٹھ ہُکہِ چھیہٖ سو دوہ نہِ یا مطلبچ ژیٖنہ وَن یوسہ زَن انجسابس عوٗرتس پیٚٹھ کھارِتھ سوٗر رٕ یادٕ کرناوان تہٕ دلہِ چیٚن تارن سوز بران۔ اگر دوہ نہِ یِمن ظاہری تہ بناوٹی چیٖزن مدتھ ہیٚنہ یہہ ، تیلہ چھیٖنہ سو دوہ نہِ یا مطلبچ ژیٖنہ وَن روزان۔ موٗن زِ کینٕژن ہند وَنُن چھُ زِ دوہ نی یا مطلبچ ژیٖنہ وَن چھیٖنہ صحی پٲٹھۍ ہیٚن پان ہاوِتھ دِوان ، مگر دوہ نہِ کارسُند وَنُن چھُ زِ کاٹِلی تہٕ اَدیٚکہ ماہر چھ یترٕتھ زمانس منٕز اتھ تُرِجارس ژینان آمتی بیٚیہِ چھُکھ یمٕس اَدبس ولوٗرٕ ژلمت تہ اَمیک رس ژہہ مُت۔

کینہہ اَدیٚکہِ نقاد چھِ دوہ نہِ یا مطلبچہِ ژیٖنہ وَنہ تھٔنے کرِتھ یہ وَنان زِ لاگنکر یہِ (POETIC ORNAMENTING) منٕز لیُس میچھرتہ ٹاچھر چھُ میلان سُہ چھُ لوٗت ڈیٚسیٚ زِ دوہ نہِ یا مطلبچ ژیٖنہ وَن چھیہٖ پانے تتھ منٕز وٗزان۔ اَدیکنہِ کیاہ چھیہٖ دوہ نی یا مطلبچہِ ژیٖنہ وَنہ ہند اکھ نوٗو برکھوٗلُن۔ دوہ نہِ کار چھِ کِتھہِ ہنٕز زبان دِتھ وَنان زِ لاگنکرن (POETIC ORNAMENTING) چھیہٖ لفظکس مانے ہَس (PRIMARY SENSE) پیٚٹھ دٔرِتھ روزان۔ مگر دوہ نہِ یا مطلبچ ژیٖنہ وَن چھ ونگہس (SUGGESTED SENSE) ہاوِتھ دِوان۔ یتھہٕ زَن تُرِجار اُلِتھ تہٕ وٗلِتھ چھُ روزان۔

کینٕژن نقادن ہند خیال چھُ زِ لاگنکریہِ ہند (POETIC ORNAMENTING)

کینژ ولنجو کنۍ چھیہٕ مطلب ژینہٕ وَن (SUGGESTED SENSE) صحی پاٹھی باوَنہٕ کرِتھ دِوان۔ یتھ پاٹھو سماسوکھتی، وِشیشوکھتی، آکھیپ تہٕ اپن ہُتی لآنکرینن منز باوَنہٕ چھیہٕ سَپدان۔

ا۔ سماسوکھتی ــ سماسوکھتی لآنکرن چھہٕ تتھ وَنان ییلہٕ زَن شارس منز ہوی مانے دار لفظو ستی ADJECTIVE میل دِتھ نیرِ بدلے مانے

مثال۔

"یام شام وقتہٕ زوٗن اُسمانس پیٹھ کھژ، یہٕ وُچھتھ آیہٕ کُلیٚن پوشہٕ مال پھولنس"۔

سنسکرت اَدبس منز چھیہٕ یہٕ رلوایتھ زِ پمپوش چھہٕ سِرِیہٕ پژِو وچھتھ پھولنس یوان تہٕ زوٗنہٕ وُچھتھ وَٹنہٕ یوان۔ یتھ مثالہٕ منز چھیہٕ کوستہٕ نام عشقہٕ نارِ دُزمژ مسول پنہٕ لنس مَدن وارس وارِیاہ کالی وُچھان تہٕ تمس وچھتھ چھیہٕ سو پھولنس آمژ۔

۲۔ وِشیشوکھتی ــ ییلہٕ زَن کرن وول (CAUSE) حاضر تہٕ آسہِ، مگر لوٗز کرن والی ہندی کرتوٗت آسن نہٕ لوٗر ہسَپدان۔

مثال ــ

سوندر ہندِ مُتھیک رس چَنہٕ پتہٕ تہٕ رُدُ شہٕ ترلیشہٕ ہوٗتے۔

۳۔ آکھیپ ــ نکارہٕ چ کلہ ہہ زیرہٕ آسِتھ آسہِ دَرٹھہٕ وانجہٕ ہنز دُ بہِ راہ آنکارس یوٗرہ وولہ کران۔

مثال ــ

ہتے زوٗنی! ژہٕ متہٕ کھستہٕ راتہٕ منز ییتھ ساٗنس اسمانس پیٹھ تکیاز مدن وار کہٕ شِ چھنہٕ اسہِ منز از۔

۴۔ اَپن ہُتی ــ ییلہٕ زَن پرزہٕ چ کتھ چھپاوِتھ بیاکھے اَپزہٕ چ کتھا بیٚہہ ناوَنہٕ ییہِ۔

مثال ــ

'ینا چھُنہٕ میہٕ لوٗے، یہِ ہا چھُ میون مُل کلی مونتھ'۔

لآنکرن (WORDOLOGICAL OR BEAUTIFICATION OF THE POETRY) . بجر دِنہٕ والین نقادن جواب دِوُن چھُ دوٕ نہِ کار وَنان ـــ زِ لآنکرن چھِنہٕ اکھ کوٗشش یوٗس اکِ ماہِر زانِتھ تہٕ مانِتھ شارس بیٚٹھ چھِ وَلان ۔ اگر زَن شارس یِہ رِشیم تہٕ کِمخاب تھوٗد تلوٗ ، شار گژھِ ننگہٕ ۔ اَوٕ موکھ ہیکوٗ ونِتھ زِ لآنکرن چھِنہٕ شارک زِوٗبلکہ چھُ بیٚٹھِم گینگٹھ ۔ یَتھ اَسی دوٕ نی یا مطلبچ ژینہٕ وَن وَنان چھِ ، سُہ چھُنہٕ شارک تیٚبرُیم گوٗنگٹ بلکہ چھُ سُہ شارک زُوٗیا رُح ۔ اوٚ ے ووٚن گوڈے اَسہِ بیٚیتہِ مانٕے نیٚنس پانس تہٕ لفظ ذاتی مطلبس نال پھِرِتھ مطلبچ ژینہٕ وَنہِ باوتھ کرِ ، تتھی چھِ وَنان دوٕ نہِ ۔ یِتھہٕ شار یا ادب چھُ وقتچ دوٕ سہٕ تہٕ دلوار ترا وِتھ پزِتھ سَمیہٕ تہٕ پزِتھ کالہٕ زِندہ روزان ۔

رحمان راہی

# شارِشناسی

دَمہٕ دَمہٕ کوٚرمَس دَمَن ہالے

پرٛزلیوم دیپ تہٕ نَنیم ذاتھ

أندریُم پرٛکاش نیٚبر ژھوٚٹُم

گٹہٕ روٚٹُم تہٕ کٔرمَس تھپھ

(لل دید)



# دود عشقن جود یار گوم    موت ماشوق یاد پیوم

شمس فقیرن یہ مشہور بأتھ آسہ تو ہہ بر ونہہ تہ خبر کأژیاہ پھر لوزمت یا پور مت۔
ؤں ہر گاہ کانسہ یہ خیال آسہ زِ بہ چھس اَمہ بأتک کانہہ مانہ مطلب یا مدا مفہوم بیان کرن یژھان تس گرِ بہ گوڈے عرض زِ حضر تھ تو ہہ چھیہ غلط فہمی۔ میانی کنی چھنہ شارس نیتھ کانہہ مانے آسانی یس شار الگ کرن تھاوِتھ تہ شار نشہ بے نیاز سیدتھ پنن حقیقی وجود برقرار ہیکہ تھاوِتھ، تہ اوکنی ہے بہ شارک کانہہ ژٹتھ چکیتھ مانہ مفہوم بیان کرنہ کیاہ زانتھ تیتھ ہیو ژٹتھ چکیتھ تہ خود موختار مانہ ہیکہ کانسہ کاٹلس انسانہ ہنز کتھ آستھ۔ مانہ ہیکہ کنہ علمی مضمونس آستھ، کنہ تواریخی بیانس یا اخلاقی ہدایتس یا کنہ سائینسی نو کتس ۔ شارس چھنہ امہ کاچہ مانہ آسان۔ شار گوو کانہہ واقعہ، کانہہ تجربہ کینہہ سپدن، کینہہ گدرن۔ شامہ ژھمبرن لگہ آفتابس اناری غوطہ تہ تتھ کس مانہ گڈی زِ۔ پمپوشس پٔج گرائے تہ شبنم آوکھ ہلس پیٹھ چھکنہ۔ یہ چھ اکھ واقعہ یس وچھنہ تہ ژینہ ہیہ۔ مانہ کیاہ ونوس یسر فن ترٕ وکرٕ وژھ تہ اکھ نرم، نوزک، نوو تہ ننداون رنگہ رٔپی وجود دراونون تہ اکھ گوو تماشہ وچھن تہ سنن نز تشریح کرنہ بہن، شری گمہ ناوی نیندر منز پننی وٕٹھ ٹھلی۔ یہ گیہ قدرتہ والی ہنز تو درتھ وچھنی تہ مطلب کتھ بہموس کڈنہ۔ کانسہ گنیو کانسہ منتاشوق یہ گوولس اکھ تجربہ، اکھ واقعہ، اکھ گدرن۔ اکھ گدرنس نہ چھ کانہہ علمی مانہ تہ نہ کانہہ منطقی مفہوم۔ یہ چھ اکھ واقعہ یس ژینن چھ، اکھ صورتحال ییمہ منز گدرن چھ، اکھ گدرن یس وہتراون چھ۔ مانہ چھنہ الگ پاٹھی کہیں۔ شار چھنہ کانہہ پرژ زگام دتھ نیرہ یس کانہہ ٹاکار جواب۔ شار پرون یا بوزن گووگو لابس مشکہ ہیون تہ موہسوس گرتھ تتھ حظ تلن۔ یا منز اکھتس نار رٹن تہ دزن دگ پرز ناونی ۔ یتھیس حالس ہے مانہ گری زِ تہ کیاہ؟

شمہ صابس یہ وَنُن اوس تمی چھُ تہ ینِنس باتس منز ووٚنمُت ۔ شمہ صابن مُدا ہیکہ نہ
میانین لفظن منز بیان سپدِتھ تہ نہ ہیکہِ بیٚیہِ کانسہِ ہندین لفظن منز تتھ باوَتھ سپدِتھ ۔

دوٚد عشقُن جوٚد یارہٕ گوٚم          موٚت ماشوق یاد پیوم

اتھ شارس زَن ڈالہو لفظن ہنز یہ ترتیب تہ نثرِ چالہِ پھرِتھ وَنہٕ ہوٚیہے کتھ یتھ پاٹھِ زہے یارا
میٚیہ ہساگو وعشقُن دوٚد جوٚد گرِتھ تہ موٚت ماشوق پیوم یاد ۔ تُہی وُلوِ انتھ صوٚرژ منز ۔ رُوٚدا امیک شارُت
قٲیم ہ؟ ۔ ڈٲلو شار موٚد تہ بیٚیہ زُو نثر روٚد ۔ شمہ صابُن جوٚد ژھٹ تہ سون اپر گو ولوٚن ۔ اوَے کِنی چھُم یہ وَنُن
ضوٚروٗری باسان زِ ہر گاہ کانہہ شخص کُنہِ شارُک حوالہ دِتھ ژھوٚرُے یہِ پرٛژھنہِ بیٚیہِ زِ اَخروٚنُم کیاہ حض
چھُ یرٛژھان یہ شاعر ہ؟ تس گژھِ ژھوٚٹ جواب دیُن زِ بَب شاعر حض چھُ تی یرٛژھان وَنُن یہ تمی سُند شار
وَنان چھُ تہ بس ۔ تمُ کیٚہہ ۔ لہٕٹ تہ اوٚر پور کھنن مسلہ والنہٕ بجایہ لہٕر لوٚن شارے بیٚیہ تھی سُنو تہ تھی منز ییٚر
گدرُن ، یوسہ صوٗرتِ حال درینٛتھی یِیوٚ سوٚ بناوِلوٚن کہیں تےٚ تہ ییٚہ نس تخیلس منز ینِ گدرُن تہ شار کرِو
ینِ مُدا پانےٚ حاوی ۔ تہ ہر گاہ نہ بنِہ کِنی شارس واتِتھ ہیکو تیلہِ ہیکوٚس نہ زِنہے واتِتھ ۔ تکیاز شار چھینہ
سمجنہٕ لِوان ، تنتھ چھُ واتُن پیوان ۔

شارزانُن گوٚو یار پرٛزناوُن ، تہ شار مولونکُ صحی طریقہ پانہٕ ناولسن چھِ رنگہٕ رنگہٕ فٲیدہٕ ۔
بوٚڈ ہیوٚ فٲیدہٕ ییٚہِ زِ شار چھُ رلوٲیتی تشریحو تہ کانٛزِ ما نیوَنِتھ آزاد سپدِتھ تہ فرسوٚدگی لنِہِ نجاتھ لبِتھ اکھ
نوٚو تہ نادیدہٕ دُنیاہ بنان تہ پرٛژھ کانہہ یرِن وول یا بوزن وول چھُ اکھ نادیدہٕ دُنیہس ینِنہ ینِنہ اَند
تہ ینِنہ ینِنہ توفیقہٕ موٗجب دریاف کران نہ امہِ حِین مختلف جہژن واتان تہ رنگہٕ رنگہٕ حظ تلان ۔

او ڈل گوو بنہٕ وُن چھُ زِ شارس منز آسہِ کانہہ تیتھ لفظ ییٚمیک نہ کانٛسہِ لفظ مانہِ تہ مولوم
آسہِ ۔ یا شارس منز آسہِ کانہہ تیتھ اِشارہٕ یا تلمیح یتھ واش کڈُن ضوٚروٗری آسہِ مثلن زیر تبصرہٕ باتکُ یہ بند :

اَتھ حیٚیہ کِس دری یاوس          شہِ منز ہمِہ میٚیہ لاٹیمس

دوٚرِ برزخہٕ نوٗر پرٛزہٕ لیوٚ          موٚت ماشوق یاد پیوم

سوال چھُ زِ "حے" کیاہ گوو تہ "برزخ" کتھ چھِ وَنان ۔ آسہِ نہ کانٛسہِ خبر ییٚدِ یاٹھی دموٚس جواب زِ یم

چھ دۄ شوٚے عربی زبانٕ منٛدی لفظ ۔ "ﮯ" گوو زنٛدٕ زندگی تہٕ دٕ ے تکیاز دٕ ے چھُ پانٕے زندگی ہُنٛد آگر ۔
یتھےٚ پاٹھۍ چھ "برزخ" "تھ جایہ یا تتھ حالتس" وَنان یوٚس دوٚن مختلف یا متضاد جاین یا حالژن درمیان آسہِ ۔
مثالے جنتس تہٕ جہنمس منٛز باگ اعراف تہٕ یتھےٚ پاٹھۍ یوٚس حالتھ مرنہٕ کِس دٕمس تہٕ قیامتھ برپا سپدنس
درمیان چھےٚ تتھ تہٕ وَنو برزخ ۔

ہرگاہ مانٕ مطلب بیان کرنُک عام تہٕ رلوٲیتی انداز ورتاوٕ و تیلہِ چھےٚ سوٚے ساپہٕ لڈٕ ژاپہٕ ژ
کتھ بیٚیہ ژاپنہٕ تہٕ ونُن زِ شمس فقیرن چھ اکھ بٲتس منٛز وحدت الوجود وِرژھنوومُت ۔ مگر یہ گوو سۄدرس
منٛز وسنہٕ ورأی سۄدرک اوحال بوزُن یا بوزناوُن ۔ شمس صٲبنس اتھ بٲتس منٛز کمہِ نوعیژ ہُنٛد تجربہ
تہٕ کیُٛنہ گدرُن چھ گژھ ماران تتھ متلق کرو برونٛہہ کُن کتھ ۔ فِلحال چھم بیاکھ اہم کتھ ژتس پاوٕنۍ یوٚس اسی
یسلہِ پاٹھۍ منٛشراوان چھہ ۔ تہٕ یوکُن نہٕ وُنیکتام اسہِ کٲنسہِ ظون ہیٚرمُت چھُ ۔ تو ہہ چھُ مولوٕ ے زِ سوٚن واریاہ
شارہ سرمایہ چھُ گیوٚن چالہِ وَنہٕ آمُت ۔ کٲشرِس محاورس منٛز چھُ وَنہٕ تہٕ وَنان زِ مثالے فلٲنۍ شٲیرن چھُ
لۄتاہ یا تیوٚتاہ گیوٚن وۄنمُت تہٕ ساننہٕ واکثر صوٗفی شٲیرو یہ وۄنمُت چھُ تہٕ چھکھ زیادٕہ ہٕن گیوٚن بٲتہٕ پاٹھۍ
وۄنمُت ۔ تہٕ نمہِ کلامُک اصل ژۄزہٕ تہٕ چھُ تیلی نوٚن نیران ییلہِ بقولِ احد زرگر ربابہٕ، سارنگ، طبلہٕ، طوٗوُس
کُلٕ مہٕ پرناوون ۔ ازچھِ اسی یہ مولٕ کتھ منٛشران تہٕ اَمہِ قسمکی بٲتھ تہٕ تھےٚ پاٹھۍ پرنٕ غلطی کران یتھ کنہٕ مثالے
کُنہٕ کتابہ یا اخبارس منٛز چھپیمٕژ ازِچ کانٛہہ آزادیا نثری نظم پرنہٕ ییہ ۔ یہ گیہٕ تزٕہھے ہش بٲتش کرِنۍ ۔ کٲنسہِ
فنکارٕ سُندٕ ژٕن وُچھو نہٕ پانہٕ اچھو ٹلکہٕ یہ وتتھ متلق اخبارس منٛز چھپیومُت رپوٹ ۔ کٲنسہِ آسہِ ڈرامایوٚکھنہٕ
سٹیجس پیٹھ یا ریڈیو پیٹھ گندنہٕ بابتھ ، تہٕ اسی پرٕ و تمیک سکرپٹ محض کاغذ پیٹھ ۔ یہ طریقہ چھُ سراسر غلط
تکیاز ییتھن ہوین بٲتن ہُنٛد حقیقی ژۄزہٕ تہٕ چھُ تیلی پوٗر پاٹھۍ موحسوٗس سپدان ییلہِ یم کٲنسہِ زانٛنہِ کارِ موسیقارٕ
ہٕندی ڈسی سازہٕ تہٕ آواز دۄ شوٚنۍ ہُنٛد میٖل پراوَن ۔

خار ، دۄ نی دِموبٲتہٕ ہے پھیر ۔ بٲتک گوڈنیک مصرٕ چھُ ہ

دود عشقُن جو دیارٕ گوم ۔۔ اتھ منٛز چھ تریہ لفظ خاص توٗجہس لایق ۔ عشق ، دود تہٕ جود ۔ مانٛزِ تو تہٕ

پژٕرِھ کانٛہہ یمِن لفظن ہُند مانہٕ۔ یقینَن وُنیوٗس نہٕ تہِ مانہٕ کہیٖں بلکہ دِیوٗس لفظِ عشق چھُ محض اکھ اِشارٕ تہٕ نفسیاتی حالژٕ کُن یتھ منٛز آدمس بٮ۪یس کانٛسہِ ہٕنٛز کلِ گٔنٛان گٔنٛان اکھ عجیب عقلہٕ نہٕ وَرژٕوُن تہٕ بیان نہٕ سپدن وول دود ٹکران چھُ تہٕ یتھ منٛز آدم تِتھ پاٹھۍ ہٮ۪نہٕ چھُ لوان زنتہٕ جود چھُس آسان گومُت۔ یہ اِشارٕ تہٕ دلیوٗس، مگر لفظن ما آو مانہٕ کرنہٕ؟۔ لفظو دِژ صرف ژرینہٕ وَن اکِہ مخصوٗص نفسیاتی حالژٕ ہٕنٛز۔ یتھ آسی بٮ۪یَن لفظن منٛز لول، ماے یا محبت وَنان چھِ۔

اَمہٕ تلہٕ گیہِ اکھ کتھ واضح زِ شایر یہ ہٕند لفظہٕ ورتاو چھُ عام لفظہٕ ورتاوٕ نِشہٕ بیوٗن آسان۔ یتھ بابس منٛز چھُ شمہ صاب اکھ تیٚتھ کردار، اکھ تیٚتھ نفر پیش کران یمِس عشقن دود دِنٛتھ تہٕ جود وُزناوِتھ اکھ تیٚتھ جذباتی دُنیاہ برپا کوٚرمُت چھُ یِیتہٕ تہٕ ممکن چھُ یِنہٕ عام پاٹھۍ ممکن باسہِ۔ یتھ پاٹھۍ خابس منٛز ماضی حد ژسی عجیب تہٕ اور کٕر لیور واقاتھ دربیٚش لوان چھِ تہٕ خاب وُچھن والِس شہ سورے اونکھرِس منٛز جونکھرٕ سیٚود تہٕ ولیٚود باسان چھُ تِتھے پاٹھۍ چھُ یہ باتھ تہٕ سازس تہٕ آوازِ ہٕنٛز ژلتھ عشقہٕ دادِ نہٕ لولہِ جادکہِ ذٔرِ یہ اکھ طلسماتی عالماہ وۄپداوان، یتھ منٛز بظاہر اوٚرک یور واقاتن ہُند اکھ عجیب سِلسلہٕ بروٚنہہ کُن لوان چھُ تہٕ لوان لوان اکھ عقلہٕ نہٕ وَرژٕوِنۍ مگر احساس رام کرہٕ وِنۍ تگ ترتیب لبان چھُ۔

باتس منٛز یِم مختلف واقاتھ اکھ اکِس پتہٕ ژھالہٕ تلٕ تلٕ تہٕ تھٔہہ لاے لاے بروٚنہہ کُن لوان چھِ، ہرگاہ وارٕ سنٛوتمن سارِنے واقاتن باسہِ ژکہِ اکُے واقہہ زنٛم دِنہٕ وول تہٕ شہ گوو ع

موٚت ماشوق یاد پیوٚم! یاد چھے یہ مشرفک ضد۔ ماشوقہ ہٕنٛز یاد بیدار گژھنہٕ بروٚنہہ اوس سورے موٚٹھمُت۔ نہٕ عشق نہٕ عشقہٕ دود تہٕ نہٕ ٹمیک جود۔ بس ژھوپہٕ تہٕ ٹھہراو ——! تہٕ مشرفہٕ کس اُتھی مرگہٕ صحراوس منٛز وُزلیوٚم ہنگہٕ تہٕ منگہٕ یاد وۄتریٚک دلیوانہٕ کرٕ وُن ساز۔ تہٕ میہٕ ژلیوٚن بے ادٔس ڈوٗلمُت۔ تس نہٕ رژھ تہٕ بھیر پیوٚمُت۔ شہ تِتھے مٔنۍ ہٕنٛز تہٕ مدلوار انہار۔ یاد پیوٚم زِواد گوم۔ ہوشن حواسن ہٕندی زولانہٕ ژھیٚنم، کاف کوٚڈم کاڈ، موے خانہٕ گام بَرٕوٚتھ، لولہِ کھاٚس دِتِم دام تہٕ —— اَمہٕ پتہٕ وُچھم تہٕ یِنہٕ زانہہ خابس منٛز تہٕ وۄچھ ہا!

یہ گوٚ وکٕزاں تہٕ یینہٕ بَدلہٕ! یہ گوٚ واوٕ ہوٚندوان تہٕ ییتہٕ پھِرِتھ! ڈھینٛز کھووٕرِ کیٚ پوٚرِ پھِمہِ

ہیٚرٕ لوٚب نہٕ فقط باہنہٕ ٹھُرےٚ۔ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ چالہِ چالہِ باہنہٕ۔ زوٗن افتابہ، زمیٖن اسمان، کُلۍ کوہ، پوٚش جاناوار،

ساریٚ آدمی سۍ کرالہٕ ہنٛدِ اَتھہٕ تھرٕ پوان تہٕ اہنزی کوٚندِ منٛز رنگ برنگۍ روٗپ رٹِتھ نیران۔ یہ نیول یہ

وۄزُل، یہ ملاے یہ لیوٗدُر یہ چھوٚت یہٕ کرٕہُن ـــــ برونٛہ لایتھ واپَن، پوٚختہٕ چھےٚ۔ یتہٕ پوٚختہٕ، اہتہٕ پوٚختہٕ،

بوٚڈ پوٚختہٕ تہٕ یہ؟ اما یہ کیٚتھ؟ اوم۔ اَدٕ اوم۔ بۍ لوت دراس اوم۔

یتھ پاٹھۍ گوٚڈنکس بنٛدس منٛز لولُک، دادیُک، جادیُک مسرتہٕ تہٕ مدلواٹرِ یہ تہٕ مشترک

اکھ موٚحسوٗس سپدن وول صوٗرتِ حال وۄتلیومُت اوس تتھے پاٹھۍ چھُ یتھ بنٛدس منٛزتہٕ اکھ واقعہ تہٕ

اکھ منظر وۄبراونہٕ آمُت اکہِ امیجہ کِ ذٔریہ، اکھ شبیہہ تہٕ شکل وۄتلاوِتھ۔ یاوَنوٚ یتھ پاٹھۍ زِ یہ واقعہ

وۄتلاونہٕ باپتھ چھُ شاعرن کرالہِ وانہٕ گرٕہٹس بیٹھ باہنہٕ تھرن والۍ سُند تصویر پیش کوٚرمُت تہٕ کرالہٕ کوٚندِ

منٛز نیرن والین رنگ برنگۍ تہٕ کورکِنیو بِگرِ آوازہٕ دِنہٕ والین باہنَن ہنٛد اکھ دلکش منظر وۄبروومُت۔ اتھ

منظرس منٛز چھےٚ یہ حرکتھ تہٕ تہٕ سوٚکُن تہٕ زھوبہٕ تہٕ تہٕ صداتہٕ حارتھ تہٕ خُشی تہٕ تہٕ راوُن تہٕ ہرٕزرتہٕ۔ تہٕ بیٚیھ چھُ

لفظِ اوم اکھ دُمانہِ لفظ۔ اوم گوٚ ونا پوٚختہٕ تہٕ تہٕ اوم گوٚ خوداے تہٕ حقیقتھ ازلی تہٕ ـــ وۄن سوٚنچتو پانے

ہرگاہ اَتھ ساریٚ سۍ منظرس تہٕ واقعس سنہٕ وٕ ے تہٕ تہٕ زھوٗرٕے مفہوٗم تہٕ مانہٕ تارٕوس تیٚلہٕ سپدِ نہٕ ہاتُک

زُود زیتہٕ تہٕ موٚحسوٗس۔ یہ چھُ صحی زِ اَسی ہیٚکو باہنہٕ تھرِ یہ ہنٛدِس اَتھ کلیُم واقعس صوٗفیانہٕ تاویل کرِتھ تہٕ

دُنتھ زِ اَتھ بنٛدس منٛز چھُ شمس فقیر خوداے تعالا ہسنٛدِ ذٔریہ کاینانتھ وجوٗدس ہیٚکھ تہٕ آدم پادٕ سپدنُک

تہٕ آدمہٕ سُند بیقل تہٕ وُچاپرِ آسنہٕ کنہِ بارٕ اَمانتھ تُلنکس ازلی واقعس کُن اِشارٕ کران۔ مگر کیتھ چھےٚ یہِ اتھ

صوٗفیانہٕ تاوٕیلس تہٕ پھیرِ تیلۍ زُو بیلہٕ اَسی زھرس تہٕ چھینٛس مفہوٗمس یتھ لارٕنہٕ بجایہِ گوٚڈ ہمن لفظن تہٕ

اِشارن سٔنتھ کم ازکم خیالہٕ منٛزی سہٕ تصویر ییٚنہٕ یٔمہٕ ابرٕ وۄنہٕ کُن اَلون یُس شاعرن وۄتلووُمت

چھُ۔ شبیہن تہٕ تصویرن مُدے گنڈنہٕ تلہٕ چھُ بیا کھ فائیدٕ یہ نیران زِمانہٕ تارنکہٕ تہٕ تاویل کرنکۍ امکان تہٕ

چھِ ہران۔ یہ چھُ تصویرو، شبیہو، رمزو تہٕ علامژو ذٔریہ باوتھ کرنہٕ کُے نتیجہ زِ اَکۍ سۍ شارس

چھِ ہیوٚن ہیوٚن مطلب ہیٚکان نیرِتھ تہٕ برٕنٛھ کانہہ مطلب چھُ رُتے تہٕ پوٚزٕے باسان۔ یہ چھُ

شاعرانہ باوژ ہنڈٕ کمال زِ شاعر چھ پننہِ کنہِ پرژھ ہنڈ یا کنہِ عقیدُک اظہار تتھہٕ پاٹھی کرِتھ ہیکان زِ اکس بیٚہ پرژھ تہٕ بیٚہ عقیدٕ پرن والِس یا بوزن والِس تہٕ چھُس اظہار لوٚزتہٕ ماری موٚند باسان۔
یمہ موٚلہٕ کنتھ ذیٚہنس منز تھاوِتھ دیتوٚ بأتہٕ کس باقیہ حصص وُٚون تہٕ پانے سپدِ معلوم زِ یرٔزی چھِ شمس فقیرن زانتھ یا ازانتھ پننہٕ کتھ تہٕ پنن تجربہٕ باونہٕ موکھہ اتھ بأتس منز شاعرِ بیٚہ ہندی رنگہ رنگہٕ وٕل ورتاوی متی۔

| | |
|---|---|
| أمی کُنِزرن کیاہ دِیُت جلاو | تس کُنہِ ہیے کیاہ چھُ ناو |
| یرٔزِ منز رزِ پان کھاجوم | موٚت ماشوق یاد پیوم |

عاشق چھُ ماشوقہٕ سنز یاد پیٚھ تہٕ یِہ ڈٕلہِ زِ تہٕ لٔسندس حوٚضورس منز وأتتھ پنن پان اکِس تتھِس عالمس منز لٔبان ییٚتہٕ پرستھ اندٕ کُنِزرُک جلاو چھُ۔ اَتہٕ نہٕ چھِ قسمہٕ قسمہٕ بانہٕ نہٕ تہندی بیوٚن بیوٚن رنگ تہٕ نہٕ تہنزن آوازن ہنڈ پھیرٕ۔ اَتہٕ چھُ صرف حأرنھ پأدٕ کرن وول اکھ جلاو، اکھ نیٚہ ناو یمی شیٚبش جہاتھ آور مُت چھُ۔ امہ یہِ جلاو کیاہ؟ اتھ کیاہ مانہِ کرِی زِ؟ اتھ کیاہ ناو تھوٚی زِ؟

یرزٕ منز رزِ پان کھاجوم

شمہٕ صأب دِیان اتھ جلاوس تہٕ نیٚہ ناوس اُرزی منزی گرژھنہٕ موکھہ کھاجوم تتھے پأٹھی رزِ پان یِنھ پأٹھی عشقہٕ بیچان آفتابس نکھہ واتنہٕ موکھہ پانس وَرتہٕ وُٹھی نہِ دِوان تہٕ رزن کھسان چھُ۔
بأتہٕ کس اتھ بندس منز نہٕ چھُ جلاوُک اکھ راوٕن گہ تہٕ رزن کھسنک اکھ بیٚہ سوکھ تصور، تہٕ کُنِزرکہِ تمہِ تجربُک تہٕ اَسہِ کانہہ باس لگِتھ ییٚمہِ منزی شمہٕ صأب گُذرلو مُت چھُ۔
اَسہِ دِژ شاعرِ یہِ خالص ستہِ مُشتبہا ہہتھ خالص منز یوٚسہٕ بظاہر غار منطیٖقی ژھیٚپہٕ ژھارتہٕ عقلہِ نہٕ وِژوُن راوُن لبنُٕ آسان چھُ تتھے ہیوٚ عالم چھُ یِنھ بأتس منز نہٕ۔ أتی دود تہٕ أتی جود أتی میخانک مس چیوٚن تہٕ أتی کرالہ وانٛچ بانہٕ تھُرے۔ أتی عشقہٕ بیچانگ رزن کھسن تہٕ أتی دوہ ژٕ۔

| | |
|---|---|
| اتھ جیٚہ کِس ڈٔری یاوس | شہہ منز تھہٕ لاے مس |
| دفہ رزخیہ نوٗر یِرزلوم | موٚت ماشوق یاد پیوم |

یہ مے کیاہ گوو؟ تہٕ حیٚنک ڈرٕ یا وٚکتھ وٚلو۔؟ شٕہہ منٛز تھہہ لایٚ کتھ کرٕ وناوتہٕ برزخہ تلہٕ کیاہ چھُ مراد تہٕ تمہِ نوٗر رِ پرزٕ لن کتھ وٚلو؟ یمن تہٕ امہِ قسمکین باقے سوالن ہنٛکہٕ فلسفک یا تصوفک کانہہ موٗ مولی طالب علم تہٕ جواب دِتھ۔ یتھہٕ پاٹھۍ زن اَسہِ ہیٚر کنہٕ وَننہٕ باپتھ ووٚن زِ حے گوو زندہ تہٕ زند تلہٕ چھُ مراد زندگیہ ہُند آگرٕ پانہٕ دَے، پانہٕ ازلی تہٕ اَبدی حقیقتھ۔ شٕہہ منٛزی تھہہ لاٚینس ہیکو حبسِ دم تہٕ مانہٕ کٔرتھ تہٕ یہٕ تاویل تہٕ ہیکو کٔرتھ زِ چونکہِ خوداے چھُ شٕہہ رگہ کھوتہٕ تہٕ نزدیک لہٰذا چھُ پانہٕ سے ووٚن دِیُن تہٕ محض شٕہہ کس کھسنس وَسنس شنیتھ تہٕ چھُ اصل حقیقژ واتن ممکن۔ تہٕ برزخس وَنوٗ چھُ دون متضاد یا مختلف جاین یا حالژن منٛز باگ اکھ الگ جاے یا حالتھ۔ مثالے جنتس تہٕ جہنمس منٛز باگ اعراف یا مرن وِزن تہٕ قیامژ درمیانٛچ حالتھ —— یتھے کٔنۍ چھُ امہِ بیتیم بندٕ

دِلہ کے درواز کنۍ ژاس      مُلکِ وحدتہٕ منٛزی دٕ ژاس

عرشیچہ جوہ یہ پےٚ میٚہ وُزلوم      موٚت ماشوق یاد پیوم

دِلک درواز۔ مُلکِ وحدتھ، عرشچ جوے، امہِ قسمکین اظہارن تہٕ ہیکو تصوفکی اصطلاح زانتھ مانہٕ کٔرتھ تہٕ وَنتھ زِ دِیہ سُند کُنہٕ سِرکرنک چھُ کُنے ذریہ تہٕ سہ گوو دِلس ووٚن دِیُن تہٕ تتھ منٛز ازلی تہٕ ابدی حقیقژ ہنٛز جوہ یہ مُند پے وُزناوُن۔ تِژن گوو مَن پرزناوِتھ پنٕز رِ پرزناوُن۔ یاوٚنی تو مَنْ عَرَفَ نَفْسَہٗ فَقَدْ عَرَفَ رَبَّہٗ۔

مگر سوال چھُ محض یہ خوشک فلسفہ ہوٚدُے تصوف ورتھناوِتھ ہیکہ وا اَسی شمس صابنہٕ کہ رنگ تزرِتہٕ نہند منٛزرِچ جولانی موٚحسوس کٔرتھ؟ میاٚنی کنی نہٕ کینہہ۔ تکیازِ یانہٕ چھُ پانہٕ شمس فقیر بنٕ تہٕ نتہٕ چھُ سُے کُنۍ طریقہ ورتاوُن یُس پانہٕ شاعر شمس فقیرن اَسہِ عام پرٕن والین بوومُت چھُ یانے شارس منٛز بوہ شبیہہ ( IMAGE ) یُس تصویر، یُس واقعہ موجود چھُ سہ یہ ڈیٛزِ ترپنہٕ تس بنفس نفس منٛز ژینہٕ۔ بانے بوزُنے یا پرہنے پینٛ گژھن باوُن!

میٚہ چھُ باسان اتھ بندس تہٕ امہِ پتہٕ پتہٕ والین دٕہ شوٗبٕ بندن منٛز چھیٚہ اکس تتھس شخصہ سنٛز مانہٕ ساو بنہہ زھیٚنچھ یُس بدل کانہہ چارٕ نہٕ لبنہ ڈرٕ یاوس ووڈھ ژھنان چھُ، تہٕ عرقاب

سپدِتھ تتھ آبی عالمس منز DELIRIUM تمک یانے حلس ہوش ڈلنک شکار سپدان چھ۔ تہٕ
آبس منز بوڈان بوڈاں عجیب عجیب رنگو تہٕ واقاتو منز۔ گذران چھ تہٕ بدلے بدلے عالم ڈیشان چھ تہٕ
چھیکرس ڈری یا وکس ژھکس یہ زانٛنتھ ینجہِ درِوان چھ زلوٚٹھ لوٚبمہٕ تہٕ نجاتھ پرٛودوم۔ غرقابی ہندس اَتھ
واتھس چھ زرپان کھالنہٕ کس منزس ستیٚ تہٕ واتھ لگان تہٕ بائہٕ کہٕ آخری بندکس آخری مصرس ستیٚ تہٕ ین
رلان ع

کیہنہٕ تہٕ آسِتھ دامہ کیاہ چوم

گویا شمس صابنس گذرلس نہٕ تہندس تجربس ہنکہٕ کم از کم تخیلی طورسے واتِتھ لیس غرقابی ہنز اَتھ
علامتھ ساز شبیہہ سنہٕ تہٕ ژینہٕ ۔ تہٕ یہ کلہم تصویر ژینان ژینان چھ ممکن زیٛرن وول یا لوزن وول
واتہٕ بدلے کنہٕ ہن ، یوٚرنہٕ وُنکیام کانہہ وومٕت آسہٕ تہٕ تمس گژھن حقیقتہٕ ہندی تم گوشہٕ روشن یہندِ
ووٚجوٚدک نہٕ میہ یا توہہ گمانہٕ تہٕ آسہٕ۔

ہرگاہ وونی ساری پے بائتس نوٚسر سنو ممکن چھ یہ بائتھ باسہٕ اکھ روحانی سفرنامہ یتھ گوڈنکس
بندس منز میخانہٕ منز لولہٕ مس چیتھ دس ووتھان چھ تہٕ لیس آخری بندس منز۔ سوٚرے سوٚدر دامہ چیتھ اند
واتان چھ۔ اَتھ بائتس وَنوٚیاہٕ تخیلکس ذہنس منز۔ شاعرسند فنی وُرٛہ اکھ رژ کوشش تہٕ تہٕ شمس
فقیرُن روحانی واتنیار تہٕ معنوی معراج ۔ فنک سہٕ وُڈوٚلیس آنتھس واتِتھ چھرا ایجساسن ہند ژھایہ
گیٚت باسان چھ ، یا روحانی واتنیارک سہٕ عالم ییتہٕ سوٚرے کیہنہٕ چھینتھ فقط مٔنس ماشوقہٕ سنز یاد روزان
چھیہٕ ، یاد تہٕ لیس ۔




روٗسُل میر




ژٕلِوان روشہِ چھکہٕ نتہٕ ہوشہِ ڈلاّیو مَدٲنو
بہٕ رلِوان ہرنہٕ چَشمَن سۆرمہٕ ہۆلاّیو مَدٲنو

میہٕ عشقنِہ واوہٕ ہیوٚتم نار پانس خاکھ میہٕ گوو
بآبِ اَشک نابُد زن لو گلاّیو مَدٲنو

یِمبرزَل چیشمہٕ چھے ہٕلہِ ! روز سیوٚد دوٗچھ دوٲلہٕ میہٕ کُن
بہٕ لوٚلے چانہِ چھس بیمار بلاّیو مَدٲنو

بزورِ پنجبۂ مژگان دِتیوٚتھم تیرِ غمزاٗ
لوٚ کرٔتھس زنجہِ زن ہٲرنجہِ تلاّیو مَدٲنو

یِتم شہبازٕ پھیرِتھ راز دِلُک بازوَنے
جگاٚرُک ماز پَنُن ناز تلاّیو مَدٲنو

میہٕ نیوٚتھَم ژوٗرِ دِل مستورِ کوٚرتھم حورِ تصور
بَدٲنس سوٚرُ ملے دوٗر ژلاّیو مَدٲنو

میہٕ کوٚرتھَم پھوتہٕ موکھتس طوطہٕ کرِ کیاہ باشہٕ کراٚو
دِہ ہاٚ آکرِ موتنے وُنہٲر گلاّیو مَدٲنو

غونچے زَن نیرِ پھٹِتھ پھیرِ گلٕ زن پَرِ دٕژتھ
بہٕ چانے خار، گژِھتھ دُبارٕ پھولاّیو مَدٲنو

کھٹھ سینس اندر لوناہ رٹھ شامہ سوندر
جامہ زن سروِ قدس پان ولاٗیو مدآلو

متیو یکھناڑ میوٗنے میم تنے جیم زلفن
عطر چنبیل کوٗستوٗری نافہ ملاٗیو مدآلو

روٗسوٗلن پیالہ چشمن خوٗن جگر کوٗرنہ شراب
کباب دل بہ ژینے کیتھ تاوِ تلاٗیو مدآلو

بہٕ چھُس رٕوسُل میٖرن بأتھ

ژٕ ہیوان ردشہِ چھکھنہٕ تہٕ ہوشہِ ڈلأیو مدأنو

بہٕ رلیوان ہرنہٕ چینٛتھو سورمہٕ چھلأیو مدأنو

یہٕ بأتھ چھُ کینژ وکتھو کنہِ خاص توجہس لایق۔ گوڈٕ بنتھے ملمہٕ عوٗرٕوضہٕ کہِ لحاظہٕ یاد تھوِتھ پأٹھی زأنہِ بأتس منٛز بیٚن وزن ورتاونہٕ آمُت چھُ سہٕ چھُ ازی چہٕ عام کأشرِ شأیرِ بہٕ ہندلو وزنو نشہٕ مختلف۔ اَتھ سِلسلس منٛز چھیٚیہٕ یہٕ کتھ ژٕنس پاوٕنی لایق زِ تیٚتہِ یمن ژوٕن پانژن ہتن وریٚن دوران سُیٚد سانہِ کأشرِ شأیرِ بہٕ پیٹھ کلاسکل فارسی شأیرِ بہٕ ہندیو تھ غلبہٕ زأمِس گیہٕ پننہِ اصلی گرائے نزایی بہٕ ڈیٚپز تہٕ مُشتھ۔ چونکہِ کلاسکل فارسی شأیری اأس عوٗرٕوضہٕ کنہِ سیٚٹھاہ ضابطہٕ بند، تۆ کنہِ ہیوٚت اسہِ کأشرِ لو تہٕ (تہٕ خاصکرِتھ یُپری ہتھو ٹیکھی ہتھو کأشرِ لو) پننہِ کأشرِ شأیری تہٕ پتھ وے ضابطہٕ بند زأولو کنہِ وچھنہِ۔ سون اَزیُک غزل آسِہ یا مثنوی، رُبأے آسِہ یا نظم یہٕ سورُے شارٕ سرمایہٕ چھُ فارسی بحرو تہٕ وزنو مطابق گنڈنہٕ آمُت تہٕ فارسی چالہِ وزن وُچھنگ ورتاونُک عادتھ چھُ نیوٚتھ سینیو مُت زِ غلطی کنہِ چھکھ اسی پننہِ پرأنی زٕنی بأتھ، وزن ہری نہٕ نزن مصرتہِ فارسی گرزے میٚنتھ ہوان تہٕ پیٚلہِ نہٕ تمہٕ آیہٕ برابری لوان چھیٚیہٕ تہٕ چھہِ پرأنین کأشرِ بن شأیرن ہندِس ان پرآسنس رٕہ کھاران تہٕ سوکھ ہہان۔ حالانکہ پزر چھُ یہِ زِ سأنی بیشتر گیوٚن بأتھ چھہِ کأشرِ نکہِ موسیقی ستی وابستہٕ تہٕ لوٚتامتھ نہٕ اسی پننہِ پتھ کالہِ کیوٚاز کالہِ چہٕ لوکہٕ موسیقی ہُند حال او حال مولوم کرو نہٕ تمکی خولہٕ خط بدِ کڈ وِتھمہٕ چہِ قرابتھ دأری یہٕ پرنہٕ ناوِ دوتامتھ روزِ پرانہِ کأشرِ شأیرِ بہٕ منلق سأنی زان اَڈٕ لیٚج۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُس بہٕ پننین موحترم دوستن تام پننُے بہٕ تاثر واتناوُن یژھان زِ سانین کھاندرن کھوندرن، رسمن ریٚژن تہٕ مختلف سماجی تقرٕ یبن پیٹھ یم لکہٕ

باتھ اُسے اَتھن، نٹین، تمکھنارِن، سورنین، ڈَڈمن، نھالجن تہٕ ڈکرن بیٹھ لوکہ چار بیٹھ لوزان آمتی چھہ
تموٚ منٛز چھُ وارہین باتن تاجکستان تہٕ قزاکستان ہوٚبن منٛز ایشیائی علاقن ہنٛز لوکہ موسیقی ستی سیٛد
سیٛوٚد واٹھ باسان۔ یوٚتامتھ نہٕ وُنلہ منٛز ہینہٕ آمتی یم گوشہٕ روشن سپدِن توٚتامتھ ہیکون نہٕ اُسی یِمن واریاہ
قابلِ قدر شارٕ سرمایہ تہٕ یِرنہٕ پاٹھی مولناوِتھ۔ اَتھ اہم کامہِ ہیٚکہ سانہِ کشمیر یونیورسٹی ہند سنٹرل ایشین
سٹڈیزس ستی والبنہ ڈپارٹمینٹ رتی پاٹھی ڈسلابہ کرِتھ تہٕ باقین ہندِ بایتھ وَتھ کڈِتھ۔

مُتعلقہ پوٚت منظر تہٕ بیہ خبر آسنہ کنی چھُ باضے ساتہٕ کانہہ باتھ یِرن نہٕ تہٕ گیوٚن تہٕ کروٗتھ
باسان، تہٕ اَدِ ییلہٕ اَمہِ قبیلکی باتھ لیکھنہٕ تہٕ چھاپنہٕ یِوان چھہ تمن چھیہٕ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ اَنگہٕ اَنگہٕ مسخ صورتھ
گژھان۔ اَزلیس باتھ آسہٕ ژورمُت چھُ اَتھ تہٕ چھُ مختلف چھاپن منٛز مختلف انداز اوٚرک یور تہٕ اَڈُم
زڈگومُت۔ اَدِ بایتھ چھُ میانی کنہِ اَمہِ باتچ مولانکہٕ ووٚن کرنہٕ بروٚنہہ یہ ضورٗری باسان زِ باتھ یِیہ مناسب
طریقہٕ پرنہٕ تہٕ صحی پاٹھی درج کرنہٕ۔

مرحوم حافظ احمداللہ صابن چھہ پننہِ "اصلی موسیقی کشمیری" منٛز اَمہِ باتکی صرف ژھ بند درج
کرِی متی تہٕ رواٗنی کشمیری عنوانہٕ مقام کُلیانس تل گنڈِی متی۔ کلام روٚسل میر ناوِ یم جُز چھاپھ سپدی متی
چھہ تمن منٛز تہٕ چھنہٕ باتکی ساری شار درج تہٕ حال حالے یوٚسہ شارہٕ سوٚمبرن "کاشُر غزل" ناوِ فاروق اینڈ
کوٚطرفہ چھاپ سپزمژ چھیہٕ تتھ یوٚدوے باتکی اکثر شار درج چھہ مگر تہٕ کرِتھ نہٕ نہٕ چھہ ساری شار درج
تہٕ نہٕ چھُ کلام غلطیو روٚس۔ تہٕ ییلہٕ تہی یہ باتھ سازک تہٕ آواز ہند میل بنان کنہ جایہ لوزو تہی ژہنیو پانے
زیلہٕ پاٹھی چھہ اَمہِ باتک انتخابے گیوٚنہٕ یِوان۔

بہر حال یم ساری ماخذ بروٚنٹھ کنہ ژٹھتھ نہٕ کیہنہ زبانی رِوایژ نظرِ تل تھاوِتھ نہٕ باتک
اَنہار تہٕ انسان موحسوٗس کرِتھ یوٚسہ صورتھ اَدِ باتن میانِس ذیہنس منٛز ، پراوسوٗ کرمیہٕ یہ ڈیٚپزِ تہٕ گیوٚن
چالی قلمبند تہٕ ترتیب دِژمس ییتھ پاٹھی :

ژٕیوان روشہِ چھکھنہٕ تہٕ ہوشہِ ڈلاٲیو مدأنو

بہٕ رلیوان ہرنہٕ چشموٕ سورمہٕ چھلاٲیو مدأنو

میہٕ عشقنہٕ دادِ ہیو تمَ نار پالنس خاکھ میہٕ گوو

باے رشک نابد زن لو گلاٲیو مدأنو

ییمبرزل چشمہٕ چھے ہلہِ! روز سیتو دوچھ دولہٕ بیگن

بہٕ لوے چانہِ چھس بیمار  بلاٲیو مدأنو

بزورے پنجہٕ مژگان دیتو تھم تیرِ غمزا م

بوکرتھس رنجہٕ زن ہارِنجہٕ نلاٲیو مدأنو

یتم شہبازہِ پھیرِتھ بازِ دِلک رازوٕنے

جگارِک ماز دِے ناز  نلاٲیو مدأنو

میہٕ نیو تھم ژوٕر دِل موستوٕرِ کوٕرتھم حوٕرِ قو صوٕر

یدانس سوٕر ملے  دوٕر ژلاٲیو مدأنو

میہٕ کوٕرتھم پھوتہٕ موکھتس، طوطہٕ اکر کیاہ باشہٕ کراو

دہ ہا اکِ موتہٕ نے وَنہار  گلاٲیو مدأنو

غونچے زن نیرِ پھٹتھ پھیرِ گل زن پردِ ژٹتھ

بہٕ چانے خارِہ گژِھتھ دبارہٕ پھولاٲیو مدأنو

کھٹتھ سینس اندر بوتالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر

جامہٕ زن سروِ قدس پان ولاٲیو مدأنو

میتو یکھنازہٕ میونے ہمہٕ تتے جیم زلفن

عطرِ چنبل کوستوری نافہٕ  ملاٲیو مدأنو

رۄسولن پیالہٕ چشمن خوٗنہٕ جگرٕ کوٗرنہٕ شراب
کباب دِل بہٕ ژٕرِیٚے کِیتھ تاوِ تنلاٚیو مداٚنو

یہ اوس باتھ۔ تہٕ وۄنی کرو اَمکی فنّی گوٗن وِرژھناوچ کوٗشش : گوڈنچ کتھ چھیہٕ یہِ صوٗرتس کنہِ چھُ یہ غزٕل، یتھ گوو اَتھ چھُ ردیف قافیہ بِلکُل تمی چالہِ یمہِ چالہِ مثلے کُنہِ فارسی یا اردوٗ غزلس آسہِ۔ مگر تتہٕ اَستھ تہٕ چھُ اَمیک بحر غارِ مُروج تہٕ غارِ موٗمولی۔ حالانکہ ہاونہٕ باپتھ ہرگاہ ہاوٗن بِیّیہ تیٚلہِ ہیکوٗن یہ بحر، بحرِ ہزج مُثمن محذوٗف ماٚنتھ تہٕ زِحافاتھ نظرانداز کٔرتھ ہیکوکھ اَکی موٗلہِ رُکن یتھہٕ پاٹھی بیان کٔرتھ:۔

مَفاعیلُن مَفاعیلُن مَفاعیلُن فعوٗلُن

مگر غزلکس آوازٕ انہارس اَمچہِ آہنگہٕ ترتیبہ تہٕ کلٕہم صدا سازی یہ گرزٕ ھتہٕ پاٹھی کتہٕ گنڈ تہٕ غزلُک نصف طلسم پھُٹہٕ۔ بیٚیتھ چھیہٕ کلاسکل غزلچہِ رِلوایژ خلاف رۄسلٕ میرنِس اَتھ غزلس منز زنانہٕ عاشق تہٕ مرد چھُ ماشوق، یُزٕن کاشرِ لولہٕ شاعر یہ ہنز پرٚاژی رِلوایتھ رۄزمرٕ چھیہٕ۔

دوٗیم وَنہٕ لایق کتھ چھیہٕ یہِ رۄسلٕ میرنی نیتھی ہوی غزٕل چھہِ جان پاٹھی باس دِوان زِ کاشرِ زبٲنی منز چھُ غزٕلن نہٕ صرف وار پاٹھی کھوٗر ٹھیکراوی مَنی بلکہ چھِن طرحداری تہٕ تکنگری تہٕ ٲنچھر تہٕ۔ محموٗد گامی لوٗزان لوٗزان بِیتہٕ سیزرُک یزرُک تہٕ سیدِ سیوٗد اظہارُک اَحساس سپدان چھُ تتہٕ چھُ رۄسلٕ میرٕن کلام پران پران لوٗکہ شنجی تہٕ ہونرمندی تہٕ ورگہ پاٹھی کتھ وَنِنچ زیٚنہ وَن لگان۔ تہٕ ترٚییم قابلِ توجہ کتھ چھیہٕ یہِ غزلکہِ رسمہٕ مطابق یوٗد وَے پرٛتھ کُنہِ شارُک مانہ بیٚنہِ بیٚنہِ جایہ مکمل تہٕ خود موختار چھُ لوٗزتہٕ کرٕتھ تہٕ چھُ لوٗرٕ غزلُک موضوع کلٕہم کرِتھ کُنے باسان:۔ دوٗر برتہٕ مکی فراکھ، دزٕن تہٕ وہلکُن وصالُک تمنا تہٕ برم ـــ چھُتہٕ یہ بُڈ موٗنڈمت موضوع مگر رۄسلٕ میرٕن چھُس بیٚنہِ جذبہٕ، تخیُلہٕ تہٕ ہونرٕ سٕتی تیٚتھ زوٗزتہٕ دِتیمُت ظٔی یتھ چھُ شاد سپدان۔

رۄسلٕ میرٕن شاعرانہٕ کمال چھُ یہِ کتھ چھیہٕ اَکھ اَکس لتہِ ژھیٚنہ گرٕ ژھنچ، نارسٲیی ہنز تہٕ ارمان کھیٚنچ مگر کتھہٕ منز چھُ ووٗتلان نیٚرکی ہند فضا، مُلاقاتُک موسم تہٕ مجلس آرٲیی ہند ماحول۔ غم باوان باوان شادی بَرٕنی ژھرٕن کنڈ ین ہند نکرٕ کراں سوٗنہ تہٕ پھُلیہ ہندی رنگ ژھٹنی، فراقُک شار وٕنتھ وصالُک عالم اُچھن برونٛہہ کُن اَنُن، یہ گیہٕ شاعری ہنز کراماتھ۔ میرزا غالب وَنان زِ یارس پرٛژھی لازمی کرنس ووٗت

اکھ زماناہ اکھ مگر وَنان تِمہٕ اَتھاپہٕ زِ پریتھ اَند لولہٕ محفلہٕ ہندی ژانگی پرِ پزلان تہٕ وصالکِین مُس کھاسین چھینہٕ بُہرائے کھسان ۔ ع

مُدت ہوئی ہے یار کو مہمان کئے ہوئے          جوشِ قدح سے بزم چراغاں کئے ہوئے

(ب)          رٔوسُولن پیالہٕ چٔشمن خوٗنِ جگر کوٗرنہٕ شراب

کباب دل بہٕ ژریٖ کیٚت تاوِ تلاٗیو مدانو

رٔوسُل مہرِ وَنان پیالو بدلہٕ تھاوِم چٔشمہٕ آینہٕ، شرابہٕ کنہٕ لوٗرمکھ خونہٕ جگرتہٕ کبابہٕ کنہٕ تِہم ولُنج تاوِ۔ بوزُوہے تہٕ یہٕ سوٗرے چھُ دوٗر رٔک، مجبوٗری ہُندتہٕ محروٗمی ہُند بیان مگر موحسوٗس ہے کروٗنہٕ تیٚلہٕ چھینہٕ پیالُن ہنز بطنین، شرابُک دوٗ شلُن تہٕ کبابُن ہُند ژھر سوٗرے رٔچھ تہٕ مرُچ مثال۔

غزلس چھُ کُل کہہ شارتہٕ بظاہر چھُ کہوٗ ذمنز دوٗرِرٔک یتھی ہوی وبداکھ کنن گژھان:

ژالواں روشہٕ مُچھکھنہٕ تہٕ ہوشہٕ ڈلاٗیو مدٕنو

بہٕ رلواں ہرنہٕ چٔشمن سورمہٕ چھلاٗیو مدٕنو

مگر کہیں نے تہٕ شن شارن منز چھِ یمے وبداکھ تیٚتھ ہِلوائے اندازِ، وُتاوٗلی اظہار تہٕ تیٚتھ شوقل بیان پژاوان زِنتہٕ یارس یار سمکھاوٕنچ باوتھ چھینہٕ سپدان ۔ مثالے یم شار:-

غوٗنچے زن نیرِ ہٕٹتھ بھیرِ گل زن پرِ دِژِ ٹھتھ

بہٕ چانے خارِ گرِتھتھ دُبار بھولاٗیو مدٕنو

متیوٗ یکھناژ میوٗنے میم تنے جیم زُلفن

عطرِ چنبل کوٗستوٗری نافہٕ ملاٗیو مدٕنو

کھٹتھ سپنس اندر لو نالہٕ رٹتھ شامہٕ سوٗندر

جامہٕ زن سرِوِ قدس پان وَلاٗیو مدٕنو

رٔژھ کھنڈ برہٕ نہہٕ کوٗرمیہٕ اِشار پاٹھی عرض زِ رٔوسُل میرُن یہ غزل چھُ ٹاکارٕ تُوٗلوٗتھ نِہندِ وُسوار نخیلک تہٕ تِہنز زُودار ہوٗ نمندی ہُند۔ یُس لولہٕ مٔنس ینہٕ اَمارِچ گرٕ یکھ ہاوِ ژ تہٕ ینہٕ خارِ خارِچ بیقراری

باوُنی آسہ شہ ہنکیا یہیمہِ کھوتہ کاہہ جان اِظہار لبنہٕ ز:۔

غونچے زَن نیر پھٹتھ بیہ گُل زَن پرِدٕ ژٕٹتھ

بہ چانے خار گژھتھ ڈُبارٕ بلاٰیو مَدٕ نو

غونچہ تہٕ گُل ہیم دوشوے چھ بڈٕ مانہ ساوی تہٕ بسیار پاسلی رَمز۔ غونچہ چھُ گُلس مقابلہ موصوم تہٕ تہٕ موٚستوٗر یانے پرٕدٕ دار تہٕ۔ موصوم غونچہ نیر اَندرمہ جوشہٕ پھٹی پھٹی تہٕ گُل بنتھ وہراوِ پننہ اَمار ح کو چھ ہنکیاز لقول میرزا غالب ہر غنچے کا گُل ہوا آغوش کشائی ہے۔ دہانہ بند پوشہٕ ٹوٗر مُرٕزلوٚتہ پان وُٹی وُٹی ھھاوُن وول غونچہ نیر پرِدٕ ژٕٹتھ۔ یا وُلوٗر ھوٗپ پوشہٕ ٹوٗری ہَن بنہٕ ڈلِج بیہ وایہ لولن واجینز گُل تہٕ تھرِ پیٹھچ حیابند غونچہ ہَن ننہٕ وانہ وُپھراے کرن واجینز آبی ژٕرٕ۔

میہ چھُ باسان یتھس شارس دِیہ ہے غالب تہٕ داد خاصکر کتھ یہ ژٕہینتھ زٕ شاعر یہ ہندس اتھ مسٕ ساوی تہٕ کرامژ ِ ل عالمس منز چھُ پوشہٕ ٹوٗرس گلہ ہیوٗ جاناوار بنان تہٕ گو لالس چھُ کوٚنڈے لوت موٚژ کتھ ڈُبارٕ غونچہ دہانہ مُشک ژٕھٹان۔ غالبن چھُنا پانہٕ اکھ فارسی شار ووٚنمت۔

لالہ وگل دمد از طرفِ مزارش پس مرگ

تا چہا در دل غالب ہوس بوئی تو بود

روٗز روٗسُل میرنی ہو زمندی تتھ چھُ زرہ ح۔ اکھ ظاہری یہیمہ کنہٕ شاعر لفظن گِندتھ کنتھ نزاکتھ تہٕ لطافتھ بخشان چھُ۔ مثالے یہ شار:۔

میہ عشقنہٕ واوٕ ہیوٗ تمنمٕ نار پالنس خاکھ میہ گوو

ہاب اشک نابد زَن بہ گلاٰیو مَدٕ نو

اُڈی چھ اتھ عشقنہٕ داد بران مگر چھُ یہ دراصل عشقنہٕ واوٕ تکیاز شارس منز چھیہ اصل کتھ علاوٕ باوُژ ہنز یہ نزاکتھ تہٕ ژٕہینتھ زآب خاکھ واو نار ژٕوشوٗ جُزوٕ وَن ہُند چھُ وُلیتھ تلیتھ تذکرٕ سپدمت۔ یانے ورگہ پاٹھی چھُ وَننہ آمت زِ متس یار ہندی لولن چھُ پھلواے زٕنہ ہند سورے وجوٗد، ساری کاینات آہ رمز۔ یتھے پاٹھی چھُ یہ شار:۔

یِنَم شہبازٕ پھِیرِتھ راز دِلُک بازٕ وَنے
جِگَرٕ رُک ماز پیٚنٕ ناز تُلاٚیو مَدٕ نو

اَتھ منٛز تہٕ چھُ لفظن ہُند صوٗرٕژ ہِشَر یا آوازٕ میٖل یا مانہٕ رُلُت ژُھراو بہٕ آمُت ۔ باز تہٕ شہباز یمَن دوٚن لفظن چھُ پانہٕ وٲنۍ ہِشَر تہٕ تہٕ بیٚن تہٕ یُس شارس مانہٕ ژنگی مزٕ دار بناوان چھُ شارٕکین باقے لفظن ہُند آہنگ اکھ عجیب سوٗرُوٗدانان ۔ یوٗہے لفظٕ گیٚنڈ چھُ ہلہِ ، سیوٚد ، دولہٕ بیترِ وُنہِ یِتھ شارس تہٕ اکھ مارٕ منٛزٕ رٕ بجنستان ۔

یِنبرٕ زَل چیٚشمہٕ چھےٚ ہلہِ ! روز سیوٚدو چھ دولہٕ میٚہ کٔن
یہٕ لوٗلے چانہٕ چھُس بیمار بلاٚیو مَدٕ نو

روٗسُل میٖرنہٕ ہونرٕ ہُند بیاکھ پاس چھُ امہِ کھوتہٕ نہٕ نوژُک تہٕ اہم تہٕ اَتھ چھُ شارٕکر ظاہر کھوتہٕ تمہِ کِس باطنس سیتہٕ واٹھ ۔ مثال چھُ یہٕ مِصرہٕ یُس اظہارٕ چہِ پاکیزٕ گی تہٕ ایٚحساسہٕ چہِ نزٕ اکژ ہُند سیٹھاہے رُت نموٗنہٕ چھُ ۔ جامہٕ زن سَروِ قدس پان ولاٚیو مَدٕ نو

ژٕکہِ چھُ عاشق ژٕنہٕ وَنُن زِ ماشوق رٹن نالہٕ مَتہٕ ، مگر وَنان چھُیہٕ انتہاٚیی شاٚیستہٕ طریقہٕ :
کھُٹنہٕ سیٚنس اندر لوٗنالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر ۔ جامہٕ زَن سَروِ قَدس پان ولاٚیو مَدٕ نو
ہرگاہ یہٕ باوژ ہُند یہٕ شوٗژر ژُھرنہٕ ییِہ ہے شارٕ نہٕ ہے مالایاٲنی تہٕ شاعرٕ سُند حُسنک تہٕ لوٗلک تصور باہِ سہے پوٗٹھ تہٕ ڈٕسی یایہِ ۔

محبوٗبہٕ سُند یُس تصور روٗسُل میٖرن یہٕ ہٕ لِس کلامَس منٛز دوٚبرو وُمت چھُ سُہ چھُ ژٕکہِ دُرٕ ژنگ ۔ اکھ رنگ چھُس پرانہِ کاشرِ لُکہِ شاعرٕ یہٕ ہُند یِمہِ کِنی محبوٗب اکھ انتہاٚیی بیٚہ فکر تہٕ لولہِ باشہِ کرٕ وُن طوطہٕ باسان چھُ یا اکھ سیٹھاہے موصٔم تہٕ پاکیزٕ ذاتھ باسان چھُ ۔ ییٚس لولہٕ منٛزٕ رٹتھ ہوہو کٔریہٕ رٕ ۔ یُس گرا شامہٕ سوندر بنان چھُ تہٕ گرا اچھِ لوٗو تہٕ رانَس میٚہ نزہٕ سیپارٕ پرٕ بم چانہٕ لولرے ۔ رنگہٕ وٗلہٕ ریٚہہ کھوتہٕ کھوتہٕ للناٚدم ۔ مَنہٕ شرٕ پراوٚم اَمرِ تہٕ کول ۔ موتہٕ میٹھہٕ کٔری مَس زَنتہٕ قورانَس ۔ اَدٕ نسارُوٗدُم نہٕ پانَس تام محبوٗبہٕ سُند یوٗہے مُلہٕ تلہٕ کاشُر تصور چھُ روٗسُل میٖرن یِمہِ شارٕ منٛزی برٕ نوٗ تراوان :

کھُٹنہٕ سیٚنس اندر لوٗنالہٕ رٹتھ شامہٕ سوندر
جامہٕ زَن سروِ قدس پانٕ ولاٚیو مَدٕ نو

تہٕ عاشق زنہٕ ہنٛد تصورتہٕ چھُہ ہیٚرِ لوبہٕ کاشُر۔ یہِ زٕنی چھیہٕ لولہٕ دادِ یُنہٕ نٮ۪ن ہرنہٕ چلیٚتھ سورمہٕ چھَلان، اَتھٕ وانہٕ نابدزَن گلان میم تَنَہٕ تہٕ جیم زلفن عطرچنبیل تہٕ کوٚستوٗری نامہٕ ملان تہٕ جگرک ماز تاوِ تلان۔

محبوٗبس مُتلق روٗشل میرنہٕ تصورک دوٚیُم رنگ چھُہ جلالک تہٕ جبرٕ وتک باس دِوان تہٕ میانیٚ کِنی چھیہٕ اَتھ رنگس تیزی تہٕ تُندی روٗشل میرنہٕ فارسی دٲنہٕ عطا کرمژ۔ اَمہِ زِ رایہٕ وچھتھ چھُہ ماشوق باضے شہباز باسان یُس ہوٚنٛڈ دِتھ شکارس جگرک ماز دِگہِ دِگہِ کھیوان چھُہ تہٕ باضے چھُہ باسان ہارِ رنج تہٕ کان سنبالِتھ شکارس درامُت اَکھ شکٲری یُس لولہٕ شکارس اَچھرٕ والن ہنٛد نچہِ دِتھ تہٕ غمزِ تیرِ سیٚز راوِتھ بچارِس اَڈٕ مارِس تُمن ہنزِ ہارِ نجہِ تلے رنجہِ ناوان چھُہ۔ مثال چھیہٕ

| | |
|---|---|
| جگرُک ماز یٔمیٚنٕ ناز نلائیو مدہٕ نو | یتم شہبازٕ پھیرِتھ راز دلگ باز ونے |
| بوٗکور تھس رنجہِ زنہٕ ہارِ رنجہِ نلائیو مدہٕ نو | بزورِ پنجہِ مژگان دِتیوٗ تھم تیرِ غمزا اَمہ |

پرزچھُہ پزِ میرصابنس اَتھ غزلس لوٗت سنٛتوٗ تیوٗت نیرن اَمکی گوٗن ثنٛی۔ تہٕ اَوٕ کِنی چھُنہٕ شاید یہِ وَنُن مبالغہٕ زِ یہِ چھُہ کاشرِ زبٲنی منٛز موجوٗد اَکھ سیٹھے مٲرِ موٚند کلاسکل غزل، ییتھ منٛز شاعرن پننہٕ تخیلک وُچھ وار، اِحساسک وُشنیر تہٕ باوژ ہنٛز ہوٗنرسٲری ہیٚکن گرِتھ اَکس تحلقی مٲری منٛزرس زِ نُم دِتیمُت چھُہ۔

## ج

ییٚندراٲزنہٕ دربار نغمہٕ کراں چھی پٲرِستانو
سوزِ منصوٗر گربزاں، کَن میٚہ دِژاو گوس دلیوانو

یہِ چھُ احمد بٹہ واٗری صاٲبنُن اکھ مشہوٗر بٲتھ مگر اَتھ مُتلق چھِ کیٚنہہ اِختلاف : اکھ یہِ زِ بٲتس کَرٕشِ شار چھِ کلُ۔ دوٚیُم یہِ زِ شارن ہِنز ترتیب کیاہ چھیٚہ تہٕ تریُم کیٚنژن لفظن ہُند ہیر پھیر۔ یِم چھِ مومٗولی اِختلاف زنکیاز ییٚہندی کِنہٕ چھُ بٲتک کلِہم وٗجوٗد مُتأثِر سپدان تہٕ بوزن والیس رُت یا ناکارٕ باس لگان۔ ڈٲن گوو یاہ کرٕ یہِ وُنی کیٚن بٲتھ تمہِ تگہِ تہٕ ترتیبہِ پیش یوٚس یہٕ بٲتک مزاژ، ماحول تہٕ فضا وُچھتھ میٚہ زیادٕ مُناسِب باسان چھیٚہ :

ییٚندرازنہٕ دربار نغمہٕ کراں چھی پٲرِستانو
سوزِ منصور گربزاں، کَن میٚہ دِژام گوس دلیوانو

شماہ لاطماہ، راٲتِ راتس چھیٚے پریزلانو
شب گوٚو تہٕ آو صبا، گاش گاشس نِشہِ مَنڈِچھانو

نارٕ ستیٚ نار دزاں، آبہٕ ستیٚ آب تن ناوانو
خاکہٕ ستیٚ خاک چھِ پاک، واو واون کوٚرمستانو

چھِنہٕ عاٲری فنَ نیٚندر، عاٲش آرام نوش کرانو
دِل کابہٕ، ڈیکہٕ سیٚندر، یاکُنہٕ کرِتھ یکسانو

گوٚو منصوٗر فنا ویٚوندن ہیوٚ ہیوٚ نٔہ مسلمانو
اَن پرٕنس ناچھ منع چھُنا گدُرن ژھایہٕ روزانو

نٔہ چھُ مردکن کھنتھ، نقش برسنگ چھِکھ نٔہ سوزانو
یہِ چھیٚہ میٚنتس موٗزوٗری، بے میٚنتھ چھُ بے سامانو

کَم کَم جواں مران گنہٕ چھِ کراں پٔنٕنہِ اَستانو
دَم ہیتھ شیر گربزان، تم چھِ عیاں کوہ بیابانو

بٲتُک اکثر مصرٕ چھِ گواہی دِوان زِ شاعری گیہ نٔہ کیتھ زِ زاٲلِ دِموس تہٕ ولیوٚٹھ بوٚٹھ مانہٕ اَنوس کڈتھ، بلکہِ چھیٚہ سو اکھ واقعہ، اکھ گُدرُن یَتھ اَنزی منتری گژھنہٕ یا پتھ یا تہٕ پزنہٕ پاٹھٕ عاٲش آرام نوش چھُ کرُن تہٕ نٔہٕ کہیں نے تہٕ یَنن تخیل وُزناوِتھ ییٚندرازنہٕ دربارٕ دلیوانگی ہُند روح رکانہٕ زیٚنُن۔

بٲتُک گوڈنیُکُے شار چھُ اکھ اہم کیتھ اَبیٚنہٕ بناوان، یانے شاعری گیہ نٔہ کیتھ وَنِتھ باسر باوُن

بٔلۍ کہ گدٕرٕن ہاوُن ۔ گاٹُل چھُ کتھ وَنان ، درویش چھُ سِر باوان مگر شاعِر چھُ گدٕرٕن ہاوان یتھ کٕنۍ مثالہِ

پاٹھۍ شونگ مِتِس خاب یا شرِس کھیل ہاوِ زِ ۔

سوز منصوٗر گر بزاں کُن میہٕ دژاو گوس دیوانو

ٔیندرازنہٕ دربار نغمہ کراں چھی پرِستانو

لفظ پاٹھۍ تہٕ درمیٚ کتھ گو ٔیندراز رۄڈُک ، وُزملن تہٕ گگر اینٛ ہند حکمران تہٕ دِوتہن مُندراز

یٚسندِس دربارس منٛز اژھ رژھ نژاں تہٕ گیواں چھیہٕ تہٕ گندرٕو ساز وایان تہٕ گایان چھِ ۔ تشبیہہ پاٹھۍ

اٚژتون شارُک ڈرامایی صوٗرتِ حال خیالس منٛز ۔ اکھ حدرٕوس وُچھلاوان وول ، سِر سووتہٕ جاہٕ جلالہٕ

وول پادشاہ ۔ اٚمی سُندے عظیم شان تہٕ بارونق دربار چھُ گکھ ۔ پری بہٕ چھیہٕ نژاں اکھ زیادٕ پیندٕ پرٕ زٕ

پرِستانُک پرِستاتے چھُ نغمہ کراں ۔ ساز وزاں ، ساز ندر گایان تہٕ سوز گر بزاں ! تہٕ اٚتھی منٛز چھُ دربارٕ

نبر شو تہٕ وولاہ اکھ درواز س تل ژھینچھ کُن دِوان اکھ حدرٕوس غاٹر موٗموٗلی صوٗرتِ حال ! دِلن تہٕ

کُڈِس ووٚڈھ مگر دربارس اَندر تہٕ مائیکہ اٚژتھ ۔ تِنہٕ چھُس حال خطرناکھ ۔ سازس سہہ بنیومُت ابژھ

جایہٕ اژن گو وگر بز وِلنس ہٕہس پان پیشرُن ۔ اما پوز وچھلیمتِس شوقس کیاہ کرِ زِ ؟ کل ییلہٕ دژالیس تہٕ

کُنہٕ پاٹھۍ گژھس تسکیس سپدُن ۔ دپان :

کن میہٕ دژام گوس دیوانو

ژنزن گو واندراژنہٕ ورایِی دیوم نیبرٕ کُنی بوز ہا اَندر کیٚتھ ساز تہٕ کہنٛز آواز چھیہٕ ۔ مگر تتھ گوم پھیری تھے ۔

کٕنۍ یوت دژوم زِ عقل ڈٕزم تہٕ گوس دیوانہٕ ۔ دیوانہٕ تیٚتھ زِ ییچ کٕنہٕ وان گییم تہٕ تگیم نہٕ باوُن تہٕ یہٕ بہٕ

باوتھ کر نہٕ تگ نہٕ مژر لٕشہِ محروم گاٹلین لوٗزٕن ۔

دیوانہٕ گژھن گو وَنہٕ پاگل گژھنے یوت ۔ دیوانہٕ گژھن گو واٹلنہٕ یچھ شیدا تہٕ پھلوا گژھن

تہٕ ۔ سوز منصوٗرک گر بز لوٗزتھ گو وَنہٕ سہٕ فقط عقلہٕ ہند لوٗزولانہٕ وے لٕشہٕ آزاد بٔلۍ کہ گوس پانس اَندی یچھ

سوٗرے مُشتھ تہٕ محض گو وُتھی سوزس پھلوا ے ، تیٚتھ زِ بتہٕ گیسوس لٕس تمہٕ کے جستجو ، تہٕ اسہٕ وَنہٕ گتن

گیہٕ ژنتہٕ کنن بہٕ مُتی کر یچھ زِ لوٗزوا ! ٔیندرازنہٕ دربار ہا منصوٗرن سوز گر بزان ! کفر کہ کُٹھ ہا اسلامک

آلوودہ نلان !

دربارٕکۍ یِم وُہلاوَن واۍلۍ نغمہٕ تخیلہٕ چھوٚ اَچھو وُچھِنۍ، یِمَن اَرٕژھ رٕژھن ہُند سوز دِلَس کنو لوٚزُن، کفرُک تہٕ اسلامُک یہِ گَنٛتھ کُنہِ اَندٕ نکھٕ پرٕزناوُن، تہٕ اعلا حقیقتٕچ ہنٛز یہِ ہٕہلوا کرٕ وٕنۍ لیلاژھیٛنۍ۔ یہِ چھہ گوٚڈنیُک شرط احمد بٹہٕ وارٕ رسٕ نظمٕ وانُک۔ یِتہٕ ہیکن شارس رنگہٕ رنگہٕ تاوٕلہ سپدِتھ اکھ تاویل ہیکوس یِتہٕ کٔرِتھ زٕیندراز، تسنٛد دربار، دربارس منٛز نغمہٕ کرٕوُن پرِستان تہٕ گرٕ بٕزوٚن سوز، تہٕ اتھ سوزس کُن دِتھ دیوانہٕ گٔرژھن وول — یہِ سوٗرُے گوٚو (ا) پانہٕ خودایہِ لایزال (ب) کایناتھ تہٕ (ج) یِمَن دوٚشوٕنۍ ہُند تجربہٕ کرن وول انسان!

.لوٚزوٚ ہیٚ تہٕ باتُک یہِ گوٚڈنیُک شار چھُ یہِ ڈٕیژِ تہٕ ضرٕیہِ منٛز سوٚدُر۔ یہِ چھیٚنہٕ مجازٕچ بٔزمہ راوُن واجیٚنۍ نٔژن محفل، رۄحانی عالمس منٛز خوداۍلی ہِندی دیوانہٕ کرٕ وٕنۍ زنگ، تہٕ یِمُو دوٚشوٕ ہے کتھو کھوٚتہٕ اکھ نٔوۍ کتھ یِنہِ یہِ شار ہیکون شاعرانہٕ حسابہٕ تھوٚدِ شارٕ ہوٚنہٕ ہُند تابیر مانِتھ۔ نکیبازِ شاعری منٛز تہٕ چھُ وُزملہٕ ژھٹُن تہٕ اَرٕژھ رٕژھ ڈالُن، پرٕ یہِ آلوَن تہٕ گگرایہِ ڈُبہٕ ڈاسَن کفرٕکس شوقس تہٕ اسلامہٕکِس سوزس تِتھ کٔنۍ مِیُل گٔژھان زِعارٕ آنہٕ چھیٚنہٕ شادمانی پھولان۔ کتھ چھیٚنہٕ فِکرِ تران تہٕ تہٕ چھیٚنہٕ نہٕ فِکرِ تران! تہٕ یی گوٚو شارُک اِبہام، باوٕ ژھنٛد گٔژھن۔ شاعر چھُ مختلف علامژٕ وَرتاوِتھ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ حالژٕ اَچھن برٕوٚنہہ کُن اَنِتھ تِمہِ سٕرٕ ساوٕ کرٕ دُنۍ نہٕ ہیٚکُ باس دِوان ییمیک باس نہٕ بدل گٔژِھہ تہٕ ظاہری ذٔرٕ یہِ لگِہِ۔ مثال نِیوٚن یہِ شار:

شماہ لاطماہ راۍتِ راتس چھُے پرٕبزٕلانو        شب گوٚو تہٕ آو صبا، گاشٕ گاشس نشہٕ مندٕ چھانو

سیٛدٕ سیوٚد چھُ اکھ منظر برٕوٚنہہ کُن یِوان۔ اکھ گرٕ ژھیٚٹٕوٚن شماہ چھُ دزان تہٕ راۍتِ راتس پرٕبزٕلان۔ سوال چھُ کیازِ؟ پوٚنپرٕ اَہندِ دزنہٕ پھوٚرٕ وُشنان تہٕ پکھہٕ زوتان، مگر شماہ کوٚ موکھ دزان؟ اَمِس کُس لالچ؟ ڈٕلو کہیٚں نہٕ۔ یہِ چھُ لاطماہ، پانہٕ دزان تہٕ اوٚند پوٚکھ گاشراوان۔ انجام؟ :- صبح سپدٕ، آفتابُک پرتوٕ پیوٚ تہٕ گاشٕ گاشس نشہٕ مندٕ چھانو! شارُک مرکز چھُ شماہ۔ یلنے اکھ اشارٕ اکھ علامتھ اکھٕ واقہِک۔ اَتھ علامژٕ واتُن چھُ لوٚزُن وآلِس پننۍ کام تہٕ پنُن توفیق۔ وٕنہٕ بایتھ زَن وٕنہٕ یہِ زِ

شُماہ گوو دوستِ خوداے لیُس دوزخُن بے تہٕ جنتُک طماہ سورُے منساوِتھ ہیرِ بوٗ نہٕ محض یادِ خودا بنان چھُ تہٕ لیُس اُمی یادِ کہٕ برکتہٕ پانہٕ اکھ کاشہِ آگر بنتھ پننہِ اوٚند پوٚکھ پرزلاوان چھُ مگر لیُس نہٕ کرِتھ تہٕ پننہِ ہٕش رُک ایحساس زِندٕ چھُ آسان تہٕ یہٕ حِس تہٕ چھِ آسان زِتس کھٔستھ تہٕ چھُ بیاکھ ووٚجوٗد شُمٕہس بُتھِ اَفتابہٕ!

میون یہِ ناوِل زِن آسہِ صحی نہٕ توتہٕ گوو نہٕ مطلب یہِ زِ شارس چھُ یتے مانہٕ۔ مُمکن چھُ سوٚدرٕ بھِٹھِ یتھ چیزس میٚہ خاٚلی اکھ پوٚتج زانِتھ کھوٗنٛت کوٗڈسو آسہِ موٗلُل لال تہٕ لال شناخس نِش وانِس قدرٕ پزِ نہٕ پاٹھی۔

شاعِر چھُ کُنہِ تِتھی وٕل تہٕ وِرتاوان یِم بازیگار زِھل باسان چھِہ۔ مگر یِہ شاعِری چھِنہٕ بازیگری بٔلکہ اعجاز آسان۔

نارٕ ستیٚ نار دزان، آبہٕ ستیٚ آب تن ناوانو

خاکہٕ ستیٚ خاک چھُ پاک، واو واوَن کوٚر مستانو

دَم دِتھ نے سَنوٗ یہِ باسہِ محض اکھ لفظِ گیٚنڈ۔ مگر تہٕ چھِنہٕ کینھ۔ یہِ شار تہٕ چھُ باقے شار برونہہ کُن اَنِتھ پرُن۔ اَمیُک مُدا مولوٗم کرُنہٕ موکھ چھُ اکِ طرفہٕ یہِ زِ تس پاوٗن زانِتھ عالمس منٛز چھُ یٔندراز منصوٗر بنان، عارف نیٚندرِ ماٚرِتھ عاٚشق آرام راوٕران نہٕ راوٕ راوانے تہٕ بٔلکہ نوٚش کران۔ اَتہٕ چھُ دِل کابہٕ اُستھ تہٕ ڈیکہٕ سیٚندرِ ملان، ہیوٚند مسلمان ہیٚتُوے گنٛز۔ رنٛہ لِوان تہٕ نار، آب، خاک واو ساٚری یِسے کُن سپدان۔ نار چھُ رٕنہہ تہٕ گنٛڈان تہٕ گاش تہٕ ہاوان، آب کثافتُک جوہر نہٕ بنان تہٕ پاکیزگی ہُند ذٔری یہٕ تہٕ۔ آدمہٕ ہٕندِس میٚنٛزِ مٔرِس چھیٚہ بُتراٚژہٕ ہنٛز۔ میٚنٛزِ ے شوٗزراوان واوس چھُ واوٕ ے وولناوان تہٕ تہٕ ووٚہ لسنس تہٕ اَنان۔

سیاہہٕ سفیدِ کِس اَتھ عالمس منٛز زالیوو منصوٗر تہٕ پرٕ بوٗن اَناالحق۔ یتھ کُنی چھِنہٕ اورٕ اَزٕ تہٕ کانہہ روٚٹ مگر شرط چھُ فنا سپدُن۔ اَناالحق پرنس چھِنہٕ وٕلیسے ٹھاک کینہہ اَماپوٚز یمَن یِزی پاٹھی سہ حال عطا سپدِ تِمن چھُنہٕ اَمہِ قسمُچ باوَتھ کرنُک ضوٗروٗرت بِتھے تکیازِ یمَن یہٕ یِزی پاٹھی گدرِ تھنٛد گدُرُن، تِہنٛد تجربہٕ چھُنہٕ زِھا یہٕ روزان، قال چھُنہٕ ضوٗروٗری، حال چھُ بانے حال باوان۔ یہِ چھُ تِتھے نوٚن تہٕ مُحکم یُتھ

کٔنہٕ کھٔنتھ عبارتھ، نہ سوپرٕ پوٗنی، ہمیشہ لوشہٕ پوٗنی۔ یہس چھُنہٕ پَنُن جسُم ہا دنہٕ باپتھ مارکس منٛز۔ نیرُن منوٗرٕ وٲری، سٕٲسی تن پٕتھ وَنہٕ ژھیٚپتھ، تِہُنز گربٕ چھیہٕ عیاں کوہ بیابانو......!



وٚنِسی کار مشکل بار گوٚب گوم
دِرتراوُن پیوم
گُلالہٕ پانسَ کالہٕ رنگ گوم
دِرتراوُن پیوم

نامادار صوٗفی شاعر صمد میرنہٕ اکھ مشہوٗر وژُن چالہٕ تمثیلی نظمہِ ہُند گوڈنیُک بند۔

تمثیل گیہِ کانہہ کتھ سیدِ سیوٚد وَننہٕ بجایہِ مثالہِ پاٹھی وَننہٕ۔ مثلن کتھ آسہِ دوٚن انسانن ہنز۔ مایہِ محبتچ مگر سوے وَنو تتھ کٔنی یتھ جاناوارن ہنز کتھ باسہِ۔ ہآر یِیے تہٕ اوکھناکن تہٕ لولو زار میانی طوطس ونتہٕ لولو گویا تمثیل چھیہٕ کتھ ڈٲلتھ وننک ورگہٕ یا اوژہندا اکھ النکار، اکھ وَل تہٕ اَمہِ قسمکی وَل چھِ وارِیاہ۔ مثالے تشبیہہ، اِستعارٕ، تشبیہہ، علامتھ وغارٕ۔ بیلہِ نہٕ ونَ واکس سیدِ سیوٚد واریا تسلی یوان چھُ تہٕ چھُ ورگہٕ یا اوژہندی یم وَل ورتاوان۔

تمثیلہِ ہُند وَل چھُ تیٚلی کارگر گژھان یِلہِ اَتھ زِ روح آسَن۔ اکھ دیدمان تہٕ بیا کھ درپردٕ۔ یا وَنو یتھ پاٹھی زِ یِلہِ تمثیل ظٲہری مانہِ تہٕ باطنی مطلبہٕ کیٚن دوشوٚنی سوٚتھرن پیٹھ زندٕ باسہِ تیٚلی چھیہٕ سو کامیاب مانَنہٕ یِوان۔ مثالے کلیلہٕ دِمنہٕ شُرن ہِند باپتھ سیدی پاٹھی گگرن برارن ہیہَن شالن زرن ہارن ہنزٕ دلچسپ ڈٲلیلہٕ مگر بڈن کتھی مانہِ ساوی نو کتہٕ تہٕ سَنَن لایق سِر۔ دوشوٚنی سوٚتھرن پیٹھ خود کفیل۔ شُری حسابہٕ وچھون تہٕ سیز کتھ یا واقعس یا ڈٲلیلہٕ گژھِنہٕ کھُرن تہٕ ہرگاہ سَنہِ رس واتھنہٕ کانہہ بدل مانہِ کڈن ہیموس تتھ مانے لبس گژھِ پریتھ لفظ پیٹھ جُملہٕ سیتی پکُن۔ چونکہ یہ دوٚیم شُبتھ، یہ دوٚیم سوٚتھر چھُ درپردٕ آسان نوکنی چھِ اَتھ تابیر کرنکی درواژٕ وتھی روزان۔

دوٚنی ہنتون زیرِ تبصرٕ نظم۔ نظمہِ چھُ کُل ڈٕہ بند تہٕ تمثیل دوٚتلاون والی اہم بند چھِ یم:

مٲلی ماجہِ ینہٕ نے ژھایہٕ وچھوم
داینہٕ شہر چھوم
زاگتھ لاگتھ زالہٕ کوٚت گوم
دِرتراوُن پیوم

دردِل مالین دکہ دِتھ گوم　　وارِ وُے کرٛ وڈھ ہیوم

حق اوس ہِشہٕ بندٕ سَنٛخ گوٚرُم زوم　　وِتراوُن ہیوم

یتھ چیرٕ خہ نیندرس توٚسہٕ کرٛوم　　وَرٕ ٹلہٕ رٕوٚدا وم

بوٚل گوس بازرٕ موٗل دِتھ گوم　　وِتراوُن ہیوم

موٚ کجارٕ اَندرے خط مِیہٕ سوزُم　　تتھ مِیہٕ پرارُن ہیوم

لوٚ کچار مدنوٗ ژیہٕ یَنہٕ گوم　　وِتراوُن ہیوم

وَنی ژٕرے وٕنٛسی یی لی پہٕ زانیوم　　تی مِیہٕ زانُن ہیوم

اَمہِ سوٚ نہٕ ہیٚژٕ نَم کامہِ ہیٹھ گوم　　وِتراوُن ہیوم

تَنہٕ چھس گلاں وَنہٕ کَس یہ کیاہ گوم　　دوٚن ہُندُے نیاے ہیوم

اوٚش کمہِ تےٚ خوٚن دَم کرِتھ چوم　　وِتراوُن ہیوم

یِم کیہنہٕ بند لوٚ زِتھ آسہِ توٚہہٕ پانے زٕلو نمُت زِ نظمہِ منٛز چھُ اَکس اَزلہٕ زالہٕ ٹلجرٕ ژِتھ موصوم

خانہٕ ماجِہ کورِ ہُنٛد ٹیوٹھ اوحال تہٕ کرُ وٹھ گدٕرُن باونہٕ آمُت یُس کھاندرٕ سپدِتھ وارٕ لوٚ واتان واتانے ہِشہٕ

ہشرٕ سَنٛختی تہٕ زاُم ہنزٕ پامہٕ وِتراونہٕ ہیوان چھِیہٕ۔ یَسہٕ کھاندرٕ پتہٕ وری وادَن توٚسہٕ کَتی کَتی تہٕ یِنہٕ نُس خاندارٕ

ہنزِ نظرٕ منٛز نہٕ کانہہ یَن دران چھُ تہٕ نہٕ کانہہ موٗل ہُران چھُ۔ یوٚسہٕ موٚ کجار چِہ ہِشہٕ بےٚ نوٗجہی ہُنٛد شکار سپدِتھ

پانہٕ ہیے وٕوٚن دِنہٕ بیٚہان چھِیہٕ زِ خبر مِیہٕ ماکھوٚت رہٕ، تہٕ یِنہٕ نی یرٕ ژھ یرٕ ژھ شیرٕ نس لگان چھِیہٕ۔ تہٕ یتوٚ سوٚ نہٕ

ناٗ نس لگتھ ساٗری وانٛہِ کانہہ اُف یا آہ کرنہٕ ورٲے اوٚش، گمہٕ تہٕ رتھ دَم کرِتھ چلیٚے چیٚے ناپہٕ لوسان

تہٕ پانہٕ لوٚسِید سِپدان چھِیہٕ۔ یوٚسہٕ یِنہٕ نُس آشُس یِیمہِ آشہٕ فدا سِپدان چھِیہٕ زِ ییمِس ناکُنہٕ دوٚہہ ژٕلنس اکرِ یم

ناکُنہٕ دوٚہہ یاد۔ مگر یَنہٕ پہٕ آش تہٕ زانہہ پوٚرٕ گژھان چھِیہٕ تہٕ یوٚسہٕ چھکرس پہٕ سوٗرے کرِ یِھر، ساٗرے سختی،

ساٗرے بیٚہ نوٗجہی، یہ ساٗرے بیٚہ یِزتی، بربٲدی تہٕ ناوٕ میدی ژالِتھ صرف یتے لوت وَنان چھِیہٕ تہٕ

صرف یتہِ سیرٕ رُھن واجنہِ تہٕ دورٕ ژلِن واجنہِ ولیسہٕ وَنان چھِیہٕ زِ

وٕنٛسی اکار مُشکل، بار گوٚب گوم　　وِتراوُن ہیوم

اَمہِ چالہٕ نظمہٕ چھیٚیہٕ کاشرِس منٛز بسیار۔ تو ہہ تہٕ آسن کیٚنہہ لوٚز مٕژ یا پرٛمٕژ

حبہ خوتونہٕ ہنٛز یہ تمثیل کمی آسہٕ نہٕ لوٚزمٕژ ز۔

چھنا مالہٕ نیٚن دِین گنٛدٲرِی کہِ بور روزٕے وٲرِی وِنیٚے

ہیٚشہٕ دوٚیِم نوٚش بچارِی کیٚہے ژٕرے اوٚنتھم مالہٕ نِتیٚے

زٲم نھٲوِی نِمہ برنہٕ نارِی کیٚہی بور روزٕے وٲرِی وِتیٚے

صمد میرنہٕ نظمہٕ منٛز چھیٚیہٕ ٹاکارہ پاٹھی کاشرِ شاعرِ سنٛز ورنادہ آمٕژ اکھ رلوٲیتی تمثیل نظرِ گژھان۔ اَکِس موصوم کورِ ہنٛد کھاندرُس پتہٕ کنہِ مالنِکِس کھ نِتہٕ اَتھہِ چھلُن تہٕ وٲرِ وِیک کرِ پھرِ وِترٲوُن۔ میٹھِ لوکچارِ پچ لوٚت یاد ( NOSTALGIA ) ۔ کرِ بیٹھِ یاونِکی ٹیٚٹھی حٲرِی تاتھ تہٕ لوسہٕ نہٕ وٲنہٕ ہنٛدِ لوٚسید اظہار۔

اَمِس کورِ ہنٛد یہٕ گوٚدرُن چھُ تمثیلہٕ ہنٛد ظاہری سوٚنُر، تہٕ کانہہ تہٕ تمثیلی نظم چھِنہٕ لوٚتا متھ تخلیقی زُدہ تہٕ فنی مٲرِی منٛز پراوان یوٚتام نہٕ گوڈٕ سوا اَتھ ظاہرکِس سوٚنُرس ییٚٹھ لوٚز باسہٕ۔ کمال چھُ یہِ نظمہٕ ہنٛد دَرپردٕ مانہِ کوتاہ نہٕ سوٚن آسی تن، نظمہٕ ہنٛدِ کُنہ جزوٕ دی گژھہِ نہٕ اَمِس ظاہری تولہٕ خطس کانہہ خلل سپدُن یا پھرِ پیوٚن۔

یہ چھُ لوٚزٕ زیرِ تبصر نظمہٕ چھیٚیہٕ وزنہٕ رنٛگی یا قافیہ بنٛدی ہِ حسابہٕ کیٚہنہٕ کوتاہیہٕ نظر گژھان۔ یا نمو کھونہٕ زیادٕ لوٚٹھ اکہِ شارِک یہِ وٲژھرٕ

پھمب یرژھِ ییٚنہٕ نے وِرژھ ناوِلیوم برژھِ ستہٕ صاف گوم

یہِ گوو ژرنیر تھٕ ژلُن تکیازِ یرژھِ ہنٛد پھمب پرژھِ ستہٕ وِرژھناوان وِرژھناوان چھُنہٕ صمد میرس یہِ خیالے روزان زِتس ما اوس تمثیلہٕ ہنٛد ظاہری وَلُت برقرار تھٲوُن نہٕ تسُند دَرپردٕ مانہ ماچھُ ظاہر کِ جامہٕ کَڈِتھ ننیٚتھ نوٚنے بروٚنہہ کُن یوان۔ یانے سہٕ انداز بیان یُسنہٕ تمثیلی شاعرِ یہ وَنان چھُ۔

مگر نظمہٕ ہنٛد کلہم وجود نظرِ تَل تھٲوِتھ چھیٚیہٕ یمہٕ کوتاہیہٕ نظر انداز کرنس لایق باسان۔ کُلہم کرِتھ ہرگاہ وِچھوتہٕ اَکِس بیٚہ خبر ناتجربہ کار کورِ تہٕ اَکِس ستم رسیدہ زنہٕ ہنٛد کروٚٹھ اوحال چھُ اَچھِن بروٚنٛھ کُن یوان۔ ازبیلہٕ نِمہ پرانٛی ساتھ ژٕتس چھیٚس ییوان باسان چھیٚس یُس مول موج لوکچارس منٛز ژھاین تہٕ گراین وِچھان آسہم دراصل آسہم تِمے زاگان تہٕ نِمہ وِرے لاتِس ییٚتھ زالس تہٕ پانہٕ ژٕلی۔ یُسے مالیُن دردل باسان اوسُم

تمی دُیتم دکہٕ تہٕ پاوٕنس یتھ کرِ چھُرِس۔

مالنہِ بیٹھہٕ وارِدوکِس اَتھ سفرس منز چھُ اکھ انتہائی گُڈٕ مرحلہٕ وارِدی براندٕ اژُن۔ ہرگاہ
نےٚ مالنہِ بیٹھہٕ پانس ستی کانہہ شوٗبدار زامُ براند تہٕ ہشہِ کانٛہہ ستی آسُن تلمت تیلہِ چھُس ساری وانہِ
پامہٕ دوٗترٕ ژالُن تہٕ سختیَن تَن دِنی۔ ہشہِ تہٕ زامُ ہنز نارٲنگی چھس خاندارٕ سنز۔ بیٛیہ تُہ چھُ ہندُ سبب بنان۔
بیتہٕ ہرگاہ وارِوی بازُن خوش نہ آوٕنہٕ موکھہٕ اُچھَن ہندُ گاش زاگی زاگی تیٛہ تہٕ کتہٕ تھٕ چھُس نہٕ کانہہ بوٗر روزان۔
بیٛیہ تُہ چھی تہٕ بیٛقدری چھس موکہٕ جارِ پچ ہِش گُڈٕ قیامتھ کران۔ اتھ ناپرسانس منز برِنگہٕ یتھ کرِ لوٗن اکِہ
دٕہ جوٗرِتھ تہٕ روٗشتھ بیٹھی ہتس یَنہٕ لِس خاندارس بادلیوٗن خط لیکھِتھ یَنُن دٕہ نہٕ مگر خطس دوٗتس نہٕ
جوابٕ۔ اوٚش گوس موکھہٕ پرٛدٕن آستھ تہٕ سیاہ دِل۔ بیٹھہٕ سٕپدُس بیاکھ وارِی داتھ۔ تمی اٚنس سوٗن گرِ ییٛہ
ژھٕ نز زانتھ کامہٕ بیٹھہٕ کام ہیٛژُس، یتھہٕ پاٹھی بنے یہٕ تِس نز۔ ساری زندگی اوٚش، گمہٕ تہٕ خوٗن دٔم کرِتھ
چوٗن تہٕ وٕتراوُن۔ مگر بیٛہ سوٗرے وٕتراواں چھس وانجہٕ ہنز بیٛہ دگ تہٕ وٕتراوِنی ژٕ ہمس ناکنہِ دٕہ
ژٕتس! اکرٕ ہم ناکنہِ ساتہٕ یاد!

یہٕ گوٚو نظمہٕ ہندُ نیٛبرِم سوٗتھر۔ باطنی مطلبس واتن چھُ یَنُن یَنُن بترِ لیسلہٕ پاٹھی چھُ وَنہٕ یِوان
زِ یہٕ کوٗر گیہٕ روٗحِ آدم، مالیُن گوٚو ازلی کُنہِ ژُرک سُہ حال، ایزدی وصلک سُہ مقام یتھ رمز پاٹھی جنتھ
وَنان چھِہ۔ وارِیو گوٚو یہٕ عالمِ مجاز۔ یہٕ دُنیاہ یور جنتہٕ منز کڈِتھ ژھنہٕ یَنہٕ آدم وٕوت۔ اوٚش گوس
موٗرشد، ہشِ نہٕ زامُ گاس موٗرشدٕ ہندی مطالبہٕ تہٕ ازمائشہٕ۔ تُہ یہٕ کتھ گیہٕ ریاضتھ موکجار گوٚو دُنیاہ
ترک کرنُک ظوٗن تہٕ سوٗن گیہٕ دوٗگ نیارُک باس سونہِ ہنز فرماں برداری کرِ ژِ تہٕ تُہ یتہٕ تہٕ یَنہٕ لِس
اٚتِس یاد کرنُک مطلب گوٚو دوٗگ نیار ژانِتھ نہٕ کُنہِ رس لین سٕپدن۔

یہٕ گوٚو اکھ تابیرِ لِس بڈٕ عام چھُ نہٕ ییٛمہِ وراے نہٕ وُنیکتام اَسہِ سوٗنچمتے چھُ۔ مگر بہٕ ڈر راوٕ بیٛیہ
اکِہ لٹِہ بیٛہ اہم کتھ زِ تمثیلی نظمہِ ہندس ظاہری رمزس درِ پرہٕ دلِس باطنی مُدا ژھیٛپتھ آسان چھُ تتھ تابیر کرنچ
دروازٕ چھِہ ہمیشہ یرِ یتھ کانسہِ ہندِ باپتھ وُتھی۔ بیٛس یوٗت واتہٕ سُہ تیٛغ شیٛچھ وَنہِ۔ چنانچہ پرٛتھ ہیٛہ زیرِ تبصرِ نظمہِ ہنکہٕ
جیٛدٕ بدٕ طرزٕ نہٕ تابیر سٕپدِتھ۔ اَتھ ہیٛکو شوٗعور، تحت شوٗعور، لاشوٗعور یا اجتماعی لاشوٗعوکِس گاشس تل

تہٕ وِرٛدھنے کرِتھ۔ بلکہ مذہبی تہٕ نفسیاتی تاثیر اکھ کُن تراوِتھ تہٕ ہیکو محض نیچرل سۆتھرِس پیٹھ رۆزِتھ تہٕ آدمی ار تقیح دلیل پھرِتھ۔

رۆزنامہٕ قسمہٕ چێن نظمن ہُنز ادبی حیثیت، سو ہیکہِ صرف دوٚیو چیزو کِنی سَر سَپدتھ۔ اکھ یہِ وچھتھ زِ نظمہِ ہُند ظاہری دُنیاہ چھا کانہہ واقعے تہٕ زندہ صوٗرتِ حال وۄتلاوان تہٕ سہٕ صوٗرتِ حال چھا پننی خود کفیل تہٕ خود مختار۔ تیتھ زِ ہر گاہ باطنس کُن ظوٗن تہٕ گژھِ نہٕ ظاہرے باسہِ لۆر تہٕ سٹھاہ۔ دوٚیم ییٚز ظاہری رمزس تہٕ باطنی مطلبس چھا پانہٕ وانی تخلیقی میل سپدمُت۔

تو ہہ ییٚیہِ صمد میرنی یہِ نظم پیٚنہٕ نس تخیلس منز۔ وۄہ پداوِتھ اکھ پانہٕ پنُن تاثیر کرن۔ یہِ ہستی ہیر کنہٕ وِرٛدھناوِ مرٛکتھ نظر تل ژٹھِتھ تہٕ نظمہِ ہندس کھساوس، وسَاوس تہٕ لہراوس، مصرن تہٕ مصرن ہندس مانیلَس تہٕ صوٗرژل اتہٕ گتس تہٕ لفظن تہٕ لفظن ہندس آوازِ ملِس کیتھ آواز ٹکراوس سام ہیتھ اَمیٚچ ادبی حیثیت مشخص کرٕنۍ تہٕ مولانکہٕ ووٚنی۔



## مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

کأشرِ زبأنۍ منٛز چھہِ اَمہِ قسمکۍ بأتھ کمے ہٕہن کمَن منٛز سانہِ کلچرل زندگی ہٕندۍ کینہہ سیٹھے مأرۍ مٔندۍ تہٕ اوترٕ اوترٕ تام بَرقرار وافاتھ زِندہٕ چھہِ تہٕ سأئنس یاپہ دوٚترِس رٕبہٕ گنٛڈن وألۍ کینہہ اَچھوۍ انہار ہمیشہ ہمیشہ خاطرٕ محفوظ سیدۍ متۍ چھہِ تہٕ یہِ بأتھ چھُستی مجازٕ پ تہٕ حقیقتٕ مٔند اکھ انتہأیی مأرۍ منٛزٕ بلہٕ دَن تہٕ یمہِ کتھ مٔندرُت ثوٚلوٚتھ زِشارس چھہِ اکھ وتہٕ ژٕرۍ مانہِ تہٕ آسان۔

بَڈٕ ڈلہٕ ژوٚلُم ژھلہٕ موکھ میبہٕ ہاوِنا
کھَسہٕ وِنہِ تیل بلہٕ نا ے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

اَچھ وٕلہٕ گچھہِ ڈبہٕ وَنھراوس
از یمہِ لچھہِ نووساے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

اُسمأنۍ جانہٕ وار آیہٕ وُچھان
لگ متۍ چھہِ ازلنہِ زاے ہَنو
مَس بہٕ گوسے راتہٕ کے پیالے ہَنو

سونٛتکۍ پھَلواَے کرہٕ وِنۍ آلو تہٕ گرٕ لیشکۍ وُشنۍ ہاوس۔ سألَن تہٕ مأتلَن پھیرنک مَتھ۔ ڈٕلکۍ مَلرٕ تہٕ ڈٕنگن ہنٛزٕ گرایہ۔ ناوَن تہٕ شِکارَن منٛز یارن دوستن ہنٛزٕ محفلہٕ۔

تیل بل ناپاچ تنگی تہٕ ناون ہنز ژٕلہٕ گھکر۔ اَچھ وٕلک باغ تہٕ تتیجہٕ کچھ ڈٕبہٕ تہٕ تمن منز پارٕاو کٕرِتھ اَچھ دارِ۔

میٚہ ووت لوکچار ہیٚتھٕ اَز تام اَلہٕ پلہٕ نصف صدی یہ ماری موٚند تہٕ مزاز کنی شوٚد کٲشر باتھ لوزان۔ ماجن ہٚنین ہندِ ہٹہٕ نہٕ تہٕ جوانن بورگن ہنز زلو نہٕ۔ رنگرژاٹہٕ ہالن ہیٚتھ نہٕ تہٕ قالباف وانن منز نہٕ۔ پرخلوص دِہہلدٕ تنکین منز نہٕ تہٕ خوش فضاڈل دٕہن ہیٚتھ نہٕ۔ صوٗفیانہٕ سازن سوٚنطوٗرن ہیٚتھ نہٕ تہٕ ژھرِ نیٚٹین تہٕ تمبخنارن ہیٚتھ نہٕ۔ اَما یوٗز باتھ یوٗتے مشہور چھ تیوٗتے چھنہٕ شقہٕ پاٹھی مولوٗم زِ ہیہے وٚنمت چھ تہٕ کمی۔ کیہنہٕ چھس مرحوم نیامہٕ صابن کلام گنزٕران تہٕ کینژن ہندٕ وَننٕ چھ زِ یہٕ چھ گل بکاولی ہندی مصنف اسلام باٗدکٕ مرحوم لسہٕ خانن وٚنمت تہٕ میانی اکثر دوس چھِ اَتھ تنقیٚ ہیوٗ اکھ لوکہٕ باتھ گنزٕراوان یتھ کنی سون واریاہ وَنہٕ وٗن چھ یاساٗنی بیہٕ شمار زٕنی باتھ چھِ۔

ییٚتھ چھ اَمرِ کس ووجہ کِس مصرس منز اَکھ لفظ یُس مختلف طریقہٕ پرنہٕ چھ یوان۔ اَڈی چھِ پران "ہنوز" تہٕ تہندی کنی چھ یہٕ فارسی لفظ ہنوزُک کٲشر تلفظ، یمیُک مطلب چھ وٕنہٕ یا وٕنہٕ تہٕ ——

مس بہٕ گو سے راتہٕ کے پیایے ہنوز۔ تہٕ اَڈی دٕپان نہٕ یہٕ چھ ح ن و حنو۔ اَکھ حرفِ ندا یانے اَکھ ناد لاینُک لفظ۔ ناد حنس یا حنیفس۔ حنیف چھ عربی لفظ تہٕ ڈکشنری مانہٕ چھس باطل ترٲوِتھ حقس مازن وول۔ حنیف ہیکہٕ کانسہٕ مردس ناو آسِتھ تہٕ سیٚنی چھ اَتھ زنانہٕ ناو تہٕ بنان۔ حنیفہ۔ یا کٲشرِ پاٹھی ژھوٚٹرِتھ حرف حنہٕ یس "حنو!" کٕرِتھ آلو دِمو۔

تہٕ اَڈین دوستن ہند خیال چھ زِ یہٕ ہنو چھ ہ ن تہٕ و رلاوِتھ محض اکھ صدا، اکھ آواز یتھ پاٹھی ساہن واریاہن باتن منز "ناے" یا "لو" یا "ہو" چھ۔

چوٗنکہٕ شاعری ہند عالم چھ اکھ سیٚٹھے سِر ساوی عالم آسان ییٚتہٕ نہٕ کو کرس کُنی زنگ کرِتھ بنان چھیہ۔ بلکہ ییٚتہٕ پرتھ وِزِ لوٗی تہٕ بدلے گوشہ روشن سپدان چھِ۔ تو کنی کرہٕ بہٕ وٗنی کین ینی بہٕ عارضی راے عرض زٕباٗنی کلہم مصرِ نظرِتل تھاوِتھ نہٕ چھ میٚہ فارسی لفظ ہنوز مناسب باسان تہٕ نہٕ حنیف ناوُک ژھوٚچر حنو۔ تہٕ میٚہ دِلِو اجازتھ زِ بہٕ مانن فلحال یہٕ لفظ محض "ہنو" یانے اکھ صدا، یے لفظ اکھ ژھر آواز۔

تہٕ بوٗزِتھ وونی پوٗرٕ مصرٕمِس بہٕ گوٗسے راتہٕ کے پیالے ہنوٗ۔ اَمہِ مصرٕچ گوٗج چھُ اکھ واقعہٕ پیالہٕ چھیتھ مِس گژھنگ تہٕ یہِ واقعہٕ چھُ راتھ سپُد مُت۔ راتھ یوسہٕ گذر یمژ چھیہٕ۔ یوسہٕ نہٕ وونی باقے چھیہٕ۔ ماگٕتوٗ راتھ سپز اکھ مجازٕچ محفل منعقد۔ عاشق گوو ماشوقہٕ سنزٕ مَس پیالی چیٚشمہٕ ڈٲشتھ مدہوش۔ تہٕ پتہٕ آس تیلہِ جلس بیٚلہِ راتھ اُس ڈٕجمژ تہٕ گاش اوس پھوٚلمُت تہٕ ماشوق دامانہٕ دنتھ ژوٚلمُت۔

یاد تھوٚو پیالہٕ پلناونکس تہٕ مَس گژھنکس اَتھ مُبہم واقعس واٹھ قورانِ مجیدکس اَلستُ بِرَبِّکُم قالوبلیٰ آیتس کُن یمِس ستۍ یُس خوٗدایس ہِرِس ماشوقس تہٕ آدمس ہوِس عاشقس درمیان روزِ ازل سپدی مِتہِ وادٕ قرارک شاہد چھُ۔

بڈِ ڈلہٕ ژوٚلمُ ژھلہٕ موکھ میٚہ ہاوِنا

اَمہِ مصرٕ تلہٕ نَنے یہِ مجازٕ پاٹھۍ بیاکھ گتھ زِ راتکہِ مُلاقاتہِ یہِ محفل تہٕ وادٕ قرارٕچ یہِ مَس باگرن اُس بڈِ ڈلہٕ سپزمژ۔ لوکھ ناوٕکرِکرِ ساگس درامِتۍ۔ گوڈنچ راتھ لۍ بڈِ ڈلہٕ۔ اُتی لۍ لولہٕ محفل، اُتی لوٗگ پیالس گردش اُتی سپُد عاشق مَس تہٕ اُتی ژوٚلُس ماشوق بیخودی منز، بیٚہ شوٗنکی پاٹھۍ۔ تہٕ عاشقس چھُ وونی للہٕ وُن فراق، دوٗرِ یر تہٕ جُدٲے تہٕ یہِ بیٚہ سوکھ تمنازِ موکھ میٚہ ہاونا۔ یا بقولِ رحمان ڈار وارِ ؤچھہن صوٗرٕتَن۔ راتھ اُس راتھ۔ بڈِ ڈلہٕ ناوَن ہُند چرِ گیٚش، ژانگین ہنزٕ برہیہٕ۔ محفلن ہُند گیوٗن۔ مۍ ہٕ فٲنی ماشوق ـــ لولہٕ ہوٚت عاشق ـــ شہ سوٗرے موکلیو وتہٕ ڈل چھُ خٲلی گومُت۔ سالہٕ واٲلی چھِ ڈلہٕ نیرِتھ تیٚل بَل واتی متۍ۔ دوہ شوٗرے انٛدہٕ چھکھ آوٕری ہتۍ۔ تاجب کیاہ چھُ اُتھی آسہٕ کُنہٕ ناوِ منز میون ماشوق تہٕ۔ تہٕ تَتی وچھن بیٚہ اکہِ لٹہِ، اوتی کھسہٕ وِنہٕ تیٚل بلہٕ نالہٕ منز۔ سمکھنس چھمنہٕ چارے تہٕ کیازِ رانکی پیالن چھُس چھوٚرو مُت تہٕ لوٚتام تہٕ شہ سمکھہم بہٕ خُمار وسیم تہٕ۔ اورٕ وَسہِ نالگ آب تہٕ یورٕ کھسہٕ میون شوق ـــ مگر افسوٗس اَتہٕ آم تہٕ کُنہٕ جایہٕ وَنہٕ۔ وُں کُنہٕ ژھارن تہٕ کوٗت لارٕ؟ شہ چھُ سالہٕ موٚت تہٕ جایہٕ جایہٕ پھیرٕوُن۔ تیٚل بلہٕ سمکھُم نہٕ تہٕ بہٕ برارس اَچھِ وٲلہٕ۔ لولہٕ تہٕ مایہٕ۔ میٚہ چھُ ہیتھ ازنے تہٕ پگاہ شہ واتہٕ تہٕ بہٕ وُچھن۔ بہٕ پرارس۔ گژھ ڈبہٕ روزس انتظارس اَچھِ دٲرِ زن۔ میٚہ چھُ دل گواہی دِوان ہتہٕ نے ڈیوٗٹھم بیٚنہٕ ڈیشن۔ راتھ نے تیٚل بلہٕ لوٚتُم ازٕ واتِم یوٗری۔ تَس نہٕ چھیہٕ کانہہ جاے گنڈِتھ تہٕ نہٕ چھُس کانہہ ناو مقرر۔ شہ چھُ پرِتھ جایہٕ واتن وول۔ تَس

چھِ رنگہٕ رنگہٕ صفتھ تہٕ گرٕنہٕ ژٕسی ناو۔ تسُند مُلاقاتھ چھُ میأنِ زندگی میون ازل تہٕ میون اَبد۔ میون یاوُن تہٕ میانہٕ یاونُک شوخ انہار۔ سُہ چھُ بوٗڑتہٕ رفیق ڈل تہٕ بہٕ اکھ ترلیشہٕ ہٕش لوکٕٹ تہٕ لوٗچ ژٕر۔

اَما ہُم کم آے ہُپارِ ہیرِ کنہِ۔ یا چھیہٕ ہأر یا چھُ طوتہٕ۔ نتہٕ دٕہ شوے وُچھاں وُچھاں۔ یکھہٕ واو تہٕ بولہِ کرأو۔ یِم چھِ یِزی کم تام بدٕلے جاناوار۔ وُچھ یکھہٕ کیاہ چھکھ شوٗبدار تہٕ تونتہٕ کیاہ چھکھ بولہٕ دِنہٕ۔ وُچھ ہیتھ آے نہٕ وُتھی یَتھ باغس منز میانہٕ گچھ ڈبہٕ برونٹھ کنہٕ۔ مگر اللہ بہٕ کیاہ یِم چھِ دٕہ شوے اکھ اَکِس سٟتۍ گنڈِتھ زنتہٕ اَکی ہے والہٕ واشہٕ منز بند۔ یِم جاناوار تہٕ ژٕ، بہٕ تہٕ میون ماشوق تہٕ ژٕ۔ یِم تہٕ ازلہٕ چھِ والہٕ واشہٕ منز گرفتار نہٕ اکھ اَکِس سٟتۍ والبتہ تہٕ بتہٕ پننہٕ رٕنس محبوٗبس یَتھ پھلوا ازلہٕ پیٹھہٕ ابدس تام۔

اَسمأنِ جانہٕ وار آے وُچھان
لگہِ ہتی چھِ ازلہٕ زاے ہنو

طوطہٕ تہٕ ہأر۔ ساقی تہٕ میخوار۔ عاشق تہٕ ماشوق، خوداے تہٕ آدم۔ اکھ نہٕ سوٗرِ وُن حسُن اکھ نہٕ یمبرِزلُن شوق۔ اکھ نہٕ ژھینہٕ وُن سلسلہٕ۔ اکھ نہٕ ژھوکہٕ وُن ارمان۔ اکھ ازلی تہٕ ابدی سفر۔ پروردگارسُند خلاق ووجوٗد تہٕ بندٕسُند بیٚہ حد جوٗنُن۔ آگرٕک تقدیر تہٕ آنھس تام یکہٕ وِنہٕ ندبیرچ بیٚہ سوکھ لہر۔ راتُک پیالہٕ تہٕ اُزچ ترلیش۔




چون پکہ نے پرژ نووے دوٗرے — ڈلے کوٚستوٗرِ پوٗری وۍ تراونیرِ

صُبحس وُتھۍ تھے زیری درایہ کھۍ کاٹھس — بدنام کوٚرتھس کھۍ پلہ کس گاٹھس

کاٹھہ کاٗنی زانِتھ نار گوٚویے سوٗرِیے — ڈلے کوٚستوٗرِیے پوٗری مے تراونیرِ

اَتھ ناوِ ٹمس بیٹھ ہم کھوٗر چھکھ وایاں — ہمن عاشقن تہِر مجگاں لایاں

ہم گوٚے کولِ تے ٹم ژٕ رٹھ تے یوٗرِیے — ڈلے کوٚستوٗرِیے پوٗری مے تراونیرِیے

ویرناگاے نیبرے بأ آگییے — اَچھِ ولہ کی پوشِ شیبرے لاگییے

گرایہ ماراں کوٚت گژھکھ کوٚندوٗرِیے — ڈلے کوٚستوٗرِیے پوٗری وۍ تراونیرِ

لچھ کُٹھ نے دُھر اُوتھ تھاوِییے — لچھ ناوِس نیاے یٹن باوِییے

وچھ منزِ لس منز ژھیتھ اچھِ نوٗرِیے — ڈلے کوٚستوٗرِیے پوٗری وۍ تراونیرِیے

وَنہ زٕنیٹھم زینٹھِ اوٚبرٕ ٹھ منز کی پوٗزی لوکنہ اَندہ دراوا چانکھ نب نوٚن نہ یکبار سِیُد پوٚہے دُشن ناپہ ورشُن ہیو یا گر لیتمہ گرٕ دیکہ دوران ژیٚچ کنہ وزِ منگہ نہ منگہ کانہہ شہِج واوِ رِنگاہ۔ تِتھین موقعن پیٹھ یوٗہ اباوٕش فرحتھ نہ ناقابلِ بیان تراوتھ موٚختوٚس سِیدان چھیہ ترٕ ھے ہش خُشی چھیہ روٚشل میرن یہ باتھ بوزِتھ نس انانس سِیدان لبس وار باہ کال چھرا فلسفیانہ یا صوٗفیانہ شاعری بوزان گومُت آسہِ۔

یہ باتھ بوزِتھ چھُ یکبار دوٚن کتھن ہُند خوشوٗن باس لگان۔ اکھ یہ زِ روٚشل میر چھُ یوٚہے زن عرشہِ نہ اسمانہ پیٹھ والِس وُستھ سانہ یتیمہ موید مان زمینی زندگیہ نہ یتھ زمینہ پیٹھ روزن والین ہنز کتھ کران، تہ دوٚیم یہ زِ شاعر چھُ اکس نوٗزُک نظرِ تہ اداشناس گامہ گندرِ ہندی پاٹھی پانس اَندی پکھ انسانی حُسنس نہ لول بران تہ قوٗدرتہ کس ماری مند تس نہ موج ٹلان۔

چون پکہ نے پرژ نووے دوٗرِ — ڈلے کوٚستوٗرِیے پوٗری وۍ تراونیرے

بٲتہٕ کس اَکھ گوڈنیکُے شارس منٛز چھُ اکہِ طرفہٕ گُناہ مُدٲمٲتی ماشوقہٕ سُند مٲرِ موندنیکُن پرزناوتھ
انسانی حُسنُک باس لگان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اَکس رٲہسی کچہٕ ہُند سرتازُ نیر لوٚہ منٛزی اوٚلی تہٕ زاوِلی قدم تراوِنہٕ
ڈلشتھ قودرتہٕ کہ مٲرِ مَند تیکُ احساس گژھان۔ تہٕ یمو تہٕ پٔژھ وے کینژن خوصوصیژ کِنہِ چھُ روٗسل میر
کٲشرِ زبٲنی ہُندا اکھ اہم مجازپسند شاعر مانہٕ یِوان۔ تِمن گوو تِہنٛدِس کلامس منٛز چھُ کایناتی تہٕ وجودی
مسلوٚ بجاے عام دوہ دِنیچ زندگی بسر کرن والین ہنٛدِ ہوِن، توٚہہ ہوِن انسانن ہنٛدِس جذباتی حال
احالس باوتھ سپدان۔ تہٕ بیاکھ کتھ چھیہٕ یِہ اکھ باوژ منٛز چھُ ژوٚرہن تصویرِک گاشدار تہٕ رنگ
بستہٕ روٗیی برونہہ کُن یِوان۔ توٚے کِنی تہٕ چھُ روٗسل میرنِس اکثر کلامس منٛز عاشق ننہٕ وانہٕ تہٕ خوش
دہانہٕ لولہٕ باوتھ کران، تہٕ ماشوقہٕ سنٛدِ جسمانی مٲرِ مَند تیکُ شوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان تذکرہٕ کران ....ہرگاہ
اَسی کٲشرِ صوٗفیانہٕ شاعری ہردِ لوٚنہٕ شہلس نل اکھ ژھوٚپ تہٕ سٔنی ناگہٕ لوٚکھ ہاتون، روٗسل میرنی
شاعری باسہِ تیلہٕ زنتہٕ مِتِس سونتس منٛز صُبحکہِ تاپہٕ واش کڈِ وِنی لوسمن تھر۔ ییٚتھ چھُ روٗسل میرس
بیاکھ بجر یِہ سہ چھُ مختلف اِشاروٚ کِنایوٚ کِنی تہٕ رنگہٕ رنگہٕ منظر وہ برادِتھ یِنہٕ کٲشرِ تیکُ باس دِوان۔
چنانچہ یمو خوصوصیژ چھیہٕ اکھ اَکس ستی رلتھ تِہنٛدِس کلامس کٲشرِ لکہٕ شاعرِ یہ ہُند مشوٗ خولہٕ خط عطا کران۔
زیرِ نظر بٲتھ چھُ یتھہِ کِنی وارکارہ اکھ لولہٕ وٲژن نگر رژھا سٔنتھ چھُ لوٚزن لگان زِ یُس
ماشوقہٕ سُند یکُن دوٗری برزناونہٕ یِوان چھُ تسند تیب نشانہٕ چھُنہٕ واضح۔ چھیہٕ سو ژکہِ اکھ کٲشرِ
کوٗر، مگر چھیہٕ کوٚسہٕ تہٕ وَنُن چھُ دُشوار۔ سو چھیہٕ گراہیلی کوٗر باسان یوٚسہٕ نیر لوٚہ منٛزی لوٚرِی تراوان چھیہٕ
تہٕ گرا اکھ گرٛیسی کوٗر یوٚسہٕ صُبحاے دُتھتھ کاٹھ سوٚمبرِنہٕ نیران چھیہٕ۔ اَتی باسان زِ ناوِمَس بیٚٹھ کھوٗر
وایَن واجِنی پانز کوٗر چھیہٕ تہٕ اُتی گژھان راے زِ نہ کمہِ تال سَر یہ بیٚٹھ درامژ تہٕ ویرناگ تہٕ اچھِ دَل
سالس آمژ اکھ سالہٕ مژ چھیہٕ۔ تہٕ اَتی باسان زِ یہ گژھِ شہرِ حِنِ بچھِ کوٚٹھن ہنز کانہہ اچھِ دار آسنی۔
ماشوقس متلق یوٚدوے یہ بیان بِیہٕ گنڈ باسان چھُ مگر یوٚہے بِیہٕ گنڈت چھُ حُسنس متلق
روٗسل میرنِس تصورس کُشادگی تہٕ بجر بخشان۔ اَمی کِنی چھُ کانہہ خاص شخص محبوٗب بنتہٕ بجاے نسوانی حُسنُک
پریتھ کانہہ نموٗنہٕ روٗسل میرُن محبوٗب، تِنسنٛز اچھِ نوٗر بنان، تہٕ یتھہِ پاٹھی چھیہٕ روٗسل میرنی لولہٕ

شاعری کلہِم انسانی حُسنچ مدح خان باسان۔

مجازوٚنٛ واٮ۪س چھُ ہیتھے یہِ خطر آسان زِ کھورہے ڈٲلُس تہٕ غلاظتہٕ ہندِس سنٛڈاسس منٛز ووت۔ نسوانی حُسنچ کتھ تہٕ زمینی لولچ باوتھ ہیٚکہِ موٚمولی بیہٕ اجتیاطی کٔرِ مالایانی بنٛنتھ۔ مگر روشُس میٚرن یہٕ باتھ لیوٚتے لوٚن۔ بیہٕ پھُرِک تہٕ ژنژل چھُ تیوٚتے چھُ رمز۔ بوٚرت تہٕ پاکھ پاکیزتہٕ۔ کٔنہٕ کٔنہٕ چھُ روٚشُس میٚرٛ ژھری زُلف تہٕ خال، ساز تہٕ سورمہ تہٕ وُرٛژ تہٕ کنہٕ والی گٔنٛز۔ راوِتھ ییٚمے زَن ہیچو گڈٕ تہٕ ٹھیکہ ناوان مگر اُزٕ کس زیرِ تبصرِ باتس منٛز چھُنہٕ سراپا نگارِ یہٕ مُندسہٕ کھروٗن تفصیل۔ بلکہ چھیہٕ تتھ بدلہ محض اِشارن کام ہینہٕ آمٕژ۔ محبوٗب کٔیتھ تہٕ کیاہ چھُ تیٚچ چھُنہٕ کانہہ وٕرٛژھنے۔ فقط چھیہٕ تسند یکُن پرزناوِنچ کتھ، تہٕ سو تہٕ دوٗرِ ــ چون یکہٕ نے پرزناوِنے دوٗرے۔ بوزوٕ ہے تہٕ امی دوٗرِ رکنٛز چھُ یہٕ محبوٗب نافہٕ ہرٛژ روٚسی کچہ یاد پاوان۔ کوٚستوٗری لفظس چھُ زمانہٕ۔ یا تہٕ روٚسی کٹ تہٕ نتہٕ سہٕ لوٗزُک بدن تہٕ طرحدار جاناوارٕس ساری ہے سو تہٕ کالس پننہٕ لولبوٗشہِ ستی شیٖہجار چھُ پاوان۔

باتُک دوٚیُم بند چھُ لولُک تہٕ حسنُک ابدی داستان ہیٖرِ کوٚہن تہٕ بالن مُند نیٖرِ راوٕنٛد لوٚکھ بدلاوِتھ بوٗن پاتھلِ عام کاشرِن گامن ہُند منظر پیش کران تہٕ سانہِ سماجی زندگیہِ ہند اکھ وُنہٕ تہٕ ولیوٗد تصویر ہاوان۔

| | |
|---|---|
| صُبحس وُتھ تھے زیٖری دنا یہِ کھےٚ کاٹھس | بدنام کوٚرتھس کھنہٕ بلہٕ کس گاٹھس |
| کاٹھہ کانٛژ زالِتھ نار گوٚو دیہے سوٚر ییے | ڈٲلے کوٚستوٗرِ ییے پوٚری مے تراوِنیے |

یہِ بند تہٕ چھُ لولچ رمز باوُتھ پوٗز گوڈنکہ شارچ پہلی کوٚر چھیہٕ یتھ بندس منٛز اکھ گرٕسی کوٚر بنان۔ وادِ موٚجوٗب وٕرٛژھا یہٕ صُبحاے تینٛدرٕ۔ راے آسس زِ کاٹھ سوٚمبرنہٕ کرِ بہانہٕ وانہٕ یارِبل تام تہٕ تہٕ مُلاقاتھ سپدِ۔ مگر کیاہ نام روٚٹ گوس، آورِ بیوٚس، نہٕ ژیرِ گوس۔ ہپاری گوو یارِبلس پیٹھ بیہٕ سو کھ پاٹھو ڈٲنی دِوہٕ نس عاشقس تہٕ کتھ نٔبر۔ حُسنس پھُٹ وادِ لول گوو بدنام تہٕ بیہٕ قرار عاشقن کوٚر فرٛیاد:

کاٹھہ کانٛژ زالِتھ نار گوٚو دیہے سوٚرِ ییے۔ یانے لولُک الاو ہیے زاجوٗتھ سوٗری کیاز کوٚرتھن؟۔

واد ہے کرٕ لیوتھ آداے کو نہٕ روٗزیے۔

ترٛیٚم بنٛد چھُ ترٛیٚمُ وٕنگنُ:

| | |
|---|---|
| اَتھ ناوِ نٕمس پیٹھ ہم کھوٗر ھیکھ وایان | یی مَن عاشقن تیرِ مژگان لایان |
| ہم گوٚے کولہِ تےٚ نٕم رٕٹھ تےٚ ژٕلیوٗرِ ییہ | وَلے کوٚستوٗر ییہ پوٗری مےٚ تراوِ تیرِ |

کھنہٕ بلٕکِس گاٹھس پیٹھ پرٛارِتھ بدنام سپدن واٚلِس عاشقہٕ سنٛز۔ دلہٕ دُبرائے چھیٚہ وونی ناوِ نٕمچ نازل بنان، یوٚسہٕ لولہٕ ڈٕری یاوس تار دِنہٕ موکھہ ہم تہٕ چھیٚہ لاگان تہٕ کھوٗرنہٕ وایان۔ اٚندی پکھ وچھن واٚلی چھِ تسندِ نازن ہٕندی خریدار مگر یاہ چھیٚہ سو بیٚیِہ سے کسنام ژھاران تہٕ ژہ پٲری ڈٕنی دِوان۔ تہٕ اَتھی منٛز بیٚلہٕ روٗشل میٚرِس پیٹھ نظر چھس پیوان حال ہوشی چھُسنہٕ روزان۔ ہم چھس اَتھ منٛز نیرتھ گژھان، ناوِ چھُس نٕم ڈلان تہٕ روٗشل میٚرن یہٕ پالنس کُن لمہٕ وُن آلو چھُس کنَن گژھان:

ہم گوٚے کولہِ تےٚ نٕم رٕٹھ تےٚ ژٕلیوٗر ییہ

ناوِ منٛز رٕچ کوٗر کھٕر بوٗٹھ، پوٗز گژھِ کوٚت، تہٕنٛ چھنہٕ عاشقس مولوٗم۔ ویرناگ کھسِتھ تہٕ سٕہ ہیٚیس نٕتی زاگے۔ اَچھ وٕلہٕ نیرِتھ تہٕ نٕتی لاگِس شبیر لوٗش۔ یٚس محبوبہٕ سُند یکُن بردہ نہ ہ رٕوسی کچِھن ہندی لوٗری تراونی ژٕتِس پاوان اوس تسنٛدے یکُن چھُ وونی کہاٚرِن ہٕندِن پھیٚکِن پیٹھ شوٗبہ دار زاٚنپانچن روہ پہ سنٛزن کوٚندوٗرِن ہنٛز تراے تہٕ گرائے باسان۔

گرایہ ماران کوٚت گژھکھ کوٚندوٗرِ ییہ

باٚتنگ اٚخری بند چھُ عاشقہٕ سُند شوقہٕ ہوٚت تہٕ خابہ موٚت انتظار۔ گچھ کٕٹھِ نے وَنہٕ اٚوتھ تھاو۔ لچھ ناوِس نیاے پنُن باوِ ییہ۔ وٕچھ منٛزِ لِس منٛز رٕچھتھ اَچھ نوٗرِ ییہ'۔ نیرلوٚوستھ۔ گاموٚچھیر ہتھ۔ گاٹھو کھسِتھ۔ ناگن نہٕ باغن زاگے ہنٛہ چھُ وونی عشق گچھِ کٕٹھن ہٕندی خاب وونان۔ تہٕ رٕتژِھ پتہٕ رٕتژھِ وہیر کرن وول حسن چھُ اوٚتاہکی ساری آدمی وِہر منساوِتھ وونی یاہ لچھ نوونوٚدائے باسان یٚس عاشق یٚنُن نیاے باوِ تہٕ پتھ پاٚٹھ پنُن لون نیچھناوِ۔ حسن چھُ ظاہری خولہٕ خط تہٕ جسماٚنی پوٚچھر تراوِتھ وونی خالص اَچھ نوٗر بنان یانے نسواٚنی حسنک لیٚس اکھ شوٗد تہٕ شوٗتر پرتو تہٕ عشق چھُ امِہ پرتوہٕ باپتھ پننہٕ وُچھک منزٕل یانے پننہٕ لولہٕ نٕتی احساس تہٕ مایہ برٛتی جذباتھ آیتن تھاوان۔ باٚتنگہِ گوڈنکہِ شارک

رۆسی کنٹ یکِن چھُ آخری مِصرح گاشہِ تھٔہراے بنان۔ کاٹھ کانٛن ہُند سوٗر چھُ دِلک سوٗر ووٗد بنان۔ آدٔمی حال چھُ دِوتاے باس دِوان ___ یِی گیہ فنٛچ کراماتھ تہٕ شاعرانہٕ کایا کلپ۔

یِم لوٗکھ حقیقتس مقابلہٕ مجازَس مومولی زانان چھِ تِم تہٕ ہرگاہ رٔسمی کنٛتھ منساوِتھ رۆسل میرنِس یِتھ رِنہٕ وُشنہٕ تہٕ شبنمی شیٖنہٕ کیتھ واتنچ کوشش کرن تِمن تہٕ تگِہ بوزٕن زِ اصل کنٛتھ چھیہٕ شارٕ وٕل ورتاوِتھ پنٕن تجربہٕ آینہٕ بناوُن تہٕ پننِس ایحساسس زِندہٕ تہٕ زِلہٕ وٕن رۆپ عطا کرُن۔ حقیقتھ تہٕ مجاز یِمن دۄشونی چھُ پتو لاکن آدٔمی تقدیرس تہٕ یِتھ کاینا تس منٛز آدٔمی صوٗرتِ حالس ستیٖ واٹھ آسان۔ دُنیچ بیہترین صوٗفی شاعری چھیہٕ مجازٕچ لے تہٕ لہجہٕ ورتاوان تہٕ بیہترین مجازی شاعری چھیہٕ سو یِتھ منٛز ٹھیک حال دِلک داغ بنہٕ تہٕ گژھ کُنٹھِ بیہن وٕل پوٗزٕ لچھِ نوو خوداے باسہٕ

شاعرِ ہُندٕ اکھ اہم گوٗن چھُ تمیُک وونہٕ واشٕر ماننہٕ یِوان یِتھ انگریزی زبانی منٛز وِنان چھِ ۔ امہِ وونہٕ واشرٕ کِنی چھُ شار بوزن وٕل پننِس ایحساسن منٛز یِہے زن تھوٚد وونہٕ ہنک نہٕ واش کڈنک تہٕ اکہِ جایہٕ بیٹھ بیٚیِس جایہ کُن پرواز تُلنک امکان لبان۔ لفظن ہُند ظاہری دُنیاہ بیے وچھو تیلہٕ چھُ رۆسل میر کشیرِ منٛز روٗزِتھ کأشرِن عاشقن تہٕ ماشوٗقن ہنٛز کتھ وِنان، مگر وِنان چھُ تیتھہٕ کِنی زِ اوٚندٕ لوٗکھ تہٕ چھُ دُنیہِ منٛز وُلتھ پوشہِ وٕن باسان تہٕ آندٕ رِکھی روزن والی انسان تہٕ کوٗستوٗرِ نہٕ اچھ لوٗرِ باسان۔ تہٕ یہ خوٗصوٗصیتھ چھیہٕ رۆمانی شاعرِ ہنٛز اکھ سٔتھٕے ویٚز خوٗصوٗصیتھ۔



وۍسے نارٕ دٔزمیأنی تَن تےٚ — یارس وَنتےٚ بوز ہم نا ے

پوشہٕ موت چھم ییہِ روشن تےٚ — یارس وَنتےٚ بوز ہم نا ے

کرٕسے مالہٕ سٔنز پوشن تےٚ — شےٚ چھم رٔٹھ کتہِ سنا جا ے

دِزٕ نم لأنٕز ژھٔورن سَن تےٚ — یارس وَنتےٚ بوز ہم نا ے

یِخلاص گوو آدیُل پَن تےٚ — عاشق تھٔتھ وَلنےٚ آ ے

لاشک چھمٕہٕ عشقس ژھٕھن تےٚ — یارس وَنتےٚ بوز ہم نا ے

کاہِنی ڈٔوٕنی ہو کرِم واون تےٚ — یاوَن ژھٔورن کرٕنم کرا ے

لوز کیشاہ ووٚن محمودن تےٚ — یارس وَنتےٚ بوز ہم نا ے

یِم چھِ محمود گأمی سٕنٕہ اکہ بأتکی کینہہ مشہور شعر۔ محمود گأمی یُس چھُ کٔلہم کأشرِ شأیرن منز اکھ امتیاز یِتھ چھُ پننِس کتھ ہنٛز گُدرُن سیٚٹھاہ سیٚدی ساد۪ پأٹھی باوان۔ تیوٚت سیٚدی ساد۪ پأٹھی زِنہٕ واہٕ چھنہٕ کُنہِ تہٕ تنگکری ہُند باس لگان۔ مگر اَمہِ سیٚتہٕ باوجود چھِیہ تٔمسنز کتھ لوٗزن وألس زنتہٕ مأتھر دِتھ اکِ عالمہٕ بیٚٹھ بیٚیس عالمس واتناوان۔ وۍٹھِ لوٗٹھِ تہٕ بیٚیہ طرح دُنیاہ بیٚچھ ٹٔلتھ نِتھ تخیلہٕ کِن سِہرٕ ساوی دردِ گامن سأل کرناوان۔ محمود چھُ اکھ ہنرمند شأیر مگر کمال چھُس یِتھ پننہٕ ہُنرِ چھُ تِتھ پأٹھی ژھایہِ تھاوان زِ ساری چھِ تٔمسند سیٚتہٕ تہٕ شوزرٕ وچھ شاد سپدان تہٕ کریمانہٕ کڈان۔ شأیری ہُنرِ اَنٛہ خوصوصیژ اَسی برأنی پأٹھی سہل ممتنع وَنان تہٕ پننہٕ پأٹھی وَنوس اَسی مشکل سہل، یانے تیٚتھ شار وَنُن یمیک سیٚتہٕ وچھتھ گمانہٕ گژھِ زِ "یِہے تگِہ میٚتہٕ وَنُن"، مگر بیٚلہِ وَنُن ہیٚیہِ اَدٕ تٔمسٕ زانُن زِ یِہ گو وآرِ پلیس دٕہ دہ ہیوٚن۔

محمود نِہ اَمہِ دٔرِ ہُنرِ ہُنرِ مثالہٕ چھِیہ واریاہ۔ نہ ازکرو اَسی شارن ہُند چھکرٕ سی

مانہٕ تہٕ مدٲتی تراوِتھ زیرِ تبصر بٲتہٕ چہٕ اَتھ خوصوصیژ متلق کتھ۔ نیتون گوڈنیک شار؛

ولّیسے نارٕ ے ذزمیاٝنی تن تےٚ ۔۔۔ یارس وَنتےٚ لوزِم نا ے

پوشے موٚت چھُم بیٚہ روشن تےٚ ۔۔۔ یارس وَنتےٚ لوزِم نا ے

سرسری پٲٹھی ہے پرو یا لوزِ دنیلہِ باسہِ شارُک مانہِ یتےٚ یوت زلولہٕ واجنیاہ اکھ چھیٚہٕ پنہٕ نس روٗ شمتس مدلوارسُند توجہ پانس کُن پھرناونکہٕ غرضہٕ پننہِ ولّیسہِ رِنٛ حالِ زار باوان۔ پوٚز ہنا اگر لفظن نکھ پکو، تِہُند نبض ژہیو نہٕ تِہُند خولہٕ خطِ بدکڈتھ تِہنز ژھاے گرائے پرزِناوَدنیلہٕ پرِ پرلن لوتجرِ تہٕ لال جواہر مثال چھیٚہٕ یرِ لولہٕ وبہ اکھ دِنہٕ واجنہٕ عاشق زَنہٕ یٚمس ماشوقہٕ سِندِ روشہٕ تن نارٕ دزان چھیٚہٕ تہٕ ماشوق چھُ پانہٕ پوشہِ موٚت۔ گویا پوش چھُ تراوِتھ پاونہٕ بجایہ نار ژلان۔ یہ چھیٚہٕ اکھ عجیب کجرٲسی کتھ یانے تِرٛتھ کتھ لوسہٕ چھیٚہٕ بظاہر ناممکن باسان مگر درحقیقتھ چھیٚہٕ بنہٕ ونی۔ پوشہِ مُتی سُند روشُن چھُ تنہٕ نار گنڈنس برابر۔ خبر یہ عجیب تہٕ کجرٲسی کتھ کُس لوزِ تہٕ کُہہ زانہٕ؟ خبر سہٕ مدلوار واتیا اَتھ رمزس۔ توٚے تہٕ چھُ ولّیسہِ ونہٕ لوان زِ یارس ونتےٚ لوزِم نا ے۔ بیا کھ کتھ چھیٚہٕ۔ ماشوق چھُ پوشہِ موٚت۔ اَہٕ کِنی گو ژھ سہٕ مییہٕ کُن ژوٗرے یِہِن مائل سپدُن تکیاز بُنہٕ آسہس اکھ پوشہِ بدن۔ مگر ڈیکہٕ لانس کیاہ کری زِ سُے پوشہِ مَدُن تہٕ مجلس پسند یار چھُم روشان تہٕ ژھاپہ روزان۔

دوٚیمِس بندس منز چھیٚہٕ سنٛز لوٚشن مالہٕ کرنہٕ لوان؛

کرٕ سے مالہٕ سنٛز لوٚشن تےٚ ۔۔۔ سُے چھُم ژٹھ کتہٕ سنا جا ے

دزِ نم لاٝنی ژوٗرن سن تےٚ ۔۔۔ یارس وَنتےٚ لوزِم نا ے

سوال چھُ یزِ سنٛز پوشی کیاز؟ سوٚنبلُ بیٚمبرزل کو نہٕ، گولاب، گُلِ آفتاب کونہٕ؟ اتھ رمزس چھُ دوٚیم مصرٕ گینی کڈان۔ سُے چھُم ژٹھِ کتہٕ سنا جا ے۔ نرزَن گو و یار چھُم تتھے پٲٹھی دوٗر ژھایتی گوشن ہیتھ بیٹھ کنی کانہہ سنٛز لوٚشن ژوٗرِ خلوکھ پھوٚلمُت آسہِ۔ یہ دوٗرتہٕ خلوکھ ماحول چھُ تریٚمہِ مصرکِس لاٝنی ژوٗرس تہٕ روٗنلہِ سَن دِنہٕ کِس واقعس سنٛز جذباتی ہشر پراوان: دِژنم لاٝنی ژوٗرن سَن تےٚ۔ اتھ مصرس منز چھِ بیٚہ تہٕ کینہہ نوٚ کتہٕ ژھیٚپتھ۔ لون گو و تقدیرِ لبنہٕ نوٚن تہٕ ولوٚد

آسان چھ اَوکنۍ چھیہٕ اُمس بێہ وَساتقدیرس روتلہٕ اَنہٕ گٹہٕ سَن دِنہٕ وٲلس ژوٚرس ستۍ سیٹھاہ مُشابہتھ۔

ووٚنۍ وچھتون ترێیمُ بَند:

عاشق تِتھۍ وَلنۍ آے      یخلاص گوٚو آوێلِ پَن تَے

یارس وَنتےَ لوٚزیم نا ے      لاشکھ چھُمنہٕ عشقس ژھێن تَے

گوڈٕ چھُ یخلاصس آوێلِ پَن وَنُن بجایہٕ خود اکھ بٔڈ باوَتھ، اکھ اہم نفسیٲتی پزر کُس رَمز، تہٕ بیٚیہ عاشقن ہنٛدِ یہٕ مَشرٕ رِتم چھ ہاو باوچہِ رَنہٕ تہٕ مکاری ہِندۍ گُدٲمی نظرانداز کٔرتھ اُتھی یخلاصس آوٲلس پَنِس ولنہٕ لِوان — بیاکھ کتھ:— عام پٲٹھۍ چھُ پَنہٕ کانسہِ نفرس یا کُنہِ چیزس وَلنہٕ لِوان مگر لولک یہٕ عالم چھُ بدلیٚ بیٚیہٕ آدٕمۍ وٕ وجودے عشقہٕ کِس اُمس پَنِس ولنہٕ چھُ لِوان — تہٕ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ زاوێل نوکتہٕ چھُ پزِ آوٲلِس پَنِس چھُ پرینٛتھ وِزِ نھوسہِ پتھ ژھینہٕ نک اندیشہِ آسان مگر محمود گامی پێیمہِ دُنۍ بہیک تجربہٕ باوان چھُ تَنہٕ چھُنہٕ یخلاصہٕ کِس اَتھ آوٲلِس سلسلس زانہٕ تہٕ ژھێن پیوان۔ یہٕ پَن چھُ عاشقہٕ ہنٛدِ بیٚیہٕ ماشوقس تام اَزلہٕ پیٚٹھہٕ اَبدس تام برقرار۔

باقٕیس آخری بَندس منٛز تہِ چھُ لوٚبہے وُزملہٕ وُنیٚب لوٚبہے مُتضاد واقاتن ہنٛدِ میٚل۔ پوش نار ژھٹاں تہٕ آوی جار درِ رُک نوٚموٚنہٕ بَنان:

یاون ژوٚرن کٔرنم گرا ے      کاوِنۍ ڈُوٚنۍ ہوکرِم واون تَے

یارس وَنتےَ لوٚزیم نا ے      لوٚزکیاہ ووٚن نۍ محمودن تَے

ڈُوٚنۍ کُلا چھُ ڈُونہو برِتھ۔ کاو بیوٚٹھ لَنجہِ تہٕ جھُنہٕ وِرژان کُنہِ! ییم ییتۍ ڈُوٚنۍ تہٕ یہٕ کُن کاو۔ یہٕ گوٚو عاشق تہٕ اَنداز کٔرِ بیٚیہٕ آخرس نام۔ کاواوس اُتھۍ گلگوٗشس تہٕ بیارٕ وُزھ بێہ خبر پٲٹھۍ واو گیل تہٕ دِژن ڈُونہن چھاۓ۔ کاوس بیٚیہٕ بانبر۔ وِقتچ ژلہٕ لار ژینہٕ تہٕ لوٚگ بیٚتھی وِتھی ڈُوٚلنس توٗنت بیٚزپِرنہٕ۔ مگر اَتھ کیاہ کٔرِ زِ نصیبےٚ چھُسنہٕ کانہہ ڈُوٚن کھیٚبہٕ ہے سالم تہٕ سوٚرے — بێہ وَسایا ونک سوٚرن تہِ لوٚزی توٚ لوٚبہے کاوِنۍ ڈُوٚنۍ ہوکرِم واون تَے۔ جوٲنی ہِندین ژہِن گَرٕھان ڈُوٚلی کرِنٛد

تہٕ ہاوسناکھ دِل بنان ڈوٗنۍ کلیٖک بیٚیہ سوکھ کاو ـــــ یہِ چھیہٕ اکھ تمثیٖل تہٕ ہرگاہ مانہِ کرِنہٕ یہِ ہیموس محبوٗب بنہِ لولہٕ یار تہٕ تقدیرِ تہٕ نہ خودا ے تہٕ، تہٕ عاشق بنہِ ولسہٕ لنش وبداکھ درِنہٕ واجینٛہ زُنی تہٕ اکھ بیاکھ آدم تہٕ تہٕ کلہم آدٔمی صوٗرتھ حال تہٕ۔ تہٕ محموٗدنہٕ بہِ مشکل سہل باوتھ باسہِ سیٹھاہ مانہِ ساو۔



برونہہ چھُ میہ شاعرَ بہٕ ہنرٕ خاصیتھ مدِ نظر تھاوِتھ عرض کوٚرمُت زِ شاعر بہٕ چھِینہٕ تمہٕ گاچھ کانہہ مانے آسانی ییمہٕ گاچھ مثالے کُنہٕ سائینسی بیانس اَستھ ہیکہٕ بلکہ چھُ اَتھ بر عکس شارا کھ تجربہٕ، اکھ واقعہٕ آسمان لیُس زمین چھُ ہیوان ، اکھ صوٗرتِ حال ییمہٕ منٛزِ گٕنذٕرٕن گژھِ ، اکھ گدٕرٕن لیُس وسٕرٕاوُن پٕزٕ گوبا شار لوزن یا پرٕن والین سٕندِ ایٚہے زمینُہٕ تہٕ وسٕراوُن چھُ شارُک حاصل آسان۔ اَوے کِنِہ تہٕ چھِہ غار تخلیقی تحریرس مولوٗ ماتی ادب وَنان تہٕ تخلیقی فن پارس LITERATURE OF DOWER یانے قوَت تُک ادب وَنان۔ بجلی کتھ چھِیہٕ دوہھان تہٕ کُنھ پاٹھی۔ تہٕ زانُن گژھِہ اکھ کتھ تہٕ بجلی ہنٛز گرین زیٖنہٕ چھِیہٕ بدل کتھ۔ شاعر چھُنہٕ ہنٛزہٕ ذیٖہنک کانہہ منطقی مفہوم اسِہ نام وانناوُن یزھاں۔ بلکہ چھُسہ اسِہ ہنٛزہٕ کلہم وجودُک بہٕ ڈیٖزِ تہٕ پاوٕر ناران تہٕ سون وجود چھُ ہنٛزہٕ ہندی پاٹھی شولُن ہیوان

شاعر بہٕ ہنٛزٕ ہیٖکہ خاصیتھ نظرٕ تھاوِتھ کرِ میہ کُنہٕ تہٕ بانٛک یا شارُک کانہہ ژھوٚرے تہٕ چھو نے مفہوم بیان کرنہٕ بجایہٕ تتھ شارس یا بانٛس منٛزٕ۔ وو تلن والِس مخصوص صوٗرتِ حالس کُن ظوان پھرٕنچ کوٗشش تہٕ لوزن والی ہندِ خاطرٕ تمہٕ صوٗرتِ حالہٕ منٛزِ گٕنذٕرٕن ہنا آسان بناوٕنچ کوٗشِش۔ بوٚنہٕ کِنہِ چھُ مہجوٗرٕ صابنیوٗ ہنٛز بانٛتو منٛزٕ اکھ بانٛتھ درج ہرگاہ اَتھ زٕ تہٕ زٕ ژورٕ حسابہٕ ماٗنہٕ ژھارنہٕ ییٚہوٗس تبٕلہٕ راوِ اَمیک سورُے ماری منٛزٕ ربلکہ باسِہ فنارتھ۔

ویٚسِیے کیاہ ملالہٕ روٗٹ جانانَن     جاے تمیٚ رٕٹ پرِ ستانَن منٛز

دِلہٕ کے حال کیاہ باوٕ غارزانَن     جاے تمیٚ رٕٹ پرِ ستانَن منٛز

یاردرٕاو چھیرِتہٕ پوتِہٕ مادانَن     ساتھا بیوٗٹھ ارغوانن منٛز

پوشٕتَو رنگ روٗٹ آتن فانَن     جاے تمیٚ رٕٹ پرِ ستانَن منٛز

عاشقو دِل دِتھ لولہٕ دُکانن — بوٗلرِ لج حُسنٕچہِ کارخانن منٛز
ہارِ ہیٚتھ کاہ کاہ نارِ لیپتانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
سوندراہ مرٕشؠ گمٕژ سازٕ سامانن — سنٛز کراں آس روٗیہٕ خانن منٛز
یاونکہِ مدٕ واج عشقٕچہِ طوٗفانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
واش ییٚلہِ کوڈٕ تٔمۍ زُلفِ پیچانن — گاش روٗد ژوٗر دُر دانن منٛز
مُشک دار واوٕ ژاو منٛز گُلستانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
روٗیہٕ نازٕ موٗیہِ کیٛن تَل سایابانن — پادشاہ دوٚن پاسبانن منٛز
اَجہِ رٔاژ گاہ ترووِ ماہِ تابانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
پھیرِس جنگلن کوہ بیابانن — حارٲں گٔییس وٲرانن منٛز
کیاہ کیاہ دِژ ووٚتھیٚمۍ میانٛزِ پانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
پوشُک مرتبہ کٔنڈۍ کیاہ زانن — دانا زَن چھُ نادانن منٛز
اَکی ہیٚے زاے کیاہ اکھ اَکِس مانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
دِل میون تھوٚوِ تون منٛز پھوٚلدانن — یہٕ بُلبُلو سوٗنبلستانن منٛز
اَکی کرٕ بندگی غنچہِ دہانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز
مہرٕ سُند پرٕ دٔن ہس لوٗدلوٚن بانن — تی کٔنٛن ترووِ موے خانن منٛز
ہیوٗر باٗگراوِ، پھرٕ ژِ بیمانن — جاے تٔمۍ زٔٹ پٔرِستانن منٛز

بٲتُک گوڈنیکُے "وٚلیبیے" لفظ چھُ اشارہٕ زٕ بٲتُک اکھ مرکزی کردارٕ ہٕ باوتھ کار
چھییہِ اکھ سوندراہ اکھ لوٗہٕ ہٕ بیٚنہِ دِلُک حال یَنہِ ولٚبہِ باوُن یژھان چھییہِ، تہٕ تسندِ دِلُک لوٗ ہیٚے حال چھُ ہیوٗر
صاٰبنہِ بٲتُک ووٚجوٗد ۔ یہٕ حال محسوٗس کرنہٕ بجایہٕ لیُس شخص اَمیک چھرا ولوٗڈ لوٗڈ مانہِ ژھارنہٕ بیٚہییہٕ شہ
گووغاٗر زان تہٕ تس دُھچھتھ وَنہٕ پرِتھ کانٛہہ زٕ ع

## دِلہٕ کے حال کیاہ باوِہ غاٚرزالنس

یہِ باوتھ کاراٚس سے

سوندراہ مٕژ گمٕژ سازٕ سامانن  سٕتۍ کراں اٚس روبہٕ خانن منٛز

یادنکہٕ مدٕ وآج عشقہٕ طوٗفانن  جاے تٔمۍ رٔٹ پٔرِستانن منٛز

عاٚلی شان روبہٕ خانس منٛز بہتھ ہیٚنہٕ لِس حُسنس پانۍ پٲراوکٔری کٔری یٚنہٕ بِسے سازٕ سامانس ستۍ مٕژ گمٕژ۔ تہٕ اٚمی سے خود محو تہٕ مدٕ ہٕژِ زنہٕ چھُ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دِلس کوٚہ ہوٚند تام لول سنان تہٕ سُے لول چھُس طوٗفان بنتھ یاونکِ مدٕ والان تہٕ توٚیتہٕ گژھِ گٔنٛھبو منٛز۔ کٔدِتھ جنگلن تہٕ بالن پھِرناوتھ وآرانن منٛز۔ حاٚراں نھاوان۔

سوال چھُ زِ یہِ مدٕ والن وول تہٕ ملالہٕ رٔٹتھ پٔرِستانَن منٛز جاے رٔٹن وول کُس تہٕ کیٚنتھ چھُ؟

یار دراوپھیرِ تہٕ پوشہِ مآدانن  ساتھاہ بیوٚٹھ ارغوانن منٛز

پوشوٗر رنگ روٚٹ آنن فانن  جاے تٔمۍ رٔٹ پٔرِستانن منٛز

یہِ گوٚو گوڈنچہِ نظرِ ہُند تاثر۔ جانانہ چھُ تیٚنٛز زلِیس وچھتھ پوش رنگ رٹان تہٕ تیتھان چھِ ہنا سُنبالتھ وُچھُن تہٕ

روبہ ناز موکیٚن نٕل سایہ یانَن  پادشاہ دِون پاسبانن منٛز

اَجِہ راٚژ گاہ ترٛوو ماہِ تابانن  جاے تٔمۍ رٔٹ پٔرِستانن منٛز

تہٕ چھیکرس داٚژنو بتھ لوٚت ییٚٹھ زِ

واش ییٚلہِ کوٚڈ تٔمۍ زُلفِ پیچانَن  گاش روٗد ژٕورِ دُردانن منٛز

مُشک دار داوژاو منٛز گُلستانن  جاے تٔمۍ رٔٹ پٔرِستانن منٛز۔

باٚتگ یہِ بند چھُ مہجوٗرنو بہترین شارو منٛزِ اکھ۔ اَتھ منٛز چھُ وُچھراے تہٕ دُبراے کرِتھ بیان اکِ واقعک لیُس سپدمُت چھُ۔ اکھ بسیار پاسِل واقعہ۔ موکھ پیٚروُن محبوب اوس سوکھ ہوکھ تہٕ سورے عالم اوس گاہہ ترٛاوان۔ اَتھی منٛز ییوتس یینٛز زُلف پٲراونگ ظوٗن۔ کالہٕ کو نکل مُستس کوٚڈن

داش زِمَندنِن گو وشام ۔ سِیاہ زُلفن ہِند واشہ وۄتلیمۍ اَنہٕ گٹہٕ ڈلیشتھ بانبرلوو گاش تہٕ بیٚلہٕ نہٕ کُنہٕ ژھیپِن جاے میچھس تہٕ روُد محبوٗبہٕ سِندِ نیے دُردانَن منٛز۔ ژۄرِ تہٕ ہُپارِ آیہٕ واوس وِزِ تہٕ سہٕ ژوٚل مَستہٕ مُشکہٕ لہراہ ہیتھ تہٕ دوٗرٕ لۄو باغہٕ کیٚن پوشن ٹھکہٕ ناوِنہٕ زِ وچھوٗ اصلی کستھ چھہِ خوشبوے وَنان ـــــ

یہِ شار چھُ باضابطہٕ اکھ متحرک تصویر یُس تخیل چوٗ اُچھوٚ وچھُن تہٕ پرزٕناوُن پزِ۔ زُلفن ہنز سیاہی چھیہٕ پزٕنس تیتھ کُنہٕ ٹھوٚر کران زِ اَنہٕ گٹس منٛز۔ چھیٚنہٕ کِہیس بوزنہٕ یِوان سوایہ تمہٕ زِ ژھیٚمہٕ زُلفن ژھایہٕ آستھ تہٕ کنہٕ دوٗرن ہِندہٕ موکھیٚنہٕ ٹھلبِن وۄتھان چھیہٕ ۔ دُردانہٕ ہیکوکھ دَندٕ ٹھلیٚ تہٕ مانیتھ یِم زُلفن ژھایہٕ نیٚبہٕ نیٚبہٕ کران چھہِ۔ استعارٕ گنڈتھ ہیکوس بیا اکھ تاوِیل تہٕ کرِتھ۔ محبوٗبہٕ سُند حال وُچھیٚنہٕ برٕ وٕنہٕ اوس عاشق زِنہٕ بڈٕ گمانہٕ پیٚنہٕ حُسنک پوٗرٕ بیٚلہٕ محبوٗبن زُلفن واش گُڈٕتھ پیٚنہٕ دِلکشی ہُند باس دِتیٚس تسُند سہٕ سوٗرے گمانہٕ تہٕ غوٗرٕ فِرٕ ژاوشرٕ کِنِن تہٕ بیچھٕ دراوٕ واو محبوٗبہٕ سِند مُشکہٕ ہرٕ زرٕک ایلان کرنہٕ تہٕ لوٗگ اکِ ہیے اکِ ہیے پوشس تبنلاونہٕ۔

دِل میون ٹھۄٹوون منٛز پھۄلدانَن      یہِ بلبلو سۄنبلستانَن منٛز۔
اُمی کرِ بنہٕ گی غونچہٕ دہانَن      جاے تمی رٹ پرِستانن منٛز۔
پوشنگ مرتبہٕ گنڈی کیاہ زانَن      دانا زَن چھُ نادانن منٛز۔
اکِ ہیے زاے کیاہ اکھ اکِس مانَن      جاے تمی رٹ پرِستانن منٛز
میر سُند پرٕ وُن مس لۄدٕ نوِن بانَن      تی گُنُن تروومۍ خانن منٛز
ہجوٗرٕ باگراو پھرٕ ژھیپانَن      جاے تمی رٹ پرِستانَن منٛز۔

ہاتکِ یِم ترٕ شۄے بنٛد چھہِ میانِ کُنہٕ پانہٕ مہجوٗر صابُن ژرٕ پانَس تعارف۔ تسُند مزاز دِل میون ٹھۄٹوون ...... شاعری منٛز تسہنز پانہٕ ناومنٛز رلوایتھ تہٕ دِیت میر سُند پرٕوُن مس...... تہٕ سماجس منٛز تسُند مرتبہ ۔ پوشنگ مرتبہٕ گنڈی کیاہ زانن ۔ یہِ وَژُن پرِتھ ہیکِہ ضمنَس پیٹھ تہٕ روشن پیدِ تھ زِ مہجوٗرنی لولہٕ باوتھ کیتھ کُنہٕ آس اُزکیٚن جدید شاعرن ہنزِ لولہٕ باوژلنشِہ مختلف۔



رحم صاحب سوپوری سند باتھ چھ:

جان وندہ لو ہا بہ پان وندہ لو — زو تہ جان وندے میانہ پیر لوتے لو

تنہ گو ماربا ب رگن گنیم تارے — زپر بم نھاوی زخم چیر لوتے لو

ژساںہ آنگنہ مو نکھ وانیو — اچھ ماگر ژھنے خیر لوتے لو

بڈ ڈال منز باگی تران وچھکھ — حضرت بلہ کے سیر لوتے لو

چھے سوال نبیؐ تتہ مو کلاوی زخم — بیتہ آسہ عالم گیر لوتے لو

پو نپر لو غم چھ کیاہ سوپوری رحمس — رحم نیوو سوزن پیر لوتے لو

یتھ پاٹھی کانہہ آلو وجودس اندر بایتھ آلو دنہ وول، ہوا تہ لوزن وول ترلیشوے ضروری چھ تتھے پاٹھی چھ شار تخلیق کرنک عمل تہ تیلی اندوانان ییلہ شاعرس اندر احساس لفظہ صورتھ تہ پراوتہ لوزن والس ذہنس منز ردعمل تہ پاد کرہ۔ رحم صابن یہ باتھ چھ یتھ کنی کتابہ منز درج مگر امیک حقیقی وجود چھ پرتھ نمہ وز لووزنم لبان ییلہ کانسہ دردہ منتس گیون والی سند ہٹہ نیرتھ یہ کانسہ حساس لوزن والس لیہ انان چھ۔ ییلہ چھنہ میرزا غالب ونان زہ: ڈھونڈے ہے اس مغنیٔ آتش نفس کو جی

جس کی نوا ہو شعلۂ برق فنا مجھے

بانس منز چھ زہ کردار ممن بنیادی اہمیتھ چھیہ۔ مرید تہ پیر یا ولو سالک تہ رہبر۔ پیرن چھ مریدس تیتھ کیاہ نام سو چھ کو رمت زلس چھ پیر زنمہ زگنگ وتہ ہاوک، پننہ وجودکہ تکمیلک ذریعہ تہ پننہ نجاتک وسیلہ باسان۔ تو ے تہ چھس چھندی کراں، وندی وندی لگان تہ وولسنہ یتھ پھیری پھیری ونان

جان وندہ لو ہا بہ پان وندہ لو

زو تہ جان وندے میانہ پیر لوتے لو

یہٕ "لوتے لو" چھُ شادمانی نہٕ سوٚروٕدک انتہا ہرتہٕ ان نژان مس گژھتھ، اُچھو تہٕ کھورلو، گرزالیوٚ تہٕ مُدرالیو باوٕنھ کرنہٕ پتہٕ بیہٕ پھٕرک پاٹھۍ اُتھہٕ وانیک عوٚروٕج۔ یژن سوٚروٕدک یہ لوتے لو چھُ گوڈٕ بیٹھہٕ برابراندس تام وٕزان تہٕ وُپھان۔ گوڈنکہ شارکس وٕندی وٕندی لگنس چھُ پتہٕ مہ شارکس پوٚنپرگتس ستۍ سیدٕ سیوٚد واتھ۔

ننہٕ گو ماربابہٕ رگن گیمژ تارٕ  زیرٕ بم تھاوٕ زیم چیر لوتے لو

باتک یہٕ شار چھُ تمہٕ سوٚچھک تہٕ عنایتک اکھ بولہٕ وٕن شاہدُس مُریدس پیرپنٕدی کنۍ سپدمُت چھُ یتس سمکھنہٕ بردہ نہٕ اوس سُہ محض اکھ جسم خالی رگن ہنز اکھ سوٚمبرن۔ مگر یام پیرہ سنز مَنہٕ کامن گیس نام گوس ساری بے تلکھ بیٹھ ــ نہٕ تلکھ بیٹھ نہٕ ڈلپو ساری بے گوس ادلہٕ بدل، صوٚرژ پھیر تہٕ ذاتٕ بدلی۔ عام پاٹھۍ ہرگاہ کانسہٕ پان چھینہٕ تہٕ پتھ کنۍ موٚژلس کرٕنہٕ، رگہٕ ہرگاہ ہوکھنس تہٕ شروکتس تمن بنہٕ یتس تجہٕ مگر پیرن چھیہٕ بدلے کراماتھ کرمژ۔ مُرید سنزٕ تنہٕ چھُ چھینۍ کرٕنہٕ بجایہٕ سوزٕ لوٚرمت ربابہٕ بنیومُت تہٕ تسنزن رگن سوٚروٕد بنہٕ تارٕ۔ جسمک پوچھر چھُ روٗحانی لطافژ ہُند سامانہٕ بنیومُت۔ یہٕ اُدلہٕ بدلی کرٕ پیرپنٕدی اکھی عنایتن۔ مگر تنہٕ کرتھ تہٕ چھُنہٕ الوٕ گرٕ یہہٕ پوٗرٕ سپدمُت۔ ربابہٕ چھُ موٗجود، تارٕ چھس برابر اماپوٚز تھاٹھ نے چیر گنڈٕنہٕ بیلس مناسب زیرٕ بم ماوٕ ونلیس؟ کنھن ہنز پوٚرٕ باوٕتھ کرٕتھ تہٕ ہرگاہ نہٕ پیرکتھ ہاوٕس تہٕ دیدمان تھاوٕس، کنھن ما سپدٕ واتناوٕ برٕ؟۔ سفرٕ موکلہٕ پوٚز منزل بیہٕ نہٕ ولوٚد۔ توٗے تہٕ چھُس وٕنان:۔

زیرٕ بم تھاوی زیم چیر لوتے لو  یانے تنیتھ چیر زراگ تہٕ رقص بنہٕ لوتے لو

ربابس چاریکھ تارٕ، زیرٕ بم سپدٕ موزون تہٕ —— خار، مریدس دراو یہٕ ارمان تہٕ بقولِ احمد بٹہٕ واری سوزِ منصوٗر ہیوٗتن گرٕزن۔ سوزِ سوٚروٕدکس اَتھہٕ برٕلس مقامس مشرٕ چھیہٕ دوہی منتین تہٕ دلوانیہٕ یاتژ باریابی۔ اَمہٕ آنگنۍ ہیکن صرف زُو وٕتھراوٕن والۍ عاشق ٹکتھ، سودا بدلاوٕن والۍ زرٕنگرٕ واتنہٕ۔ دوہی چھُ آمُت نژنگرِ مشرٕ رنگہٕ رنگہٕ سودا ہیتھ۔ کُمانہٕ چھُس زِ پرانۍ پاٹھۍ اَژٕ آگن تہٕ دوہ ٹہٕ بنہٕ والۍ تبلاوکھ مگر تس ما چھیہٕ خبر زِ تنہٕ بدلیوو سورُے عالم۔ یتھ کالہٕ لیس خریدارس سہٕ پننۍ سودا ہاوی ماوی؟ انہٕ ناوان اوس سہٕ چھانہٕ پانہٕ اکھ تنیتھ نیہٕ نیہٕ کرٕوٕن لال بنیومُت زرٕ نگرِ والین تہٕ ساد مکارن لگن اُچھ تکرٕ۔

ژسانہِ اَنگنٕ موٚنکھ وانیو    اَچھ ماگرٕژھ نےٚ خیر لوٗتےٚ لو

(یٖتیتھ روزِ شاید منزی یہِ ژٕرینہٕ وَن دِنٕ تہٕ منا سپے زٕیٹھی ہوی بأتھ چھِ یہِ ہنٕو کیٚنژِ واشارو دٕسی ضِمنَن سانہِ کاشرِ سماجی تہِ ثقافتی یَتھ کالک پےٚ وُزناوان وُزناوان تہٕ سانہِ ذٕہنی زندگیہ ٹھٔری کاسان کاسان اَسِ یَتہٕ نٕس لاشوٗعوٗرس ڈٔنٕی توٚیا اجتماعی شوٗعوٗرس ستیٖ تہِ ہکٹ کرناوان)

اوٚرِ لیوٚرکتھ سوٚمبرأوتھ اَن والین تہِ تمہِ نےٚ کتھن ولوٗہار کرن والین یَتھ بھلوا گرژھن وول مُرید چھُ پیٖر سِندِ عنایتہٕ پانہٕ اکھ پرزٕلہٕ وُن سیٖر بنیوٚمُت ۔ تَہنزٕ وظاہر بین اَچھو چھیہٕ بأطنس واتن واجیٚنی نظر پراوٕمژٕ تَس گوٚو بٔڈِ ڈٕلہٕ یٖنٕی پیٖر نظرِ تہٕ حضرت بلک سیٖر باسیٖوس ساری سپے وِہاتہٕ کران ـــــ بٔڈِ ڈٕلی تار دِوُن یہِ ہأنزٕ چھُ حضرت بل کُن لمان ! یہے ہیکہِ میہٕ تہٕ تار دِتھ ! درگاہ واتناوِتھ ! تہٕ نبیؐ سِندِ دربارٕ میہٕ تہٕ موکلن برانھ عطا کرناوِتھ !

بٔڈِ ڈٔلہ منزی باگی تران وُچھکھ
حضرت بلہ کے سیٖر لوٗتےٚ لو
چھےٚ سوال نبیؐ نتہٕ موکلاوی زٕیم
یٖنتہٕ آسہِ عالم گیٖر لوٗتےٚ لو

یَتھ جایہِ میہٕ "حضرت بلہ کے سیٖر" لوٗپرٕ تَتھ چھِ کیٚنہہ صاحب حضرت بلہ کے نوٗر" پران ۔ سانہِ اکثر گیوَن والیو تہِ چھُ "سیٖر" بدلہٕ "نوٗرے" گیوٚومُت ۔ لوٗزمیہٕ آبہٕ تہٕ تَتھ ستیٖ برابری ۔ اکھ اوٚکنیٚ زِ بأتک قافیہ چھُ پیٖر، چیٖر تہٕ خیٖر بییٚن یتھ ستیٖ تہٕ نوٗر" لفظ ہم آہنگ سپدان چھُ ۔ تہٕ دوٚیُم اوٚہ موکھ زِ یہِ لفظ "نوٗر" چھُنہٕ تَتھ کایا کلپ سپدن والِس عالمس تہٕ تَتھ سیٖر ساوی فضہس کانہہ ٹھٔر کران یَتھ منز نتہٕ ربابیہ تہٕ رگن تارٕ بنان چھیہٕ تہٕ یٖنتہٕ بٔڈِ ڈٔلک ناروول حضرت بلک اَتہٕ باسان چھُ ۔ اوٚکنیٚ چھُ میہٕ "نوٗر" بجایہِ "سیٖر" پرُن بأتہٕ کِس روٗحس زیادٕ نکھہٕ باسان ۔

بأتہٕ کِس آخری مِصرس متلق ووٚن میہٕ گوٚڈے اشارٕ پأٹھی زِ اَتھ منز یُس لوٗ تیٖری شند ریٚہیہ اَندی اَندی نٕزنگ اشارٕ چھُ سُہ چھُ اَمہٕ برٕنہہ مین سارِنے شارن ہِندِس لوٗتےٚ لوکِس نزٕن گتش

سٟتؠ سیٚدِ سیٚوٗدٕرلان ۔ یہٕ زٕٹن گژھ چھُ رُوحٲنی سفرُک آخری قدم ۔ اِبتدٲیہ کُن زیر ہم چھُ دوہٕ نی سوزٕ کُن گٹہٕ مارٕ وُن یُپ بنیومُت یٚمہِ مُرِیدٕ وٕ نی لوٗس یا سالک یار رحم صاحب پانس سٟتؠ تتھٕ کٕنی ڈٕہتھ نیومُت چھُ زِفنا چھُ بقا بنیومُت تہٕ غم شادمٲنی ۔ سوزٕ کِس بٕرٕ ہِلس ٹیپس مٔتر ۔ لوٗتٕ نے لوکرن وول عاشق چھُ دوہٕ نٕ تس پوٗنپرِس تہٕ نارس نٕہاہ لایک حوصلہٕ دِوان لیٚس وُنہٕ رٕیٛہیہٕ اندٕ کٕیچھی گٹھ چھُ دِوان ۔ دپان چھُس:

پلوٗنپر لوٗغم چھُ کیٛاہ سو پوٗرٕ رحمس ؟

رحم نیوٗ سوزن بیر۔۔ لوٗتے لو

سوزن نیوٗ رحم صاحب بیر ۔ رحمٕ صابُن باغ چھُ اَسِہ بیرِ لوان ۔ یہٕ ڈٕ ہٕنتھ ہنُک قوٗتھ چھُ امہِ باتُک فنی مأرٕ مٔتر زر ۔ کہیں نے تہٕ یہٕ گوٗن چھُ اَتھ باتس لانجائنس ہندِس وٕ ہتھ واشرس یا نے سٔبلا یمس نکھہٕ انان ۔

# سانِہ کیہنہ کتابہٕ

| کِتاب | مصنف / ترتیب کار |
|---|---|
| کأشرِ ادبک توأریخ | ناجی مُنوٕر، شفیع شوق |
| تہذیبک توأریخ | ناجی مُنوٕر ، شفیع شوق |
| کأشُر ہیٚندی ریڈر | ڈاکٹر ٹی، این، گنجو |
| اَوحال نامہٕ | چمَن لال چمَن ، بشیر اختر |
| نفسیاتھ | عبدالغنی مدہوش |
| کأشُر شیٚومر... | بدری ناتھ کلا |
| کأشرِ لکہٕ تھیٚٹر | محمد سُبحان بھگت |
| اَزِچ کأشر شأیری (انہار) | رحمان راہی، شفیع شوق |
| کأشرِ ادبُک فِکری پوٚت منظر (انہار | رحمان راہی |
| ادبی تنقید (انہار) | رحمان راہی |
| نوٗشار سوٚمبرَن | غلام نبی فِراق |
| نثرٕچ کتاب | ڈاکٹر رتن لال شانت |

